# رٲش

# بُلی کتھ

سہ کوٚہ مقام وایہِ راٲوِ سازَن سر
کیاہ غزل لیکھہِ چھُم ذِہنَن آدُرٕ

میٚہ آس راے زِ بہٕ لیکھہٕ یتھ ناولِ اکھ زیوٗٹھ پھَن دیباچہ اکھ۔ یتھ اندر بہٕ ناولہٕ، کاشرِ ناولِ تہٕ یتھ ناولِ مُتلق کینٛہہ لیکھہٕ ہا۔ میٚہ اوس ذِہنَس اندر امہِ مضموٗنُک خاکہ تیار تہٕ عُنوان اوسُم اَتھ مضموٗنس۔ "ناوِل، کاشُر ناوِل تہٕ یہِ ناوِل" تھاوُنُک یَرادٕہ کوٚرمُت۔ یقین اوسُم زِ یتھۍ ناوِل کتابت سَپدِ، بہٕ لیکھہٕ یہِ پیش لفظ۔ مگر حالات گٔے عجیب زِ یتھۍ کتابت اَتھہ ہیٚژٕن وانَس منٛز گوو ذِہنی تباولہٕ تہٕ ترقی سیٚتۍ حَدٕ کھوتہٕ جادہ آوُر۔ اَمہ آوٕ ژٕیارن کوٚرُس بہٕ مجبوٗر یِنِ یَرادٕ ترک کرنہٕ خاطرٕ۔ حتاکہِ یِمہ سطرہ تھٔوِس بہٕ بنٛدٕ پوٗرٕ چارج دِتھ تہٕ کتھ عٕکن تیاری کران لیکھان۔ دوٚنہٕ اگر بہٕ ہناہ پسارٕ تہٕ آوٕ ژٕیارٕ ذِہنہٕ منٛزٕ کڈِتھ یہِ پیش لفظ لیکھہٕ ہا، مگر کافی ژیر گژھہٕ ہا۔

یُس ہیٚو بہٕ ووٚنی برداشت کران چھُس تہٕ کیازِ یتھ کتابہِ گوو عامَس منٛز واتنَس ذاہ وُری تہٕ زیر تہٕ وجوہات رٕودی آمی ذہنی آدہ ژیار کٲرِ۔ اَوے سببہٕ کوٚر میٚہ گوڈنی پننی اکِہ غزلہِ ہُند مطلع پیش، یُس میانہِ وَننہٕ کِس صوٗرتِ حالس زیوٚ بنان چھُہ!

یہٕ ناوِل چھُ میٚہ سنہ ۱۹۵۹ منٛز لیچھمُت۔ پَیٚلہِ بہٕ یَڑ آکامہِ وکالت کران اوسُس تہٕ پَیٚلہِ ساینہِ زبانی اندر ناولہِ ہُند سٹاک نہٕ آسنَس بسابہ اوسُس گَمہٕ یتھ آدہ ژیار آدِ میانہِ وَتہٕ منٛز دولہِ زہ از تام سپٕز یہٕ ناول شایع کیٚشِہ۔ بہٕ چھُس کامِل صٲبُن شکریہ کران، یِم میٚہ دِزہ دِزہ وگرٲے کران آسی زہ "گوہر ناول کتہِ تھاوِتھ!" تہٕ بیٚیہ تہٕ کیٚشِہ یتھی دوست آسی ہر دِزہ میٚہ تنگ اٲنان تہٕ اَخرس لوٚب میٚہ اَمیُک رُوومُت مُسوٗدہ مگر ۱۹۶۷ ہس اندر پَیٚلہِ بہٕ ڈوڈہ تبدیل گوس، بہٕ اوسُس ہیٚو یہٕ پَنُن لیوکھمُت تہٕ ووٚنی پٔرِتھ ہیکان۔ مگر ڈوڈہ ہُک پُرسکوٗن ماحول آو میٚہ وارِیاہ بکار تہٕ میٚہ کٔر یہٕ ناول فیر۔ یتھے ووٚنی آخری باب اکھ زہ فیر کرنی آسی تہٕ بہٕ گوس بنڈہ پوٗر تبدیل۔ ریتھ اوس اگست ۱۹۶۸، کامِل صٲبن کٔر بیٚیہ وگرٲے تہٕ ہیے اکاڈمی کتابہِ سوزنَس چھِ اکھ زہ ووٚہ باتھ۔ "باتھ پرہ ہٕنی لیکھو یہٕ آخری باب تہٕ منظور فاضلنی پیٚھم ہفتہ یمہٕ ۲۱

اگست ۱۹۶۸ سنہٕ ناول میانہِ طرفہٕ اکاڈمی منٛز واتہٕ نآو !

بہٕ کرہ پننِس کاتِب غلام رسولُن شُکریہ یمو بہٕ عَلم گرٕہی بانزرِیی
تہٕ گُرٕژھو گُرٕژھو لیٖکھتھ وُس تگر ناول لیٖچھِن دَرِدہ سان !

خاص پآٹھی کرہ بہٕ جموٚں و کشمیر کلچرل اکاڈمی ہُند شُکریہ
وُژھِم واٹنجہ ادا، یمو بہٕ مالی امداد دِتھ یہٕ ناول چھاپ
کرنٕک پابند کوٚرُس !

... ... ... ...

بہٕ کرہ بدٕگامِس، ڈوڈہ ہس تہٕ بنڈہ پورِس اجتماعی طور شُکریہ۔
بدٕگوم چھِہ یمہِ کہ ننہ وٕپنچ جایہ۔ ڈوڈہ ترتیب دِنچ جایہ تہٕ بنڈہ پوٚر
تکمیلچ جایہ !

چھیکرس کرہ بہٕ عرضداشت زِ میٚہ کوٚر نہٕ نوٚو سرٕ لیکھان لیکھان
تارِیخو تہٕ سینہٕ لغاتہٕ آہری دانہٕ تہٕ تبدیل یاترٕہیم۔ تہٕ کیازِ میٚہ زون
زِ میٚدوٚسے بہٕ اَزٕہی چھِ زِ، ینچ میٚنٛز راس لاگتھ دٕاہ وُہری ینٛو خیالات نوٚو
سرٕ کیٚنٛہو سٕہمہ تہٕ گو وُ پننِس دٕاہ وُری ترٕآنس ذٕہنس ییتہٕ غلأری کرِنی تہٕ
تمہِ اوٚلس دھو کرٕ دِیٚن یمو یمہٕ ناولہٕ ہُند خیال دیُت۔ شاعرِ شیرین مقال
خاجہ اکرم دادی لیدن کوٚر کاشرٕ ادبچ میٖٹھِ شاہکار مثنوی پیش کرنا وِزہ

یَرن والین عائب پوشی ہند اِلتجا نوٗمن لفظن اندر :۔

" بہٕ یُدوے شُکرٕ فی وَنِتھ نسانہٕ ہٕہ ۔ ننگین نز اکتھ کھٕنِتھ زانہٕ ہٕہ ۔
گمر چھُس سگِ درگہِ ہے خاصِ شیخ ۔ کرٕ فی عائب پوشی گژھیم پاس شیخ رحم
گمر وَکھ بدلیو و ۔ ازچھُ چھیوہ کُن کرأنی تُلنس تہٕ نوٗن تراُوٗنس لُطف
یوان ۔ توَے چھُس دوٗل دأرِتھ سوال وِوان زِہ میانہٕ گژھ پوٗرہ عائب
چِینی کرنہٕ ینہٕ ۔ ہر گاہ میانِ فی یَرن وأنی میانہ خامِ مین ہند پَیہ دِتھ شوٗعوٗر
دِن بہٕ کرہ تِمن پیشگی شُکریہ ۔

"دُرجِ گوہر" چرارِ شریف کشمیر
۱۱ ستمبر ۱۹۶۹ء

غلام نبی گوہر
ایم اے ۔ ایل ایل بی ۔ کے سی ایس
چیف جوڈیشل مجسٹریٹ کٹھوعہ جموں

# باب (۱)

# پُن تہٕ پاپ

" اَلحمد اللہ بنام سرکار۔ الحمد اللہ بنام سرکار — " کانِہن دون
اَکھہٕ زٕہ دِتھ اوس عدالتکہِ چپراسی یموٚ کرٕنکوٚ سیتیٚ مُلک وُزہ نووُمت۔
اُتھی زٕچھہٕ آوازہٕ سیتیٚ ژاے عدالتکہِ دروازہ اندر زٕہ پُلیس وألی
اکھ ہتھ کھمُت ہتھکرِہ منٛز بند کرِتھ۔ بٔرہ ژانہٕ دُلمے مُژلاۄ ہس
اتھن ہتھکرِہ ہِندی کرٕ ہو۔ الحمد اللہ مُلزم اوس ییتھِ کنٛز برابر شیٖٹھ
دہن ہرباسان۔ تِتھس آسس بٔے ڈُول وارِہ لأوی کھن جاین
ہیتوس تہٕ کھن جایَن بولن۔ قدرٕ اوس وُنہٕ دُتے تہٕ رنگہٕ گیُشوم!
اُچھن وألۍ بیٚٹھہٕ آسس ناوہ میدی ہندی بہٕ لمبک دوہ تھان۔
اُچھ زٕہ آسس نارِہ گنگ ہیشہٕ وُہان۔ رتبک فاقہ لدٕ بیمار
زن اوس گیمران۔ یمہٕ عالمچ آسس نہٕ مُلے کانہہ فکرٕ تہٕ غم۔ غمن
ہنٛزٕ کوندٕہ منٛز اوس زن پان پیٚتھ ڈرامُت!

عدالت کِس کُٹھس منز اُس برٛونٹھ کنہِ کینٛہہ وکیل تہٕ ترٛین

پیٹہٕ کنہِ کینٛہہ تماشہِ وُچھن وٲلۍ لُوکھ، یمن منز احمدنۍ کینٛہہ اشناو

تہٕ بہتھ اُسۍ۔ برٛہ سیوٚدُے اوس اکھ چوٗرس ڈوٗلۍ ہیو تھراہ

اکھ، یتھ پیٹھ رنگ، دار دوٗزج کرِتھ تہٕ میز لٲگتھ اُسۍ۔ کُرسہ

پیٹھ کرٛہن چھ غہٕ لٲگتھ کتھ تام سرِنس سوچس منز کاکذن پھیٖر

دِوان اوس ہاے کوٚنگ نجج کمامہٕ سان بہتھ۔ نجج اوس ظاہراہ

احمدنہٕ زندگی ہنٛد پتیٖمُ فاصلہ دِنہٕ خاطرہٕ پوٗز تہٕ اَپزٕ پنیہٕ ذہنہٕ چھ

ترکرِہ منز تولان۔ احمدہٕ اوس امہِ لیٹہ بےٚ خبر، بلکہ ژان تہٕ بے

تعلق۔ مُلزم ڈاکس اندر سوٗ سرے ہزٕ ویرہ ماوہ ہندی یاٹھی

داوہ سیٖتۍ زٕن اور تہٕ یور لایہٕ یوان اُچھ وہراوِتھ اوس بےخبر

کم کم پرٛاٲنۍ تہٕ گذرِ ہتی غاب وُچھان۔ ججن کوٚر کمامہٕ سان

اِشارہٕ ہیوٚ تہٕ برٛونٹھ کنہِ گویاشاہ کرِتھ کرٛہن زیوٹھ چھ غاہ

لٲگتھ تہٕ نیوٗل دستاراہ گنڈِتھ وکیلاہ اکھ اِستادہ۔ عدالتس

منز بیٚہنچہ ترتیبہٕ سیٖتۍ اوس یہ مکزمہٕ سُند وکیل باسان۔ کمر ہنیوہ

دار اَپزٕ ژاساہ کرِتھ ہیوٚتھ اُمی نین کرتب ہاونک آے کرُن۔

زٕن تہٕ اکھ پہلواناہ ٲرکس منز منزلن ٹاس دِتھ بیٚیس پہلوانس

یاوہ نہٕ دژاو ـــــــــ

وکیل چھُ اکھ مُدّے میزس پیٹھ منتشر کاغذن کُن ژٲوان

تہٕ بیاکھ جیٚچھ ہشِن مُدٕین سیٖتۍ گنڈان۔ عدالتس منز چھہ ساڈمی

تھارِ ہیتھ پیٚاران زِ وکیل کوہ سہ کرامتھ کرِ! کیاہ جادوی ما ننھ
ہاوِ! تہٕ کٕس بم پھاڑِو! سارٕنے ہنز نظرٕ چھےٚ اُمنٕدِس جائی ٹس
کُن ترٛاوِتھ۔ ڈیمہ لیٛٹہ اینز ژاساہ کرِتھ دٕژ اُمی بُرتھ ہیٹہٕ "مارے لاڈ"
کرِتھ ہٕش۔ یمہ کرٕ یکہ سیٖتۍ اتہٕ (ژمو یہ ہندِ ہٕن جامن ترٛاوٕ پیچہ کرِ)
مُدٕے جج صابنِس بتھِس کُن گنڈِتھ لوگ اُمی پنُن کرتب ہاوُن۔
"مارے لاڈ" — تو ہیٛوٕتِس چھےٚ یہ اپیل فاضل سیشن جج صابنِس
تتھ فائصلس خلاف یمہٕ فائصلہ سیٖتۍ اَتھ وۅ حاضر اجلاس مُلزم
اپیلانٹس موتُک گوٚب تہٕ سنگین سزا دِتمٕژ چھےٚ۔ اُمِس مُلزم
سٕتۍ ماحمدِس خلاف چھےٚ یہ الزام زِ اُمی چھےٚ پنٕنِس کٕنز کوٗر ماجرِ ستمہ
اگست کنُوٕ ستھ اکہ ماٹھہ چھہ ماژ منز (۷ - اگست ۱۹۶۱ء) ننہٕ ہر
دِتھ کٕنہ اشتعالہٕ بغار قاتلانہ نیٛش سان مارمٕژ۔ استغاثن چھےٚ
مُلزمس خلاف پننہٕ دلیلہ ہندِس ثبوتس منز آٹھ گواہ پیش
کرٕی متۍ تہٕ بیٚیہ چھکھ کینہہ چیز چیز تہٕ پیش کرٕی متۍ۔ یہ چھےٚ
کُل شہادت، یتھ پیٹھہ مُلزِمس پوٗت گوٚب سزا دِنہٕ آمٕژ چھےٚ۔
اَمی پیٚہنٕدی گواہی سیٖتۍ دِمہ بہٕ عدالتس نِش واضح تہٕ ثابت کرِتھ
زِ مُلزم چھُ بے گناہ تہٕ بےٚ قصوٗر۔ اُمِس چھُ کُنہ اترِ تہٕ جرمہ
بغار پوٗت جادِ تہٕ سنگین سزا دِنہٕ آمٕژ۔ مےٚ چھُ یقین زِ عدالت
کرِ مےٚ سیٖتۍ اتفاق زِ یوہ شہادت یتھ مقدمس تارنٕہ چھےٚ آمٕژ
سو چھےٚ ساریے لیٚژ، اڈٕ لیٚچ تہٕ ناقص۔ استغاثک تحقیقات

چھہٕ بلکل ناقص تہٕ صِفرس برابر۔ امہِ قسمچہِ شہادُژ پیٹھہٕ یوٚت
سخ سزا دیُن چھہٕ میانِس یقینس منٛز اَکھ سراسر ناانصافی تہٕ
قوٗنوٗنُک مقصد رازِ رٲونس برابر!

عدالت اَکہِ نتیجس پیٹھہٕ واتناونس تام لگہِ میہٕ کینٛہہ وَکھ۔
میہٕ پیٚن اکہِ اکہِ شاہدن ہندی بیانہٕ حرفہٕ حرفہٕ دشِھہ ناوٕنۍ تہٕ تِمہ
پَتہٕ تِمَن سارِنے چیزن ہُند تجزیہ کرُن، یِم استغاثن یتھ مقدمس
اندر بطورِ ثبوٗت پیش کٔرۍ متۍ چھہٕ!

# باب ۲

# کُنہٕ اَچھہ گاش

جنابِ والا! شاہدن ہندِ بیانٕک تبصرٕ تہٕ وضاحت کرٕ بہٕ تمہِ سِلسلہٕ مُطابق یِمہٕ سِلسِلہٕ تہٕ ترتیبہٕ مُطابق یِم جنابن ہندِ مِثلہٕ پیٹھ درج چھہٕ۔ امہِ ہانکلہِ ہُند گوڈنیک بند چھُ گواہ نمبر اَکھ (۱) مُسماۃِ فاطمُن بیانہٕ۔ اَمِس گواہ سٕندِ بیانکو کینٛہہ جُز وِشرٕ ناوٕنہٕ برونٛٹھ کرٕ بہٕ اَمِس شاہدہ سٕندِس ذاتس مُتعلِق کینٛہہ عرض۔ اَمِس مُتعلِق یِہ واقفیت تہٕ چھہٕ اسہِ اَہنٛدی بیانہٕ منٛزٕ حاصِل سپدان۔ یِہ شاہد چھُ مُلزمہٕ سٕندِ لرِ سیتی لبان۔ بلکہ چھُ اَہنزِ لرِ تہٕ مُلزمہٕ سٕندِس مکانس آنگن تہٕ کُنُے۔ اَمہِ علاوٕ چھہٕ یہِ گواہ ہاجرس سیٹھاہ واقف تہٕ اَسِمُت۔ یہِ چھہٕ ونان"... ... صُبحُک گاش اوس کھوٗلمُت۔ اَختابس اوس وُشنہٕ کلہٕ کڈِتھ نیٚ۔ مےٚ آسہٕ دأنس ہُرٕ ہیٚتِھ مژٕ۔ چاسے ہیٚتِھ مُیتلس

ترٛاوِنۍ۔ نگر پھٔل اُسِم مٕہ کلیمٕہ... ... بہٕ آسس بانبرٕ ہۍ شرۍ ہاجرٕس
پھلِہ رَژھ منگنہِ تراوان ... الحمداللہ وُچھُم تُولیا دُج پھٹیکس بیٹھ
ہیتھ تہٕ صابنہٕ ڈٕبہٕ اَتھس کیتھ ہیتھ بَرٕ نیران... ... یارہ بَل اوسُس
بُتھ چھلنہِ گژھن۔ مےٚ کوٚرمس سلام تہٕ جواب سلام تہٕ خاطر یا تھ
کرِتھ وونُم ــــ" ہاجِرٕ کوٚر آسی وُنہِ تہِ شوٚنگتھے۔ نجر اَز کیاہ ژیر
گوٚمس؟ گژھہٕ سۅ تہٕ کرتن ہُشار۔ بہٕ ژالیس بَرٕ سیٚودُے۔
پَچھس ہاجرِ نِس کٹھِس کُن ... ... کٹھیک بَر اوس بند... مےٚ
دِیُت گوڈٕ لَو تہٕ لو تہٕ آکو... ... گمہ بیٚیلہِ نہٕ سۅ ہُشارِ سے گیہِ
مینہٕ زوان نیٚندرٕ آسس گوٚب تہٕ کرٕ کمہ ناد تُلم۔ گمہ بیٚیلہِ نہٕ سۅ
تو تہِ بیدار گئیہٕ تہٕ مےٚ وِژرٕ بَرس اکھ زٕہ لتہٕ۔ اَتھ اَمس اَندرٕ ہانکل
تہٕ سہل سہل آو نہٕ بَر مُژ راوُنے... چھیکرس آیہٕ ہانکل نیرِتھ
تہٕ بَر گوو وٚتھ... ... بَرٕ پیتھے ژالیس، ہاجرِ وُچھم پَنَنِس
وٚتھرنِس پیٹھ شوٚنگتھ، زَن تہٕ بتہٕ دٕبہٕ چھےٚ نیٚندرِ۔ مےٚ کٔرِیامس گرٕ
کھنجرٕ گوٚرٕ گوٚرٕ تہٕ تہِ بیٚیلہِ نہٕ سۅ ہُشارِ سے گیہِ۔ مےٚ تُلمس بُتھِ
پیٹھٕ وُڑن تھوٚد۔ وُچھس پیٹھ تھاوِمس اَتھ۔ تہنز تن آسس
وارٕہ ہُند ہاکھ ہِش نیلیاہٕ مژ تہٕ سینہٕ اوسُس تلہٕ کُتھ ہیٚیو ہُندرِیا۔ مُتٕ
... وٕچھمس کھامسی پیشہ اَچھ آسس درٕہ لجمژ... ... ژُمرٕ

زاڑویِل، گوٗن تہٕ واٚنگہ دار کٔرٕ ہمٔن مٔس اوٗسٕس چھیٚچ ہیٚوٗ شاندٕس پیٹھ آمٕت اور تہٕ یور وَہراونہٕ۔ کٔنٛن منٛز دوٗن ٹاپٕن ہٕشرٕ دٕدہ زیٚہ پیٚونہٕ آسٕس دَزہ ونہٕ بجلی ہتہٕ ٹلو پٔڈٕ وہ ترٛاوان ...... میانِس یتھٕس آلوَس تہٕ سیٚلہٕ نہٕ تمہٕ ’’ ہو ‘‘ کوٗر، بہٕ بانٛبرٕ یاسٕ تہٕ ششدرٕ گیٚیَس رٕہتھ ..... میٚہ زٕ جہٕ بےٚ اختیار پاٚٹھو وَدن باکٕہ نیرتھ اَتی گیِٔ میانہٕ کٔرٕ بکہ نادٕ سیتی اَندٕی ٚکہ کٕیہ وٗن ہمسایہٕ جماہ۔ کمو تام اوٗن تامتھ آمٕدہ تیتھ چھلہٕ تٕیے ناد دِتھ واپس ..... یتھے تموٚ ہاٚجہ موکلیا مٕژ وچھٕ اَتٕس پییہٕ تاپہ مُنز ہو ترٛش۔ حال ہوش رودٕس تہٕ یوسہٕ باگل ہیٚوٗ لوگ یلہٕ زٕٹنہٕ تہٕ دارِہ کِنہ ہٕیژراٚن دو ٹہ تمٛاوِنہٕ۔ تٔمس پٔتہٕ شو نہٕ ذاٚہ ذاٚہ تہٕ تہٕ آخرٕس گوو سہٕ تہٕ بے ہوش۔ اسہٕ گیِٔ راسے، خبر پیٚتہٕ ما موٗد ......‘‘

جناب والا ! یہ کتھ میٚہ فاطمہٕ نہٕ بیانہٕ منٛزٕ پیرہ، تمہٕ منٛزٕ چھہٕ اکھ خاص نوقطہٕ یادٕ تھاوُن زِ اگر زنٛان مُلزمن ہاٚجرٕ پانہٕ ماٚرمٕژ آسہٕ ہا، یا تَس اکھ داژ تہٕ تہندِ قتلک شک آسہٕ ہا یا تہُنٛد بنا اتھن اَتھ قتلس سیتی کانٛہہ واٹھ یا تولُق آسہٕ ہا تہٕ سہٕ دٕیہ ہی نہٕ تیٚیلہٕ فاطمس ہاٚجرٕ مٔشار کرنہٕ ــــــــ سہٕ نیرٕ ہی پانہٕ تیٚیلہٕ

یا وہ اندازس منز یارہ بل بُتھ چھلِہ نہ۔ اَوٚلہٕ صُبحاُسے یِو سہ کأم
سہ کرِہ ہا، سہ آسِہ ہا آجرہ نہٕ کفن دفن کرِہ نِچ کأم۔ یہ کأم تہٕ کرِہ
ہا تژھ ژھوپہ ژھو بأسے بأٹھی یُتھ نہ یہ رازٕ سے عامس منز
واتِہ ہا۔ تہُندِس پکنَس، یِنَس تہٕ گژھنَس منز آسِہ ہن شکو ژوٚر
نُنُو تہٕ ٹاکارٕہ۔ تہٕ کیازِ پھیرہ ژوٚرس چھہ..... ..... دارِہ کوٚنڈ
لأزِم۔ یہ چھہٕ پرٛأنی کتھ، یوسہ منطقی طور رو پیہ منز سٕراہ آنہٕ
پٕز چھہٕ!

"مگر —— "اَسِہ ہنا کرِتھ دوٚن ہجین ——" یہ تہٕ چھہٕ ممکن زِ یَنِن
منصوبہ اَند واتناوَنَس تام تیٚج نہ مُلزمس گاٹہٕ جأری کأم ہیٚنُو۔ تمہٕ
چھہٕ پنُنو کینُو حالاتو نِشہ پنُنہِ بےخبری تہٕ لاتوٗلقی ہنٛز اَکھ ناکام
تجاہُل کرِہ نِچ کوٗشش کرٕ ہٕز ——"

جناب تہُند فرماوُن چھہٕ بجا۔ اگر زن یہ حرکت مُلزمہ سٕنزٕ
اکہِ ناکام منصوبچ تہٕ تجاہُلِ عارِفانچ اکھ ناکام کوٗشش آسِہ ہا
تیٚلہِ چھہٕ فاطمُن اِمہِ وَختہٕ اَتھ واتُن تہٕ تمی منصوبُک اکھ جُزٕ اَکھ۔
تیٚلہِ چھِنہٕ فاطہٕ مُلزمہ سٕندِس برس تام یا نہٕ پنُنہِ حاجتہٕ داُژھ ہٕز کینہٕ
ٹلہِ کرِ چھہٕ سو تہٕ تیٚلہِ مُلزمہ نِے اوٚت واتناوٕ ہٕز۔ یا نِے فاطہٕ تہٕ چھہٕ
اِمہِ سأنزِ شہ منز اکھ محرم تیٚلہ۔ مگر ہرگاہ عدالتس فاطنس بیانس

پیٹھ بھروسہ چھ تیتھ لہٰ چھُ یہِ مانُن لازمی بنان زِ فاطمن موقس پیٹھ
واتُن چھُ اکھ حادثہ اکھ۔ لہٰذا اگر ملزمس فاطمہ نہٕ پِنہٕ بڑو نٹھ
تہٕ ہاجرہ نہٕ قتلک کانٛہہ علم آسہِ ہا، سُہ دِیہِ ہا نہٕ فاطمس برہ اندر
اژنس اکھ وَتھ تہٕ سُہ کرِ ہا راز دوٚبراونچ اِنتہائی کوشش۔ سرکار
جناب ہم اعتراض وژھ ناوِ بہٕ وکیلس پیٹھ پوٚرہ وضاحت سان۔
وُنکیس پھیرہ بہٕ عدالتٕک توجہ فاطمہ جایہ تس بنیس حصس کُن۔
فاطمہ نہٕ بیانہٕ مطابق یہِ کینژھا ہاہ ملزمس تہٕ مقتولس، یمن دوٚن
ہالی پوتھرن متلق واضح سیدان چھُ، تہٕ چھُ سورُے غور کرہ نس
لایق۔ یہِ چھ وَنان ... ملزم احمد آسہِ وُنکینس جادہ کھوہ بہ
جادہ شیجی وُہر ... وارِہس گُرُے لگ بھگ ژوُر وری۔ تمہ
وقتہ آسہِ ہا ہاجرنی وانس کہِ تام اژداہ وری۔ سُہ آسہ احمد نہٕ
نیتھرہ پتہٕ امس وُہری برابر زامژ۔ بہٕ تہٕ تہندِ موج آسہ اکی
رپتہٕ اکہ مجلس منز مھرینہٕ آمژہ۔ یہِ بچار امس دوٚن دوہن
ہنز زامژ تہٕ سُہ ستہٕ وُرِش موج نیس موتن۔ تہندہ مرنہٕ پتہٕ
آیہِ احمدس ماسس جایس کیتھ۔ مگر کُنہِ جاین دِژن نہٕ نیتھر کرہ نس
تن۔ اکس جان جایہِ انس میانی رِیہِ تہٕ کتھ۔ مگر یہِ اوس سارہ
نیِ پی وَنان زِ "یہِ گور چھم کُنہِ اُچھ گاش۔ خبر دوہ ماجہ ہندی

پۆہتھ ہیکیاہ ژٲلتھ! رنٛدہ مانیرہم! بےٚ شور زیٚتھ ماچھوہ نیم اہنز ماے... ... سارہ ہے اوس ونان۔ میٚہ چھہ دین ترٛیہے کوٚد تہٕ دُنیاہ ترٛ... ..."

جناب! یمو کتھو منٛزہ چھہٕ واضح سپدان زِ مُنزمس کوتاہ اَمار چھہٕ اُمس کُنہ کورہ ہنٛد اوسمُت۔ یمو ہنٛز خوشی پرٛژھ راوٕنہٕ بایتھ تمہٕ پنُن آدن ترٛ پنُن جوان ارمان قربان کرٕمت چھہ۔ یاوہ نکی میٹھہِ ترٛ مزہ دار اَمارہ ہیتھ ترٛمایہ بڈرتھ دوہ چھہٕ اُمہ اُمس کُنہٕ اُچھہٕ کھانہٕ ماچہٕ کورہ آنیہٕ دِوان برباد کرٕمت۔ زِندگی ہنٛدس ہاو ہر بڈرتس دورس، یاوہ ہکین تہٕ جوانی ہنٛدین دوہن چھہٕ اُمہ اُمی سے کورہ بیٚتھ چھومُت۔ یتھ چھپنس بہٕ اولاد پرستی ناو کرہ۔ ذرا چھہ سوچنہٕ لایق کتھ زِ پیٚہہ کوٚر اُمس بچارس یاوہ پنٛچ ترٛ زِندہ گانی ہنٛز آش ترٛ دو میدؔ اُس، کیاہ تُسی کورہ کرِہ ما پتہٕ نیو اَتھو پتہٕ پنُن اُچھن تِس ہمیشہٕ خاطرہ دوٗر؟ یتہ یوت نہٕ بلکہ چھہ ترٛیہے گواہ میاہ ہین جرِ ہکین سوالن جواب دِوان دِنان"... ... سانِہ مجلس اندر بیہہٕ خالے کاتھہ کورین پیٚہ ناوان۔ اُمہ لاج اُمس کورِہ ہنٛزِہ پڑایہٕ تہٕ بچوین ہنٛدہ کھہ ترٛ لاگتھ... ... کم کم رنٛگ برنٛگی پوشاک اوسنہٕ شوان۔ ماجہ اُس دہ ہیمہ مدیٔ پشس آسان۔ امیر

کورِن ہندِ داہ گٕنہٕ خانہٕ ماجرِ سیتی اوٗس وُدہٕ نابدہ رچھان...
اگر زان سو زاہ بیمار گژھہ ہا تہٕ احمدہ اوس کارہ بار ترأوِتھ تس
کھوژہٕ شانٛد کران... سو تہٕ اَس نہٕ زانٛہہ مٲلی سٕنٛزہ اَچھ پیٹھ
مچھِ زیرہ وان...."

جناب! اَمِس سرکاری گواہ سٕنٛدِ بیانہٕ منٛزہ چھُ اَسہِ نِش
یِمن دۄن مٲلی پۄتھرن ہندِ بے پناہ امارِک تہٕ مالیہِ ہُنٛد اَکھ واضح
تصویر پیش سپدان ــــــ تیٚتھ تصویر، یُس سانِین ذہنن ہرگز
یہِ باوَر کرِنس پیٹھ تیار کرِ نہٕ زِ اَمی کیاہ آسہِ کُنہٕ ہۄرتس اندر
ترپِنہٕ تانٛتھ کوٗر مارِمژ! یا کہٕ آسہِ اَمِس بے گونہٕ ہس اَتھ سنٛگین
جُرمس سیتی کانٛہہ واٹھ۔ کیاہ تُسی کورِ کرِہا یہِ پانہٕ قتل، یُس بیٚتھ
اَمی پننہِ امار، یاوُن تہٕ زِندگی قوربان کرمژ آسہِ۔ لوہ سہٕ کوٗر اَمِس
دۄیمیٚن ہُنٛد باغ اَس! کیاہ تُہی باغس کرِہا یہِ پیٹھ نوٗ اَتھو
وُچھارہ، یُس باغ اَمی جِگرہ کہِ رَتہٕ سیتی سگومُت اوس..." وکیل،
صاب جذباتی طور چھوہ تُہی بجا۔" دۄن جُجن وکیلہٕ سٕنٛزہ کتھہ
منٛز کتھ ژھٹِتھ ــــــ "مگر یہِ تہٕ چھُ انتقام سپدمُت تہٕ سپدان
تہٕ آدِ زِ اَکھ گرٛیوس، یُس پننہِ مرحُن ہُنٛد رٔتھ، سنٛگ اَرکھ
تہٕ ڈیکہٕ گمہٕ سگ دِتھ کُنہٕ کُلس لاگہٕ نئے کران چھُ تہٕ

گرٛیٚس چھہٕ اُتھی کُلِس نَکھہٕ دِتھ گنٛنہِ کران۔ تٔہۍ چھُوٚہ تجربہٕ کار وکیل
تہُۍ یاوِو پانہٕ یاد زِ یوٚس ہیٚکہِ اکھ کیس چھا امہِ ترایہِ ہُنٛد، یتھ منٛز
مأرِس پیٛنٛژ کوٗر مارنہٕ نٕک اِلزام دِنہٕ آمُت چھُ۔ تم تہٕ چھہٕ ہیٚتہٕ بدٕی
مُقدمہٕ یمِن منٛز مأرِس اولاد مارنہٕ نٕک۔ بأیِس بیٚیہ مارنہٕ نٕک تہٕ
بأژِس بأژ مارنہٕ نٕک اِلزام ثأبت سپُدِتھ سزا تہٕ دِنہٕ آمُت چھُ
لِہٰذا چھُہ عدالتُک اکھ ہدایت توہہِ زِ تہٕۍ کرِو پننٛ بحث صِرف
واقعاتن تہٕ قانوٗنس تام محدوٗد تہٕ جذباتن اندر مَتہٕ تراوِو تو
پننٛ ذِہن۔ جذباتن پھیُر دِنہٕ سٟتۍ ہیٚکہِ نہٕ واقعاتن ٹھوٗر لگِتھ۔
توہہِ چھُوٚہ نہٕ عدالتس یہِ ہاوِتھ دیُن زِ کیاہ ہیٚکہِ ناممکن اسِتھ
تہٕ کیاہ نہٕ ہیٚکہِ ناممکن آسِتھ، بلکہِ چھُوٚہ توہہِ عدالتس اکھ
نتیجس پیٹھ واتنس مدد کرُن زِ کیاہ "بنیاو" تہٕ کیاہ نہٕ بنیاو۔
تہُنٛد بحث گژھہِ اُتھی سٟتۍ وابستہٕ آسُن زِ کمن واقعاتن مُطابق
چھُہ تہُنٛد موکل (اسامی) بےگوناہ تہٕ موصوم نہٕ کرِ یہِ زِ تہُنٛد موکلِ
کیاہ ہیٚکہِ ہی نہٕ یژھ حرکت کرِتھ!

---

# باب ۳

# اِنسان

جناب! دوٚیِم گواہ یُس استغاثن پننِہ دلیل ثابت کرنہٕ
باپتھ عدالتس نِش پیش کوٚرمُت چھُ۔ سُہ گواہ شمبوٗ ناتھ تہٕ
چھُ احمدس نِکھ تِتی نزدیکہٕ ہمسایہٕ، بلکہٕ تمہِ علاوہ اَمہِ سُند کارہ
بوج تہٕ۔ جرحہٕ کِہن سوالن ہِیم جواب اَمہِ شاہدن دِتی ہیتی چھِ تِمو
سیتی چھُ اَہندِ حالہٕ چلنچ واقفیت سپدان۔ یہِ گواہ تہٕ چھُ
کرِیکہ ناد بوزی یتھے دَوان تہٕ دوران مُلزمہٕ سُند گھرہٕ واتان۔
اَمی وَقتہٕ چھُ یہِ پرٛبتہٕ والِس یِوان اوس مُت۔ یہِ تہٕ چھُ مُلزمہٕ
سِندہِ برأندی آژان تہٕ مُلزم تہٕ چھُ گواہ جاآلس یَتہٕ یَتہٕ
گھرہٕ یِنہٕ نِکہِ برہ اژان۔ یہِ گواہ چھُ ونان"... یُتھے احمدن
یَنِہ کوٗرِ حبس تہٕ ہُندریامژ وَتھرِنس منز ؤُچھ تِمِس زن

پلیٖسہٕ تا پہٕ منٛزٕ ترٛھٹٕ ہِش ... ... کال اُسی دۆہ شوٗرے اٙحمدٕنہٕ
گھرٕ اڈٕراٹھ تام حِساب کران۔ یُتھٕے مو کلیاپہٕ ہاجرہ ہیٖرٕ بوٕنہٕ
دارِہ بر، بانن ٹھان بان ترٕ لوٗب لرٕ دِتھ... ... اُسی اُسی
دۆہ شوٗرے کیتھے کران تہٕ ہاجرہ گیہٕ پینٕنِس کُٹھس منٛز شوٗ نگنہٕ۔
... ... ییلہِ سو پینٕنِس کُٹھس منٛز شوٗ نگنہٕ گیہٕ، تمہٕ پتہٕ ڈراس
بہٕ گاٗنٹھ کھنڈِ اتہٕ ... ...»

جناب! یہٕ بیانہٕ چھہٕ صاف دِوان کرِتھ زِہ واقعہ سیدنہٕ
چہٕ راٗژ منٛز چھہٕ لگ بھگ ساڑِ ہے راٗژ مُلزِمس گھرس منٛز
اکھ تھوٗ بھ اوس مُت۔ ترٕ دوٚیُم چھہٕ یہن زِہ ہاجرہ چھہٕ شمبوٗ ناتھ
سے تھی پینٕنس کُٹھس منٛز شوٗ نگنہٕ گاٗمژ۔ ترٕ اُہندہ نیرنہٕ بروٗنٹھ
لگ بھگ اکھ گاٗنٹہِ چھہٕ شوٗ نجمژ ترٕ۔ ترٕ یُم کتھ چھہٕ زِہ فاطمہٕ
بیانہٕ مُطابق چھہٕ ہاجرِنس کُٹھس اندرِ برس ہانکل ترٕ اُسمژ۔
یِہ سے ہانکل برس منطقی طور ہاجرِن شوٗ نگنہٕ بروٗنٹھے دِژمژ آسہٕ۔
ژوٗرِم کتھ ذہنس منٛز اننہٕ لایق چھہٕ یہٕ زِہ ہاجرہ چھہٕ پانہٕ رٚنن
واجینہٕ ترٕ شیرن واجینہٕ اُسمژ۔ یِتھین حالاتن اندر یہٕ شک یا
گُمان کرُن زِہ مُلزِمن کیاہ واتناٗو ہاجرہ نس بدنس منٛز شنکیا؟
چھُنہٕ قابلِ بارتو بر کرنس لایق۔ ووٚنی اگر یہٕ فرض

پیٚیہٕ کمرہ نہٕ زِہ شمبُو ناتھہ زِ نیرٕنہٕ پیٚتہٕ کیاہ آسہِ احمدن ہاجرہ نِندرہ وُزہ
ناٗوِتھ کینہہ کھیٚیاوٕمٕژ، تہٕ تہٕ چھُنہٕ قابلِ بھروسہ۔ کیازِہ؟ امہِ عٔرسیٚتہٕ
گرٕژھہ ہاضنوٗر رٕور ہاجرس کانٛہہ شک تہٕ پاٗدہ تہٕ سُہ چیز لٔبیتھ کیتہٕ
روزِہ ہن تِس ہانکل برس دِنکہِ ہوش تہٕ عناصیرہ!

وکیل صاحب! تۄہہِ چھُہ ہدایت سۄدمُت زِہ تہٕہۄ کرِو بحث
واقعاتن پیٹھ تہٕ قیاسن تہٕ گمانن منز مہٕ تراوِو پننُ ذہن تہٕ عدالتک
وَخ۔ تۄہہِ چھُوہ پۄرہ پاٗٹھۍ مولوم زِہ قیاسن تہٕ قانونس چھُنہٕ واٹھ
ڈٲکس دِزِہ کھارِتھ تھوٗ جِمن پننہٕ کتھ جاری۔" یہِ وَنن زِہ گواہ
شمبُو ناتھہ ییٚتہِ کیاہ چھِہ ہاجرہ شوٗنجمٕژ، چھُہ صرف تہنٛد قیاس۔
ہاں۔ سۄہ چھِہ اَمی سیٚتہِ شاہدس یتھی پننِس شوٗنگنہٕ کِس کمرس منز شوٗنگنہٕ
گامٕژ۔ تمیُک مطلب گوٚو نہٕ زِ سۄہ کیاہ شوٗنٛج تہٕ اَمی سیٚتہِ یتھی
سۄ آسہِ پننِس کمرس منز شوٗنگتھ کیٚنہٕ ہیٚتھ، تتھ مُتعلق چھُہ گواہ
شُنٛد بیانہٕ خاموش!"

جج صٲبنِس اَتھہ اعتراضس دِیت نہٕ وکیلن کانٛہہ جواب۔
صرف کھاٗجن نَس تہٕ برٛیوٗٹ کڈِتھ تھوٗون پننُ بحث جاری تہٕ
وٗنن — "جناب! یوٗہے گواہ چھُہ وَنان —" احمدس اوس اکھ
عاٗب زِنہٕ کاٗژِنہ مُنزِ غم تہٕ دود اوس نہٕ برداشت کران۔ محلہ

والین اوس سارہ نے غمہ تہ شادہ وزہ اکار بکار یوان۔ محلہ کین شرُ ین اوس خوُن جگرہ سیتی ژھان... یاسان اوس زِ ہ شرُ ہ یو چھ چھنہ احمدس رہ پیہ منزہ اکھ پونسہ تہ ژُجرِ... قبائلی جنگس منز رُٹ اُمی سار نے بڑہ ہمسایین ہندی زر، زیور تہ پونسہ ٹونک پانس اتھہ تہ ہئولی ہائے ڈُلیتھ کری نکھہ اکہِ اکہِ سارِ نے پننِ پننِ چیزہ ہنُن حوالہ۔ کانسہ اوس نہ کُنہ چیزس تہ لاوہ لوگمت... ...‘‘

جناب اَلمزمر سندہ امہ بُلند کِردارک چھنہ یوہے اوت گواہ تصویر پیش کران، بلکہ چھہ استغاثکی ساری گواہ اَتھ تصویرس رنگ بران۔ یتھس تقدُس تہ بُلند کِردارہ سُند قاتِل بنُن ــــــ سہ تہ بلا اشتعال تہ پننہ کُنہ تہ محبوب کورہ ہُند قاتِل بنُن ــــــ چھہ عقلہ نیبر ــــــ وکیلن کرُ یہ ونتھ ججہ سندس نتھس کُن پننہ مُدے سوالیہ جُملچ نشانی (؟) بناوِتھ اَویزان ہیش۔ زَن تہ اکھ شاعراہ لوگ پننہ غزلک رُت بائت پرِتھ یوزن والین اَمارہ چھ نظرو داد منگنہ۔ اُمی سُند یہ انداز وُچھِتھ ژل ججن تہ پننین وُٹھن تروپ تہ وونُن ــــ اَسی تہ چھہ سُندِ ... تہ تصدیق کران۔ مگر یہ چھہ قطعی نہ

کُلّی قاعدہ کرِ اکھ بد کرداری کیاہ ہیٚکہِ قائل بٔنِتھ تہٕ اکھ عاقل تہٕ
رُت کیاہ کرِ ہٕ نراٗنہہ تہِ غلطی ۔ کینٛہہ شریف تہِ چھِہ زِندگی اندر
تِژھ کانٛہہ غلطی کران ۔ یوٚسہٕ غلطی اکھ ناکارہ سوٗچیتھ تہِ ہیٚکہِ نہٕ ۔
لِہاذا ییٚزِہ نہٕ توٚہہ مُلزِمہٕ سٕنٛز یتم شرافت وِبزِہ ناٗوتھ شُرٕن
ہُند " گوٗڈہٕ معاف " اُصوٗل توٗنوٗنس سیٚتی وابستہٕ کرُن !
یہِ ثابت کرُن زِہ مُلزِم چھُہ واقعہٕ بروٗنٛہہ حد درجہٕ شریف اوس
مُت ، دِییہٕ نہٕ توٚہہ کانٛہہ فائدہ ۔ البتہٕ ییٚزِہ توٚہہ مُلزِمہٕ سٕندِہ
ڈیکہٕ پیٹھہٕ واقعاتن ہِندِہ گاشہٕ سیٚتی یہٕ داغ نٕہناو نٕچ
کوشِش کرِو ۔ سُے چیز ہیٚکہِ تٔہنٛزِہ اَسامہِ بُلند کِردارِی ہنٛز
سارفی ٹِکٹ بٔنِتھ ! "
جناب ! تٔہنٛد یہِ فرماوُن چھُہ دُرست تہٕ حقیقت ۔ مگر
اکھ اکھ واقعہِ جُدا یا اٹھی وُچھِتھ تہٕ تولنہٕ سیٚتی ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ
تہِ بے گوٗناہ مُلزِم بٔنِتھ یا کانٛہہ مُجرِم بے گوٗناہ بٔنِتھ ۔ کانٛہہ مُلزِم
مُجرِم یا بے گوٗناہ قرار دِنہٕ بروٗنٛہہ چھُہ واقعاتن ہنٛزِہ ساریے
لنجہِ اکی سے مالِہ منٛز ییٚزِہ وِتھ وُچھُن لازِم ۔ میٚون مطلب چھُنہٕ
زِہ مُلزِم کیاہ چھُہ ساری وُمرِہ بُلند کِردار تہٕ نیک سیرت اوس
مُت تہٕ اَمی سَبَبہٕ گژھِہ سُہ بے گوٗناہ قرار دِنہٕ ۔ بَلکہِ میٚون

مقصد چھُ زِ ہ مکزِ مہٕ سِنٛز بُلند کر دآرِی تہٕ چھُ اکھ ضوٗر زۄری نوٚقطہٕ یَتھ پیٹھٕ واقعہٕ کین بیٚین نوٚقطن سِتی واٹھ دِتھ غور کرُن لازمی چھُ ۔ توَے چھُس بہٕ جنابن نِشِ یِم نوٚقطہٕ الگ الگ وِژھنأوِتھ عدالتس اکِس خاص نتیجس پیٹھٕ واتناونس منٛز یِنٛہُن ذِہن تہٕ محنت آیہٕ تن تھأوِتھ !

# باب

# اولاد

مے لاڈ! دوٗنی یمِس گواہ سُند بیانہٕ برٕجابن لنش وٕژھہ ناوٕہ،
یہِ گواہ چھہ ٹلمبر زٕہ۔ اَمی سُند ناو چھہ مُسمات ساجہِ۔ یہِ چھہ ہاجرس
ماس تہٕ مُلزِمہ سِنز سال۔ یہِ گواہ چھہ بٔنیس محلس منز روزان۔ مگر
ہاجرہٕ موتہٕ کرِ افشا گژھنہٕ پتے چھہ یہِ گواہ تہٕ مُلزِمہ سُند گھرہ واتان۔
البتہٕ چھُنہ اَمِس یہِ یاد زِ اَمِس کوٗہ چھہ وٕشیچھ واتہٕ ناوان۔ مگر یہن
چھُس یاد زِ پُلسکہِ واتنہٕ وِزی چھہ یہِ تہٕ موقس پیٹھ واژمژ۔ اَہندِ
بیانہٕ منز چھہ جایہِ جایہِ مُلزِمس خلاف نفرتک تہٕ عداوتک جذبہ
ٹاکارہ بأکھی لیشیان۔ یہِ شأہد چھہ بنیس بیانس منز لٹہٕ لٹہٕ تہٕ
وِزِ وِزِ مُلزِمس بدقسمت، تاوٕن زد تہٕ بدماش وَنان تہٕ مانان—
گسیتی چھہ یہِ تہٕ مانان زِ زندگی منز چھہ ہمیشہ آحدہ شریف تہٕ نیک

خصلت اوس مُت ۔ اُمِس شاہدہ ہنز رائے ووٚنی مُلزِمس خلاف
سیدنی چھہ صاف دِوان کرِتھ زِ اُمِس تہٕ چھہ مُلزم سُند کینہ تہٕ
عداوت بدٕ لوُمُت ۔ میون مطلب چھُنہ زِ اُمِس کیاہ چھہ مُلزم سُند
کانٛہہ پرٛون عداوت تہٕ تمِی بُنیادِ بیٹھ چھہ یہ اُمِس خلاف شہادت
دِوان ۔ مگر حقیقت چھہ یہ زِ واقعاتن ہُندی ہنگامی تہٕ پُر اسرار
صوٗرتن چھہ اُمِس بچارہ ہنز عقل تہٕ حاران کرٕمژ ۔ اُمی سُند ذِہن
تہٕ چھُ دھوکس تہٕ فریبس منز ۔ اُمی ذِہنی فریبن چھُ اُمِس ہتھ
فی صدی یہ یقین یاوٕہ کوٗرمُت زِ اگر کانٛہہ اَہنزِ بینٛزِ ہُند
قاتِل چھُ ، سُہ چھُ صرف مُلزم حاضر اجلاس احمدہ ۔ امی دھوکہ
سِتی چھُ اُمِس تہٕ مُلزمس خلاف وچھس منز نفرتُک تہٕ عداوتُک
نار دُہان ۔ امہِ چھہ اکھ تومنہٕ پچ ( Biased ) رائے مُلزمس
خلاف قایم کرٕمژ ۔ تہٕ اُتھی متعصبانہ لیہ تہٕ اندازس اندر چھہ یہ
مُلزمس خلاف بیانہٕ دِوان ۔ تہٕ کیازِ اَہنزِ رایہ مطابق چھُ مُلزم
اَہنزِ ٹاچھ بینٛزِ ہنزِ "کنہٕ نشانہٕ" ہُند قاتِل ۔ اُمی عداوتن (یُس
جذباتی طور اَہندس دِلس منز یاوٕہ سیدُن لازمی اَمر چھُم) ——
چھُ اُمِس اکھ انتقامی جذبہ اکھ مُلزمس خلاف یاوٕہ کوٗرمُت!
مگر امہٕ انتقامہ کہٕ زیرہ باوٕ وجود چھُ یہ حرٕ چکین سوالن جواب

دِوان کیٚنٛہہ کتھہٕ بیان کران۔ یِمہٕ کتھہٕ یَتھ مُقدٕمس پیٹھ قطعی تہٕ آخری
رائے قایِم کرہ نہٕ یِروٚنٛٹھ سمجھنہٕ ضروٗرۍ چھےٚ۔ یِموٚ کتھو منٛز چھُہ
بٔیِیوٚ چیزوٚ علاوٕ یِمن دۄن ماٗلۍ پوٗترن ہنٛدہٕ آثارٕک، بیٚیہ شفقتُک ہُنٛد
تہٕ اَولادٕ سنٛزِ فرمان برداری ہُنٛد اکھ مِثالی تصویر۔ اَچھین تل
وۄپدان۔ اَہنٛدِ بیانہٕ کِنۍ یِمن جُزوَن ہُنٛد بٕ عدالتُک توجہ پھیرُن
چھُس یژھان۔ تِم جُز چھِہ ''... پژھہ نیک تہٕ اصل ذات کوٗر
چھہٕ نہٕ شاید ازتام میانہٕ فکرِہ پیٚنہٕ پیٹھ کانٛسہِ ماجہِ تہٕ تتھنہٕ ہیمژہٕ
ییتھس اَکِس اَولادس شوٗبن داہ اَولاد رَٹہٕ چھیٚپہ دِنۍ ...
مگر یِہ بد بخت کیاہ کرِہ ہا اکھ نعمتس۔ نعمت رٕٹہٕ نس سوٗمب گژھہ
بانہٕ آسُن ... ... ژِراٹہٕ ہالہٕ ییتھے یِوان آس تہٕ پلو بدہٕ لاوتھے
اُس ہیٚرہٕ بوٚنہٕ لرِہ ڈُوٚتھ شیٚر تھ والان ... ... وُٹس پھٕنٛدِس
منٛز ییہ ہا بُڈِس خوش مزازس کھیٚنہٕ چیٚنہٕ ... ... ییتھے مول
اُوٗسُس وانہٕ پیٹھہٕ گرہٕ یِوان تہٕ چایہٕ سماوار ہیتھ روزِہ ہا بس
بروٚنٛٹھ کنہٕ پیالہٕ پیالہٕ چاوہٕ ناوِنہٕ۔ شامس اُسۍ شونگن وَختہٕ
نٔرِن زنگن تہٕ شانن موٗٹھہٕ ہِن تہٕ ژھلہٕ ژھلہٕ ہُن دِوان ....
صُبحس اُس اَکھ بتھ چھلِتھ نماز تہٕ قرآن پٔرِتھ مالِس شانن
فش فش دِتھ تِندرِہ وُزہٕ ناوان ... ... اگر زَن بِچار

راتس دۄہن رأژن میون گھرہ پڑھی لازی پوان اُمس تہٕ ہتہٕ
پھیرہ اوسُس راتس مژہ نیندرِ منزٕ "بابہٕ لالا" ییرتھ ژلان۔
..... مژہ نیندرِ ہُشار گژھت اُمس مول ژھانڈان۔ گاش
پھولنے اُسم گھرہ گژھنہٕ خاطرہ پتہٕ لگان....."

یہ چھُ جناب! اولادانہٕ شفقتُک تہٕ تابع داری ہُند سُہ اکھ
تصویرِ ییٚتہٕ ماجہ اسہٕ ہاوان، یُس اکھ مثالی تہٕ قابلِ تقلید کر بکڑ چھُ
امہٕ تصویرِ چ بناوَن واجینہ فن کار چھُ یلزِ مہ سنز کوٗر ہاجرہ۔
نیک اولاد آسہٕ پنج دۄیم یِژھ مثال اَزی کس زمانس منز
میلنہٕ چھےٚ سٮ۪ٹھاہ مُشکل۔ اگر تابع داری ہُند یہ کمال اکہٕ طرفہ اوس
مگر بیٚیہٕ طرفہٕ تہٕ اوس شفقتُک سُہ کمال، ییتہ منز نہ صرف ببہ
سُند اتارے اوت اوس، بلکہ ماجہ ہنزہ مایہ ہُند اکھ آنتھ رۄس
طوفان تہٕ ژھینپتھ اوس۔ اَمار کہٕ امہٕ غائر فانی تہٕ میٹھہٕ بأیتُک
اکھ مصرعہ پوٗر مینہ۔ دۄیم مصرعہ تہٕ چھُ ییتھے رنگین تہٕ یہے گواہ
چھےٚ تتھ متعلق ونان"..... اگر ہاجس زاہ میانہٕ گھرہ یئیتھ
گھرہ واتنس ہنا ژیر گژھہا تہٕ یہ (ملزم) اوس مٹیومُت ہوت
ہیو مُسجے بُتھ چھلنے اَمس میون گھرہ نادس واتان..."
تام ژٹ جگن وکیلہ سنز کتھہ۔ تہٕ اسہٕ وُنہٕ چانٹہٕ وۄنس

جَمٕہ گرٕہی آسِس منز ــــــ "مُمکِن چھُ یِہ آسِہ ہِی نہٕ کورہ ہِندِہ غرضہٕ
گژھان، بلکہ چاے چینہٕ صُبحٕچ!"

وکیلن ہیٚژ او اَتھ جواب دِیُن تہٕ ججَن وۄنِس اُسنا ہ
کرِتھ۔ "اَتھ چھِنہٕ جوابچ ضرورت۔ تہِ تھوٚو جاٲزی پننہٕ کلامُک
سِلسِلہٕ۔" یِہ ہدایت بوٗزِتھ لوٚگ وکیل بییہِ ساجَن بیانہٕ پرنہٕ۔

"... ... یِہ اَژُو نے اوس وَنان زِہ اُمِس کوٚٹھس کیاہ اُس
نِندرِ راتی راتس وقہٕ ساوی گاٲمٕژ تہٕ پَنٕدی دٕرامٕژ ... ..."

گواہ سِندہِ اَمہِ بیانہٕ منزہ چھُ خاب ٹاکارہ یاٚٹھی نَنان
زِہ مُلزِمس اگر کانٛہہ ڈوکھ، سہارا تہٕ چھیٚپن جاے آسمٕژ چھِہ،
سو چھُس صِرف یہے کُنی کوٗر آسمٕژ۔ اوٚہندُے آمار تہٕ محبت
اوس مت۔ اگر یِتھِس بےکسی ہِندِس عالمس منز اُمِس کانٛہہ
کَس تہٕ کُے اوسمُت چھُ، سو چھُس صِرف ہاجرٕنی ذات آسمٕژ!

ہاجرہ، یُس تمۍ یِتھوی سۭندِ تمانہٕ ماجرِ دِیت۔ موج لاگِتھ
سو ماجِہ ہنز شفقت دِژھ۔ تہٕ بَنہٕ آمارک آنتھہٕ سوٗس لول ورتاوُن
ــــــ سو ہاجرہ یُمِس ہیوٚ اولاد اُمِس بچارِس یاگاٲنِسہٕ تہٕ
میٲنہٕ مُشکِلے اوت اوس نہٕ، بلکہ نامُمکِن چھُ۔ یُمِس ماٲجِس اولادہٕ
سۭندِ راتہٕ کِبن دوان پہرن اورہ یورہ گژھن اُمو ہنز نِندرِ

ووڈِ ساؤی گژھتھ پَندی اُس نیران ـــــــ کیاہ تٔسی اولادس واتناوٕ ہا یہِ پانز زاننتھ تہِ مانتھ پانس نِش ہمیشہِ خاطرہ سیٹھاہ دوٗر۔ ـــــــ تیوٗت دوٗر، ییٚتہِ دوبارہ تہند پرتوٗ ڈیچھُن تہِ اَہندہِ خاطرہ ناممکن چھُ؟ کیاہ تٔتھی واَحد ژاَنگی ریٚہہ ژھیوٗراوہ ہا، یہِ پینہٕ نبو اتھو یمیک گاش اَہنزہ زندگی ہندِس اندِ گٹس روشن کرِتھ اوس ـــــــ ٹھیک چھُ۔ ہیوٗتھ چھُن گریٚزہ ڈنہِ آوازہ منز وَنُن۔ ـــــــ مگر تہندِس سوالس جواب دِوان چھہ یہِ گواہ وَنان زِ یہِ واقعہ گژھنہٕ بروٗنٹھ اکھ رِبتھ اُس یہِ ملزمہ سُنٛد گھرہ آمژ۔ اَکھ رِبتس چھنہٕ یہِ زانُنہِ تہِ یُہُند گامژ تہِ نہ چھُ ہاجرہ تہِ نہ ہاجرٕن مول ملِزم اَمِس گواہ سُنٛد گھرہ گامتۍ۔ اَکھ رِبتس اندرکم چکّر چھہ یِمن دوٗن مالِ لیوتھرن ہندِین باہمی تولقاتن منز آمتۍ۔ تِمن مُتلِق چھہ یہِ گواہ بے خبر تہِ بٔلے ذان تولقات چھنہٕ ہیوٗی روزان۔ بانس تہِ بانس تہِ چھُ کھوٗنتھ تہِ ٹھوکرٕ لگان۔ ممکن چھُ کانُہہ تژھ حرکت شانگِتھ یا محض کانُہہ شک گژھتھ چھُ ملزِمس پننہِ کورِ ہُند بھروسہ کم گومُت یا ختم گومُت تہِ ملزِمن چھُ زِندگی ہندِس گٹہٕ ژلِس گاہ دِنہٕ دول ژدنگ ہمیشہِ خاطرہ ژھیوٗہ راونک فاَصلہِ نمُت، ییٚمہِ ژانگِچ ریٚہہ شاید تَس باسان اوس زِہ گھرہ سے مادِیہِ اَلاو۔ تمی خوفہِ تہِ دیہہ

ماکٕر ملزِمن پننٛز زندگی یِتھٕ خطرناک گاشہِ نِشہ محروٗم تہٕ اَتہٕ گوٚٹے
کوٗرُن برداش۔ لہاذا کرہ بہٕ توہہِ ہدایت زِ یِمَن بحث کھاٗے دِیو
تہِ جذباتہٕ کہو اَشِروِ نِشہ صاف تہٕ صرف کٔریو حقیقتس تہٕ واقعاتن
کاٗم ہیٚنٛنچ کوٗشش۔ خاٗر۔ مزید چھُ میٚہٕ توقع زِ یِگاہ کٔریو تُہۍ
یِمَن بحث مو کلاوِنٛچ کوٗشش۔ از بیٚٹھو اَسی عدالتکہِ وَقتہٕ کھوتہٕ
ڈاہ منٹھ چھادہ۔ یِگاہ سیدہ یہٕ مقدمہ برابر ڈاہ بجے صُبح بیٚہہِ
پیش!

عدالت گیٚہٕ برخاس۔ حکومت جج ژاد کاڈاہ کٔڈتھ یوٚت بَرہ
بیٚیس کُٹھس منز۔ تھُدی تہٕ وُناٹ خاٗکی طرہ واٚلی تھانہ دارن مونگ
ہتھکرِ ہندِ اِشارہ سیتی احمدس ہوٚژ۔ اَمہٕ تہٕ ژیوٚن یہِ اشارہ
بدنٕس منز تہٕ پانے ترٛوٗن ہتھکرہ کٔرس منز ہوٚژ۔ نزن تہٕ سوٚتہ
شُنڈ مرٛژھ بند نرہ ژراوہ ناوٗن اوٚسس۔ ساری تماشہِ گیہ اُسی
اُمیس کُن تُلی ٹارہ وُچھان۔ مگر یہٕ اوس پننِس حالس سیتی موٚت
ترٛمت۔ تھانہ دارس پتہٕ پتہٕ پکان ــــــ لانچہِ ژراوان دوران۔
اَتھ گگر ژھلس کُن لٔیس تہِندِ خاطرہ عدالتکِس آنگنس اندر
صُبحہٕ پیٚٹھے آدہ گٔمت اوس!

---

# باب ۵

# راز

یگاہ لجؠ برابر کالہٕ کِنہِ وَختس پیٹھ عدالت۔ ججس اوس
وچھن اُچھن پیٹھ عاؠنکھ زوتان زان۔ ڈیکہ پیٹھ تالہٕ تام مَتَر
روٗس آسنہٕ کنہٕ اوس اُہند کلہٕ یِہِے تاپہٕ ڈیکرِ ہِش باسان۔ کُرسی
پیٹھ بِہِتھ اوس جج صاب میزہ ٹُلہٕ اکِہ زنگہٕ سیتؠ بیٖٹھس زنگہٕ
گِنڈان ہیوٗ۔ میزس پیٹھ لکھنہٕ وَٹھ تھاوِتھ تہٕ اَکھن دوٚیِن منٛز
تارِ کھنجہٕ زِ رٹِتھ اوس کتھ تام خیالس سیتؠ موٗت۔ احمد اللّٰہ
اوس وَنہٕ رائِل ہیوٗ مُلزم ڈاکس منٛز اِستادہ۔ مگر اوِرہٕ یور
زن تہٕ لاینہٕ یوان۔ تِمن تہٕ کانٛہہ گمٹُل پَرَ تہٕ پوٗنی ہیتھ راُٹِیلس
مکھ دِوان اوس۔ وُنہٕ اوٚسُس برٛنٛزے اِستادہ رٛوٚدمِتس
گومُت تہٕ ٹاس کرِتھ آو یَتھر لاینہٕ۔ اُہندہٕ پَتھر یِلہٕ سیتؠ گیہٕ

یک دم عدالتچ ژھوپہٕ شورس منز کریکہ نادس منز تبدیل۔ ججن کوٗر
منزس دب دب دِوان "آرڈر آرڈر"۔ اَتھ کریکہ نادس گیہ
ہنا لوٗ ژلت ہش۔ تہ اَتھہ ستی کوٗرُن جمع دارس ملزمس ژرش
اَنہٕ نُک اِشارہ۔ ژلیشاہ چاوِتھ تھوٗوکھ احمدہ سُند راَرِتھ۔ رُمال
سیتی واو کرُی کرُی تہ آبہٕ چھرکاو کرِتھ اوٗنکھ داہ پنداہ مِنٹھ
گژِھتھ احمدہ ہوشس۔ از آو اَمہ آوہ ژھٹہٕ ہندہ سببہٕ ججہ
سُندہ حکمہٕ سأری ہے کاروائی ہندِس دورانس ملزم ڈاکس
اندر کرُسیہ پیٹھے بیہناونہٕ۔ اَہندہ ہیس ہوش سنداژنہٕ ستی
گیہ بیٹھ ژھوپہٕ۔ تہ ججن کوٗر ملزمہ سندِس وکیلس کُن اِشارہ
یُس برونٹھ کنی بَرہ اَتِرہ وُنئے کھوٗوری کنہ کرُسی پیٹھ بِہِتھ
اوس۔ یہ اِشارہ ژرزِستھے ووٗتھ وکیل تھوٗد تہ کلہٕ نوٗمراَوِتھ
کوٗڈُن شانن بیٹیہ واش ہیوٗ۔ پتھے آمی پننُ بحث شوٗروٗع
ہیٔراو کرِن تہ ججن کرِس تأکیدہ چھ نظرِ ہدایت زہ "منشی
صاحب میہ چھ وُنہ پید زِہ تہِیم کرِیو از پننُ بحث موکلاونچ پوٗرہ
کوٗشش۔ تہ کیازِہ عدالتس نِشِ چھ بیٹیہ تہ کینہہ ضوٗرُوٗری
مُقدمہ تہ یہ مُقدمہ چھ سیٹھاہ پرانیومت۔ یہ کینژہاہ توہہ
ونن آسیہ، تہ گوژھہ نہٕ واقعاتہ نیبر اَسُن!"

یہ ہدایت بوزِتھ کوٚر وکیلن کلہٕ سیتی اَتھ آمنّا تہٕ صدقنا۔ گر
زیٚوہٕ سیتی دِتُن نہٕ کانہہ یقینن تہٕ۔ کاغذن اورہ یور پھیرُناہ دِتھ
کوٚر اَمی پنُن بحث شوٗروٗع :۔

جناب! بہٕ چھُس پانہٕ عدالتک سیٹھاہ کم وَرخ نِیُن یژھان
مگر یمہٕ مُقدمکو واقعات چھِ تتھہٕ کنۍ دٲلِتھ، یمن منٛز حقیقت ژٲرُن
چھِ۔ اَدے چھُس بہٕ یمن واقعاتن پوٗرہ پٲٹھۍ تہٕ محنتہٕ ساں
ژھوٚرتھُن یژھان۔ یمہٕ موکہٕ میانِس عرضداشتس کینٛہہ زیچھر
لگُن تہٕ لازمی تہٕ ضروٗری چھُ۔ اگر اَتھ منٛز عدالتک وَرخ ہتا
جادٕے پھٕن عرف سپدِہ۔ مگر انصافکو شرط گژھن تمی سیتو
پوٗرہ!"

نعارٕ۔ از کرِہ بہٕ عدالتس نِشہٕ استغاثہٕ کس ژوٗرِمس
گواہ مسمات زینہٕ نٕن بیانہٕ دیژھ ناوِنچ کوٗشش۔ یہٕ گواہ چھِ
بڈٕ اہم۔ تہٕ کیازِ اَولن چھِ یہٕ قاتلس پتہٕ ہوٗقس ہیتھ واتن
والین منٛز گوڈنیک نمبر تھوان تہٕ دوٚیم چھُ یہٕ زٕ یہٕ چھِ
ہاجِرس بڈٕ خاص ولس آسنہٕ۔ امہٕ ولیہ تانہٕ کہٕ لحاظہٕ چھِ یہٕ
ہاجرِس سِرن ہنز سرپوشا تہٕ رازن ہنز واقف آسنہٕ۔ یہٕ چھِ
میانین بجرحن ہُند جواب دوان وَنان۔" ...... ...... ...... یکھِے

میٚہ فاطمہٕ کرٕ نیکہ بوز، بہٕ آیس ننہٕ وأرٕے دٲدان تہٕ دوران۔ فاطمہٕ
ووچھم ہاجرہ نِہ کھوٚشی سٟتۍ تھف کرِتھ۔ میٚہ ترٕنٛجہٕ تہنٛز ووچھن نرٕ
اتھہٕ سیتۍ تھوٚد۔ سۄ آس ہتہٕ فریخ ہش۔ نرٕ آسس شیشٕ ماسیچ
شیشی گانٹھہٕ ہش۔ ... بہٕ پیٚلہٕ ہاجرہ نِس کٔنٹھس منٛز ژھایس
اتہِ ووچھم فاطمہٕ اَمِس کھوورِہ طرفہٕ تہٕ ووچھنہٕ کنہٕ پیأرۍ بہٕ عبٹھس،
تیأرۍ اوس شیشہٕ ونہٕ گلاسس منٛز آبہٕ اوٚڈ گلاسہٕ ...
اَتھہٕ گلاسس نِش اَمِس کیاہ تام کأمۍ تہٕ قلم تہٕ میلہٕ دواتھ ...
بہٕ چھس ہاجرِ نِش دار یہِن راژن شونٛجہٕ۔ مگر سۄ چھنہٕ میٚہ
نزاہ روتلہِ ترٕیش سِوان ووچھم۔ یوٚدوے میٚہ اتھہٕ عادتس پیٹھ
پرٕیتھ وِزہِ ہیڈان تہٕ برٕیڈان آس ... ہاجرہ آس میٚہ بیٚنہٕ
ہندِہ کھوتہٕ جادہٕ ٹاکھ۔ پرٕیتھ رازس دوکھس تہٕ داأوِس آسس
بہٕ تس محرم ... ...
نہٕ تہٕ میٚہ نِش چھنہٕ تمہٕ بیچارہٕ مرٕن وِزہِ تام مأکوٚسنٛز گرٕاد
گونٛد کرٕ ہژ۔ پرٕیتھ وِزہِ آس ونان ــــ "یٔتھ بیب کتہٕ بنہٕ ژیس موج
تہٕ مشرادِہ ... نہٕ تہٕ سۄ آس بنٛنیچ پاک سوٗر۔ سۄ نزانہٕ ہی نہٕ
زاہ پرٕ مردس یا کٔرکس کنٛ ووچھن۔ بہٕ گوو نحقہٕ دامن چھلون ....
آوہ آوہ بشرہ پیرہ ہند اوس اسہِ دوشونی شرٕو لأزمی پیٹھ گنٛدن

بورج - ہاجرن تہٕ تمہٕ پوٗر دٕیہمہٕ تام یکہٕ وٕٹہٕ- مدرس اُسی یکہٕ وٕٹہٕ یوان گژھان ... ... اوہ اکِہ دوہ یہٕ لیٹہٕ دِژھ میہٕ اتھہٕ بشیرن پنٕنۍ سوالہٕ کأپی- دیان اوسم، یم چھہٕ میہٕ ہاجرہ نہٕ خأطرہ سوال کرٕی متۍ تس ، چھِہ یم پنٕنہٕ کأپی پیٹھ تارٕنی ... ... ”

امہٕ پتہٕ چھُس بہٕ جناب اُمِس شاہدس سوال کران زِہ کیاہ ژاہ ما اوسُے سہٕ ژیہٕ باٛنٛد باٛنٛد کران زِہ پنہٕ یہٕ کأپی کأژِھ ہاوکھ یا کانٛہہ وُچھی ؟ ” اتھ چھُ یہٕ گواہ جواب دِوان- ” دوٗہے نہٕ مگر نماٛئراہ چھیُم اکِہ دوہ یہٕ لیٹہٕ وٗنمُت زِہ پنہٕ کأژِھ تِمی دِہس ... ... گاہے اُمِس ہاجرہ یہٕ کأپی بشیرس واپس دِنہٕ خأطرہ میٛے اتھہٕ دِوان تہٕ گاہے اُمِس نہٕ واپسے دِوان- ”

یہٕ بیانہٕ چھُ جناب صاف ظأہِر دِوان کرٕتھ زِہ ہاجرِس چھُ اُمِس بشیر احمدس سیٛتۍ باضأبطہٕ خط وکتابت تہٕ نام و پیام جسلہٕ وُن اوس مُت- یہٕ کأپی چھِنہٕ سوالن ہنٛز کأپی اُمِس ہنٛز، بلکہ کرٕ نام و پیامہٕ چ- یہٕ شیچھ بوٗد ٹیس کھوٗژ کھوٗژ سیٛزٕ نہٕ پیہٕ تہٕ پوٗشیدہ باتھی واتناونکہٕ پتھ سیٛتۍ ہدایت وابستہٕ آمہٕ، سہٕ کیاہ ہیکہٕ لوکہٕ، دٕرِکہٕ تہٕ محبت کرٕ نام و پیامہٕ لِفأفہٕ اُسِتھ ؟ لہٰذا چھُ یہٕ صاف باٛغلی لوکہٕ نام و پیام تہٕ خط وکِتابت اوس مُت، نہٕ کرٕ سوالن

ہنٛز کأپی۔ آتھ کأپی پلیٹھ چھُنہٕ اُدسمت عام مدرسن ہندِ علمکۍ
نوٚ قسطہٕ لیکھنہٕ پیوان۔ بلکہ عشقہٕ کہ ژاٹہٕ ہالہٕ چھِ پرٛژہٕ!

جج اوس وکیلہٕ سُنٛد یہِ منطق بڈٕہ وَژِھ دامنجہ، وُٹھ
کمہٕ لأدِتھ تہٕ ڈبکہٕ چھِ گینٛنہٕ مُژر آدِتھ بوزان تہٕ سیٹھا سیٹھا مسٔلہٕ
پلیٹھ پانہٕ تہٕ پھیری پھیری پران۔ مگر احمدس اوس یہِ بوزِتھ سرسام
ہیو گژھان۔ ژکھہٕ سیٹھا اوس لیڈر لو دندوٕ سیٹھا ہوٚکھومِتھ وُٹھ
ژایان، میٛنگہٕ آسس وُہان۔ ظأہراہ اوس وکیلہٕ سُنٛد اُمس
ژۄپرنگ بار بار اِسادہٕ کرُی کرُی کتھہٕ تام لیحاظس منٛز پتھ تھوٚد
دٕہ تھنگ آسے کرُی پتھے بیٛنہٕ پتھر بیہان۔ پوٚت وکیل یمہٕ کتھہٕ جادہٕ
دبژِھ ناوان اوس، تیژہاہ اُمس جادہٕ جادہٕ اُمس ژکھ تہٕ دٕژہ
گژھان۔ مگر آخرس پیٛلہٕ نہٕ کانٛہہ چارہ لوٚبُن تہٕ کنِن دٔوِن
دِژِن پنٛنہٕ اونٛگجہ زٕہ نَژِھ بدلہٕ تھَپہٕ۔ تہٕ کلہٕ ژُھنِن کٔو ہٹِن
دٔوِن منٛز، زن نہٕ اَسِ منٛز جانہٕ واراہ پھُٹہٕ گوٚو۔ وکیل گوٚو
وَنان — "جناب! یہے گواہ چھُ اکِس سوالکِس جوابس منٛز
ونان"... ہاجرن چھُنہٕ میٛہ زاہ تہٕ دٔوِن ہُت زِہ سو کیاہ اُمس
بشیرس سیٛتی خاندر کرُن یژھان... مگر اَوہ اکِہ دوہ یژِھس
میٛنے زِہ" چایہِ نی تہٕ بشیرنی جوری کرِژھ سیج؟ تُوہہ تہٕ دٔوِن زیٛوٹھ

وۄشاہ تہٕ دۄہنم" وُہے بے قلو! دۄہے چھا پانٕرٕ کونگ وُڈرن
ہندٕ زۄنٕ حیہٕ نوتو، نہٕ بنان!"

جناب! ہاجرن یِہ کینژھاہ پننہِ ولسہٕ زِیٚنس نِش بیان
کورمُت چھُ، امہِ بیانٕک انداز تہٕ الفاظ چھِ صاف پأٹھۍ ہاوان
زِ تہندِس منس منٛز چھُ بشری آشِنیٚ بنٕنٕک اکھ طماہ تہٕ آرزو
اَلاو بنیومُت۔ یِہ نار چھُ تمہِ پننہِ دانٲئی سیٚتی پننین سِرن ہندین
سرپوشن نِش تہٕ کھۄٹہِتھ تھونٕچ کوشش کرمٕژ۔ مگر یِہ نار چھُ تالہِ
پھٹہِ اَلاو گنڈان۔ یِہ نار روزِ ہے کھۄٹِتھ! یِہ چھُ سۄ دود داہ
تیٚمِچ سِتھاہ چھیٚنہٕ مرینہٕ سندہِ نبضہٕ سیٚتی لگان، بلکہ اَمِچ تلمی
تہٕ ٹیچر چھُ اُمس مریضہٕ سندِس کلاس منٛز آسان۔ سۄے
ٹیچر کلاکٕ چھُ مرضِچ علامت ظأہر کران۔ لیس ٹیچر ہاجرہ نِس اَکھ
کلاس منٛز چھُ، لُس تمہِ پننہِ دلسہٕ نِش بیان کورمُت چھُ، سۄ
چھُ صاف داڈیک پیٚے دِوان تہٕ مرض ظأہر کران۔ امہِ باسہٕ ہا
اَتھ کلاس اندر جادہ دُکھ، درد تہٕ محرومی۔ اگر زن ساعتی کن
ہاجرہ نہٕ زیٚوہِ یم الفاظ بورٕ ہن۔ مگر یم تہندی لفظ چھِ امہِ نِش
سۄ مرِتھ دۄہمِس درجس بیٚے سندہٕ ذرٕی یِہ سکنڈ ہینڈ....
(Second hand) بنِتھ وآتان۔ مگر تو تہٕ چھُ یمن لفظن

اندرٕ تاثیر تہٕ یائیست، ارمان تہٕ الماپنچ ناکامی، آتش تہٕ آتشن ہُنٛد ناش نوٚن ترِ تہٕ در پردہ ترٕ۔

جناب! اُمی ہے شاہدس حُکُس بٕ سوال پرٕژھان زِ ہاجرن ما دِژاوتَس زاہ کانہہ چیزاہ بشیرس دِنہٕ خاطرٕ۔ اکھ سوالس چھیہ یہِ گواہ گوڈٕ نکار کران تہٕ مگر پتہٕ چھیہ ونان"... ... نہ نہ زاہ نہٕ۔ مگر اکہِ دوہہ ہیٚیلِ ہاجرہ ماسہ سیتی اُس ژٕژار گامُت۔ تورٕ اوٚنمُن توٚبرٕ کھ۔ سأری ہے عقلس پأگراوٚن ... ... اکھ ڈانگہٕ دار ژٕنارٕ کانگہ دِژن میٚہ اَتھہ ... ..." امہِ پتہٕ چھیٚنہٕ جناب ذاتہِ ماتہِ یہِ شاہد ونان زہ سہ کانگرٕ کُس کرٕژھ دِژا اُنس۔ مگہ گواہ سُنٛدہِ بیانہٕ کِیو اندازٕ تہٕ گواہ سُندِ بو رٕوہ نہٕ کانٛہہ (یم رٕوہ نہٕ کان عدالت ماتھتن نوٹ کرنہٕ ہتھ چھیہ) منٛزٕ ترِ صاف تہٕ سیٚدی پأٹھی فِکرِ زِہ یہِ کانگرکُس کرٕژھ اُس تہٕ کُس آیہ واتناو نہٕ!

جناب! چونکہِ یہِ شاہد چھیہ تقریباً ژوٚن منٛزٕ ترٕبن پہرن ہاجرس سیتی آسان اُس ہرٕ، لہٰذا چھیہ اُمس شاہدس میٚنہ کیٚنہہ کیٚتھ واقعہ سَپدِ نہٕ کُس دوہس مُتلق تہٕ پرٕژھہ ہرٕ۔ وارٕ یہن سوالن اور یور جواب دِتھ چھیہ یہِ گواہ واقعہ سَپدنٕ چہ رأژ

ہندِس شامس مُتلِق ونان ـــ" ... ... دوہَس اُس سۄ واٗرٕ
یاٗ کھٹو۔ مگر شامس زن اوس ہَس ہنٚدِس پیٹھ ہوٗن مور مُت !
کوٚکرٕ ژانن وَخ اوس۔ یُہ اُسُس کوٚکرن "توٗ تی، توٗ تی" کران
سۄ وُچھم پننِس براندس پیٹھ وۄتھ دِنہٕ شُلہٕ بَبس سیتۍ تھِس
رارٕ کران۔ شُلہٕ بب دڑاو تہٕ ہاجرٕ اُس پتہٕ لوٚنچہٕ سیتۍ
اوٚش دوتھراں ... ... سۄ بِچاٗر اُس بدٕ لے کُلا یاہ !
محلہٕ کیو مردو منٛزٕ اُسُس شُلہٕ بَبس سیتۍ برابری تہٕ زنانو
منٛزٕ عشہٕ دیدہٕ سیتۍ ... ..."

جناب ! یِہ عشہٕ دید چھےَ یتھ اندر اِستغاثس ہیچ اکھ شاہد
اکھ۔ یُمِس مُتلِق بہٕ دُختس پیٹھ وضاحت کرٕ۔ مگر چونکہ یِہ
شُلہٕ بب چھُنہٕ اِستغاثہٕ چہ دلیلہٕ منٛز کُنہٕ جاے تہٕ یوان، لہٰذا
پیٚو میٚہ یُہ سے شاہدس اُمِس شُلہٕ جُوس مُتلِق تہٕ سوال
پرٛژھن۔ اُہندِ بیانہٕ منٛزٕ چھُ نَنان زِ اُمِس شُلہٕ ببَس چھُ
اصلی ناو شُلہٕ جُو ۔ یِہ چھُ پیرِ مرد، روزان چھُ کتھ تام
گام اوس مُت۔ مگر وُہر چھِپن بشیر احمد پیرہ سندِس ڈُڈِی
ببَس تہٕ ماٗلِس خدمت کران گُذارمژ۔ ہمیشہٕ چھُ تھٕندی گھرٕ
روٗدمُت۔ امہٕ محلکو شُری چھِپن کھوٚنہٕ رُچھ ہیتو۔ مگر بشیرٕ

تہٕ ہاجرہ چھِن سیٹھاہ جادہ زِچھی متو ....

وکیل اوس وُنہٕ تہٕ سُلہٕ جوٗ ویژہہ ناوان تہٕ جج ووٗتھس

"مُنشی صاب! تہۍ چھِوہ خاہ مخاہ عدالتُک وَخ خراب ———

کران۔ آمِس سُلہٕ جوٗس چھُنہٕ یَتھ مُقدمس سیٗتی کانہہ واٹھ تہٕ۔

نَہ چھُہ ملزم، نہٕ مُستغیث تہٕ نَہ شاہِد۔ تہۍ اگر تمۍ سُند (کیرکٹر سکیچ)

(Character sketch) بناوان چھِوہ، تہٕ کیازِہ؟"

"جناب! یِیہ تہٕ چھُس بہٕ عرض کرُن یژھان زِ سُلہٕ جوٗ

چھُہ اکھ اہم کِردار یمیُک ڈرامُک۔ بہٕ چھُس یہِ ہِتھ چھابن نش ویژہہ

ناوُن یژھان زِ یَتھ بدقسمت تہٕ غمناک واقعس پتہٕ چھُہ اکھ

پوشیدہ راز کام کران اوس مُت۔ یمیُک رازُک یہِ الم ناک حادثہٕ

نتیجہ چھُہ تہٕ یُس راز اکِس مُنصفانہٕ فیصلس بیٹھ عدالتس

واتنس سیٹھاہ مددگار ثابت ہیکہٕ بنِتھ۔ تمۍ رازہٕ چھِہ ہانکلہٕ ہنٛد

اکھ بند چھُہ یہِ سُلہٕ بب تہٕ ... ..."

"گوو نا!" دِژ جج گریزہٕ تنگ یِتھ کرِ یکھ ہش" زِہ

تہۍ چھِہ وِہ یہِ ثابت یژھان کرُن زِہ یَتھ واقعس چھِہ ویس منظر

کانہہ عشقُچ داستان۔ مُمکن چھُہ۔ مگر تِہُند ثابت گژھنہٕ سیٗتی چھُنہٕ

تِہُندِس موکِلس (اسامِہ) کانہہ فائیدہ تہٕ۔ جادہ کھوتہٕ جادہ

چھُ ممکن یہِ ثابت سپدُن زِ مقتولس چھُ کانٛسہِ سیتی محبت
تہٕ دِل لگی آسمٕژ۔ یُس چیز تٔہنٛدِ بٲلی برداشت آسہِ کوٚرمٕژ
تہٕ یمو چیزن لٔس یہِ باور دیتمُت آسہِ زِ تٔہنٛز گٔژھ ژٕلِہ راوٕن
والہِ ژ۔ انگچھ ریٹھہ ہیٛوتھ الاد بنٕ۔ تہٕ تمو کرٕ یہِ ریٹھہ ہمیشہٕ خاطرہ
ژھیٛنتہٕ۔"

یہِ منطق وٕنۍ تھہ نادِتھ لوٗگ بج بُرتھس لکرٕ کٔٹھس چارود
طرف مُدٕ یہِ پھیرہ نادنہٕ تہٕ لکن لج پھسرائے۔ وکیلن دوئمُرد
ژادی چ سفید ژٕوالہِ ہٕٹکھس ڈکس آینہٕ گمہٕ تہٕ لوٗگ بییہ
جواب دِنہٕ ــــــ "جناب چھِ یہِ اُدہ سبیہ فرماوان زِ جنابن
رِچھِہ دُونی کنس عقلہِ ہُندی سبٹھاہ کم راز تٔنے میتی۔ ممکن چھُ زِ
یہِ رائے سپدِ جنابن تبدیل تہٕ۔ نعاد اگر یہِ حقیقت آسہِ، تہٕ
نمنٕ تہٕ چھُ انہ حداہم۔ تہٕ کیازِ میون نظریہِ چھُ زِ کُنہٕ مقدمک
آخری تہٕ اٹل فائصلہ چھُ انسان عام لکن ہنٛز رائے۔ مگر یتھ
مقدمس پیٹھ پننٕ فائصلہ دِوان گژھہ نہٕ عوامچ رائے تہٕ پینہٕ
والہِ پیٹھہ ہنٛز رائے ـــــ کھُربن تہٕ شُرکین اندر راوٕنی ـــــ
میون مُدعا چھُ یہِ راز گوٗژھ عامس اندر واضح سپدُن ژِہ آیا
اکی شفیق مالی کیازِ مار پننٕ ماکھ تہٕ کمہٕ کوٗر؟ اگر یہِ مول

یٔت اِنتہاپسند بَنیاو تہٕ امرٕ انتہاأیی حدُک اِبتدا کیاہ اوس ؟
یہٕ نینہٕ راوٕن چھہٕ میٲنی فرض تہٕ تہٕ عدالتُک فرض تہٕ۔ پُلیس راز
واضح کرنس منز یِیہٕ تفتیش نا کام چھہٕ۔ مجسٹریٹہٕ سُند تحقیقات
تہٕ تہٕ سیشن عدالتُک تحقیقات تہِ خاموش چھہٕ۔ اگر یوٗہے راز
یَتھہٕ عدالتس منز نَنہٕ تہٕ میٲنہٕ روزہٕ وُمرہٕ اکھہٕ اطمینان اکھہٕ زِہ میٲنہٕ
کوٗرٕ بِنیُن فرض پوٗرہ۔ یِہن تہٕ چھہٕ سیٹھاہ مُمکن زِہ آمی رازُک
نَنیر ماکڈِہ اِلزامُک یہٕ طوق یُمِس مُلزِمہٕ سنٛزِہ گردنہٕ منٛزہ تہٕ
یہٕ ہانکل ما واتہِ بیٚیِس کٔنہٕ گردنہٕ منٛز۔ خاآر، جناب! بہٕ واتہٕ بیٚیِس
پٔنِس مطلبس۔ تہٕ گوو زیٚنہٕ نِس بیانس لگہٕ بہٕ بیٚیِس حسب
مطلب ژھانڈٕ دِتہٕ۔ ہاجرس عرسیٹھی کر کرٕیاو یہٕ زیٚنین آخری مُلاقات
تہٕ کیاہ کیاہ کلامہٕ سپٕز اوہین دوٚن منٛز ؟ تمہٕ سوالس چھہٕ یہٕ
گواہ جواب دِوان ونان"...... سٔلہٕ بب ڈرٛاو تہٕ بہٕ
ترٕس لارِہ لاری ہاجس نِشِ۔ تَس پژٕھہ ہا زِہ سعہ کیاہ آس
سٔلہٕ ببس ونان تہٕ اَوٚش کیا زِہ آس ہاران ——— اتہٕ اوس
اَنٛدرٕ پِس کٹھِس منٛز اوٚہند مول احمداللہ کیاہ تام لیکھان۔
ہاجن ہا دمیٚہ اَچھہٕ ناٹھ تہٕ میٚہ کھیٚیِہ کتھہٕ۔ مگر آمِہ گُڈٕ اوٚرہ کھوٚدرِہ
اوٚنگمہٕ داأج۔ یہٕ داأج دِوان دوٚن تمہٕ لو تہِ لو تہٕ —"پیٚلہٕ بابہٕ

لاکہ نیمانٛزہ نیرِہ، یوٗری ترٛی زہ۔ بہٕ وَنے یہ کَسِس چھےٚ دِنی ....
تام کوٗر مےٚ ناجہ آکو۔ بہٕ ترٛس ٹھارہ ہٕشرِے گھرہ دَوان ....
آسہ اُسی گھرہ لاَزم دَر پیٛڑھی آمتۍ۔ توٗرے ہیٛچس بہٕ بہٕ کالہٕ تَس
نِشہ ٹُرِھتھ۔ یگاہ اُس سو ہوٗمژ .... میٚہ چھنہ وُنہٕ تہ پتاہ
زِہ سو واُمج کیازِہ دِژاُنم تہ کیتھہ کرِھ دِژاُنم!"

جناب! تفتیشچ اکھ اہم غلطی تہ نوقص چھُ یہ زِہ اگر زاُنن
پُلسس نِش پنِس بیانس اندر واجہٕ ہُند واقعہ ووٚنمُت چھُ یہ پُلس
ضِمنی منزٕ صاف ننان چھُ تہٕ، یہٕ واُمج کیازِہ چھنہ آمژ ضبط کرنہٕ۔
امہٕ واجہٕ ہُندِ منزِل مقصوٗدُک پیے کڈنہٕ خاطرہ کیازِہ چھُنہ آمُت
تحقیقات کرنہٕ۔ واُمج مرِہ نہٕ بردنھُٹھ کینھہ گاُنٹہ کاُنسہ سوزنہٕ
خاطرہ ٹھارہ حوالہٕ کرنہٕ ییٚتھ چھُ صاف ہوالی زِہ ناجرس
چھُ اکھ منصوبہ اکھ بناُوتھ اوس مُت۔ اُمنہٕ یگاہ ناُلی ہٕنزٕہ حاُزٕ
حاضری اندر پیہٕ ہنا یہ واُمج لارِہ ٹھارہٕ بغاَر سوزنہٕ۔ یہ لارِہ
لارکیاہ چھےٚ اُس مژ؟ اکھ دوہس تام کیازِہ چھنہٕ ناجرن واُمج
یاکاٹھہ یُتھ بدل چیزاہ، یُس محبتچ نشانی بُنتھ ہیکہ، امہٕ لارِہ
تہٕ ٹھارِہ زاَنس اتھہ دِژمژ؟ اگر ناُلی سنِدس مشیدِہ نیرنس
تام تہٕ اُس نا اُمِس پژار تہٕ تاب؟ کیتھہ سنا پاُٹھی؟ منصوبہ

اَنٛد واتِھنا وَنٛس چھِہ سیٹھاہ جلدی اۍس ہیٚژٕ۔ کاش ! اگر نہٕ آمٕنٛس گھرٕ لازم درٛ یُژھی آسہٕ ہَن نہٕ آہتی تہٕ تس آسہٕ ہا واٚج رٕٹ نہٕ یِتہٕ ہاجرس نِش گژھنٕس موقہٕ آمُت۔ یہِ سربستہٕ راز آسہٕ ہی نہٕ راز۔ یہِ آسہٕ ہی نہٕ اَکھ کتھ اکھ۔ مگر حالاتن ہٕنٛدی عجیب لرٕ پھیٚرن دِنَن چھِہ یہِ راز تھوٚومُت رازے !

وکیلہٕ سٕنٛد یہِ استدلال بوٗزِتھ اوس جج تہٕ پانس سیتی قلم دَندن تل رٕٹِتھ کیاہ تام سوچان۔ مگر احمدس اۍس یہِ پژُھ کلہٕ دادِس ہیٚر تیز راوان۔ سُہ اوس راونٛس منٛز راٚدی راٚدی گژھان !

---

# باب (۶)

## گنٛڑہٕ کار

دوٚیمہِ پھیرِ بہٕ جناب عدالتک توجہٕ سلام جوٗ گواہ نمبر
پانژٕہ سندِس بیانس کُن۔ یہِ بیانہٕ چھُ مثلہِ ہُندِس اکوٗہمِس (۲۱)
صفس پیٹھ دٲرِج۔ سلام جوٗ چھُ واٴنسہِ شیٚتھ (۸۰) وُہرِ سلام جوٗ
چھُ پانہٕ مانان زِ تمِس چھُ ہمسایہِ آسنہٕ علاوٕ تمِکہٕ سندِس
گُرِس سیتھ سیٹھاہ واٹھ اوس مُت، بلکہِ چھُ یہِ گواہ آمدنہٕ
زنانہٕ دوٗرِ درازٕ اَشناو تہِ اوس مُت۔ اُہندِ موقس پیٹھ
داتن وَنتہِ چھِ تَتھ واریاہ لُکھ جمع آسِمِتۍ۔ یمو منٛزٕ
اُمی فاطلن، زَانِنوٗ تہِ شمبوٗ ناتھن ناو بیانس منٛز دۆنمُت چھ
یہِ شاہد چھِ وَنان"... ... یتھے بہٕ اَتھ کتھِس منٛز ژاس، اتہِ
وُچھم میٚہ گنٛڑہِ کار تہِ گنٛڑا ٹوٗپ وۆتھمُت۔ اکہِ طرفہٕ آٴس شینہٕ

مأنی ہاجنز لاش ییمژ تہٕ بییہٕ طرفہٕ اوس احمدہٕ غشس منز پیومت تہٕ اکھ زٕہ زٕنی آسِس تزٕٹھہ ترٛاوان ... ... مُحلٕکی محلس آس وُدہٕ ژھیوٚرے گأمژ... ... محلہٕ چہٕ کنہٕ تام آسہٕ وَدان... میٚہ تہٕ ییٚنہٕ اَمِس رٲیِل ہشہٕ قداوَر ہاجرُن کاڈُو چھُ دأرِنج پھیرم دُبہٕ۔ تلواس وٚوتھمُ تہٕ وَہرأژ روٚد ہیٚو وٚوتھمُ اوٚش ژالِہ، وَدن ٹانگہٕ ژٕجمَ بےٚ اِختیار یأٹھ آیہٕ ہتھ... ”

جناب! موقعُک یہِ نقشہٕ بیان کٕرتھ چھُ میانین سوالن جواب دِوان یہِ گواہ وَنان”... ... اَتھہٕ کُٹھِس منز اسیٚ اورہٕ یور واریاہ یکوآ ورِہ واورِہ — اُڈہی کِلین پیٹھ تہٕ اُڈہی پیٚتھر- ... ... طاقچہن پیٹھ آسہٕ ہاجرنہٕ کِتابہٕ دُھونٛژ رِتھ۔ شانٛدہٕ سییٚدہٕ اوٚسُس طاقچس پیٹھ قرآنِ شریف... ... دُچھنہٕ طرفہٕ اوٚسُس آبہٕ گلاسہٕ تہٕ اُکھی سیتھ اٚس مدرس شُرین ہنٛز اکھ یوہ کیٚٹے کأپی ہِن۔ اَتھہٕ کأپی پیٹھ اوس شاید نیٚول لِفافہ ہیٚو کیاہ تام... ...”

جناب! کأپی ہنٛد تہٕ تسِلہ لِفافُک ہاجرنِس ہوتہٕ بسترس نِشِس موجوٗد آسُن چھُ ہاوان زٕہ اَمِس چھُ مرنہٕ برونٛہہ کانٛہہ خط لیکھُن اوس مُت۔ یُس تمہِ لیوٚکھمُت تہِ چھُ مگر تفتیشہٕ چہ

ناکامی سَببہٕ چھِنہٕ یہِ خط اَسہِ نِش وأتھِتھ ہیو کھمُت تہٕ...
وکیلہٕ سنزٕ کتھِہ بڑٕ یکھ دِتھ وٲن جِچھن کارٕ یٕچ کرِ کتھ...
یہِ کیاہ ضوٗرٕ وٗری چھِہ زِہ اَکھ کأپی یلہٕ آسہِ ہاجرس کانہہ چِھٹھی
لیکھٕنی۔ اگر زن لیچھی مٕش آسہِ ہینٕ تہٕ سوکھسہِ ہا اَسمان ؟
خارٕ، اگر یہِ تہِ مانو زِہ یہِ کأپی اُس ہاجرن صِرف چِھٹھی لیکھنہٕ باپتھ پانس
دِچھپنہِ کنہٕ تھوٗمٕژ تہٕ۔ تو ہہ نِش کیاہ ثبوٗت چھُہ زِہ تس اوس اَکھ مٕژ
ضوٗرٕ وٗر یَنہِ موتک خیال بیان کرُن ۔ یہِ یِزہ تو ہہ یاد تھاوُن زِہ ہاجرنٕ
کُٹھِکو ساری چیز رِچھ بےٚ ترتیب تہٕ بےٚ طریق أسی مٕتۍ۔ مُمکن چھُہ زِہ
اُکھی بےٚ ترتیبی مٕژ چھَہ یہِ کأپی تہٕ مقتولہٕ سندِس بسترس نِش
اُس مٕژ ! “
” ٹھیک چھُہ جناب ! تہُند یہِن مانُن زِہ ہاجرنس کُٹھِس مٕژ
چھِہ ساری چیز آورہ وادرہ أسی مٕتۍ۔ تی چھُہ میانِہ خاطرہ سیٹھاہ
اہم۔ تہِ کیازِہ اِستغاثٕچی شہادت چھَہ زِہ ہاجرہ چھِنہٕ بےٚ صِفت
تہٕ بدتمیز کینہہ اُس مٕژ۔ آخر کیاہ وَجہ چھُہ زِہ اَمی دوہہ کیازِہ رِچھہ
امہٕ کُٹھِکو ساری چیز بےٚ ترتیب أسی مٕتۍ ؟ وَجہ چھُہ اَکھے زِہ سہ چھَہ
سیٹھاہ غمہٕ ہٕژ، پریشان، پشیمان تہٕ شبوٗ زدہ اُس مٕژ۔ لہاذا ہیکہ
یہٕ وُتھ قہٕ سان دُنِتھ زِہ دھوکھ کھٕ، غمک تہٕ ناوُمیدی ہُند اِنتہا

ہیکہِ سپدٕ ہ سنگین ترٕ اُسِتھ ـــــــ کانٛہہ خطرناک رنگ ترٕ رٕٹِتھ
ترٕ کُنہِ خطرناک حدّس تام واتِتھ ـــــــ لیُس حد،" خودکشی" ترٕ
بُنِتھ ہیکہِ ـــــــ "اچھا ـ " وُدن اُچھ وَہراۆِتھ جَجن ـــــــ "گوو
ناتُہند ڈیفینس ( Defence ) چھُ زِ ہاجرن چھَ خود
کشی کرٕمٕژ۔ مگر یہِ نوقطہ پاۆدہ کرِتھ بروٚنٛہہ پزِ توہہ یہِ ترٕ زانُن
زِ خبر مگر مہ پسندی طرفہ آسُن تم دوکھ ترٕ داۆی تمِس واۆتی متی
نہٲر، تہٕ چھِوہ تم حالات پاۆدہ کران یِمن منٛز یہِ بقولِ تُہندِ "راۆمٕژ"
دلیل وارہ ترٕ راۆِتھ ہیکہِ!"
جناب! تُہندِ امہِ اعتراضُک جواب دِمہ بہٕ وُنتس پیٹھ،
دُنی کینتس جمِس بہٕ گواہ سلام جُومن بیانہ دِتھ ناوان ـ یہِ گواہ
چھُ میانِس بٲیس سٲلس، یتھ منٛز بہٕ اُمِس پژھالِنا جمِس زِ
یم آورِتھ داورِہ گۆژِ چیز مگر سوٚنٛبراوے ہہ ـــــــ جوابن
وناں"... ... میہٕ چھُہ یاد ـ اَتہٕ اُمِس اَسٕ شہنٛز نِزنانہٕ جبلہِ
یمن سارِہ نے چیزن نوٚب لَرہ دِوان ... ... شاید تُل تمی سرٕ آبہِ
گلاسہ ترٕ تہٕ سو کاغُی تہٕ لِفافہ ترٕ ـ یہِ چھَنہ میہٕ خبر زِ تمہ کتہِ تھاۆی
تم سارٕی چیز ـ تہٕ کیازِ میٚلِ اوس ہیلے آو ' اسہِ ڈولسارِہ نے
پُنہ ... ..."

جناب اُنِکس پزِ ہا یمن سارِ نے چیزن ضبطی کرِتھ لہرِس بناوُن۔ یِم چیز اٰسۍ مقتولہٕ سندِس کُٹھِس منٛز اٰسۍ۔ نہ کہ صرف تھندین بلوَنے اٰثر۔ تہِ کیازِ یِمہٕ مُقدِمس اندر چھینہٕ کانٛہہ سیٖدٕہ سیوٚد شہادت مُہیّا کیٚنہہ تہِ، بلکہ یِم ساری چیز چھہ یِمہٕ غم ناک واقعہس بیٚٹھہ کنتھہ کرہٕ دِنۍ مواد۔ جناب والا! تفتیشچ یہِ خامی چھہ بدقسمتی کنۍ مُلزِمس فائدہ واتہٕ ناوِنۍ بدلہٕ گاٹہٕ واتہٕ ناوان۔ عدالت گژھہ یہِ خامی یَنٛن فاصلہ دِنہٕ وخت مدِنظر تھاوِنۍ! ”

---

# باب (۷)

# عداوتھ

جناب والا! اِستغاثُک شُیٚیم گواہ مُسمات حبلہ، اسد رشیٖہِنٕ
زنانہٕ چھےٚ واقعہٕس مُتلِق کانٛہہ نہٕ کتھاہ وَنان۔ یہِ ترٕ چھےٚ اکھ بٔیاکھ
ثُمیتھ اڈٚت وآتان۔ مگر اَمہِندِ بیانہٕ منٛز چھُ ٹھیک پؠٹھہٕ یہِ نَنان
زِ اَمِس ترٕ اَمہِندِس رٛنِس چھُ مُلزِمس سیتؠ پرٛیوٗن عداوتھ اوس
مُت۔ اَمہٕنزِ کتھو منٛزہ چھُ باسان زِ یہِ شاہِد چھےٚ زانِتھ مانِتھ
کانٛہہ واقعہٕ کھٹان۔ چونکہ سلام گواہ چھُ پوٗرہ وٕنُو قرسان یہِ
کتھ ونان زِ اَمی وِڑھ ہاجرہ نِس کٕنٛڈِس منٛز "آدرہ واورہ" گامِ
تین چیزن لوٗب کرَ ترٕ سۄہ آبہٕ گلاسہ ترٕ کأیی دغارہٕ ترٕ ثُلہ تمی
آنیتھ تھوٚو۔ مگر افسوس چھُ زِ یہِ شاہِد چھےٚ اَتھ حقیقتس وِلوٚٹھ
پوٚٹھ انکار کران۔ اِنکار ترٕ چھےٚ صاف پأٹھی کران، بَلکہِ تتھ اندازس

یمہٕ سِتھی پھیرِ ژٔورس دارِ کوٚنڈ لوٗرٕ ے باسان چھُہٕ۔ یہِ چھَہ وَنان "... ... یہٕ کیازِ ہ سوٚنبراوہ ہا یِم چیز تِمن منٛز کو سہ دولت اَس ... ... یہٕ کیاہ ژٔور چھُسا؟ یَسَن دِتھ ژلِہ ہا ... ..." اَکِس سیدِس سادس سوالس پیٹھ ہیوٚل تہٕ گھرِ لدٕ جواب دِیُن چھُہ اَمنزِ نیش ہندِ ہیجرِچ ترجمانی کران۔ گوڈٕ یہن تہِ چھَہ مانان زِ اَہندِ موقس پیٹھ واتن وَنہ اَمِسہ یِم سارے چیز اَکھ کُٹھِس منٛز اوٚرِ یور ٹیکرِ تھ۔ مگر یہن چھَنہ دُنیتھ ہیکان، بلکہ زٔانِتھ مٲنِتھ چھَنہ وَنان، زِ یِم چیز کمہٕ سوٚنبراوِے سہ۔ یانے اگر اَمہِ سوٚنبراوِ نہٕ تہٕ اَدِ کمہٕ؟

وِوٕنی دِہہ یہٕ جناب اَہندی بیانہٕ منٛزِ تِم کِنایہ تہٕ اشارِ واضح کرِتھ، یِمن منٛز یہِ شاہد چھُہ کلِمس سِتھی یَیِن عداوت تیُتھ بائتھی واضح کران۔ یہِ چھَہ وَنان "... ... اسہِ سوزِ دار یا منٛزم یارِی احمدس کورِ مانگِنہ۔ مگر اَمہِ موٚن نہٕ ... ... نِہِ وَاَیی دِتِس کبرس ڈلی ڈلی دب ... ... اَمِس اوس کورِ ہُند تاو تہٕ گمنڈ ... ... زاہ تہِ تلُن نہٕ یہِ خاش پَنٕنہِ کورِ اَکھن مٲژ لاگنُک ... ... یوٗز اوس آشر فن مول وَنان زِ احمدنہِ گھرِچ تٕرشِس چھَہ حرام... ..."

جناب! یہ بیانہٕ چھُ صاف ہاوِتھ دِوان زِ اُمِس شاہدس
کوتاہ عداوتھ چھُ امہ اِنکارہ پیٹھٕ مُلزمس سُند بڑیا ہُت۔ بلکہ
چھہٕ یہِ بڑ وشِتھ کُن پانہٕ وَنان ———— " اسہِ اوس اُمی سُند نیتھر
دِنُس اِنکار کرُن "مو تہٕ کھوتہٕ سنگ گومُت. . . . . ." سو اُہنز
کوٗر بچاےٚ اُس اسہِ باٹِزن باٹِزن ٹارِہ کھڑ مژ. . . . . . .
خودا لاسہِ وِلن میاٚنِس اشرفس۔ تمیٚ اُس پننہِ ماسہِ نِشس تمیٚ سےٚ
سینتھ خاندر کرِنچ شیٖچھ کتھ اوٚمژ. . . . . . سو اُس یُنہٕ پاٹھو
شوٗبہٕ دار، تہٕ مٲرہ منز کوٗر۔ تمہِ اوس مٲلِس لگار نصیف خاندر
سامانہٕ ییٚن تیار تھوٗومُت. . . . . . یوٚت نہٕ اسہِ اُمی سُند نیتھر نہ
دِیُن سنگ اوس گومُت، تمہِ کھوتہٕ سنگ اوس اوٚہُند یہِ وَنُن گومُت
زِ "میوٗن اشرف لالہٕ "کیاہ چھُ راٚنڈی، رذیلہ تہٕ بےٚ کار. . . .
. . . خودا صاحب لاسہِ وِہ نِس، وُنہِ کوتاہ وُمرِ چھُ تہٕ کارہ بارکو
بار تراوِہ ہوس. . . . "

یتھس شاہدہ سُند بیانہٕ مُلزمس خلاف یرُن تہٕ مجراہ دیُن
چھُ اِنصافس ناش کرنس برابر۔ یہن تہٕ ہیٚکہٕ یُس مُباٚلِغہ لگار
یُنہٕ تہٕ صحی راے قائم کرِتھ نِہ یم چیز اَکھ گٹس منز جمع اسی تھ
چھُ، تم چھہ اَمی کُنہِ عداوتہٕ کنہِ نمہتھ یا ضایہ کرِہ متھ۔ ممکن چھُ زِ

کُنہٕ لالچہٕ ترٕ یا عداوَتہٕ ماچھُن یہِ لِفافہٕ ترٛاوُن۔ خٲر یہِ ترٛٲوِتھ چھِ اِستغاثہٕ کیٚن اہم گواہن ہُنٛد اکھ ٹاکارٕ ثبوٗت چھُ زِ پولیٖسن چھُ باثبرٕ ہوٗت تحقیقات کوٚرمُت۔ امہِ باثبرٕ سیٖتی چھُ اکھ اہم شک اِستغاثہٕ کیٚس کیٚسس منٛز پٲدٕ گژھان تہٕ یہِ شک چھُ ضروٗر مُلزمہ سٕندِ فٲیدٕ خٲطرٕ!

---

# باب (٨)

# "سمبل"

دوہو دِمہٕ بہٕ جنابن اِستغاثہٕ کِس ژٕژمِس گواہ شُند بیانہٕ بغور
وُچھنُک تکلیف۔ یہٕ شاہد چھُہ عشق دیہ، یُس مُتلِق ہاجرٕ فی
ولس نہٕ آنہٕ وَنان چھُہ"... ... ہاجرس اُس محلہٕ چۄ زنانو منزٕ
عشق دٔیدہٕ سیتی برابری... ..." لِہاذا چھُہ اُمی شُند بیانہٕ سیٹھا
اہم۔ واقعاتن ہُنزٕ روشنی اندر یِہ دلیل بہٕ وبزھناوان چھُس
تِمچ اہمیّت چھِہ اُہندِہ بیانہٕ سیتی جادہٕ ہُران۔ بہٕ چھُس عدالتک
دَرخ جادہٕ پھَن خرجاونس پیٹھ اکہِ لٹہِ بیہِ مأفی منگان۔ میٲن مُدا
چھُہ زِہ بہٕ کرہٕ جنابن ہندِس ذِہنس پیٹھ کتھ واتہٕ ناوِنچ اِنتہأیی
کوشش زِہ یتھہ بدقسمت واقعس پیٹھ کیاہ چھُہ اصلی واقعہ تہٕ
یمہٕ سٕلسلک بُنیٛول کیاہ چھُہ؟ تاکہ یِہ کینژھاہ عدالتک فأصلہٕ

آسہ، سُہ آسہ واضح تہٕ پزٕ بیٚچھ کأنٛسہٕ اطمینان دِنہٕ وول تہٕ یہٕ غم
ناک داستان یِرٕن وَختہٕ ساوِہ نہٕ عوامچ تہٕ پینہٕ والِہ پیٚیہ ہمزٕ آسے
چوٗنکہ یہٕ چھےٚ آخری عدالت، ٲمیُک فأصلہ کانہہ بیاکھ عدالتھاہ
پھیٖرٕ اوِتھ ہیٚکہ نہٕ ..... ...

وکیل صأب! یہٕ چھےٚ اسہٕ تہٕ اِحساس زِہ اکِہ زندگانی ہندِہ
خأطرہ کوتاہ اہم چھےٚ یمہٕ عدالتُک فأصلہٕ۔ توٗسے چھےٚ اُسہِ تہٕ
تہُنٛزٕ "ایجاد" کرُہمُت دلیل دِل دِتھ بوزان۔ مگر ذہن چھےٚ راوان۔
زِہ تہُنٛزٕ امہٕ دلیلہ ہُند انٛد کیاہ چھےٚ؟ آخر یہٕ عشقچ داستان
کِتھہٕ پأٹھۍ ہیٚکہِ ٲمِس بچھرٲوِتھ۔ یوٚت تام میٚہ تہٕ مثلہٕ ہُند
معاینہٕ چھےٚ، میٚہ تہٕ چھےٚ تہُنٛزٕ اکھ داستانہٕ قتلہٕ کِس واقعس
سیٚتھ کانٛہہ واٹھ باسان۔ خأر، تُہۍ تھٲویو ینٛن کلامہٕ جأری۔"

احمدہ تہٕ اوس یِنہٕ نِہن کنٛھین منٛز یِنٛج کأرٕ ژھینتھ ای سوٚنٛچان
زِہ آخر تہُند وکیل کیاہ اوس وَنان۔ یہٕ کمہٕ پزٕ ژٕہ چھےٚ یہٕ ویٚژھہ
ناوان۔ مگر یہٕ دلیل بوزٕنی اوسُس دِل یِژھان۔ اگرچہ گوڑٕہ
گوڑٕہ وکیلہ سنٛزٕہ یمہ کتھہ دوٚن کنن کمران آسِس ـــــ زٕن تہٕ
کنَن کلی آسِس ٹھاسان تہٕ وأرینجہ کان آسِس یوان۔ مگر وونی
اوس سُہ تہٕ امہٕ پزٕژہ ہُند اندٕ بوٗرٕ بوزٕن یژھانے۔ تہٕ مُدٕ یہٕ گنٛڈ تھ

لوٗگ وکیلس کوٚن وُچھنہٕ۔ تٕس کرٕ سیٹھ پیٹھ اَڈٕ دٔینچی بہتھ ترٛیشہ

گلاسہٕ گرٛیٹھ راہ حیوان اوس!
ترٛیش حیتھ ٹھوٚد وٕتھتھ مثلہٕ منٛزٕ کاغذ ورقاہ کڈتھ لوٗگ

وکیل بیٚیہ وننہٕ ـــــ "جناب! تُہند فرماوُن چھُ بجا۔ ولیلہٕ ہُند

جاۓ نفیر رٹُن تہٕ واضح سپدُن کرہ اَکھ شرٛوکس وارٕ وَژھرزٕ

یَتھ دلیلہ کوتاہ والکھ چھُ ہاجرہ نٕس موتس سپتی۔ خاطر، اگر

شُر شرٛوک واضح سپدٕ، کم سے کم نَنہٕ یہن زٕ استغاثُک تحقیقات

چھُ ناقص، اَڈٕ لیوٗک تہٕ نامکمل۔ میہ کوٗر دفہ نی یہ عرض زٕ یہٕ

گواہ تہٕ بیاکھ شخص پیر مرد "سلہ بب" چھُ ہاجرنی خاص واقف۔
بدقسمتی سان چھُنہ پلٕسن یہٕ سلہ جُو (سلہ بب) گواہ بناوُن مناسب

زدِن مُت۔ نہٕ چھُ تَس کانہہ پرٛژھ گارٕ کرہ نہٕ آمُت۔ خاطر، بہٕ

کرہ دُنی کینس عدالتس نش صرف عرض دیدہ ہسندٕ بیانہ

منٛزٕ سے نوٕ قطرٕ ژاٛر.... "مگر ـ" دوٚن جَجن وکیلہ سنٛزٕ کتھ

ٹکھ دِتھ" ـــــ یہ سُلہ جُو بیٚیلہ تُہنزٕ راہ منٛز یوٚت اہم

گواہ اوس، تمہ کیازٕ کوٚرون نہٕ سہ یَنہٕ صفائی منٛز پیش!

یپرٛ بڈ بارٕ غلطی کیازٕ کرٕ وٕ تمہ ہے؟"
جناب! تُہند یہ سوال چھُ اکھ معقول اعتراض اکھ یُس

یُس بُہ پانہٕ تہٕ وِبژھناوُن اوُس یژھان ۔ یہ اعتراض وِبژھناوُن
بُہ دۄن ژۄٚن کتھن اندر ۔ اوٚلن چھُم یہِ عرض کرِ زِ یہ چھہ اِستغاثہٕ چی
اہم ڈِیوٹی تہٕ ذمہٕ وارِی زِ تم کرن پننُ اِستغاثہٕ ثابت کرہ نہٕ خاطرٕ
عدالتس ساری مواد تہٕ شیو تکی ساری اہم چیز اکہٕ اکہٕ پیش ۔ پننہٕ
شکایژ منز تھاوَن ہٕ آسہِ دانِس برابر تہٕ شکُچ گنجایش ۔ قانوٗن
چھُنہٕ ملزمس پیٹھ یہِ بار تراوان زِ سُہ کرِ پننہِ بے گوناہی ثابت ۔
بلکہ یہِ بار چھُ اِستغاثس پیٹھ زِ تم کرن شک یا ہہ گژھہٕ
بغاَر ملزمس مجرم ثابت ۔ یہِ سلہِ اِستغاثہ کرہ تمہِ زوٗرہ تہٕ مضبوطی
سان پننُ کیس ثابت، ادہ چھُہ یہ بار ملزمس سندِ پیٹھکن پیٹھ
کھسان زِ سُہ ہاوِ پننہِ بے گوناہی ۔ ملس چھُنہ یہ فرض زِ
یُس پیٹھ ہِتن چھُکٕ شک باسہ، تس متعلق کرن تم تتھۍ اوت
رنگس اندر تحقیقات، یتھ منز سُہ مجرم بنِتھ ہیکہِ، بلکہ یہن تہٕ
چھُہ تہند فرض زِ تم کرن تمن موادن تہٕ چھان بین، یم ملزمس
موہوم، بے گوناہ تہٕ مبرا بناون ۔ یہِ سلہِ یمو دوشہِ وِسے طریقو تم
واقعاتن ژھانڈ، کنہ توضبہ رۄستے پننہِ را بے روشنہٕ قایِم کرہ نہٕ
بغاَرے دِلن تہٕ ادہ یتھ نتیجس تام واتن ۔ سُہ آسہ یژرس
وار یاہ نزدیکھ ! یتھ مقدمس اندر چھُ یہ اکھ بدقسمت قدم اکھ

اِستغاثُک زِہ پِتھے ہمِتن مُلزِمس نِش شکُک مُشک آمُت چھُہ ـــــ
ـــــ خاہ یہِ کیازِہ اوس نہٕ تہِنٛزی نِستہٕ ہُند قصوٗر ـــــ تِتھے
چھُہ تِموٗ یہِ مُلزِم بے چارٕہ جُرمُک داغ دار بناوِتھ عالمس پیٹھ تحقیقات
اَکِہ سے پہلوٗ وس منٛز محدوٗد کوٚرمُت۔
دوٚیِم کتھ چھےٚ زِہ اُمی کیازِہ ہیٚچ نہٕ پننِہ صفائی ہیٚشمہ کرِتھ
تتھ چھےٚ اکھ زِہ سبب۔ گوڈنیُک وجہ چھُہ مُلزِمس سُنٛزٕہ بے کسی تہٕ بے
بسی ہُند ـــــ حتاکہِ اُمی چھُنہٕ وکیل تہٕ ہیوٚکمُت کھاٚوِتھ۔ یوت نہٕ
یہِ بےکس اوس، تمِہ کھوتہٕ جادہ بناو یہِ یمہٕ عادی سیٚتھ نزاکتھ۔ یارو
دوستو تہٕ رِشتہ دارو ترٛوو یہِ۔ اگر عدالتن قطعی طور دُشہٕ تہٕ
یہِ مجرم قرار دِیت نہٕ۔ مگر سماجن چھُہ تمی وَختہٕ اُمس فردِ جرم تہٕ
وۄلمُت تہٕ سزا تہٕ دِیت مُت، یمہٕ وَختہٕ پُلسن اُمس جُرِچ ہانٛژھ
لاٚج۔ پننہِ نین اُشناون ہُنٛزن نظرن منٛز چھُہ یہِ سیٹھاہ مردوٗد۔
لعین تہٕ بدبخت، یمُہ پننِہ شوٗبہٕ دار کوٗر ـــ قبیلچ نِس ـــ محلچ
ٹِکہٕ تہٕ عقلہِ ہنٛز کمب ـــــ ماٚرمِژ چھےٚ ـــــ یمہٕ بدبختن
پننِہ زِندگی ہنٛز مُژ تہٕ سرمایہ سوہ کوٗر بے عار تہٕ بے انصاف بُنتھ
"ماٚرمِژ" چھےٚ۔ یوہ سہ بادشاہ گھرس لایق دِدتھ ہِش لوش ہیٚکہِ
ہا بُنتھ ـــــ ذہین تہٕ گاٹلین شرمین پیانِچھلاون واجینہٕ موج

ہیٚکہِ ہاوِنتھ۔ تہٕ قومہٕ چین نوشن کورِن گاٹہٕ جارٕ رٕچ، تابع دارٕ ی

تہٕ شفقتچ وَتھ ہیٚکہِ ہاٲوِتھ۔ جناب سماجن چھےٚ تمہِ کھوتہٕ تہٕ سیٹھاہ

جادہ سزا مُلزِمس وُنیکُ تام دِیت مُت، یوٚتاہ تَس عدالت دِتھ

ہیٚکہِ ہا۔ عدالت دِیہِ ہا مُلزِمس جِسمٲنی سزا۔ مگر سماجن تھوٚو اُمِس

تیٚمتھ ذِہنی سزا دِتھ، یِمتھ نہٕ کانٛہہ اوٚنتھ چھےٚ۔ مُلزِم کیاہ صفاییٚ ہیٚکہِ

ہا دِتھ، ییٚلہِ نہٕ اُمی سُند کانٛہہ رِشتہٕ دار اُمِس وکیل تھوٚنہٕ خاطرٕ

تہٕ تیار اوس۔ نہٕ میٲنِس کانٛہہ اوترٕ تام واتان اوس۔ یہٕ چھےٚ عدالتچ

مہربٲنی زِ یمیٚ یہٕ مُلزِمہٕ سنٛزٕ یارٕ دوی خاطرٕ سرکٲری اُجرتس پیٹھ

مُلزِمس وکالت کرنہٕ خاطرٕ (amicus curiae) مُقرر کوٚرُس۔

میٲنی حالت تہٕ روٗز عجیب شششپنچس اندر۔ دوہہ کھوتہٕ دوہہ چھُ

مُلزِمس دِماغ چھےٚ تہٕ کرِہ ہنٛز ڈُنٛڈ ڈلان۔ اگر کانٛہہ کتھ اُمِس پرٛژھان

چھُس تہٕ اوٚہُند جواب چھُ آسان "اوٚش تہٕ دوش ———" گنگہٕ

بنٛتھ کارٕ کوٹھین منٛز تراوِتھ، آرہ برٛژو اُچھو دُچھن تہٕ بس! امی

حالتس اندر پییہ میہٕ پننہٕ صفاییٚ ہنٛز دلیل استغاثہٕ چہٕ دلیلہٕ منٛزٕ

ژارٕنی ـــ خاص جناب میون مُدعا چھُنہٕ دُنی کینس سلہٕ جوٗنس

شاہد آسہٕ نس یا نہٕ آسنس پیٹھ بحث کرُن۔ بلکہ استغاثہٕ کس

تمس شاہدس پانے عشس ویٚزہ مُندس بیانس پیٹھ تبصرہ کرُن۔

أمی سٕندِ بیانہٕ چھِ لیٚکھنہٕ ورژھ ناونہٕ برونٹھ کرٕ بہٕ أمِس شاہدس
سٕندِس ذاتس پیٹھ کینٛہہ کتھہٕ بیان۔

یہِ شاہد چھہٕ مُلزِمہ سٕنٛز نکھہٕ تہٕ نزدیکہ ہمسایہ۔ وأنِسہ چھہٕ
جان تہٕ أکِس موٚنٛڈہ کورِ تہٕ تہٕنٛدِ بوشرٕ پو لبغأز چھُنہٕ أمٕندِس گھرس
منٛز کانٛہہ روزان۔ مُلزِمہ سٕنٛزِ لرِ سیتؠ لر آسنہٕ موکھہٕ چھہٕ یہِ
گواہ مُلزِمہ سٕندِس گھرس سیٹھاہ واقِف۔ یہِ چھہٕ ہاجرس دوہ دوہ
موج أسِ مرنہٕ پتہٕ لُس یٮ۪چھو أمِس ہاجرہ نہٕ وأنِس اوسمُت چھہٕ،
سٕہ چھہٕ ژٕو وُہرِ موٚدمُت تہٕ تہٕنٛدِ مرنہٕ پتہٕ چھہٕ أمی ہاجرہ
جِگرٕ کرِ تہٕ رٕچھمژ۔ یہِ تہٕ چھہٕ رادان زِ ہاجرہ سٕنٛدِ مرنہٕ برونٹھ رُچھہٕ
مُلزِمس تہٕ ہاجرس تِتھی تولُقات آسی مٕتؠ، یِمن پیٹھ نہٕ کانٛہہ شک
یا گُمان ہیٚکہِ پأدٕ سپدِتھ۔ یہِ چھہٕ ونان"... ... ہاجرہ سٕنٛدِ مرنہٕ
کالہٕ تام تہٕ أسی یِم مألی پیٹھہٕ أکھ أکی سٕنٛز دِرے کران——
أکھ أکی سٕنٛزِ أچھہ پیٹھ أسی نہٕ مچھی زٕدہ وان... ..."

أمِس شاہدس چھُنہٕ ہاجرہ نیٚو اوٚت امار آسان، بلکہ بشیرہ تہٕ
چھہٕ أمِس سیٹھاہ ٹوٹھ اوس مُت۔ بشیرہ چھُن کھوٚنہٕ لکُومُت
بلکہ چھُنہٕ سہٕ تہٕ انجینئر بننہٕ تام اوٚمٕہند گھرہ یُن گژھن تراوان۔
بلکہ چھُہ انجینئر بننہٕ پتہٕ تہٕ گاہ بےٚ گاہ مأسِ ماجہِ ہنٛز بوأری

کھبتھ تہٕ تمن ژٕورہٕ ژٕورہٕ اوٗر پوٚان گژھان رٕومت عشق دیدہٕ

ہتزٕی زٕیوہٕ چھہ یم لفظ نیران۔ سو چھہ ونان"... ... ہا جرس

تہٕ اوس نہٕ میٚہ بغار میوٚنڈ وسان۔ بیٚلہٕ کانہہ نوٚید مول انہٕ ہس

تہٕ گوڈہ اُس نصیفہٕ ہن میٚے انان۔ بیشرہٕ لٹہٕ آنگنس منز دوہس

منز وسہ ہا، تیژہٕ لٹہٕ آس میانہٕ دارہ تل میٚہ پژھ گاگر کرہٕ نہٕ

پوان ـــــ بیٚلہٕ زاہ بیمار گژھہ ہا تہٕ کھورہ شانڈ اسم کران۔

... ... بیٚلہٕ زاہ کوٗر بیمار گژھہ ہیم یا اورہ یورنیرہ ہا۔ تہٕ ینیٚ

کام کوٹ ہو کلاوتھ اُس میٚہ سرہٕ شامے پلنہٕ نہٕ واتان ... ...

تمس اوس وُژہ۔ ہتھ کامہٕ اُسم ژہس منز کران ..... بشہٕ

لالہٕ تہٕ اوس نیبر ٹریننگہٕ گژھہ نہٕ برونٹھ مدرسہ ہیتھ ٹکھ دِتھ میٚے

نِش واتان ... ... اُہندہٕ ینہٕ وختہ اُس ہاجہ گاہے میٚہ نِش

بہتھ آسان تہٕ گاہے اُس اُہندہ ژھایہ پتہٕ پتے اژان ... ...

زن اوسُس ہا تیمی نادس آسان گژھان ! دوشوے اُسی یا نہٕ

وانی مسخری لاگان ـــ گاہے اکھ اکس سیتھ ژٕوان تہٕ گاہے

اکھ اکس روشان ـــ شرہٕی اُسی تہٕ شرُین کیاہ ؟ دوشوے

اُسیم کانہہ نہٕ اُنی کتھ ونُس ہیتھ مجبوٗر کران ـــ گیوٗر اُسم

ٹلان۔ گمہ میٚہ اسم ینہٕ نین منزہ کھوتہٕ ٹاٹھ، خوٗنہٕ سیتھ اُسیم

سکھ رچھان ... ..."

جناب! یہٕ بیان چھُ صاف ہاوان دِوان زِ ہاجرہ تہٕ بشیرہ
اسی اکھ اَکِس سمکھان ـــــ دوہیے سمکھان تہٕ سمکھن جاے
اُسکھ اُمی سِیے عشق ڈیدِہ ہنٛز پہر۔ یہٕ اُسکھ سمکھینچ اکھ محفوظ
جاے، یتیتھ نٕ کانٛسہ شک گژھہ ہا۔ تہٕ نہ ییہِ ہک سمکھنس وِلاٛو
اُکھو جایہِ چھِ یِم پننِس لوٗلس تہٕ اٰارس سگ دِوان رٛوٗدی ہیتی تہٕ
پہندِ راز و نیازٕک، محبتُک تہٕ عہد و پیمانُک کانٛہہ بیٚیر چھُنہٕ
امہِ جایہِ پیٹھہٕ نیبر ڈرامُت۔ بلکہ چھُ یہٕ پہندِ گاڑجاوُک اکھ
نوُن ثبوت زِ یہٕ عشق دیدٕ تہٕ چھُ یمو رازدِنشہ بے خبر روٗزِ ہش۔
بلکہِ چھِ از تام تہٕ بے خبر تہٕ یہ چھُ وُنہ تہٕ پننہِ سبزرہ ونان
زِہ "شری اسی۔" تہٕ یہٕ چھِ یی زانان اُس ہش ـــ "اوہ کیاہ شری
چھِہ، گندی تن!"

وُنیتھ لوٗگ وکیل جج سُنزِن اَچھن منٛز اُچھہ تراوِتھ
کتھہ تام تژراونہ۔ تہٕ عدالتس منٛز گیہِ ژھعہ پہٕ۔ مگر تام تُرتھ چھن
ژھعو پہٕ ہنٛز تار تہٕ وُوٗنُن ـــ "یہٕ کیاہ ضرور دری چھُ زِ یِم اَز
صرف محبتّ، رومان تہٕ لول ورتاوتھ اورِ یوان۔ چونکہ دوشوِنہٕ
گھرن سیتی اُس یمِس شائدس زان تہٕ جان تو تعلقات تہٕ یم

دوٚشوٕے شرٟ اُسن ژھِچھ ہتھ۔ لہٰذا آسہٕ ہین دوٚشوٕے اور ییوان
گژھان۔ تمیُک مطلب گوٚو زِ پہندِس اور ییٚنٕس، گژھنَس منٛز
چھُ منوٚر وٚری طور کانٛہہ مانہٕ مطلب اوس مُت!"

مگر یہٕ دِمہٕ جنابن نٕشس ثابت کرِتھ زِ پہندِس اور
ییٚنٕس گژھنَس منٛز چھُ کانٛہہ راز ضروٗرٕ اوسمُت۔ اگر یہٕ چھُ
اوس مُت تہٕ اکی وَخنہٕ کیازِ آسی دوٚشوٕے اور ییوان گژھان۔
ہیٚے گواہ چھُ زمان"... ... انجینیر بَن زِ پتہٕ آس پیرہ بابے
بشیر لالس میٛہ نِش ییٚنٕس گژھنس پیٹھٕ ٹِس کھیوان تہٕ بوآری
کران۔ میٛہ تہٕ اوس پانس بیٚتِس بُڈِس عوہدہ دارہ سُند اَتھ
کھیپرہ منٛز یُن ناگوار گژھان۔ مگر تَس اُس میانٛ نی مالے، تمیٚ
تہٕ دِد زِ ناہ میون یُن —" دونی کُرہ تہٕ جناب پانٕنے اندازہ
زِہ اگر ہاجرہ اور ییِہ ہا گژھہا، کانٛہہ پرواے اوس نہٕ۔ تہٕ
کیازِ سیوٚہ آس کوٗر —— مگر اکھ جان عوہدہ دارٕسٕس
نہٕ وعہ نی شرٗ اوس، کیازِ اوس پینُن بُنگلہٕ، کلب تہٕ پینٛز برادری
تراُوِتھ ٹھاک آسنہٕ باووُجود اور ییوان —— یہٕ چھُ ہاوان زِہ
تمِس اوس اکھ دِلُک جذبہ اکھ۔ نظرن ہنٛز تیٚشن تہٕ اثارٕک جوش
پینُن بُنگلہٕ تراوِتھ ناوِتھ اکھ پیرہ منٛز آنان۔ ییٚنٕ نے نہٕ جناب!

بۄچھس اُمس یہِ سوال پُژھان زِ ہاجرہ ہنٛز مرنہٕ پَتہٕ کٔژھہ پھیرہ آو

بشیرہ اوٚ ہُند گھرہ ۔ یہِ چھُ جواب دِوان ۔ اکھ قابلِ غور جواب

"... ... زاہ تہٕ ژٕ، صِرف اُوترسے اکہِ دوہہ، ہسپتالہِ منٛز کورٕ

ہُند نیچُو دارِ کِتھ وُسی ہیوٚ ... ... وو دنی رُود آنگنس

منٛز، یوٚت تام سہٕ ہسپتال واتِتھ ناوِنگ سنٛز کوٚرُن ۔" امہِ پتہٕ

تہِ چھا جانِن کا نہٕ شک اکھ منٛز زِ بشیرہ اوس ہٕ عشق وٚیدہ

ہندِ موکھہِ اوری وان، بلکہ صِرف ہاجرہ ہنٛزِ خاطرہ!"

چونکہ اُمس شاہدہ سُند گھرہ چھُ یمن دۄن ہندہ ناکام

محبتّ کہِ پھولنک تہٕ ترلینکُ منزِل اوس مُت ۔ تمِن ناکام

محبتّ یمہِ قصیح اصلیتّ چھے ـــــ لہٰذا چھُ منٛز اُمس شاہدس

یمن دۄن ہندین مُلاقاتن متلق وارِیاہ سوال کرِی ہنی ۔ یمن

سوالن ہُند جواب بہٕ دِیمہٕ پتی بیٹھہ جانِن نِش ورِژھہ نادہ

تہِ کیازِ عدالت کہِ دو تھنکُ وَرخ ہیوٚتن مُ واتن!

وکیلہ ہنٛزہ اکھ کتھ کوٚر مجن تہِ کلہِ سِتھرا اقرار ۔ عدالتہٕ چھے

لبہٕ بیٹھہ رہتھ گمتس ساتس کُن دِژن نظراہ ۔ لوکٹ نہٕ ۔

ہوس ژوٚن نِش واتنس تیار تہٕ لوٚڈ اوس بہن کُن دوان،

دوران مکان ۔ وکیل بیوٚٹھ کار نوٚمرا وِتھ ہمتر کُرسی پیٹھ ۔

تماشہِ گیر لگو اکہِ اکہِ نیرہ نہٕ ۔ نیران نیران اوس اکھ اڑ بُڈاہ بیٚیس جَوانس وَنان"... ... ہتہٕ سَہ ہے ، یِمہٕ کٔڑ اوس بِچارہ شریفے۔ مگر خبر کیاہ شک چھُس گوٚمُت تہٕ اَتہِ سٕر چھُن کوٚرمُت ۔ اَز کل چھےٚ کورِہ مول بَنِنٕ تاوَن ۔ یاگژِھہ کوٗر موٗر شریف نیرِنٕ تہٕ نتہٕ گژھیس زِینہٕ وَچھتے ہوٚٹہٕ چیرِمن ... ..."

نوجوانن وٚنُس وایس سےٚ ہَتہٕ حص کوتاہ کرِہ وکیل یُزِس اَیِنہٕ ۔ آخرس چھےٚ اُمِس سزا کھیٚون ۔ ووہٕ نہٕ گوو وکیلس تہٕ پینٕز دیار حلال کرِنہٕ !"

احمدہ اوس مکزِم ڈاکس اندر تھوٚکمُت تہٕ ہوٚکمُت ، زن تہٕ پیٚچھرس اوس لاگرِتھ گوٚمُت ! اورِہ آس اکھ جواناہ کوٹ پتلون لاگِتھ ۔ تکمُن تھوٗد ۔ شانن دِژُنس موہٹہ تہٕ کڈِہ نوومن اَتھس تھف کرِتھ اکھ نِہ قدم ۔ زن تہٕ احمدِہ وَنس منٛز یارِہ پیٚٹھ پیوٚمُت اوس ! یہ اوس احمدس اکھ پرٚون بیٚہ یار ۔ یُس ووہٕ نہٕ احمدنس وکیلس نِش آدترہ پیٚٹھہ یِوان گژھان اوس !

---

# باب ٩

# جیل

اَنتھا بہٕ کھٕسہٕ وُنۍ اُسہٕ اَز وکیل صابَن عدالتکۍ پلو لاگِتھ تھوٚوۍ
متۍ۔ وۄزلہِ بوٗٹس تازہ پالِش اُس اَنتھا بہ چیبن زٕرٕ ژن منز نیٚبہٕ
کران۔ کرٕہِنس کوٗٹس اوس بُرشہٕ سیتۍ فشاہ دِوان کٔنٛٹھٕس
اوٚرہ یور گٔتھ ماران۔ یہ کُٹھ اوس شیشہٕ المارو سیتۍ بٔرِتھ ترٕ یمن
المارین منز آسہٕ رنگ برنگۍ کِتابہ شٔرِتھ ترٕ پیٚرِتھ، زن ترٕ بزاز
وانس پیٹھ بزازٕہ ہندۍ تھان لٔگِتھ اُسہٕ۔ دروازہ اَتھٕ وُنۍ اوس
وکیل صابُن لوکچارُک فوٹو۔ اَتھ فوٹوس مُقابل اوس بٔڈِس لبہ
سیتۍ کُرسہٕ ترٕ میز۔ یتھ کُرسی پیٹھ منشی صاب بِہان چھُ ترٕ شاید
پانٛژ لوکچارٕچ راوُمژ شکل ژھاران آسان چھُ۔ گاہے کیاہ اکثر
چھُ بدِ بدِ تھ انسان پننِس یا وُنِس پیٹھ عاشِق ترٕ گژھان۔

وکیلہ سندِس میزس پیٹھ آسہ کینہہ وِچھِہ وِیچھِہ کِتاب تہٕ۔ تہٕ کینہہ ادٕرٕ یور ژھکرٕنہٕ آمتی کاغذ۔ کُٹھِس چارٕ و طرف گردِشاہ ہٲرِتھ گوو وکیل پننہٕ شکلہِ نِشِ وٲتِتھ رٕسِتھ ہیوٗ تہٕ موکلٕوِس پننِس لوٗگ آلوا آلوا دِنہٕ۔ ’’ستار استار ا۔ تلا یہٕ وُچھتن ٹانگہِ ما آو؟‘‘ ’’ستارٕ آو بانٛہرٕ ہوٗت لاران۔ ’’جناب اِتِس گوو پہرا آم تِس تہٕ کاشی ناتھ ایجنٹ تہٕ آو۔‘‘ یہٕ بوٗزِتھ ڈراو وکیل پننِس بوٗٹس فیتہٕ چاٹرِتھ کُٹھِہ منزٕ نیبر۔ برانٛدس پیٹھ وٲتِتھ کورُن پننِس ایجنٹس اِشارٕ۔ سُہ تہٕ آو اِشارٕ لبِتھے اُمِس پتہٕ پتہٕ۔ دوشوٕے کھتی ٹانگس۔ ٹانگہٕ واٲلی ہیوٗتھ ٹانگہٕ پھیرُن تہٕ مُنشی وُوٗتھ کاشی ناتھس کُن۔ ’’عدالتک وَخ واتہٕ بروٚنٛہہ گیاہ سہ چھُ اَز اَسہِ احمداللہ مَلِہِ مِس سیٖتی مُلاقات کرُن۔ تِس چھِہ کینہہ ضروٗرٕ ڈری کتھہٕ پرُژھنہٕ۔ ییٚہ چھُہ را تھے عدالتس اِجازت ہیوٗتمُت۔‘‘ امہِ پتہٕ پھیرن کاٹرٕ ٹانگہٕ واٲلِس کُن۔ ’’ژٕ کرسہ جلدی‘ اسہِ واتناو دٕہن منٹن اندر سنٹرل جیل۔ ‘‘ ییتھے وکیلن ژھوٗپہٕ کرٕ تہٕ کاشی ناتھ لوٗگُس کھوٚژی ہیمتاہ کرِتھ وَننہٕ۔ ’’ییٚہ چھُنہٕ جناب! فِکرِ تراں۔ ییتھ مُقدمِس منٛز کیاژٕ تروٗو تہٕ سارٕوٕے کارٕ دُوہکہ تہٕ راتک آرامے گوو کہٕ محنتانہٕ تہٕ چھُنہٕ خاص کینہہ۔۔۔۔‘‘

تہٕ اُڈٕ سے کتھہٕ وُنِتھ لوٗگ کاشی ناتھن وکیلہٕ سندِس ڈیکس مٕدٕ رے
گنڈٕ نہٕ زِہ آیا اَمہٕ اُہندہِ سوالہٕ سیٖتۍ کرٕ ژھا گیٖنہٕ کھڑٕ اَتھہ ڈیکس
مگر منشی صاب ووٚتھُس بڈٕ تیزی تہٕ نرمی سان۔ " وُچھ ژٕ
کاشی ناتھ ہر کانٛہہ چیز گژھہِ نہٕ ہارن تہٕ دُیارن ہُندی گز ہٕ سیٖتۍ
مینُن۔ اِنسانی فرض تہٕ چھہِ سانِہ بیکیمن پیٹھ تہٕ ضمیر تہٕ چھہ
کانٛہہ چیز۔ اسہِ چھُ بیٚتہِ صرف پوٚرٕ دُیارہ مذہب تہٕ اُصوٗل بُنوٕ مُت
سٕے چھیٚ وجہ زِ اسہ منز چھِنہٕ کانٛہہ فن کار کمالس واتان تہٕ کانٛہہ
پیشہٕ ور مکمل بنان۔ میٚہ اوس نہٕ گوڈٕ گوڈٕ یہ خیال زِ ملزم چھہ
بےگوناہ۔ مگر یِنہٕ یہٕ یتھ مقدمس منز جادٕ پہن سٕنیوٗس، میٚہ چھُ
تہٕ یقین و وٚنی ایمان بنیوٗمُت زِ اَحدٕ مجبور چھُ بےگوناہ تہٕ
یتھ معاملس منز چھُ کیٚنہہ "دال میں کالا" ضروٗر۔ لہٰذا چھُ
بہٕ حیثیتِ پیشہٕ وَر اِنسان میٚہ پیٹھ یہ فرض بارٕ کھسان زِ اگر
اَحدٕ بےگوناہ چھُ یَس گژھہ عدالت، اِنصاف تہٕ عوامی راے
ترِ بےگوناہ قرار دِنی۔ یہ گژھہ عاقت چھہ مِیانہِ خاطرٕ زٕ میٚہ
آسہ اُہنٛز بےگوناہی ہندِ یقین، ایمانِ کاٚمِل بنیوٗمُت۔ مگر یہ
ہیکن نہٕ بیاکھ ہِنِس یقینس سیٖتۍ قٲیِل کٔرِتھ۔ تہٕ گو صاف زِ
یِتھس نہٕ ہِنِس فنس اندٕ کانٛہہ تہٕ ماہِر۔ آدِ سٕے سببہٕ اگر میٚہ

کانٛہہ ٲلی نوقصان تہٕ یہٕ مُقدمہٕ لڑان گژھن، تِمیک چھُنہٕ میہ
کانٛہہ پرواے تہٕ ... ... ،، وکیل اوس وُنہٕ تہٕ کیاہ تام وَنُن
یژھان تہٕ تام ٹھہریاو ٹانگہٕ جیلہٕ چہ بڈِ دَروازٕ تل۔ ٹانگہ پیٹھ
بون وُسِتھ ژاے یم دوشوے جیلہٕ کِس داروغہ سندِس دفترس
منز۔ تمی کوٚر وکیلس اَتھہٕ ملہٕ ناوِتھ آسہٕ وُنہٕ دِہانہٕ خاطر پاٹھاہ۔
داروغن وُچھ عدالتُک حکُم تہٕ پَننہٕ نٲیب دِتن یمن سیتی۔ یہ
لوٚک برونٛہہ برونٛہہ تہٕ اُمِس پتہٕ پتہٕ وکیل تہٕ ایجنٹ۔ ترےشوے
ژاے جیلہٕ چہٕ اَندرِمہ ڈیڈِہ اندر۔ جیلہٕ کِس آنگنس منز أسی واریاہ
قیدی تاف دِوان تہٕ واریاہ ٹلکس تل سُران کرنہٕ خاطرہ وأری
گنڈِتھ پننہٕ پننہٕ وارہ سوٚکونہٕ تہٕ اطمینانہٕ سان پرٛاران۔ تہٕ کیازِ
وَرِخ بناونکی چہٕ جیلن منزٕ یتھی ساماٰنہٕ بہم۔ ساری یم قیدی أسی
اَتھہٕ جیلہٕ کِس نٲدانِس اندر ہیے ہیے بُنگہ، موزوٗر تہٕ ژھوٚرن
ہی زَن تہٕ ملہٕ کھِس منزٕ قبرن ہُندی پیری أسی ــــــــــ
یم تہٕ أسی پژی پاٹھی مرگزارِ چہٕ قبرہٕ ہی باسان ــــــــــ یمن
قبرن منزٕ تہٕ أسی کم ناری مُندی، اَڈہٕ ژٔڈی تہٕ اَڈہ پھلی آرمان دوٚبہٕ بتھ
یمن قیدیٖن منزٕ اَڈین لتہٕ تہٕ کھوٚنتھی لایان تہٕ اَڈین پورے خاطر
پاٹھی کران اوس نٲیب صاحب وکیلس برونٛہہ برونٛہہ ژوپنجل

دوران۔ وَنن والیو چھِہ پوٗزٕے وٕنمُت زِہ تِکیہِ دَرِبن چھِہ
ساری کھوژان تہٕ سیٚدِبن سادَن لتہٕ موٗنڈ کران۔ جیلہ کہِ بادانگ
یہٕ زِلوٗکھ رادسطے کرِتھ وائتی یم ترٛیشوٕے اَکِس یارکہٕ منٛز۔
بارکہٕ ہِندی بہٕ مُژرِتھ ژھے اندر۔ اتہٕ کوٗٹھرہ ہِندِس ہیچہ وِسبا
ٹھرِس بُتھ دِتھ، تھرپیٹھ کُن کرِتھ اوس اَکِس مالہِ کرُتنہِ
اینارِس منٛز اکھ قیدیاہ ـــــ زن تہٕ دُنیہک گاش دِوٕن
اُچھن کھران اوٗسُس۔ اَمِس ہِ بُتی۔ نایبن "احمدا، احمدا" کرِتھ
اکھ زِہ آلو۔ مگر احمدَن تُج نہٕ کاٗر تہٕ ٹھوٗو۔ امہٕ پتہٕ دِتُنَس یِمنی
وکیلن اکھ زِہ آلو۔ احمدہ زن لوٗگ خاب وُچھنہِ۔ بُے وایہِ تُلُن
کلہٕ ٹھوٗو، زن تہٕ موردہ قبرِ پیٹھ اُٹھتھ نیبر دٕراو۔ وکیلس پیٹھ نس
پانَس بہٕ وُنٹھ کنہٕ وُچھِتھ گوو احمدہ حاران تہٕ ہیہ بُنگہ۔ مگر کینہہ
تہٕ چھُنہٕ وَنان ـــــ

مُنشی صاحب اوس وَژھو اُچھو اَمہِ بارکہٕ ہِند فوٹو یِنہٕ نِو
مُدیوسیتی تُلِتھ نوان۔ تنگ تہٕ گٹہٕ برٛژ کوٗٹھر دوٗرشنیاہس
اندر زن تہٕ چاہ ـــــ یُس چھُنہٕ نزاہ اَختابُک گاش بِا
لوٗسُن وُچھمُت چھُہ۔ کوٗٹھرہ ہِندِس پتھرس اوس کہِ تام پرانہِ زمانک
سیمنٹ، یتھ فرالو تہٕ نِچرو دوب تہٕ کھوڈ بناوی متی آسی!

گویا زن تہٕ کنہٕ پرٛانہٕ جنہٕ مشیدہ ہٕندی کھنڈراہ اوس۔ یِیتہٕ از جنٛ تہٕ نماز پرٛنس کھوژان آسن۔ امہٕ کوٗٹھرہ ہٕندس تالوس تہٕ آسی تیتھ وُلی تہٕ زُدی زہٕ یموٗ کنہٕ اوس ٹینہٕ پِشکٕ تٕرٛ انسانس تالہٕ اَلاو گنڈان!

وکیلہٕ سندہ تہٕ ایجنٹہٕ سندہِ بٕتھیِک پوٗرہ پاٹھی مطالعہ کٔرِتھ کوٗر احمدن وکیلس موٗ منتھو وُکھو خاطر پاٹھ۔ یتھ منٛز گرٛاوہ، گومُتہ تہٕ شکایتھ آسہٕ۔ ظاہراہ یمے لگہٕ تہٕ گرٛاوہ زہٕ عیالہٕ وکیلہٕ اگر میون موت اُلٕ چھُ۔ یتھ منٛز میون عزت تہٕ آبرو تہٕ چھُ، ژٕ کیاژٕ چھکھ ناحق میانی زِندگی بچہٕ راونچ کوشش کران۔ میانی یہ پٔتھی بابے زِندگی بچہ راونہٕ خاطرہ کیازِ چھکھ میون آبرو سر بازار کِنان۔ کیازِ چھکھ میانہٕ مُلک صِفت کورِ ہٕند دٔلی غاہ مہ غاہ چھلان ... ... " یمہٕ گرٛاوہ تہٕ گومُتہ آسہٕ احمدہ نہٕ نظرہ اداکران۔ مگر مُناسب اوس نہٕ نزانان یمہٕ گرٛاوہ زیٛوہ سیتو ونِتھ وکیلہٕ سندِ کُنِن منٛز داتناوِتھ گھرہ آمٕت پوٗٹھ ناراض کرٕن۔ تہٕ کیازِ تس اوس پٔژھی شُند دِل رٔچھن ہمیشک عادتھ!

نایب داروغن انہٕ ناوِ بٔنیس اکس قیدِس انتہٕ کرسی تارہٕ۔ اکس بیٹھ یوٗڈیشر بانہٕ، بٔنیس بیٹھ ایجنٹہٕ تہٕ بیشاکھ

تھاؤکھ احمدس برونٹھہ کنہِ، یتھ بیٹھ وکیل بیوٹھ۔ ایجنٹ تہٕ نایب
رؠدی ہنا دوٗرے پیٹھن۔

وُدہ وُنہٕ بُتھہِ لوٗگ احمدہ وکیلس کُن وَنہٕ نہٕ — "میٚہ جناب
چھُہٕ اکھ عرض۔ تہٕ ہہ بغار گوٗڑھ نہٕ میٚہ یور کانٛہہ اکھاہ مُلاقاتس
پیٚوان۔ نہٕ چھِم کانٛہہ اَشناو تہٕ نہ کانٛہہ یاراہ یتھ ژھوٚٹس
دُنیہس منز۔ یُس کانٛہہ اکھاہ یور چھِم یِوان، سُہٕ چھُم چھوکن نوٗنے
ترٛاوان۔ ساری چھِم لعنہِ ملانے کران۔ ساری چھِم دپان — ہتا
کیازِہ مارتھن سوہ دِوَتھ ہیش کوٗر۔ بہٕ کیاہ وَنکھ! ژےٚ وَنتم؟
راتھے اوسم اکھ اَشناو ژٔر ژہنہٕ آمُت۔ حال وُچھنہِ آمُت۔ چھوکن
نوٗن ترٛاونہٕ آمُت۔ اَژہ وُنِیُو ووٚن نَم — "تلا یاد پاو تہٕ، کتھہ
پاٹھی مارتن؟ کیاہ اَتھ کریوٚن ... ..." ساری چھِم زخمن گرٛاری
تُلان ... ... ژےٚ وَنتم میٚہ کر ہنشہ سوہ؟ میٚہ چھُہٕ ہیٚانی پرے
اُچھن تَلے تھہند باشہِ کرہ وُن لوہ کھار تہٕ تھٔنز ووہ بتھہ وُنی لاٗو
چھانی ... ... میٚہ چھِہ اُچھن تل سوہ آسان تہٕ گنِدان ....
وُنی وُنی ژٔرہ آسہ ہلمہ برٔے اژان .... وُنی حصن وُنی ...
اَسم کھوٚرن نَتھپہ کران۔ ہیوٚ نگنہِ اَتھہ لاگان ... ... وُنی اَسم
اَنٛدی اَنٛدی ژھایہ گنتھ کران۔ وائے تھٔندی آلون ژرلہ راوتم..

خبر کوٚت دوٗر ۔۔۔۔۔ میٚہ کرٕیامس ڈٕلِس تہٕ تھٕکھ مگر خبر کوٚت ژٕرٕج ؟ ۔۔۔۔۔۔

احمدس اوس یہِ وَنان وَنان دۅ شوٚرے اَچھیو کِنۍ اُشس دار لگِتھ ۔ خبر وکیلس تہٕ کیازِ گوٚو ازسپھٹاہ ۔ اتھ تِس کھوٚت اَچھر والین ہِنز ہیو ۔ مگر کینٛہہ وَن ہٕ لبغاٚرِ ے وۅٚنتھ تھوٚد ۔ اَتھ کوٚ ٹھرہ کوٚرُن اٗندرہٕ نیٚبرہ گردش تہٕ ژاو بیٚیہِ اندر ۔ احمدس اوس اکھ اکھ سوال لوٚ تہٕ لوٚ تہٕ پرٛژھان ۔ مگر احمدہ اوس ہیٚڈیو تہٕ بریٚڈیو سپنتی جواب دِوان ۔ تہٕ کیازِ سہٕ اوس یموٚ سارِہٕ وِ ے کتھو لِش لبے خبر یمہٕ یہِ تِس پرٛژھان اوس ۔ احمدس ژوٚ خصت ہیتھ دٕرائے یم ترٛیشوٚرے اتہِ نیٚبر ۔ نائبس اوس جائنٹس بیٹھ اُسن نشان تہٕ نیٚبر نیرِ تھیے لوٚگ وکیلس وَنہٕ نہٕ ــــــــ " یہِ حقص مجرمن ہنٛز عجیب نفسیات ۔ جرٕم کرِتھ کرِتھ چھِ پیٚتہٕ جیلن منٛز سادھ تہٕ گونماتھ بنان ۔۔۔۔۔ " کتھہِ اٗنزہ ژٕٹتھ ووٚنتھ وکیل اُمس" ۔۔۔۔۔

نائب صاحب ساری مجرم چھِنہٕ یِژی یا ٹھی مجرم آسان تہٕ خبر کیٚتیاہ سنگین جرٕمن ہنٛد مجرم چھِ اسہِ اٗندی یکھ شریفانہٕ زندگی گذاران تہٕ سانین نظرن منٛز سپھٹاہ عزتہٕ وائلی تہٕ تو تہٕ !

یتھہِ یم چیلہِ چیٚچھ ڈیٹہِ تل وٕا تہٕ تہٕ کنَخ اوس سادہ داہ ۔

عدالت یلہٕ گژھنس تام صِرف اوٚڈ گانٹہٕ۔ قدمن تیز رِژھ وأتی یم
ٹانگس نِشِس۔ ایجنٹ کھوٚت ٹانگہ وأرِس لرِہ بر وٚنٹھہٕ کنہٕ تہٕ وکیل
کٔنیٚ زوٗن پتہٕ کنہٕ۔ ٹانگہ وألی دِژھ گرِس زیر آے أژ تہٕ گرٕ
دژاو یوٗہے ہند وٚقہٕ منزٕ گوٗلی ہِش۔ زن تہٕ اُمِس گرِس تہٕ از واریاہ
کألی جیلہٕ منزٕ رہأیی دِژکھ۔ گرٕہ کٔنٛ دٔدنٕس آسٕس نہٕ وٚتہٕ لِوان!

---

# باب (۱۰)

# ژوٗر دوٗر

وکیلہ سُند ٹانگہٕ ووت سُہ تہٕ تِہُند ایجینٹ کاشی ناتھ ہیتھ یراہ کہہٕ بجہ عدالت کِس آنگنس منٛز۔ اُتھی ٹانگس پتہٕ پتہٕ ژاو گگر ژھل تہٕ وارِیاہ مُلزم ہیتھ۔ اُتھی مُلزِم آسی اَتھ گگر ژھلس منٛز اِنسان تہٕ دِسان، اُڈی آسی رٕنوٗدہٕ رٕہیتھ ہیوٗی۔ اکھ مُلزِم ماہ اوس بڈہٕ بڈہٕ گیوان تہٕ بیِیہٕ مُلزِمن کوڈ گگر ژھلہٕ چہٕ دارِہ کِنہٕ کلہٕ نیبر۔ پتھے امہٕ گاڑِہ موڑ کوٗر تہٕ اَتھ تل آیہٕ اکھ برُقہٕ پوٗشِس زنانہ ماہ۔ مگر یاں بجیہ راوہٕ خاطرہ لجِ سُہ ہیوٗر کوٗن دورہ بنہٕ۔ اُہندِس گابرنس ہیتھ آو اَتھ گگر ژھلس منٛز سارِہ نیے قیدِین اُسن تہٕ اکھاہ کرہ مُن کال ہیو رانڈہ قیدیاہ ووتھس دارِہ کِنی ——

سے وسکھنا پارہ ئلی ... بو چھاے ہے کھہ فلی

قیدی سُند یہ لُسنہٕ بوزِتھ ژُج سو جادَے دوٗر تہٕ بیٚیو
قیدِ بو تہٕ دوس اسن کھنگالہٕ۔ مگر یمن سارِہ نے قیدِ ین منز اوس
احمدہ دَم دارِیائی کھیٚ بِہتھ۔ نہ یہندِس اَسنس سیتی رلان تہٕ
نہ یہندِس وِلسنس منز شرکت کران۔ سہٕ اوس پننس بَنہٕ نس
اَندری سنیوُمت رلوُوہ، کوٗل تہٕ زوٗر۔ نہ شاید کینہہ بوزان تہٕ نہ
وُچھِتھ نے تلہٕ ترائی کران۔ ساری قیدی وائلکھ گاڑِہ منزٕ بوٚن۔
تہٕ احمدہ تہٕ وۄتھ۔ وُنہٕ اوس دوٚیم زنگ والانی تہٕ ہُیاری گوٚو " احمد اللہ
بنامِ سرکار " آو۔ یہ بوزِتھ پکیہٕ نوٗو پُیہٕ والہو احمدہ عدالتس کُن۔
احمدس بر ونٹھ بر ونٹھ اوس عدالتہٕ کرِ برہ اوٚسند وکیل اژان۔ جج اوس
تتھی کالہٕ کِیہے لباسس منز تتھی انداز س تہٕ انداز س منز بہتھ۔ عدالتک
ہال اوس از تماشہٕ وُچھن والہو سیتی ژٹیتھ۔ سارہ نے ہنزہ اُچھ لجہ
منشی صاحب نس وُناتس قدس کُن دَرِہ ہشہ۔ یوٚت یہ بر ونٹھ پکان
پکان گوٚو، تیوٚت گوٚو امس سیتی یہ مدیٚن ہُند کاروان تہٕ بر ونٹھ پکان۔
سیتھے یہ پننہٕ جایہ نِش وۄتھ تہٕ یمہٕ مدیہ تہٕ ڈجہ اورہ یور۔
جج ماسِین بناوٕ ینہٕ کھوٚر نژ کانژ ہش۔ موٗھ بند کرِتھ اوٚن
کھوٚر ہوُز اُچھن بر ونٹھ کُن تہٕ ہرزہ بیٹھ کھوٚرن کوٚتھ نوٗر ہنا ہیوٗر
پیہن تہٕ تراسن کرِ یمتھ کھائی جن ڈیکس دزہ ہش تہٕ بلے وایہ ژوسُس

نیر کھر — "اوٗہ — اوٗڈ گانٹ گوو ژیر۔ ساڑہ کاہ"۔ مِسٹر ایڈووکیٹ
تہٕ کرٕ یو پنُن بحث شروع۔ "

راتھ عدالت برخاست گژھن وَختہٕ اوٗس بہٕ جنابن نش
گواہ عشٕ دیٚدِہ ہندِ بیانٕچ اہم لنجہ ویژھہ ناوان . . . . . . "

"ہاں، ٹھیک! تہٕ آسہِ وہ اکہِ رأوی میترٕ لوریچ دلیل لبنس منز
شاید رأوی ہیتو۔ "

خانٕ۔ جناب! اَمی راوِہ منزٕ داستانہِ منزٕ دِیہِ بہٕ سہو اصلی
حقیقت لبتھ، یوسہٕ یتھ واقعس پوٚت منظر چھہ۔ بہٕ ہیمہ عشٕ دیٚدِہ ہند
بیانٕ ازبیٚئیہ توہہ نش پرٕن ——

ہاجرہ نِس تہٕ بشیرہ نِس پانٕ واٹنی اکثر سمکھنس پیٹھ چھہ
میٚہ اَمِس شاہدس لگ بھگ سَتھتھ شبتھ سوالہ کرٕ میتو۔ یہ کیٚنژھاہ
یمن سوالن ہٕندیو جوابو منزٕ اتھہ چھہ آمُت، تمہِ منزٕ چھہ یمن دوٚن
ہٕندِہ لولکہِ تژر دور سانہن اَچھن تل یوان۔

گوڈنیک دور چھہ مینلہِ یہنزٕ وانٕس شرٕی خیالن منزٕ آسُس۔
مینلہِ ہٕزٕ یمن شوٗعور تہٕ ایحساس اوس۔ یانٕے یہندِہ لوکچارک دور اَکھ
دورس مُتلق چھہ یہ گواہ ونان —— "بشیرہ تہٕ ہاجرہ آسی لوہ کنِہ
بیٹھکے دارہ دِبین، مہرٕ پننہ مہرٕ اوس تہٕ اُنی ژھبین گنڈان۔ اگر بشیرہ

گنِدہ ہا نہٕ تہٕ ہاجہِ تراوِہ ہا گنِدہٕ نےٚ۔ بنیس شُرٕس سیتی گنِدہ ہی
نہٕ تسٕہ بیتھر پائٹھی اگر ہاجرہ روشہِ ہا بشیرس تہٕ سہٕ تراوِس گنِدہ نےٚ
تراوان ... ... یہٕ اُسس اکثر بشیرس ہاجرس سیتی گنِدنس پیٹھ
گیلان۔ کورِہ مو ہنوٚیا ونان۔ مگر تس اوس نہٕ بیٚیہ کانٛہہ شُرس سیتی
دارِ پوان ... ... اگر گنِدن وخت بشیرس سانِس آنگنس منٛز
ہنا ژیر گژھہ ہا، ہاجرہ اُس میٚہ کُن کھوان زِ بشہ کوٚنے آو۔ بیتھے
بشیرہ بیہِ ہا تہٕ ہاجرس اوس دُچھن کنہ انتخاب کھسان ... ...“

یہٕ بیانہٕ چھُ ہاوان جناب زِ شُری لازمی پیٚٹھے چھِ یہٕ جوٚری —
یہٕ بدقسمت جوٚری آکھ اُکس سیٹھاہ نکہ عمرس منٛز، یوٚتاہ اُچھ لال نزدیک
چھُ۔ یہٕ چھُ صاف کران زِ لوٚین چھُہ یہندین سوٚمعوم دِلن منٛز سیٹھاہ
ستینٛز موٚل دِمتی۔ یہند پراٚنن سیٹھاہ ناممکن بنیوٚمت چھُ۔ یتیے
نہٕ، بلکہ یتیٚلہِ یم فکرہ پیوان چھِہ تہٕ یہند لول تہٕ امانتہٕ چھِہ فکرِہ
بیٚتھہ بوان گژھان۔ یہٕ لوکچار رچ شُری لازمی چھِہ جوانی منٛز اکھ
بےٚ پناہ اثار بنِتھ یہندن رگن منٛز ستنتھ گژھتھ اکھ جذباتی
رنگہ رٹان۔ اکھ اثارس چھُ یاونکہ منٛزر تہٕ شوٚخی اکھ احساس
دِوان۔ تس احساس بالغ عمرِ منٛز دوٚن[٢] مختلف جنسہٕ کین دِلن
منٛز یادہ گژھن لازمی چھُ۔ یہٕ ایٚیس اثارک چھُنہ صرف جنسی

رنگیے اوست رٹتھ ہیکان - بلکہ یوتاہ یہٕ اثر کمتل تہٕ لوٗنہٕ تہٕ اکسان چھِیہٕ، تیوٗتاہ چھےٚ اکھ اکس سٟتۍ زہ دٲیِ رفاقتک تہٕ ژمرہ ہنزٕ اکھ واشک احساس دِلن منٛز جاے آوران - امی احساس اندر چھےٚ زِندگی ہنٛد سیتہٕ بوج تہٕ ژمرہ ہنٛد رفیق بنہٕ نک عہد و پیمان تہٕ وعدہ اقرار سپدان - زٕہ دِل تہٕ زٕ وبن اچھن ہنزٕ زٕہ نظرٕ چھےٚ اکھ ٹیٚتھ ہتی فاصلہٕ نوان، یتھ فاصلس آب اژن، دم پرا کٹھ گژھن یا کنہٕ تیتھی نوقص پادہ سپدن چھےٚ یمن دوٚن داژن ہنزٕ زِندگی ہنٛدہ تہٕ موتک سوال بنان - دوٚنی چھےٚ فرق پیٚوے زٕہ اکھ یا وکس فاصلس کانہہ تبدیلی سپدنی ما آسہِ شاید کانہہ مرد ذائقہ وہتہٕ رِتھ ہیکان - مگر زنانن ہنٛد نازک تہٕ حساس دِل چھےٚ یہٕ شیٚن سہل سہل برداشت کرِتھ ہیکان کینہہ - یمے گواہ چھِ یہٕ باب یہ وضاحت تہٕ کران زِ یمن دوٚن ہنٛدہ لوہ کہ چارٕک اللہ کِتھ پاٹھۍ چھِ یہندہ یا وِنک منزل مقصود بنان — یہ چھِ ونان -

"... بیشرہ اوس کالجس منٛز سبق پران - ہاجن تہٕ کوٗر دِہنہٕ پاس ... احمدہ اوس ہاجنس بیٚنِہ بِرہٕ تا دِتھ پنٕنۍ نیچوِی لوہ چھِ زٕلہٕ ہی وِنی یِہان - یتہٕ اوس ہاجرس ماشٕر بابے بناوِتھ پنٕنۍ آش پوٗرہ کرنی یِہان ... مگر ہاجرس تہٕ اوس پانس بیٚنِہ بِرہ نک

شوق تہٕ وُژھ تہِ اوسُس۔ مگر نہٕ پوٚرُن پتہٕ تہٕ نہٕ کرُن مُلازمت ....
آوہ میٚہ پٔژھس۔ تمہِ وٚون زہ بشیرن دیتٕ نس نہٕ مشورہ نہٕ پرُنس
تہٕ نہٕ مُلازمت کرہ نس ... ... تمہِ دوٚن زہِ تس پیو بشیرہ نٕے
مشورہ مانُن ... ... بشیرہ اوس کالجہِ چہ کتابہٕ ترٲوِتھ چاے
چینے سون واتان ... ... ہاجس نن اوس ہا تیفی نادس گژھان
سو تہِ اُمِس تِتھے واتان۔ نتہٕ اُمس بشیرہ نہٕ پینہٕ بر وِتھے واٚ ہنز
آسان ... ... نفو فتن تام اُسی یم ساًنی بہتھ کتھہ کران۔ گِندان
تہٕ کیباہ تام پران، لیکھان آسان ... ... اسہِ ہیکہ جاے ژھوٚنڈ۔
... ... بیشہِ لالس اُسم بیجہٕ جایہِ منزٕ روزنس ہال ... ... ساٹھن
کٹھین منزٕ اوس دم۔ امہِ ضمہ سیتی اوس بشیرس کُنہِ کُنہِ ساتہٕ
گرمس منزٕ ہاکلہٕ دود تہِ کران۔ ہاجہ اُسس کلس موٚٹھہ تھپہ ہن
دِوان تہٕ اُمِس اُسس لوٚہ ژلت گژھان ... ... کلہٕ اُسس پیٚنہٕ نس
کھس پیٹھ زیٹھہ موٚٹھہ دِوان تہٕ گاہے اُمس پنہٕنس ساٗرسی اُہندس
کلس گنڈان ... ... "

جناب والا! یمِس شاہدہ سندہِ بیانہٕ منزٕ چھُ اسہِ ہاجرہ نہٕ
تہٕ بشیر احمد نہٕ رومانک تہٕ لولک اکھ شروٚن تہٕ گہرہ پکے میلان!
حتا کہِ اُمس بیچارہ چھُنہٕ دُنیہِ تہٕ پیے آمہِ عشقک، یُس اُہشرن

نفرن تل پھاشپھلیاؤمت چھُس۔ یہ چھُ نہٕ نزاہ تہٕ اکھ شانکہ رؤزمژ
تہٕ نہ چھُ اُہندِ سیدی تہٕ سادٕہ ذہنن کانہہ شک کورمُت۔۔۔۔
اُہندِس سبز رَس مُطابق چھِ یِم شٔری اُسی مہتی گندان۔ مگر تُہی تہٕ
یِمہٕ کتھہ اڑٕہ گرہ تہٕ مُڈہ گرہ کتھہ یہ یمن دۄلن ہندِ بن تولقاتن پیٹھ
باوان چھُ، تِمو کتھو منز چھُ کُنہہ شکہ تہٕ وہمہ بغار یہ ثابت
سپدان زِ اکھ بدقسمت جورہٕ چھُ پانہٕ وأنی سٕہ اُلفت تہٕ لول
اوس مُت یُس نہٕ شاید ختم گژھت ہیکہ ہا۔ یِم چھِ اکھ اُکی
سنزٕ زندگی ہندی وٕتہٕ تہٕ منزلِ مقصوٗد بنیا مہتی۔ یمن دۄن
دِلن اندر لولک سُہ نار دُبہٕ دُلن اوس مُت، یتھ سمازچ تنگ
دِلی خیر کوتاہ آب چھاوِتھ تہٕ ژھوہ راوِتھ ہیکہہی نہٕ۔ بشیرہ چھُ
صرف پننی ٹاٹھ وَس وُچھ نہٕ بابتھ ماجہ مألی سنز بیوأری کھیتھ
تہٕ پننی بنگلہ تراوِتھ عشس دیدہٕ ہنزٕ پہرہٕ منز یوان رؤدمُت۔
ییتہٕ یم اکھ اکس لول تہٕ محبت ورتاوان رؤدی مہتی چھِ۔ ہاجرن
چھُ زندگی ہند اہم فأصلہ تہٕ بشیرہ لس مشورس پیٹھ بدہ لومت
مألی سنز آش تہٕ دوہمید تہٕ پننی شوق تہٕ بشیرہ نہٕ دایہ پیٹھ
قوربان کورمُت۔ یمن چھُ اکھ اُکی سنزٕ زندگی ہند رفیق تہٕ
سیتھہ بوج بنہٕ نک یوت مضبوط تہٕ مستحکم فأصلہ اوس مُت زِ

ہاجرس پیٹھ و مزید تأئلیم حأصِل کرہ نکٕ یا مُلازمت اِختیار کرہ نکٕ
مشوق بشیرہ نِس مشورس پیٹھ ترک کرُن۔ شاید چھُ بشیرہ پننہٕ
زنانہٕ اعلا تأئلیم آسنس خلاف اوس مُت یا چھُنہٕ تَس پننہٕ آشنہٕ
مُلازمت کرہ نا وُنکٕ قطعی اِرادے اوس مُت۔ یوٗہے چھُ اکھ
موقول نتیجہٕ یُس بہٕ جناب اخذ کران چھُس۔ مطلب چھُم زِ
یِمو لوکو اہم فأئصلہ چھِ عشقس دیدہٕ ہنٛزن نظرن اُندٕ پکھ کرہ نہٕ
آمِتۍ۔ مگر سو چھےٚ اصلیتہٕ نِشہٕ بے خبر!

پتے اوت نہٕ، بَلکہ چھُنہٕ ہاجرن بشیرن عیٚدٕن وُرۍ ین گرٕ
نیبر آسن نہٕ اَلِتھ ہیوٗ کھُت۔ یَتھ وَختس اندر بشیرہ کشیرِ نیبر
ٹریننگ کران اوس مُت چھِ، ہاجرہ چھےٚ تَتھ وَختس کالہٕ پگاہ بیمار
اُسمہٕ آسان اِہیے گواہ چھےٚ ونان۔۔۔۔ ماجہ ہنٛدہ نسبہٕ
پیٹھ چھُنہٕ ہاجس زاہ کلہٕ دود کوٗرمُت۔ مگر اوہ۔ اکہ لِٹہٕ گیہٕ سو
سسنٛخ اَیِت۔۔۔ مرنس ژُدمعا نہٕ باقے کینہہ تہٕ۔ براہ اُس
زو نگولے مرِ یہے موتھتُن ہش باسان!۔۔۔ خبر اوہ تم نہے
دوہ مَن یلہٕ بشیرہ نیبر ٹریننگ کران اوس۔۔۔ بِچأرٕ اأسہ
مرِہ نہٕ برونٹھ دوہ ژٕ نوٗ نوٗٹ ہش گژھ۔۔۔ زِن تہٕ آسی ہش
جأدی کرٕ ہِتی تہٕ اکی سِٹہٕ ژھاے زالہٕ نہٕ زن اأسس تراندٕ دلتھ
ژٕ چھُنہٕ۔۔۔ ہاجرہ یمہٕ دوہہ موہ یہ، تمہٕ دوہہ اوس شاید بشیرس

وُری کھنڈ نیبرٕ آمتِس گومُت . . . . . "

اُمِس گواہ سٕنٛزٕ یمہٕ کتھہ ہیٚنہٕ ہیٚوٚرکُن جنابن تِمِس بیان کرٕ تمہٕ چھہٕ بِلکل صاف تہٕ نٕنہٕ۔ جناب ہیکن امہٕ بیانہٕ منٛزٕ صاف پأٹھی لٔبِتھ زِ ہاجرہ چھہٕ بشیرہ نہٕ ٹریننگہ گژھنہٕ پتے بیمار گمٕژ۔ مرٕ نہٕ یر وِنٛتھ اکھ وُری ٹھیک گمٕژ۔ اُہندِ مرٕ نہٕ بر وِنٛتھ اکھ وُری چھہٕ بشیرہ تہٕ ٹریننگ کٔرِتھ گرٕ واپس وٚتمُت۔ یانے ہاجرس چھہٕ نہٕ کانٛہہ بیمأری، بلکہ ہجرٕچ تہٕ دوٗرٕ رٕچ بیمأری اُمِس مٔژ۔ یہٕ سأری "تِہ انٛد ذلّت،" چھہٕ اُمِس بشیرہ نہٕ واپس ییٚنہٕ سٟتی ژٕجمٕژ ــــــ

جناب! تِہ أنٛز تن وٕد پانے زِ یہ ہاجرٕ نہٕ بشیرٕنِ کنٛشرن وُری یَن ہنٛز عارضی جُدأیی تٕرأوِتھ ہیٚکہ، سو کتھہٕ پأٹھی ہیٚکہ اُمِس یارٕ سٕنٛزٕ وُمرٕ پیٚٹھ جُدأیی برداشت کٔرِتھ۔ تمہٕ اوس آدنہٕ پیٚٹھے بشیر احمد پنٕنٕ بناونٕ خابن ہُنٛدی محل تأمیر کرِی متھ۔ سو کتھہٕ پأٹھی زٕرِ دِہ ہا خابن ہُنٛد یہ مأری موٗنٛد تہٕ دِلس پٔژیہ وُن محل مسمار گژھن۔ لہٰذا چھہٕ یہ موقول باسان زِ خابن تہٕ دومیذن ہُنٛد محل چھکلِہ چھکلِہ پینہٕ بروٚنٛہہ کرِ تمہٕ نِنہٕ اُچھہ ہمیشہ خأطرٕ بند، یتھ نہٕ سو یہ ہانیے وُچھِتھ ہیٚکہ۔ شاید چھہٕ اُمِس بشیرُن جُدا گژھن یقینی باسیوٚمُت تہٕ اُکتھ یقینس اندر یتھ چھہٕ امہٕ پانہٕ پنُن دَم سۄن وٚمُت سیٚد تِس پِنٛیہ دِلچ اکٕ وٕکھ کٔرِس گرِ داپس

منز وُلٕٹ پاٹھٕ ہیلنہٕ آمٕژ باسے مژ چھےٚ تہٕ تمہٕ چھےٚ اُچھ وُٹھِتھ ڈلس

منز ووٚتُھر دِیٚنی بیٚہتر زٕون مُت ۔۔۔۔

"مگر وکیل صاحب !" دوان جچن اَمہٕ سنز کتھ کھٕنتھ بڈہ

موصوم تہٕ اپیہ منز ـــ "تُہۍ فرماوِو تو زِ یہٕ لوٚلٕچ داستان کرِو آنٛناوِو

تُہۍ اَند۔ تہٕ اَکھ چھا کانٛہہ اوٚنٛٹ تہٕ۔ بیٚہتر اوس اگر تُہنٛز مقدمہ کیٚن

اصلی واقاتن دیشِتھ دِیہٕ ہیٚو۔ عدالت چھےٚ توہہِ یقین دِوان زِ

فاصلہ دِنہٕ وِزِ تہٕ سپدِ نہٕ یہٕ لوٚلٕچ داستان نظر انداز۔"

ہے کورٹُس سنزہ اَکھ کتھِ بیُٹھ تراوٚ بُرتھ پالکہ ہالن اکسٕن

کھنگالہٕ تہٕ جبس پیٹھ وٕ بٔتیہ "آرڈر آرڈر" کرِتھ دِیٚنچ ضوٚرو ریتھ۔

ژِھنہٕ پیہٕ سپد اَنی لوکُک منشی صاحبن بیٚیہ پنٕنہٕ دراژہ ٹٕکُھ دِیٚن ـــ

"جناب ! مینٛہ کوٚرٕ ٹُنیکتام ہاتہٕ نہٕ روماٚنسکی تربیہ ؛ ووٚ توہہِ

نِش واضح۔ اکھ ہیندہ لوچوک دٕد۔ بیاکھ نوجوٲنی ہٕندِ نیہ

نازُک تہٕ بیاکھ ہیندہ ہجرک دٕد وونی ۔۔۔ "

"شُکریہ کرِہ بہٕ توہہِ۔ تُہنز کتھ ژُٹھِتھ۔ تربہٕ دٕل چھِ کافی۔ تہٕ

شاید چھےٚ نہٕ ژٕوریم کانٛہہ دٕل۔ تہٕ مینٛہ چھےٚ ووٚنِد زِ یِم تریشوٚے

دٕل دِ دوہ توہہِ ـــ "

"مگر جناب ! یمہٕ لوٚلٕچ داستان چھےٚ نہٕ تریشوِے دلہٕ سیٚتی مُدہ نہٕ

پانٛہ یکہٕ چھےٚ ژٕوریم دٕل ضوٚرو وری۔ یہ چھےٚ ہیندہ لوکُک ژٕوریم

تمہ لاگری دور۔ گوڈنکس دورس منز چھہ لوکچ بیالی دانن دوٚن
دِلن منز جاے کرمژ۔ دوٚیمس دورس اندر چھہ تیمہ بیالی ہیوٚل
کوڈمت۔ لولن چھہ شوٚعور تہٕ احساس لوٚبمت۔ تریمس، یانے
دوٚرِ پرکس دورس منز چھہ یہ ہیوٚل پوختہٕ گومت۔ تہٕ کیازِ ہجر
چھہ اتارس پوختگی دِوان۔ ژوٚرِیم چھہ پٔتیمہ، لوٚنہ ننگ دوٚر ——
وصلک دوٚر ییلہِ یم زِ دِل ازٕلہ میلہٕ متھ تہ رلے متھ دِل اُکی ہے
رنٕز گنڈہ نہ یہن یہ . . . . .

"منشی صٲبس چھہ شاید یمن دورن منز پانہٕ تہ لوکہ چادس
منز دوٚرن پیومت —— " وٕلن جچھن اسن ترٲوِتھ وکیلہ ہنز کتھ
دوبارٕ ژٕلتھ —— " تہٕ کیازِ لولکہ مخصوص دہر تہٕ رنگ ہیکہ اکھ تجربہ
کار عاشقے دیژھ ناوِتھ! "

جناب! شکریہ۔ آخر وکیلس منز چھم ناڈ پرانے کرہ دُنی
دأرِتھ۔ خاطر بہ اوسس عرض کران زِ یہ دوٚر چھہ بشرہ بِنہ ٹرینگ
مہ کلاو ترپتے شروع گومت ییلہِ امی باضابطہ ملازمت کرِتھ زینوٗ
ہیوکھ تہٕ اُہندین گھرہ کین لچھ اُہنز آشینہ ژھانڈنکہ پھیرن۔
یہ چھہ یمن دوٚن موسمن دِلن ہُندِ کشمکش وَرخ۔ یہندِ مستقبلکہ
وصلک ورخ۔ شاید یہندِ موت تہٕ زندگی ہندہ فاصلک ورخ۔
اتھ وصلس متعلق چھہ یہے شاید میانین سوالن ہُندین جوابن منز

وَنان" . . . . بشہٕ لالہٕ ہیتھُے پاس گوو تہٕ لۄگ وارہ کارہ بۄڈ
مُلازِم . . . . وونی اوس سہٕ سون کمے پہن یوان گرژھان۔
مگر ژوٚرہ ژھینیہ اوس میانہٕ آمارہ یوانی . . . . گھرہ کین اَءِ اُسُس
ہتھکلے گرژھان . . . . سہٕ چھنہٕ ہتھکلے . . . . اُہندہ ینہٕ تِتے
اُس ہاجہ تہٕ داتان . . . . اَدہ دوو شوے اُسی لارہ پارِمو
پاٹھی اکھ اکس ونان آسان . . . . میہ کیاہ آسہ ہمن گانٛژہ
ہنزہ کتھہ کران۔ آخر شُرہ لاأزی پیٹھے زان اُسکھ . . . . شُرِ
مائے چھا سہل ژلان . . . . مگر جادہ پہن اُس وونی
ہاجہ شُلہ جوٚس ستی کتھہ کران . . . . وونی اُس ہاجہ جادہ
شُلہ جوٚس ستی کتھہ کران . . . . شُلہ جو اوس ہاجرس اتھہ
کیاہ تام حساب لیکھہ ناوان آسان . . . . یہ اُسُس شُلہ
جوٚس اتھہ پیٹھ بوٚو آری کران، زن تہٕ کانہہ بۄڈ باپاری اوس۔ مگر
یسلہ ہاجرس نراہ اتھہ پیٹھ پڑژھ گاڑ کرِم، سو اُسم دَپان
زِہ اُمس بچارس چھہ پنجاب باپتھرس چِٹھی شُٹھی لیکھہ ناوِنی آسان
تہٕ پیرہ سندی شُری چھِس نہٕ مانان . . . . "
ہمو کینژو شُرو منزہ چھہ یہ واضح سپدان زِہ ہیتھے ہاجرن
تہٕ بشرن وونی آزاد پاٹھی سمکھن دُشوار ہیوٚتن بنن، تہتھے
نوٚب ہمو اکھ قاصد، تہٕ نامہ بَر اکھ۔ اگر نہٕ اوٚت تام شُلہ جو

باپتھرس پنجاب چھٹہِ لیکھہ ناوان اوس تہٕ دوٚنی کیاہ ضوٚ رۄزرتھ
تہٕ حاجت پیٚیاو اُمِس۔ سُہ اوس پانہٕ اَکِس تھٔدِس گھرس منٛز، یِیتہٕ
خاندن ہنٛز کاتھہ کمی اُمس نہٕ۔ ہاجرِ سے کیازِ کرٕ اُمی مخصوص امہِ
کامہِ خاطرہ۔ یہِ چھہٕ صاف دِوان گٔرِتھ زِ ہاجرِہ اُمس نہٕ سُلہِ چوٗرنس
باپتھرس خط لیکھان۔ بلکہِ سُلہِ چھُہ نہٕ ذرٕ یہِ اُمس پنٛنِس دِلس
شیٖچھہ تہٕ بدٕہ سوزان۔ امہِ بیانہٕ پیٚتہٕ چھہٕ یہے گواہ وَنان"....
پیرہ بایہِ اُمس ووٚنی بشیرس نہٕ خاندرچ سخ فکرِ لگٕمٕژ۔ واریاہن
بٔجن بٔجن جاین آسکھ کتھہٕ لوان۔ مگر بشیرہ اوس کلس پیٹھہ
کٔنٛز تُلتھ... اَکِس جایہِ اکھ دُلامہٕ انان تہٕ بٔیِس جایہِ
بِنیاکھ۔ آخرس لٔج پیرہ بایے دروِیشن تہٕ فقیرن یاوَن پیٚنٛز زِ
بشیرہ کرِیس نا کُنہِ جایہِ کتھہٕ رَٹنس آنکار.... امہِ پیتہٕ
چھُس یہِ جناب اُمی سے شاہدس زِ ژُورِ سوال پرٕژھان۔ یِم
میٚہ سوال تہٕ لیکھہ ناوِ ہیتھ رٔچھہ تہٕ جواب تہٕ۔ یِم سوال تہٕ جواب
کیاہ رِچھ، یہِ کرہ عرض جنابن نِشہِ :——

سوال :— اچھا! آخر بشیر احمد کتہٕ اوس خاندر کرُن یژھان؟

جواب :— آسہٕ ہیس کُنہِ جایہِ پانہٕ سیٚے ٹارہ کھوٚت مُت۔ میٚہ ما
ونہٕ ہے پیرہ بایے پنٛن پنٛن رازٕ۔ پانہٕ واٗنی آینہٕ ہکھ
بَتہٕ ہیکا!

س : اچھا۔ ہاجرِ نٕ کیتھ ما وَڑھایہٕ زاہ؟

ج : میٚہ تٕجایہٕ اکِہ دوہ ہہ۔ مگر پیرٕ باسے وُزٕھم۔ کھیٚنہٕ پوٚز دوٚنٕ زِہ کوٚرٕ اٚس مارِہ منزٕ رے۔ مگر تہُند مول ما ہیٚکہٕ ہا پوٚرہ پیرٕ بایہٕ ہُند طماہ کڈِتھ۔ اٚخر پوٚزٕ مے اوس۔ ژٕرِن کورِن منزٕ اکھ نیٚچوٗ۔ سُہ ترِ بجہٕ جایہٕ بیٹھا!"

س : ہاجرِن کیٚتھ خیال اوس پیرٕ بایہٕ؟

ج : گوڈٕ گوڈٕ اٚس اُہِندی تارِیف کران۔ مگر پتہٕ ڈولُس اوٚہُند نقشہٕ!

س : نقشہٕ اوٚہُند کیا زٕہ اوٗسُس ڈولمُت؟

ج : ترِ زاہ تہٕنزٕ گورِہ گردن۔ مگر اکِہ دوہ ہہ ترا اٚدٕ نم ہاجرٕ مرِتھ پٕرٕ پڑھا ——

س : کیاہ پٕرٕ پڑھا؟

ج : کیاہ تام وٚوٚن نم زِہ سو بچاژٕ اٚس زٕوٚن کھیٚنہٕ آسمان کھٕسٕن یٚڑھان ترِ لوٗگُس دَب، یمہٕ دَبہٕ ٹل نکھ پھٹِس!

جنابِ والا! یمہٕ جوابو منٛزٕ چھہٕ ترٚیہ کیتھہٕ نیران۔۔ اکھ زِہ بشرن چھہٕ اٚس ہرٕ کانٛہہ خاص کوٚراہٕ پنٛنہٕ بنہٕ وُنی آشیٚنہٕ مدٕ نظر کرِتھ
بتہٕ آسٕ ہرٕ دوٚیم زِہ ہاجرٕ چھہٕ پیرٕ بایہٕ ٹارِہ کھٕژٕ ہرٕ۔ مگر غریبی ترِ

خاندآنی تفاوُتھ چھُس بڑٕ بارٕ خامی اُس مژٕ۔ یِمہٕ موکھ پیٚرٕ بابے
ہاجِس نوٗشِس بناونس پیٹھ ہرگز تیار اُس مژٕ چھینہٕ۔ ترٛیٖم کتھ چھےٚ
یہِنہٕ زٕ یوسہٕ خاص کٔراہ بشیرس ٹارٕ کھٔژ مژٕ اُس، سو چھےٚ شاید
یہِے ہاجہ اُس مژٕ۔ تیٚچ خبر ظآہراہ بشیرٕ نٕ ہاجہ تہٕ اُس لٔج مژٕ۔
تہٕ توَے اُس سو ہاجرِنس اَتھہ اِرادٕس " زٔون کھیٚینہٕ کھٔسُن "
زرانان اُس مژٕ!

یہِ ژٔوٗریُم دوٗر چھےٚ یمِن دوٗن ہُندٕ کشِ ہِکشک دوٗر اوس
مُت۔ عٔشق دیٖدِ ہُندیو جوابو منزٕ چھےٚ یہِ ننان زٕ بشیرٕ نٕ تہٕ ہاجرٕ
نٕ راژُک وَژھر اوس بشیرٕ نین گھرٕ کٔین نِشِ تہٕ سٕنٛدمُت۔
تہٕ اَوَے اُس پیٚرٕ بابہِ ہاجرس مُتعلِق راے تبدیل گامژٕ۔ تٔس چھینہٕ
پننِس موصُم خانہٕ ہاٰلس بشہٕ لاٰس منزٕ کاٗنہہ قوٗ منور البتہٕ آمُت
بُلو کرِ چھےٚ اَمہِ سورُے تقصیر ہاجرٕ نین شانن لوٗدمُت۔ توَے
چھےٚ اُمِس ہاجرٕ اٗس اماٰرس منزٕ " اَسمان زٔون کھٔسِ کھٔسنک "
مُشک آمُت! بشیرٕ نین گھرٕ کٔین چھےٚ پننِس دولتس تہٕ خاندآنی
وِیقارس پیٹھ سیٹھاہ ناز اوس مُت۔ تہٕ اَتھ مُقابلہ چھُکھ ہاجرٕ
مُفلِس تہٕ لیچہِ باسان اُس مژٕ۔ پیٚرٕ ہُندِ گھرٕ چھےٚ محبّتس
باباریچ نظر اُس مژٕ تہٕ توَے چھےٚ یمن یہِ اندازٕ اوس مُت زٕ
ہاجرٕ چھےٚ بشیرٕ نی آشیٚنہٕ بننہ۔ دولتھ تہٕ خاندآنی بجر لبن

یِژھان۔ چونکہ پانہٕ پھیرِ وٲلی آسنہٕ موکھ چھِ یِمن پرٛبھتھ کنہٕ منٛز پھیرِ وٲلی تارن گرٛی باسان اُس ہُر۔ خارٕ، اَکھ کش ہکش کس دورَس اندر بیلہٕ بشیرٕنی گھرکی لاَزِمی طور اُمنٛزن ژھایَن تہٕ گرٲین زاگان اُسی مِتی چھِ۔ تہٕ اُتھی دورانَس اندر چھُ بشیرَن پتہٕ عش دیِدہٕ ہُندہٕ گھرٕ ہاجَس پانہٕ سمکھُن نامُناسب ز ونمُت۔ تہٕ شُلہ چھُ چھُن نامہٕ پاٹھ غائب قاصد بنوومُت۔ اَمی دَرِوُک اندٕ —— (climax) چھُ ہاجرَن یِہ ہنگامی تہٕ پرٛ اسرار موت۔ لہاذا چھُ جناب یہ کنہٕ شکہ تہٕ گماہٕ ورٲے واضح زِ امہٕ دَرِدِ کہ واریاہ سیر کنہٕ راونہٕ خاطرٕ گوڈٕ ھ یہ شُلہ جو —— یھندہٕ سیرٕک سرپوش —— مُنور وٲری طور گواہ آسُن۔ یہ چھِ اِستغاثچ بُڈ بارٕ خٲمی تہٕ نوقص۔ یِس نوقصُ مُلزم سندہٕ حقہٕ گژھِ ھت مُلزِمس بچہٕ راوان چھُ تہٕ اِستغاثہٕ چھِ دلیلہٕ منٛز اکھ شکھ اکھ پاٹھ کران چھِ۔۔۔"

"باسان چھُ زِ تہٕ ہہ ہیوٚ یکہٕ اِرادہ کوٚرمُت اِستغاثہٕ کس سیٚزٕرس کھرُ اَنہٕ نَس۔ اِستغاثن یچھنہٕ عشقہٕ چھِ داستانہٕ ہُند تفتیش کوٚرمُت، بلکہ اِستغاثس اوس صرف قتلس تہٕ قتلہٕ کین واقعاتن تحقیقات کرٕن۔ تھوٚ ونی تو تمہٕ تحقیقاتس کوڈ ر

خاموش چھَہ ـــ " یہِ وُنِتھ لوٚگ جج قلمہ کہِ ہیٚمتہِ تیٖزنتہٕ سیٚتھۍ دَندن ٹِپ ٹِپ کرنہٕ نہٕ تہٕ مدٕرے گنٛڈِن وکیلہٕ سندِس جانٛنٹس کُن ـ سیٖٹھاہ شیٚہجہٕ وأنجہ لوٚگ وکیل وَن نہٕ ـ جناب اِستغاثُک بوٚڈ نقص چھُ یوٚہے زِ تمو کوٚر کُلیک تہٕ وُچھتھ بیٚن اندازہ ییٚش زِ کُلِس کیاہ وَرچھُ گوٚمُت ـ مگر تمِن پزِ ہا امہِ کُلہِ کِس موٗلس موٗلس امرِ کہِ دَرُک تحقیقات کرُن ـ تُلمس آسہِ ہا یہِ کتھ کُنہِ کھُرہِ وَرأے نیٚنیامِژ ـ اگر تُلیس ہاجرہ نزِ زندگی ہندیو مختلف دوٗر آسہِ ہن تحقیقات کرِتھ وثرِ ہر ناوی میتھۍ ـ اگر یوٚرہ پرٛژھ گارٕرے آسہِ ہن کرُمِژ ـ تو تہٕ آسہِ ہا وارِیاہ حقیقت نٕنۍ گامِژ ـ اگر زِن تمِن یِمو سیے بچارِس (مُلزمس کُن اِشارہ کرِتھ) یہِ بالہ اَیٚژ بارہٕ کھارُن اوس، تو تہٕ گوٚژھہ کم سے کم یہِ نُنہٕ نراوُنچ کوٚشش کرٕنۍ زِ یِمِس تہٕ ہاجرِس منٛز کیاہ عداوتھ اوس بَڈیامُت تہٕ یِہندہِ مایہِ ہِنزِ دوٚدہ وارہ منٛز کُس گرمُت اوس پیومُت!

احمدہ اوس یہِ سورُے بحث ازٕ بڈہِ دِل دِہی ساں بوزان گاہے ڈیکس دِژہ کھاران تہٕ گاہے ہیٚڈِہ تہٕ بزٕ بیڈِہ کڈان ـ یہِ سورُے اوس بأزی گر تماشا باسان ـ ییٚتھ منٛز پیٚژھا حقیقت تہٕ یزٕ رأوست تہٕ تیٚ قیمتہٕ اُلیلا باگی گر

سُند کاکذ تلہٕ لوٹ بناوُن چھُنہٕ پزر۔ دوٚن اُچھن تل گر تلہٕ چھُ
یہ سورُے تماشے۔ اَیزُے اَیزٕ۔ بازیگر تماشہٕ وُچھتھ واٮ۪لس
یوٚہے کشمکش ذہنس منز آسان چھےٚ، پزٕ میٚ کشمکش اُس مُزہ
سندِس دماغس منز ـــــ سُہ اوس راوان زہ سورُے قصّہ
لیُس تہند وکیل رژھ رژھ وژھ ناوان۔ چھُ، چھا ٲزی باٗ ٹھی
پوٚزُے! یہ چھا پوٚزُے زِ ماجس اوس بٔترن لول تہٕ آثار ـــــ
پوٚز تہٕ اوسُس باسان۔ مگر وکیل صابنی "ہاتھ کی صفائی" تہٕ۔ مانہٕ
ہے پوٚز مگر کیتھہٕ باٗ ٹھی! دُمرہٕ تہٕ گژھ ہس ناشک ؟ مانہٕ اَیزٕ۔ تہٕ
مگر کیتھہٕ باٗ ٹھی۔ وکیل صابن تھوٚونس تہٕ اَیزٕ مان نٔس کانٛہہ تہٕ باتھ
احمدہ اوس اُکھی سوچس پٮ۪تھی تہٕ بیجن کور حکم ـــــ "اچھّا
عبدالقک وَخ ہیٚتن سَیدٕن۔ کٲلی کیتھہٕ سپدہٕ یہ مثل بلیٚہ بیش
بٔ کرہٕ وو میدزِ تمہٕ دوہ واتہٕ یہ وُہمہٕ صدی ہنٛز "نوش لب"
کٔتھ اندٕ۔" یِی وَنان ژاو چھٕج ویٹ کھٹِس منز۔ تماشہٕ وُچھن
واٲلی تہٕ وکیل لگو اکہٕ اکہٕ نیرنہٕ۔ تہٕ پتہٕ دالبو نیوٚ احمدہ اَکھس تھف
کرِتھ تہٕ ژونکھ گگر ژھلس۔ گگر ژھل اوس جیلہٕ چیہٕ وَتہٕ دوان
تہٕ دوران ـــــ ہلبو تہٕ کلبو موڈو ہیٚتھ ـــــ احمدُن ذہن
تہٕ اوس ہیٚہ مُدُن تہٕ بیجن منز ہیٚستھ کاڑہٕ ہندہٕ رفتارہ

کھوٚ تہٕ تیز دوران تہٕ ژھوان ـــــــ مگر کوٗت! کتھ مقامس تہٕ کتھ منزٕلس؟ ییٚلہِ مقام وَہرٲٹھ رٕوٕدٕ ژٔبرن ہُندی پٲٹھی ذِہنس منٛز وٕدٕنی تہٕ ولسرن، تیٚلہِ چھُ چھیکرس سوچس فلیٚچ گژھان۔ اُچھَن ژھاٖپ بیٚہان۔ لیُو لیُو تصوٗر راوان۔ راوی رٲوی خیال لبان۔ تہٕ اَکھ لبَنس تہٕ راوٕنس منٛز چھُ آخرس ذِہن اِبہامِچ پٔرٛدہ بنان ـــــــ اُتھ پٔرٛدہ ہُندِس پٲٹھ کینہہ زالس منٛز اوس اَحمدُن ذِہن قاٖد گوٚمُت تہٕ تام ووٚتھ جیل خانہٕ برٕ بیٚٹھہ گگرٕ ژھلہِ منٛزٕ بوٚن تہٕ بیٚنٛ مبہم وٕجوٗد چھہٕ جیل خانس کُن لیٚتھ وان ... ...

# باب (۱۱)

# وٲرانٕ ہُندٕ وآراگ

آٹھوارِہ ہُندِہ کاجگٕ ٹین بجہِ چھیہہ اوس وکیل صاحب پنٕنِس باغس اندر کُرسِیہ پیٹھ کھوورِہ کرِتھ تَمِہ کھوزِہ شور دُےنہ ونِہہ۔ اَندی اَندی آسِہ کُرسِیَن پیٹھ زہ ترٕےٚ جوان، پٔژ سو۔ دٔرمنس پیٹھ آسس پتھر کیٛنژہ اَسامِہ بِہِتھ۔ تُرا ہو جیراہ منز باگ ہیٛتھ اَکھ اَکِس پننہِ پننہِ داستان باوان۔ پٔژھبو ہیٛوتھ اَکِہ اَکِہ نیٖرنِ تہٕ اورِہ ژٕاد اَوہُندا ایجنٹے کاشی ناتھ آداب عرضا کرِتھ رُود وکیلہ سُنزِہ کُرسِیہ دُچھنٕ کَنہٕ ٹھادہ۔ پٔژھبن تہٕ اَسامیَن رُخستاہ کرِتھ کوٚر وکیلن پننِہ کتھِہ ہُندآسے کاشی ناتھس کُن ـــــ بوزِتھ سا کاشی ناتھ، بہٕ تھاوَے تمام پٔتو لاگِتھ۔ تُہِ اَنتِہ تمام فتح کدال گژھِتھ اَحمدٕن ماسٹر بوسے۔

ہُنے عبدالسلام، یُس اسہِ نِشِہ گاہ بے گاہ یِوان چھُہ۔ سُہ چھُے اَپارِہ کدلِہ لِسان تہٕ اکوٗنٹنٹی منز کلاڑک۔ اینٛ! ڈیپٹی پُس احمہٕ نِہٕ مکانِہ چہٕ سارِیے کوٗنٛزٕ سبق اَنہٕ۔ تہٕ کیازِہ میہٕ چھُہ اَز خیال تِتھ سارِی ہے موقہٕ ملاحظہٕ کرُن۔ خوٗمُوسن تِتھ کُٹھِس یِتہٕ ہاجرہ موٗمٹہٕ چھیہ۔ ... ... ‘‘ وکیلہ سُند فرماوُن بوٗزِتھ دڑا د ایجنٹ اَنٛدرٕ ری کِنہٕ احمہ س لبکہ ژاران۔ وکیل ژاو اندر تہٕ گرٕ کھنڈ گژِھتھ دڑاو اَسمانٛی رنگہٕ دستاراہ گنٛڈِتھ تہٕ نوٕہ نیلہ کشمیرک شُتٕرِہٕ تلہٕ کے سوٗٹھاہ لاگِتھ زَن تہٕ اَز نوٗو یاوُناہ اوٗسُس آمُت! کوٹھہٕ کین دوٗن چندن منز اَتھہٕ زہ تراوِتھ تہٕ نستہٕ ہُندِس تیشِتِس بیٹھ عانکھ تھاوِتھ اوٗس پینہٕ لرِہ ہُندِس براندس پیٹھ دوٗر ـــــ سنیٹھاہ دوٗر ـــــ ہیر موکھہٕ دوٗر ـــــ مَدے گنٛڈِتھ۔ زن تہٕ ہیر موکھ کُس تینتھاَس، پیٹھ اوٗبرہ ژھایَن ہُنٛزٕ لوٗنٛچہٕ تلہٕ ہاجرہ لِتِس سوٗرُسے سیر یاوان آس! اَیُس تِہنٛدِہ موٗتِکُ ژھینچھ راز اوس! ہیر موکھہٕ کرِہ اوٗبرِچ یِہے کِتاب پرِہ نِس منز اوس یہٕ سُتِتھ گومُت تہٕ ٹانگہٕ چہٕ ٹاسہٕ رایہ ڈول اُہنٛدِہ خیالک یہٕ ہنگامہ۔ خاموش یاٗرُو تراوِن ٹانگس کوٗم نِظراہ۔

یہٕ وُنِتھ کِنہٕ او ... ٹانگہٕ ... تہٕ کرِہ اوٗسہٕ ایجنٹ تہٕ

عبدالسلام۔ وکیل کھوٚت ٹانگہ وألِس نیرِ برونٛہہ کنِہ۔ ٹانگک
موٹر پُتھ دڑاو ٹانگہِ ڈیڈِہ نمبر تام وارِہ وارے تہٕ ڈیڈِہ نمبرٕ
کنِہ یِتھے ٹانگہ وأل گُرِس نِنی راگِہ پیپھ چھانٹہ ٹاس وول تہٕ گرٕ
ژوٚل بندٕوقہِ منٛزٕ گوٗلی ہیوٚ ــــــ شہرکِہ ژھوٹِہ تہٕ تنگ بازرٕ
مَنٛزٕ دوران تہٕ ٹانگہِ ووٚل "بچو بچو" کران یِتھے ٹانگہ زینِہ لدل
نِش ہیوٚتن واتُن تہٕ عبدالسلامن کوٚر ٹانگہ وألِس ٹھہرُنُک
اِشارِہ۔ برونٛہہ برونٛہہ عبدالسلام، تَس پَتہٕ ایجنٹ تہٕ وکیل صاب
ژاے اکِہ تنگ کوچِہ کِنی تہٕ وأتِ اکِس پھُدِس رنگ دار مکانس
نِش۔ امِہ دُچھِن ژاے اکِہ دروازِہ، یَتھ قُلف اُس لگتھ اوس تہٕ
وأتِ اَتھ احمدِس وأراں لرِہ منٛز۔ اَتھ اَرہ روٗپَس اُسی سارٕ
ہیے دُجہ داغ بُرِتھ ہیوٚی، تِتھے پاٹھی، یتھ پاٹھی دانہِ تلہٕ چِہ تمہ
نوشِہ نُبھتِس تمِن لو ژے آسان میچہ، یوہے باژن ژٕ دِرِہ ہیشِہ
ہُندِہ زَرِہ دانہِ چِہ رِیہہ کُن اُشہ ژالہِ ہارِتھ تمہٕ بڑی تَو اَتھو
نُبھتِس اوٚش وہ بھراں چھہ۔ آنگنس منٛز گیہ بیٹھِ تہٕ کینہہ موہنوٕ
جمع تہٕ زَنہِ لچہِ دارِہ ژرنیو گلوشانکہ نیہٕ۔ زن تہٕ اَتھ لرِہ کانہہ
بوٚلِ دِنہِ آمُت اوس! بڈِہ رنگ دار بِیرٕ ہنٛزِہ مکانہِ پیپٹھ آ تہٕ

پیرٕ بانیہِ چِکرِ پیچِن ژھایہِ اکِہ اکِہ لِپِہ تمانہِ وچھِہ باپتھ

دٔرِہ لٔجمٕژ ہ۔ وکیلن دِژ ھد مکانس نیبرٕ کنہِ اوٕرِہ یود چار و طرف
نظراہ تہٕ تام أسی عبد السلامن بر براند وٕتھو تراو میتو۔ پیتھے
وکیل وُٹھس منز ژاو، أسمأنی رنگہٕ دستارس گیٔس دُو طرف
پیٔے زاوی جہ پأنی تارہ ہشہ زٔلِر زأج اویزان۔ یوٚہے گورنری
ہُند جمع داراہ ہیوٗے گوو۔ ووہ زلِہ بُوٹک ووہ زچار گوس لرِ ھ
تہٕ گردہ سیتی ڈٔرِ ہور۔ دوٚیمس پورس پیٹھ وأتھ ژاو یہ
گوٚ ڈیٹھے تھی کٹھس منز ییٚتہٕ ہأجرہ شوہ نگان أس تہٕ ییٚتہٕ پتہٕ تمہٕ
یتم موہتِج ہندِ ر تہٕ تراو منز أس۔ اکس المارہ ہُندِس قُلفس
کرٕن کھوٚشی اتھہ تھٔف تہٕ المارہ ہنز ہٲنکلے آیس اکس کبتھ۔
أمہِ المارہ ہندِس تلیٚمس خانس منز آسہ کینہہ کتابہ، یمن وکیلن
نٔو ٹِرہ فی دوٚہ یہ اکھو ورِن ناہ ونژ ھد تہٕ تمہٕ منزہ دٔراو لرِ ھ بنگار
ہیو۔ کتابن ورِتن امہٕ پتہٕ پھیراہ ہیو۔ سارِہ نِیے اوس یوٚہے
دوہ تہٕ دوہ تہٕ ہیو گوٚمت۔ البتہٕ أسکہ منزِ مو ورکھ رتی پأٹھی
موجود۔ کتابن منز آسہ شاید کأشرِی ملہ کتاب، اُردو بہشتی
زیور، ... پیچہ نامہ، گُل ریزہ، مہر و ماہ، بجلی ونہٕ وُن، کلامِ مہجورؔ
تہٕ آزادنی "سمندر مالہ"۔ سارِہ نِیے پھیراہ دِتھ کڈِن "گُل ریزہ"
منزہ کینہہ کاکنہ ورکھ۔ یمہٕ سأری ورکھ سوٚنہ أوتھ تھوٚن مولہ

سرمایکی بأٹھی دالہٕ وِس بنگس بنِنس منز شیرِتھ۔ امہِ پتہٕ مُژراو
وکیلن اکھ پرٲنی اڑہ پھوٹ ٹرنکہٕ ہنا۔ یتھ زٕن باسان اوس
کمی تام چھُ سایہٕ پھیرہٕ پھیرُ دِتیمُت۔ اَمی ترٕ دِتس بُیاکھ پھیراہ۔ یہٕ
اَمِس لگہٕ ہار اوس تہٕ ترٕ کوڈ اَمی تہٕ تھوُون اُتھی بنگس منز۔
یتھ بأٹھی تموٚ سارِہ وِسے کینہہ نتہٕ کینہہ اَمہِ منزہ کوڈمُت اوس
یموٚ اَمہِ برونٹھ اَکھ ژھانڈِ دِژمژ اٲس۔ امہِ کٕنھہِ کنِن دارِ بن،
دَروازن تہٕ لین بلیہٕ اکہِ لٹہٕ نظراہ دِتھ ڈراو وکیل تہٕ ژاد بنِیس
کُٹھِس منز۔ یتھ منز صِرف کینہہ مچہٕ تہٕ لیٚجہ، اچہِ بگر یا مژہ تہٕ
اچہِ گوٚ پھچیہٕ آسہٕ۔ زٕن تہٕ کُنہِ کرالہٕ کونٛدِہ منز کرالو ہلی گلو تہٕ پھُٹہٕ دمتہٕ
بانہٕ ترأوی متہٕ اٲسی۔ لیٚجن تہٕ مچن نظراہ دِتھ ڈراو منشی صاحب
وُوشا ترأوِتھ بنِیس کُٹھِس منز۔ اَتھ منز آسہٕ ژوٚلہٕ تہٕ گگ
موٚجوٗد دُ ے۔ توٚ ے اوس یہٕ کُٹھ، دانہٕ کُٹھ باسان۔ اگرچہ دُنی
کینس یہٕ کُٹھ تمہِ مأدانک نقشہ اُچھن تل انان اوس، ییٚتہٕ
گلی فقیر ڈیرہ دِتھ دراہمتہٕ چھِ آسان۔ مگر یمن سارِہ نے کُٹھن
آسہٕ زٕلرہی زاجہو دَشہِ گنجمژہ۔ وکیلہ منزہ مُدیہٕ آسہٕ اَکھ
لرِہ تھتے بأٹھی وُتھان، یتھہِ بأٹھی اکھ لرِہ وُلاہ لگُ دُنہِ تھ
تمہِ کِس [illegible] ہ موٚدس کُن وُچھان چھِ ڈس منز پرنزاہ

رۄزِتھ پیٛٹھ وکیلس کأنی پیٛٹھ کھسنُک ارادٕ تہٕ سلامہٕ کھوٗرن
سیٖتی تہٕ کأنی ہنٛزِ ڈبہٕ کنۍ نیرِتھ نوگ برونٛٹھ کنہِ چھہِ لرِ کُن
وُچھنہِ ـــ اتہٕ پیٛٹھ اُس پیرن ہُندِس مکانس اندر نظر واتان
آنتابہٕ کھسہٕ وۄنہِ طرفہٕ کِس کُٹھس منز اوس آتھ برونٛٹھ کنہِ چھہِ
لرِ منز اکھ جوٗاناہ زرد یوٗمت تہٕ سوسہٕ نیامُت بُتھ تہٕ ہیوٗکھمُت
انگریزی مستعاہ پریشان ترأوِتھ، دارہٕ سیوٗ وُے پلنگس
پیٛٹھ اۄڈرہٕ یور لرِ پھرنی دِوان تہٕ گاہے پوشہٕ گملہٕ منزہٕ لیڈری
لیڈری نکہ پوشن ژٹِتھ مینس پیٛٹھ تھاوی منٛزِ ڈانگہ دار
ژاپہٕ کانگرِ شرٕی سِندی یا ٹھو جری جری تھوان ۔ گاہے
اوس امہِ کانگرِ ہُندہٕ لوکٕرِ اَتہٕ منزی ہینٛن بُتھ وُچھان ۔ یہٕ
وُچھِتھ دۄن وکیلن سلامس کُن لوٚ تہٕ لوٚ تہٕ ــــ "شاید گژِھ
بُہٕ آسُن لبشیر پیر !۔" سلامن کوٚرُس کلہٕ سیٖتی آنکار ــــ
ایپانک ڈبہٕ کنۍ نظر دِتھ دِژھ اُمی جوانن ہینٛز دأر ۔ خبر کیاژہٕ
یوٗژھ ہٕتھی ہینٛن یان ہاوُن !

مکانس ہیٖرہٕ لوٚہٕ نظراہ دِتھ ہیلہٕ وکیل سیر گوو
تہٕ ایجنٹس کوٚرُن کاکذ بیگس منز شیرِتھ تھوَنُک تام کید ۔
آنگنس منز واتِتھ دِژن سارہٕ نے پلون دِن ناہ ــ نیرِتھ تمس

بَرٕس قُلفاہ دِتھ وآتی ترٛیشوَے ماگس نارٕش ترٕ وکیل کھوٚت
مانگس پوٚت نظراہ دِوان۔ اَحمدٕنی ہمسایہِ اُسی مائٚرن
آتھ۔ بے مانے تلاشی ہیٚتھ!

---

# باب (۱۲)

# خابُ

ژٕنٛدر وارِہ ہُنٛد پرٛاگاش اوس پھوٚل مُت۔ اَز اوس نیٚہ
واریاہِ کالہٕ اوٚبرچہِ ژٕزدرِ تٔلہٕ بتھ کھوٚٹمُت۔ یوٚک گرشِم تہٕ
دَم اوس ہنگتہٕ منگہٕ اوٚبرکھہٕ نٔسیتی اَز غاب گومُت!
مُدرِ نِرد ھوٚوہ بچہٕ مستی اوس راتس سارِہ نے نِندرِ میچھر دِتمُت
تمیٚ اوس اَز سارِہ نے نِندرہ دوہ نھمنس ہنا ژیرِ گومُت۔
پرانی کتھ چھیٚ زِ کانٛہ شرِ چھِ لوٚ وِلہٕ بانہٕ۔ تٕژرہ چھِ ہانٛزہ چھہ
تمان تہٕ نبہٕ اوٚبرکھہ سنیٚ چھیہ تیران۔ یہ کتھ آس اَز ہشر ١٦
آنٛہ پتہٕ باسان۔ تہٕ کیازِ ہنا ہوسِم سرد گژھنہٕ سیتیٚ اوس لوکو
اَز سرد پلون طلاق دِتمُت تہٕ گرم پلون آس ژھانٛڈ لگمژ۔
ہنا نِندرِ ژیرِ ووتھٕ نن تہٕ ہنا گرم پلون ژھانٛڈ دِنہٕ سیتیٚ

اوس وکیلس تہٕ ججس تہٕ عدالتس منٛز واتنس ژیر یِ
گوٚمت !

عدالت اُس ژُھرے ہش باسان۔ اکھ عدد جج، اکھ زہ وکیل، اکھ زہ اہلِ مد تہٕ زہ ترییٚ اَر دُلی۔ یہٕ اوس اَز عدالتُک ٹھیلہٕ۔ ججہٕ سُنٛزن وچھِنٛ اُچھن اوس از خمار تہٕ مستی ہش باسان ! ظاہراہ اوسُن از اوٚبرہ چہ مستی تہٕ ہوٚہ ہیچ خوش گوٗاری وُچھتھ یہ اِنس عادتس نوٚہ سرہ دَس دِیُتمُت۔ خمارہ ہَتہٕ نظرَو دِژن عدالتس اوٚرہ یور مُدباہ تہٕ کارُ ملزمہ سندِس وکیلس کُن پھِرِتھ وَوٚنُن — "مُنشی صاحب ! تُہہ چھا یَتھ دا قہس اندر بییہٕ کینہہ اضافہ کرُن، تیٚلہٕ گوٚژھ وُسلابہ کرُن۔ از چھُ اُسی قریبن دوٚن گاٹنہ لیٹ۔ بلکہ چھُ اَز یُک موسم تہٕ تھٕنز "ہی مال ناگراے" دَژھ دائجہ بوزہ نک سال ہیوٚ کران۔" ججہٕ سُندہ امہٕ کلامہٕ چہ تراٰیہ زن دِژھ وکیلہ سنٛدِس گفتارس زیر تہٕ اُہندہ کلاچ گاڑ ہیچ ٹھکہ ز۔ ——

جناب والا ! از چھُ میٚہ اِستغاثہٕ کِس ٹیمِس گواہ سُند بیانہ وبڑھ ناوُنک ارادہ۔ خبر کیتھہ باٗ ٹھی چھُ یہ اہم گواہ اِستغاثس پیش کرہ نک پؠاٹ کشوٗ یؠیوٚمُت سیتھہٕ باٗ ٹھی یہ

اہم گواہ پلہٕ کٔس ابتدأیی فرستس اندر ہاوِنے چھُنہٕ آمُت !
یتھےٚ یا ٹھۄرِ چھہٕ بشیر احمد تہٕ سلہ جوتہٕ ـــــ یم نہٕ اہم گواہ چھہٕ
مُلکے پرٛتھہٕ گأرکرہ نے تراوِنہٕ آمتیٚ۔ اگر زَن یہٕ خأمی پوٚرہ
سپدٕیا ہش آسہٕ ہا۔ میٚہ چھہٕ دوٚمید تہٕ یقین زِ مقدمچ دلیل
آسہٕ ہا مُلکے بدلیا ہش۔ خأر جناب! ندیرِ بحث چھُ نمبر اٹھ گواہ جانُن
بیانہٕ۔ یہٕ گواہ چھُ واریاہس کالس مُلزمہٕ سندِ گرٕ موہِینٕ
اوس مُت۔ ہاجرہ چھِ کھوٚنہٕ رٕچھِہش تہٕ سیٹھاہ ٹاٹھ چھس
اُسہش! امہِ علاوہ چھُ اُمس گواہ سُند مکانہٕ تہٕ مُلزمہٕ سندِ
لرہ نز دیکھ۔ تہٕ ہاجرہ ہنٕ مرہ پٔزبرونٹھ تہٕ چھُ یہندِ گرٕچ کأم
کوٚٹ کران اوس مُت! اُمی سُند بیانہٕ چھُ زِ ہاجرہ چھِ اُمس
بیٚنہ ہُندِ کھوتہٕ ٹاٹھ اُسمژ۔ اُمی سُند دعوا چھُ زِ اگر ہاجرس
کانہہ سِر تہٕ راز تہٕ اوس آسان، تیٚمِچ باوتھ اُس سو اُمس
ضروٗر وٕری طور کران۔ اُتھی یقینس پیٹھ چھُ یہٕ وثوق قیاسان
وَنان"... یہٕ چھُ غلط زِ بشیرس تہٕ ہاجرس اوس پانہٕ وأنی
محبت ... اگر زَن تہٕ آسہٕ ہا۔ تہٕ ہاجرہ تھاوِہے نہٕ میہٕ نش
کھٹِتھ ... دوٚ نی گوو لو کرِ جارُک گندن باج آسہٕ نہٕ کہنہٕ
اُس بُدٕتھ تہٕ اکھ اکس لو لے برُان ... ..."

خارٕ جناب ! عشقہٕ چہ داستانہٕ ہُندٕ مُلے اِنکار کرِتھ تہٕ چھےٚ اُہندٕ بیانہ منزٕ پوٚشیدہ راز یُتھٕ پھٕٹِھ نیران۔ میانین جرحٕ کین سوالن جواب دِوان چھُہ یہِ گواہ وَنان.... بیتھےٚ میٚہ فاطمہٕ کرٕکھ پوٗز، ہُہ تہٕ ژاس بھارٕ دہٕ ہتھے ہاجرہ نِس کُٹھس منز.... یہِ حال وُچھتھ دٕراس ہُہ پوٚت کھورے آتھمٕ سِ نادس.... سُہ اوس یارہ بل ہُتھ چھانہٕ گرٕ ژھن وٕزِہ میٚہ سمکھیوٚ مُت۔ سُہ اوس نکھس بیٹھ تو۪لیا دٕرج کھوٗتِھ۔ اکھس منزٕ صابنہٕ ڈٕبہٕ رٕٹِتھ مِسواکہ ژاپان یارہ بل ہتُھِس بیٹھ بےٚ غم بٲٹھ کیاہ تام تماشہٕ وُسچھان۔ میٚہ دِتٕمس ہیٚرٕ ے آلو۔ سُہ آو چھنڈرٕ یامُت لالسان لاران.... بیتھےٚ گھرٕ وٕوٚت تہٕ ہاجرہ وُچھِن شدہ رٕ ائیل ہِش پیمٕر.... گوڈٕ آیہٕ نہٕ تس آسُری دانہٕ تہٕ پُرژھ نہٕ ہاجرہ کیاہ آسِہ ہوٚمُژ۔ مگر بیتھےٚ یقین ہیوٚ ہُٹھس، تمیٚ چھو وُکنین کلہٕ۔ خوداسے زانہٕ اُہندِس بانس کُس حسبِ حال گوو ہُتھِ تہٕ دوڈٕہ وو ڈٕہ دِوان.... ...“

جناب ! یہِ گواہ تہٕ چھُہ ہاجرہ نہٕ مرنٕکی رازٕ اِفشا گرٕژھن وَنِکھٕ حال بیان کرِتھ، مُرٕ مہ سِنزٕہ بے گوناہی ہُند تصویر ہیٚش کران۔ یارہ بلس پیٹھ کُنہٕ بانبرہ چھانبرہ رٕ ستے مِسواکس ژٕہا ژٕہا دِتھ یارہ بلکٕ تماشہٕ وُچھنہٕ بےٚ غم بٲٹھ بہتھِ آسُن تہٕ چھُہ ہیےٚ باوتھ کران

زِ ہ مُلزِم چھُ امہِ واقعہٕ نِش مُلَے بےخبر اوس مُت۔ اگر زَن مُلزِمس
امہِ جُرمُک کانْہہ داغ لور آسِہ ہا تہٕ اُمس آسِہ ہی نہٕ یتھُہ سوٗکون
تہٕ اطمینان۔ مُلہ کر آسِہ ہیس بانْبر تہٕ چھانْبر ــــ بےقرٲری تہٕ بے
آرٲمی ــــ تہٕ کیٛازِ اوس اوس اُمس ہاجرہٕ نِس موتس سیتۍ سورُے
دُنیاہ مران تہٕ دڈیمُ یِہ لازمی طور پیٚرِ ژۄرس دارِ کوٚنڈ۔ کم سے
کم اکہ بےقرٲری تہٕ اِضطرارچ تلہ تشاے آسِہ ہیس۔ تریٚم چھُہ
یِہ کتھ تہٕ اُہنٛز بے گوناہی واضح کران زِ یتھے اُمی یِنہٕ کورہٕ ہند
حال وُچھ تہٕ یتھہٕ پاٹھۍ اُمی پان جان ژوٚٹ۔ کینہہ کلہٕ چھُوٗن تہٕ
پان موکھن، تتھہٕ پاٹھۍ یتھہٕ پاٹھۍ زن کانٛہہ نبِی تہٕ تھُلہ بیٚیہِ ــــ اکھ
اُہنٛزِ زوٗ جانہٕ چھِ مسماٗری منٛز اگر زَن کانْہہ مکاری یا رِیاکاری
آسِہ ہا، تہٕ یِہ گواہ یا بیٚیہ گوزہ کرہ ہن کم سے کم تمیچ ہنا تہٕ ذِکر۔ مگر
اُتھہ مسماٗری اندر چھُ صرف بَیہ شفقتُک ہُند وہہ تھہ دُن طُفان تہٕ
اَولادِ ہنٛزِ مالیہِ ہُند وُہہ دُن نار اوس مُت۔ یوٚہے گواہ چھُ مزید
وَنان"۔۔۔ وُنہٕ اُس اُسی ہاجرہٕ نہٕ سراۓ دیاہنچ تیاری کران تہٕ
پُلِہ بوٚمُر گناہ پیوو واۓ تھہ۔ خود ازانہٕ ین کوہ ہا تفی گوو ناوس
مگر از کل چھُ نِنان زِ ہ اسد شہَن اوس پُلِسس ٹیلی فون کوٚرمُت۔
خبر یہٕ زانہٕ تہِنٛز گورہ گردن۔۔۔۔ " امہِ پتہٕ چھِس یِہٕ اُمس

شاہدس ہاجرہ نہِ مرہ نہٕ یتیم حالات پرٛژھان تہٕ یہٕ گواہ چھہٕ ونان"...
ہاجرہ نہِ مرہ نک دوہہ کالہٕ کھوٗتس بہٕ ہاجرس نشہِ۔ سو اُس
جان پاٹھۍ ویٹھبو گگوٗ رٕشم چھیرٕ ہند فراقاہ تہٕ سفید ساٹنک
تنگ مرٕہ ایزاراہ لاگتھ۔ خبر ووتھ وُنے کیاہ اُس کا کذ
ورقاہ پھِران تہٕ پرَان پرَان تہٕ پھِران۔ گرم اوس سخ۔ ہاجرس
اُس بادمی رنگہٕ نیلان ساڑی کلہٕ پیٹھہٕ پھیکیِن پیٹھ پیمژ۔ بہٕ وُچھ
تھے وٕجن کلہٕ پیٹھہٕ گردنہٕ تام ساڑی۔ میہٕ سپتی کوٗرن دوہہ
کھو تہٕ جان پاٹھۍ خاطر پاٹھہ۔ بجبراہ دِژنم اُنتھ۔ بہٕ اوٗس
تمائی داماہ داماہ چوان تہٕ سو اُس اکِہ اکِہ کوٹھین لب لر دِوان
میہٕ گوو گمانہٕ کنٛ ماچھس سائِس گرٛڈھن یا کینٛہہ پرٛژھی لازمی ما
چھک ... اَوٕہ اَوٕہ میہٕ پرٛژھمس زِہ لب لر کیازِہ چھِک
دِوان۔ کنٛ ماچھے گرٛڈھن ؟ توٕرہ دوٗپ نم۔ اورہ یور گرٛڈھن
وٕزہ چھا لب لر دِوان۔ گھرہ گرِڈھہ پرٕیتھ وٕزہ شوٗبہٕ دار مہریٖنہ نیو
آسمن۔ خاطر سٕہ چھہٕ آسہٕ ووٗن۔ خاطر اگر یہٕ ژِھتھ یوان چھہٕ سہٕ ما
چھہٕ پرٛژھان۔ لوکھ چھہٕ پتہٕ کتھہ کران۔ لکہٕ موٗت گوو انہٕ گوٗنٹ !
تمٕس نذان اوسمن ہومنت ... ..."

"جناب! یہٕ گواہ یُس واقعہ بیان کران چھہٕ، یہٕ چھہٕ ہا ... نہٕ مرہ نہٕ

برونٹھ صِرف کینھہ گاٹنہ پیش آمُت۔ بلکہ ہاجرہ نہ موتک راز
اِفشا گژھنہ برونٹھ وُنہ گاٹنہ۔ البتہ آسہٕ شاید اَتھ واقعس تہٕ
ہاجرہ نِس موتس سبھٹاہ کیٛہ وَرخ گومُت۔ یہٕ چیز چھُنہٕ ہاوان زہٕ
ہاجرہ چھےٚ عمرِ قریب ییٚنہ والہِ صدمچ زانہتھ تہٕ اَتھ پانہ تیاری
کران ... ... وکیل صابنہ کتھہ منزٕ ٹھکھ دِتھ وُتھ جج
پانہ ہرٕ کتھ ہیوٚ تہٕ ووٚنُن وکیلس کُن —" چون منطق چھُہ مُتضاد
باسان۔ اَکھ چھُہ پانہ وانی بلکُل ٹھکر۔ اکہ طرفہ چھوہ تُہی ونان
زِہ ہاجرہ اٰس عمرِ تہٕ نااُمیدی کھیمژ تہٕ تَوہ سببہ اٰس یتھ
دُنیہس ناراض تہٕ رُوٹھمژ۔ مگر بییہ طرفہ چھوہ فرماوان زِہ سو
اٰس گھرہ کین اسبابن آوہ سببہ لُب لر دِتھ سجاوٕٹھ کران
زِہ سُہ سماج روزِہ تس خوش، یتھ سو ناراض اٰس۔ یہ چھُنہ عقلہ
وِہژان باسان زِہ یتھ ساز و سامانس سو اٰس لَتہ دِتھ ییران
تتھ ساز و سامانس کرِہ ہا وژھ وانجہ ترتیب۔ البتہ چھُہ یہ قرینہ
قیاس زِہ تس اوس نہ یہ گھرہ نٲنہہ تہٕ تراونک یِرادہ یا گُمانہ
یُس گھرہ سو اٰس بہر ییٚنہ ہیوٚ سجاوان۔ گھرہ کین اسبابن امہ
ترایہ لُب لر دِنی چھُہ یی نتہٕ راوان زِہ تس اوس یہ گھرہ پننہ
ہمیشہ خاطرہ اوّل باسان تہٕ اَتھ گھرہ سیتہ اوسُس پوٚرہ

لول تہٕ مایہ ۔ ”

ججہٕ سُنٛد یہٕ نوٕ قطرٕ بوٗزِتھ دِیُت وکیلن برٛنٛزاہ دَم ہیُو۔ تہٕ
دَم دِتھ کوٗرُن اَسہٕ وُنہٕ جانٛنہٕ بیٚیہٕ بیان ——

تُہُنٛد فرماوُن چھُ بجا۔ مگر امہِ منٛزٕ چھُ یہِ تہٕ ناکارٕ پاٹھی
ننان زِ ہاجرس اوس نہٕ مالِس سیٚتۍ کانٛہہ دوکھ۔ اگر
زن سوے حالتھ آسہٕ ہا، تیٚلہِ دِیہ ہا ہاجرہ مالِ سُنٛدِ گھرٕ
کیٚن چیزن ہِتھ پاٹھۍ لُب لر۔ بلکہِ نیرہ ہا سو اَتھ گرس پھنٛٹ
پھاہ کرِتھ۔ اگر زن تَس دوکھ اوس تہٕ سہٕ اوُس سماجک
یہ زن تہُنٛز وکتھو منٛزٕ ٹھیک پاٹھۍ ننان چھُ۔ یمہِ کتھہِ تمہِ یُس
شاہدس سیٚتۍ کرہٕ۔ سو چھےٚ لُب لر دِنَس پیٚٹھ اُمیٖد سپَیہ وَنان۔
”... ... نوٗکھ چھہٕ یتہٕ کتھہِ کران۔ نوٗکرہ موٚنت گوو اَتہٕ گوٚنٹ...“

خاں جناب! وُنی کیٚنس چھُس نہٕ بہٕ بحثہٕ کیٚن نوٕ قطن منٛز پیوٗن
پرٛزنان۔ یمہِ سارِے کتھہِ سپدن بحثہٕ واضح۔ جناب! ہاجرنی
یہ لوٗب لر دِنی تہٕ سجاوٹھ کرنی چھُ گواہ جمالس تمہِ وَختہٕ
ہاجرہ جَیبس اَندر ہی نسوٗرِ، اَتھ سوال پرٛزنان وان۔ اَتھ سوالس
بُس جواب ہاجرہ دِوان چھُ، سہٕ چھُ اہم۔ جمال چھُ ہاجرس
تمہِ وِزِ پرٛزنان —— ”کیاہ سا کینژھہ گردٕ چھِے ماچھوہ انہٕ؟

ہاجرہ کیاہ چھُس جواب دِوان، یہِ کرٕی تۄ جناب گواہ سنٛدِ بیانٕ منٛز نوٹ تھٲوِو۔ جواب چھہٕ ہاجرہ پننِس دٕچھنِس اتھس رِکھن منٛز دِیاہ ترٲوِتھ دِوان۔ "جمال کاکا! ترِشہ کتھا چھےٚنہ میانِس اتھس کنہٕ جایہِ ترِلیکھت!"

"جناب والا! کیاہ امہِ جوابہٕ منٛزہ چھُنا یہِ صاف پأٹھۍ نَنان زِ ہاجرہ اٮ۪س زانان زِ تَس چھُ اَن ہرُشی مرٕمن۔ یہِ کتھ زانٕ سۄ، یَس پانٕ پان گالنُ آسہِ۔ نتہٕ کوٚہ آو اَنزلہ لون دٕچھتھ! خۄشُوٚصن چھےٚنہ زٕپٕنچ ترٕ موتچ کاٗنٛسہ بنٛدس ترٕ خبر۔ سُہ کیا زِ دانایہِ زمان ترٕ اُسی تن! کیاہ جناب! یہِ جواب تھٕنٛد چھُنا ہاجرہ سٕنٛز سوچھک زٕبوٚ بنیتھ ترجمأنی کران؟"

"مگر کنہٕ وِزہ چھُ غمہٕ کِس حالتس اندر اِنسان یِژھ کتھ کران"

"ٹھیک چھُ جناب! تمہِ غمکُ گوٚڑھ صنوٚ رٕوٚر تحقیقات کرنٕ آمٕتٕ۔ یُٚس غم ہاجرس مرنٕ بر ونٛہٕ کیٚنٛہہ کاٗنٛٹ یِژھ ناووہ میٚد کتھ کرہ ناوان چھُ۔ یی چھُس بٕ ونان ترٕ وِژھ ناوان۔ خاطر جناب، یوٚہے گواہ چھُ ونان"... ... ہاجرن یہِ جواب بوٗزِتھ گوٚس بُہ دَم پھُٹ۔ میٚہٕ کوٚر تَس یہِ جواب دِنگ تِچھ تہٕ وکاٗلت ترکرمَس۔ مگر تَس اوس تورہِ اوٚش پھٹان... ... میٚہٕ بیی...

سوٗ اَمِہ منحوٗس جوابِچ دَبہٕ وَنِنہٕ خاطرہ مجبوٗر کرِ۔ تہٕ تمہٕ دوٗان نم توٗرہ۔ "میٚہ چھےٚ ازٕ سیٖٹھاہ یچھہٕ خاب وُچھمٕت !"

حضوٗرِ والا! امہٕ پتہٕ چھُس بہٕ اُمہٕ سیے شاہدس اَتھ خابس مُتعلق کیٚنہہ سوال پرٕژھان۔ یمن سوالن چھےٚ بوٗنہ عدالتہٕ منزٕ سرکارٕ ہُنٛدی وکیلن سیٖٹھاہ اعتراض کوٗرمٕت۔ مگر زیٚیٹھہٕ بحثہٕ پتہٕ سپُد میٚہ یِم سوال پرٕژھنُک اجازت حاصِل۔ یِمنہٕ تِہنٛدِ جوابن منزٕ چھےٚ یہٕ گواہ امہِ ہاجرہ ہِنٛز خابُک لُبِ لُباب لوٗ مَن لفظن منزٕ پیش کران ــــــ مُشاہدہ سپدِن گواہ سِنٛدِ بیانُک تریٚیُم ورٕق یتھ یہٕ کتھ درج چھےٚ۔ گواہ چھُ ونان "... دوٗیُم ... زن تہٕ کیاہ با جمال کاکا، میٚہ پیٖرہ ہنزٕہ لبہٕ سیٖتی آنٛگنس منزٕ وارٕ بناوُم۔ اَتھ وارِہ منزٕ کیاہ با اَگوٗلاب تھوٗرِن برجستہٕ پھلِکے۔ سَروہ کُجہٕ با مُن دِتہٕ اُمٕت۔ بشیر صاحب پیٖرہ ہُنٛد ـ تہٕ بہٕ گوٗلابن مالہٕ کران ــــــ شلہِ یب تہٕ اَمولی میٚوٗلن کمہٕ شوقہٕ سیٖتی یِم گوٗلاب گنٛڈی گمن بران۔ تہٕ ہنگہٕ منگہٕ زلن پیٖرہ ہُنٛزٕہ جایہِ لبٕ ژلان نیرِتھ۔ تہٕ آسہِ ژوٗپش وِنٛی تل رٹان۔ میٚہ ژِہ یہٕ خاب وُچھتھ نِندرِہ منزٕ سے وَدُن ٹانگہ نیرِتھ ... "

"جنابِ عالی! ذرا سپدِن غور۔ سوچ کریٚتن عدالت تہٕ

نِہ یہ ما چھہٕ پٕزی پأٹھۍ کانٛہہ خاب، بلکہ ہاجرہ چھہٕ گوناہن ذہنک سوٚ چیتھ سمجھتھ اکھ پاٛداوار آسُھ۔ اکہِ طرفہٕ چھہٕ ہاجرہ امہِ اَیزہ خاہِچ شاعیرانہ دلیل بناوِتھ سیدِس سادس جمال کاکس پننہِ دِل ہوٚلول آسنہٕچ اکھ اَیزٕ جوانہ پیش کرِتھ قائیل کران، بیٚیہِ طرفہ چھہٕ ہاجرہ اَتھ دلیلہ منٛز پننہِ ناکام لوٚلِچ جمال کاکس کِنایہ دِتھ یِنہ والِہ ہنگامچ تہٕ ژینہ وَلِن دِوان۔ اَتھ خابہٕ چہ دلیلہ منٛز چھہٕ ہاجرہ صاف پأٹھۍ، مگر شرٕوکۍ دار پرٛزھہ منٛز یِہے باوتھ کران جمال کاکس زِہ تمہِ اوس یِنہ یِمن ارمانن تہٕ وِہ میٚژن ہندہ باغ بتھیر تہٕ بیٚیتی وابستہ کرِتھ پیرہ گھرہ کِس ژھیٚڈہ نس منٛز بندہ مُت۔ مگر پیرہ گھرکۍ عظمتن تہٕ قدامت پسندی کوٚر اَتھ اَبندِس لولہِ باغس اُرہ پار۔ بلکہ اُتھی سپتی گوو بتشیرہ تہٕ ختم تہٕ ہاجرہ تہٕ۔ ہاجرن موٚل تہٕ تہٕ سنٛہ بیب تہٕ، امہِ لولہِ باغک باغوان تہٕ ــــــــ

اَتھی کِنایس منٛز چھہٕ یہ ہاجرہ ذرٕ وُنِتھ یِہن یِہن تہٕ باوان نِہ سوٚ چھہٕ تیتھ اکھ قدم تلُن واجبٕ، یُس قدم تمس تہٕ تہندِس بتشیرس تہٕ تہٕ ہاسِس تہندِس تہٕ ختم کرِہ۔ یِنالہٕ چھہٕ اکہِ خاطی لولہِ باغ وُجارہ گرٕھنک اِشارہ اوت دِینہ آسہ

ہیس، تیلہِ وِزہا زِہ اَکھ پھکیہ گوو لرِہ پار۔ مگر بنیِ پان، بشیرہ تہِ مول ہاوِہ ہی تہِ لب پئینہ وِزِہ وارِہ منز موجود۔

خاب چھُ محض اکھ خیال اکھ۔ ہاجرن دِیتمُت خیال چھُ تمہِ سوٗچِھتھ جمالس نِش اِشفا کورمُت۔ مگر کُس سیٔدس تہِ سادس جمالس اِیُن وُنہِ تہِ اَکھ خابس خابے مانان چھُ۔

مگر جمال زامٔنی تن اَکھ خابس پورٕ خابے ہگر اسہِ تہِ جمالہِ نِس ذہنس چھُ وارِیاہ فرق۔ اُسی گژھون نہٕ یہِ خاب محض اکھ سُیُن اکھ زانیُن۔ بلکہ یہِ خاب چھُ اسہِ نِش اکھ اہم نوقطہٕ حل کران۔ سُہ چھُ یُہ ہے نوقطہٕ زِہ ہاجرن چھُ اُمس پتہ پنِنہ دوہ میٔدہ پیرہ ہندِس بشیرس تہِ تہندِہ ذُری یہِ پیرہ گھرس سیتی وابستہ کرِہ ہِژہ۔ یِمن دوہ میذن ہند باغ چھُ ہاجرس دُجارہ گژھان وِریٔنیُٹھ آمُت تہِ اَمی مایوٗسی چھُ ہاجرِہ اکھ خطرناک قدم تُلنہٕ باپتھ مجبور آسان کرُمِژ!"

وکیل صاٗبن ہیُتراو بیُیہ تہِ کیاہ تام وَنُن مگر جج صاٗبن تسندِس ٹھاہ ٹھاہ کران اُسُن۔ اَکھ اَسنس سیتی ژرایُا واجلاسس منز بیٹھن والین بیٔین حضراتن ہند اَسُن کھنگالہِ تہِ سیتی تہِ وکیل صاٗب گوو شرمندہ ہیو۔ سُہ لوگ ہیرِہ بوہ لی پنِنہ نس پانس

جائیزٕ ہیٚنہٕ۔ آیا کرِ تمہٕ ہسے ماچھ کینٛہہ اکھ لایق گومٕت مُنشی صاٰب بیٚلہِ مُطلین گومٕدِ تمِس چھُنہٕ اسنس لایق کینٛہہ تہٕ گومٕت تہٕ تمہٕ کرٕ پننہِ مُدٔے جحہٕ ہنزِ زیچھ کیچھ ہشہ نسٕتہٕ آویزان۔ اکھ دوٚن ژوٚن ژہبن ہُندِس خاموش تہٕ شُنٛان ماحولس اندر گوو جحہٕ ہنٛزن نظرن تہٕ وکیلہٕ ہنزن ٹاکارہٕ مُدین کرِشہ پھرِ ٹکراو تہٕ ہر ورِزہٕ اُس وکیلہٕ سنٛز مُدٔے ٹاکارہٕ پاٹھی جحہٕ ہنٛزن نظرن پرٛژھان زِ آیا جحن کیازِ اوٚس! آخر گوو سُہ پانے جواب دِنہٕ خاطرٕ مجبور تہٕ ووٚنُن ـــ" یہِ چھ عجیب منطِق۔ خابو تہٕ خیالو سیتہٕ کتھ پاٹھی ہیٚکوٚ اسی حقیقت نظر انداز کرِتھ یا مُشراوِتھ۔ خابن تہٕ خیالن چھُنہٕ قانوٗن کِس حقیقتس اندر کانٛہہ دخل۔ لہاذا ییتھ پرٛژھِ منٛز تہُند وپرٛژھناونہِ یہِ خاب تبدیل کوٚر۔ سُہ شرح چھُ اکھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ فلسفک تیتھ شروٚنک بناوان یُس مُشراوُن وارِیاہ مُشکِل چھُ۔ عدالتُک تہٕ مینُن قیمتی وَخ ربتھ کھالنہٕ خاطرٕ اوس یِ جان زِ اگر تہٕ صرف واقعات وپرٛژھناوِی ہیٚو۔

جحہٕ ہسندِس اکھ ہزلہٕ پرٛتس اعتراضس جواب دِوان لوٚگ وکیل وَننہٕ ـــ" جناب! یہِ کینٛژھا ییتھ مُقدمس اندر شہادت

آمژ چھہ ۔ تہٕ چھہ ساڑے اَمی قسمچ ۔ یَتھ نہٕ اصلی واقعس سیٚتۍ بلا واسطہ
کانٛہہ واٹھ چھہ ۔ مگر یمن واقعاتن سیٚتۍ یُس واٹھ یم امرِ وقوعس پیتر
یا برونٛہہ سپدے میتۍ چھہ ۔ یہ ساڑے شہادت چھہ واقعاتی یا سنے
(circumstantial) شہادت ۔ یہ خاب تہٕ چھہ امہِ واقعاتی شہادتک
اکھ اہم جُز ۔ چوٗنکہ یہ خاب چھہ ہاجرہ پننہِ موتہٕ برونٛہہ کینٛہہ کانٛہہ جاس
باوان، لہٰذا چھہ اَمِچ اہمیت یُس پتھ کُنہِ کھوتہٕ جادہ ۔ اگر اَسی مانوٚ کہِ
یہ خاب چھہ پزی پاٹھی ہاجرن وُچھمُت، تیٚلہِ تہٕ چھہ یہ تہنٛدہ تحتِ
شعورُک پَے دِوان ۔ اگر زن یہ اَسی مانوٚ زِ یہ خاب چھہ صرف ہاجرن
جماٚلُن سوال ٹالنہٕ باپتھ پننہِ دِماغہٕ سوٗچتھ اَمِچ دلیل پانے بناوٕمژ
تیٚلہِ چھہ یہ جُز اِستغاثہ چہ شہادتُک اکھ اہم جُز اکھ ـــ اَتھ
صوٗرتس منٛز چھہ یہ "خیالی خاب" ہاجرہ نہٕ موتہٕ کین وجوہاتن منٛز
نتیجہ وانہٕ ترجمانی کران ... ... "مگر" برُتہٕ ہٹہٕ وکیلہٕ منٛز کتھ ژُٹتھ
دوٗن جِھن ـــ" یہ چھہ محض خاب، یُس نہٕ اِنسانہٕ سندہ کُنہِ خاص وَختکہِ
خاص سوچُک کانٛہہ ثبوٗت ہیکہِ بنتھ ۔ اکھ گاٹُل چھہ گاہے مُدٔن
ہُندی ہیوٗی خاب وُچھان ۔ مگر یہ خواب پوٚزِ یتھ اگر کانٛہہ بوزن وول
اندازہ لگاوِہ زِ خاب وُچھن وول کیاہ چھہ مُدٕہ، یہ آسہِ تہنٛز
غلطی ۔ بیٚیہ پاٹھی اگر کانٛہہ دوہ پرِ ویراہ خابس منٛز کھوژہ تہٕ تمیک

مطلب گو ونٛ زِ سُہ کیاہ چھُنہٕ پہلوان، بَلکہِ چھُ کانٛہہ بُزدِلاہ۔ لہٰذا
ماہیکو مانہِ زِ خاب چھُ وُچھن والِس زِ ہستی ہُند پےٚ دِوان؟"
عالی جناب! میوٗن دعوا چھُ زِ یہِ خاب چھُ ہاجرہ ہٕنٛزِ کرٛکٹرُک
نقشہ بناوان، بَلکہِ یتھ خابس چھِ کینٛہہ اہم خصوصیت۔ گوڈنِچ
خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یہِ خاب چھُ ہاجرہ ہٕنٛزِ بروٚنٛہہ کنہِ گاٹھ
جمالس باوان۔ تہِ تہٕنٛدی بیانہٕ مطابق چھُ یہِ خاب تمہِ زندگی ہنٛزِ
آخری رأتھ منٛز وُچھمُت۔ اَتھ صورتس منٛز امہِ خابٕچ دلیل چھےٚ باوتھ
کران زِ ہاجرہ ہٕنٛزِ بروٚنٛہہ چھےٚ ہاجرہ سیٹھاہ غمگین اُس ہشہ پننہِ ناکامی
ہُندی یقینن چھُ تہٕنٛد دِل حِرمان زدہ بنومُت آسان۔ جناب ہُند
اعتراض زِ ووٚلہِ دیمہ سُند بُزدِلانہٕ خاب وُچھن تھاوِہ ہِ مانٛنے
زِ خاب وُچھن وول چھُ بُزدِل ——— چھُ سیٹھاہ دُرست
تہٕ برمحل اعتراض۔ مگر تہِ چھےٚ حقیقت تہِ گاٹل لاگن پانٛنے اندازہ زِ
اُمہِ پہلوانن ییم کھوژ ہٕ وُنی خاب وُچھ، چھُ ہنوٚ رو پننہِ ووٚلہِ دیری
منٛز ذہنی طور کینٛہہ تہِ کینٛہہ اثر پأدٕ کورمُت۔ یمہِ ذہنی خوفن
اُمِس پریشأنی پأدٕ کٔرِ ہٕشُ اُس۔ مگر سیتی کرِ بہٕ عرض زِ بہٕ
چھُس نہٕ ہرگز مطمئن زِ یہِ خاب کیاہ اوس ہاجرن نزاہ وُچھمُت،
نہٕ لاگہٕ بہٕ زاہ یہِ توہمت زِ یہِ خاب کیاہ چھُ جمالنہِ ذہنُک پأداوار

جمالؔ چھہٕ اکھ سیوٚد تہٕ سادٕہ گواہ ۔ اُمِس کانٛہہ اَپزٕ تۄہمت لاگٕنۍ
چھےٚ سراسر غلطی ۔ ییٚلہِ کرٕ چھہٕ حقیقتن ہاجرن جمالس نِش بوٚزمُت
تہٕ جمالس چھہٕ وُنہِ یقین زِ یہِ خاب چھہٕ حقیقی خاب ۔ اصلیت
چھےٚ یہِنہٕ زِ یہِ دلیل خارج چھےٚ ہاجرہ ہِنٛزِ ذِہنچ یا داوار ۔ صرف
تہٕندِ مُنہ وُتھہٕ ہیتہٕ خیالن ہنٛز دلیلاہ ۔ اگر یہِ خاب تمہِ بُزِ یا اُٹھو وُچھ
مُت آسہِ ہا ۔ سو کرِہا گوڈنی اَمِچ باوتھ مالِس نِش یا ڈاکٹرس نِشا!
خائر ، یہِ کینٛژھاہ اُسِہ یہِ خاب مانون ، تہٕ تہٕ دوٚ شوٚنی صوٗرتن
منٛز چھہٕ یہِ خاب ہاجرہ ہِنٛزِ ذِہنی پریشانی تہٕ وارفتگی ہُنٛد ثبوت ۔
یہِ چھےٚ صاف تہٕ ٹاکارٕ زِ یہِ خاب وُچھنہٕ وَختہٕ یا خارج دلیل
وضع کرنہٕ وِزِ چھےٚ ہاجرہ عمرِ کِس تہٕ ناؤ میدی ہِنٛدِس ساملابس
منٛز ہیٚنہٕ اَمِس ہِش آمٕژ ۔ تہٕندِس ذِہنس اندر چھہٕ پننٕ ارمان ڈٕبہ
راونک سوٗچ وار بار سَرٕ وُلان اوس مُت !

یہِ بوٗزِتھ دیُت جگنٕ ہہ نگنہِ اَکھہٕ تہٕ لوٗگ کیاہ تام سوٗچنہٕ ۔
زِ ن تہٕ کانٛہہ خاب تمی تہٕ وُچھنٕ ہیوتھ ۔ مگر خارج اُم پننٕ داو
ژٕٹ آسہ ابہ یہٕ ٹھلی سا تن گھنٹی وا یہٕ سیتی ۔ ساعتس کوٚن نظراو
دِتھے ژاو باٛنبرٕ ہوٚت جج صاحب پننہِ پوٚت کوٗٹھرِ منٛز ۔ احمد
تہٕ اوس مُلزِم بٔتھرِس اندر کیاہ تام غمہِ ہوٚت خاب وُچھان وُچھان

ژٕہِتھ گوٚمُت ۔ مگر پُلِپہٕ وائلِ سُنٛد ہتھکرِ شرٛنہٕ نِی کرہٕ نن سُکوٚڈ
امہِ خابکہِ عالمہٕ منٛزٕ یکدم نیٚبرٕ سہ
خاب اوس خابے چشمہٕ مُژرأوِتھ!

---

# باب ۱۳

## یژھ

وُنہ اوس عدالتس منز جج بیٹھہ نَے۔ ازٕ اٲسی لوٗکن ہنز رٕج جادٕ بہن لگیمژ۔ تماشہٕ گیر اٲسی بروٚنٹھے عدالتس منز جاے رٹِی رٹِی بہِتھ۔ وکیل اٲسی کرٕ ہنی چھ کہ لاگی لاگی برٕ وٚنٹھمہٕ کرسیہٕ لانہٕ بیٹھ اکھ اَکس سیتی پھیراے کران زن تہٕ کُنہٕ اہم مُقدمس منز اٲسی تمم تہٕ بحث کران۔ مُنشی صاحب اوس کاغذن پھیراہ پھیراہ دِوان تہٕ اَکس الگ کاغذ وَرقس پیٹھ پنسلہٕ سیتی پریشان پانٕٹھ رِکھہٕ لوٗنژراہ دِوان۔ زن تہٕ کانْہہ صورت گر آرٹسٹ اوس واوہ

ہالہٕ منز بھارہ سان ژلہٕ وُنہٕ بھارہٕ ہرٕ سُولہٕ ہنزی زُلفہٕ پریشانک تصویرہٕ بناوان! پیشہ وَر تماشہٕ گیرن، اخباری نمایندن، شہرہ کین بے کارن تہٕ پنشن خارن اٲس اَکھ مُقدمس سیتی واریاہ

دِلچسپی ہُر یامژ۔ ساری اَسی پننہِ پننہِ گاڈہجارہ پاٹھی پننہِ پننہِ جاے
اُتھی مُقدِمس پیٹھ بحث کران۔ اُڈی اَسی احمدس سزا بر قرار
تھاوان تہٕ اُڈی اَسی سزا کم کران۔ مگر کینٛہہ اَسی رائے قایم
کرِتھ زہ احمدہ مو کلہِ۔ سرکاری وکیل تہٕ اوس اکِہ طرفہ کُرسی پیٹھ
بیٹھِتھ کاغذن تھپہ تھپہ کران۔ عدالتس منٛز اکِہ طرفہ اکھاہ "ہٕہ ہٕہ"
کران۔ بیاکھاہ "اُوہ اُوہ"۔ اکھاہ اوسان تہٕ بیاکھ بُڈہ سِرِیس
سیٚتھ چسس منٛز دَم گیر۔ پھِرائے ہیچہ غاص ترٛچھے، پژھہ گُمنہِ پیٹھہِ لِہ
پیٹھ ڈتس نارہ ہنٛد ٹھس گژھہ تہٕ بروٚنٹھہ سالرن منٛز گلِتھ آسان
چھہ تہٕ تس نارہ ہنٛد ٹھس بوزی تھے چھہ ساری انٛد انٛد کُن کھسان
نہ زنگہ ستیران تہٕ پھسرائے بند کران۔ تہٕ تیتھے پاٹھی گیہِ اکھ برِلتس ہالس
منٛز یک دَم ژھعو پہ۔ ساری لگی نہ زنگہ لُوہ تہٕ تہٕ پننہِ پننہِ جاے
پیٹھہ بیہہ نہ یتھے جج صاحب اردلی کرِتھ دِژھہ نہ حضورِ والا چھ
نیرن والی۔ اُتھی کرِتھ سیتھ دراو حضورِ والا کلہ بوٚن ترٛاو دِتھ
فیکو ژھ رآوِتھ تہٕ اُچھ زہ ہنا مُژ رآوِتھ تہٕ ھناو ٹھتھ۔ زن تہٕ
ننٛدِ ہنٛدِ نیندرِہ منٛز کانہہ مخمور شہزادہ حرم خانہ منٛزہ دربار تراو۔ سارہِ
سے ہالس گیہِ دوفو وارہ پاٹھی ژھعو پہ۔ اَسن لگی ترٛاوِ تہٕ اکِہ
انٛدہ پیٹھہ ہیٚس انٛدس تام گیہِ ساری لوگھ، وکیل تہٕ تمارشہ گیر نھود

وُچھتھ تہٕ اَکھ سیٚے شہس اندر بیٹھی بیٚیہ پننین پننین جاین بیٹھ۔ گویا زن

تہٕ پرٛائمری سکوٗلک شورا فسرہ سندہ ینہٕ وِزہ ماسٹر جی سندِ مہِنۍ ہِچھناونہٕ

مُطابق "سٹینڈ اَپ تہٕ سِٹ ڈاوٗن" کران وُتھی تہٕ بیٹھی۔ بیہان ییہان

کوٚر ججن مُلزِمہ سندِس وکیلس کُن بُتھ کٔرِتھ خطاب۔ "مُنشی صاب!

کٔرِیو تُہی شروع۔ میٚہ چھُ یقین زِ از کٔرِیو تُہی پنُن بحث ختم۔ رات چھُو

تُہہ پیہ سارِہ نیٚے شاہدن مُتلِق بحث ختم کوٚرمُت۔ از کٔرِیو دو ون تُہہ

پننہِ بحثُک لُب لُباب پیش!"

یِتھ سُند یہِ فرمان بوٗزِتھ وۄتھ مُنشی صاب تھوٚد۔ تھوٚد وُتھتھ

کوٚرُن بیٚیہ ہِنا کمرس خم ہیوٗ تہٕ وۄتھ بیٚیہ تھوٚد۔ زن تہٕ نماز پران

رکوٗعس وۄتھ! پنُن بحث از ختم کرہ نک یقین دِنہٕ لگاو پانہٕ موکلاوس

پیٹھ مازرتھ پیش کرہ نہٕ روٚستے لوگ اُمی شروع کرنہٕ ..........

"جناب والا! از تام کوٚر میٚہ تمن اَٹھن شاہدن ہندِ بیانک لُب

لُباب پیش، یِم اَٹھ گواہ پُلسن پننِ دلیل ثابت کرہ نہٕ خاطرہ عدالتس

منز اَنی مٕتی چھِ۔ میٚہ کٔر یِمنے شاہدن ہُندِ بیانو منزہ ییٚا کھ اَکھ

دلیل تہٕ ثابت۔ سو دلیل چھِ ہاجرہ نہٕ لوچ دلیل۔ یوسہ دلیل یتھس

عبرتہٕ واتس حادثس پوٚت منظر ہیکہ بنتھ۔ جناب والا! میٚہ کوٚر

یہِ وارِیاہس حدس تام ثابت زِ اَتھ دلیلہ تہٕ یتھ واقعس چھِ پانہٕ وانی

تیوٚت واٹھ، یوٚت گنڈکس تہٕ نارِس پانہٕ وٲنی چھُ۔ اَتھ دلیلہ چھُ
جناب اِستغاثہٕ کیو بیٚیو شہادتو سیٚتؠ تہٕ واریاہ مدد میلان!
یہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ شہادت چھےٚ صِرف تِم چیز، یِم پُلیس تفتیشہٕ کِس
دوٚرانس اندر ضبط کرِتھ چھےٚ۔ یِمن منٛز چھُ ہاجرنی نالکی پلو، یِم
تس مَرن وَختہٕ نالی چھےٚ آسمِتؠ تہٕ یِم فردِ ضبطی لمبر اَکِس پیٹھ درج
چھےٚ۔ یِمن پلون منٛز چھُ ہاجرُن فراکھ، پاپلین چھیٚٹہٕ ہُند لیٚڈر پو
گلوٗ تہٕ ہاجرُن لیٚو دُر تنگ مُرہ ایزار تہٕ۔ اَتھ فراکہٕ کِس چندس
منٛز چھُ بُٹوٗہ اکھ اوس مُت تہٕ یہٕ بُٹوٗہ تہٕ امہٕ منٛزٕ دُرامتؠ چیز
چھےٚ بروٗے فردِ ضبطی لمبر زٕ ضبط سیدی مِتؠ۔ یِمن چیزن اندر
چھےٚ اکھ چِٹھ اکھ تہٕ۔ یوسہٕ اِستغاثن پانہٕ ہاجرہ نہٕ اَتھچ لیٚچھمٕژ
چِٹھی مانٛز ہِژ چھےٚ۔ یہٕ ہاجرنی لیچھمٕژ چِٹھی بیٚیس کانٛسہٕ ہندہ خاطرہ
کیازِ چھےٚ ہاجرہ سٕے نِش، چھُنہٕ تحقیقات کرن والیو نہٕ رادِتھ
ہیوٚکمُت۔ بلکہ چھُ تحقیقات کرن والی افسر ییتؠ ناقابل تہٕ
آلِرٛھو زٕ تِمو چھُنہٕ یہٕ چِٹھی پرٕ نچ تہٕ چیٚنٛچ گوٗرا کرمٕژ۔ البتہ
اگر بیگارہ پانٛٹھی پرٕ مٕژ تہٕ آسکھ تہٕ، تِمو چھُنہٕ امہٕ چِٹھہٕ منٛزٕ
کانٛہہ راہنمٲیی لبنچ کوشش کرمٕژ۔ حتاکہ یہٕ امہٕ چِٹھہٕ ہُند
مضمون اوس تِھقبن سیرن سرپوش تھوٗد تلان، یِمن سیرن

تحقیقات کرِہ ہٕنٛز سیتی نوِہ نوٚی حالاتن ہٕندۍ پتاہ ہیٚکہِ ہا لگتھ۔ کم

سے کم ہیٚکہِ ہا یہِ کتھ نٕنتھ زِہ اگر مُلزِم ئیۓ ہا جرہ موتہٕ چہِ نیٚنٛدرِ ہ

ساٗو، تہٕ کیازِہ ساٗوِن؟ "یہِ کیازِہ؟" چھُہ۔ اکھ انٛاڑۍ اکھ تہٕ

استغاثچ دلیل پٕرِتھ سوال کران۔ تہٕ یہِ سوال چھُہ ہٕنز گوڈٕ پیٚٹھ

تہٕرِس تام استغاثہٕچہ دلیلہِ منٛزٕ روٚپیہِ منٛزٕ پوٚنٛڈ تہٕ جواب حاصِل

کران۔ شاید چھُہ تحقیقات کران والیو افسرو یا تہٕ یہِ زوٚن مُت زِہ

اکھ بیٚکس بجوٗراہ تہٕ لوٗگ تہٕندِس جنٛگس منٛز۔ تموٚ لوٗب اکھ گردنہٕ

موٗٹھ نِگاہ تہٕ تِمن کیاہ ذِمہٕ وارۍ تہٕ چھیٚنٛٹ چھُہ اَتھ کتھہِ تحقیقات

کرٕن زِہ اگر ہیمہِ پینٛچ کوٗرِ ماٗرِ تہٕ کیازِہ ماٗرِن؟ یا تہٕ چھُہ سہٕ خاندانی

بجر تہٕ بڑِہ گھرُک دٕیارہ لود پُلیس چہ عقلہِ تھوٗپ دِتھ روٗدمُت

لیٚس بجر تہٕ سرمایہِ یِتھ دردناک تہٕ المیہِ داستانہٕ لوٗت منتظر چھُہ۔

خارہٕ حقیقت کیاہ چھَہ، تہٕ کوٚہ وجہ چھُہ امہِ مُجرمانہٕ غفلتُک ذِمہٕ وار

میہٕ چھُہ ہٕنز تتھ سیتی کانہہ غرض۔ البتہٕ چھُم اَکۍ غرض زِہ یہٕ کرن

عدالت مُطمین زِہ استغاثُک تحقیقات چھُہ ناقص، اَڈٕہ نیوٗک

لیوٗتھ تہٕ لوٗنگ۔ یَتھ بُنیادس پیٹھ مُلزِمس سزا دِنہٕ آمُت چھُہ،

سُہ چھَہ کھوکھر بُنیاد تہٕ لہٰذا چھَہ یہِ ساٗرۍ عمارت ولیہِ زٕیاہ

اَتھ ولیہِ زٕیامژہ بُنیادِ پیٹھ یُتاہ گوٚب سزا دِین چھُہ انصافس

اُچھن کچھ ژُھنہٕ نس برابر!

میٚہ چھُ البتہٕ اِستغاثس اکھ شُکریہ ضۆرۆر کرُن زِ تمو چھ کم سِے کم یِتھ دِیانت دأری ورتاومژ زِ یِہ چِھٹھ چھکھ نہٕ نیٚنگلاومژ۔ یِہ چِھٹھ چالانس سیٚتی آسُن کرُن میٚہ واریاہ راہبری!
مُنشی صأبن کلام اوس جأری زِ سرکأری وکیل گو دہنگہٕ منگ یاشاوٚ کرِتھ تھوٚدُ وُتِھتھ۔ جج صأبس کُن نظراہ دِتھ تہٕ وکیل صفأیی ہنٛز کتھ ژٹِھتھ کورُن عرض ـــــ "جناب! وکیل صأب ینٛس بیانس منٛز چھُ تضاد لیشان۔ اَمی یِہ اژِہ چھُ یِہ پُلیسہ چہ دِیانت دأری پیٹھ شک کران تہٕ اَمی یِہ اژِہ چھُ پُلیسہ چہ دِیانت دأری ہنٛز تأریف کران اگر ژٕن کانٛہہ بد نیتی تفتیش کرن وألی سندس دِلس اندر آسہ ہا تیٚلہِ آسہ ہی نہٕ یِہ چِھٹھ شأمِل چالان۔ یِتھ پیٹھ جناب مُنشی صأب یِنہٕ ہنٛن ذِہنی خیالن ہنٛز عمارت تأمیر کران چھِ۔

"جناب۔ بہٕ چھُس اکھ چِٹھہ منٛزہ کانٛہہ خیالی تأمیر بناوان، کیٚنہہ یِہے چِھٹھ چھِ اکِہ عمارتُک مضبوٗط بُنیاد قأیِم کران یا کم سِے کم تمہٕ بُنٛز یا دِرچ نِشان دِہی کران۔ تہٕ کرِہ اَمہٕ چِٹھہ ہِند مضموٗن ثابت باقے روٗز یِہ کتھ زِ آیا پُلیسن چھا بدنیتی سیٚتی تحقیقات کوٗرمت کیٚنہہ نا بکأری سان تہٕ کرِہ سأری واقعات وانٛنہ سیٚدِ یتھ عدالت

یانہِ فائصلہٕ۔ لہٰذا چھُنہٕ میہٕ اَتھ بیٛٹھ ڈُنی کیٚنٛہہ فائصل وکیل صاحبس سیٚتۍ بحث زیٛٹھہٕ راوٕنۍ کانٛہہ ضروُر تھ!

بہٕ جناب! اوٚسُس عرض کران زِ یہِ چِٹھۍ چھےٚ سہ دستاویز یُمِیک مطالعہ میہٕ اِستغاثچ ساری شہادتھ موکلنہٕ پتہٕ کوٚرمُت آمی چِٹھہِ دیُت میہٕ پیہِ یمہِ داستانہٕ ہُنٛد، یُمِیک شراح میہٕ جنابن نِش گُزرِش دوٚہ کران واتی۔ اگر زَن یہِ خط شامِل مِثل آسہ ہا نہٕ، تہ یہِ راز روزِہ ہا رازٕے۔ تہٕ کیازِ یہے چِٹھۍ چھےٚ میہٕ سزا لگنہٕ پتہٕ اپیل کرِنس بیٛٹھ مجبوٗر کران تہٕ یہے چِٹھۍ چھےٚ میانہِ دلیلہ ہنٛز دَر تہٕ اَرٛبنیاد! مُلزِم بےکس، عالِم حاضر تس منٛز رُدمُت اصل داستانہِ نِش مُلّے بےخبر۔ اَمِن دانِند کیاہ وَتھ ہاوِہ ہا میہٕ۔ کانٛہہ کس کُنے نہٕ، یُس میہٕ مُلزِمہ سٕنٛدِین حالاتن ہنٛز یادتھ کرِہ ہا۔

"مگر منشی صاحب!" دِژھ جج گرٛیزِتھ وکیلہ سٕنٛز کتھ ژٕٹتھ کرٛکھ۔ "تُہیٚ کرِو تو اَتھ چِٹھہِ مُتعلِق یہِ تمہید ختم ودٕنی تہٕ اصلی نفسِ مضموٗن کرِو تو بیان۔"

جنابِ والا! تُہنٛد ہدایت تالِہ بیٛٹھ مانِتھ کرہ بہٕ عرض زِ یہِ چِٹھۍ چھےٚ شامِل مِثل۔ کیٚنٛژن جاین ژُھنی مژ۔ جنابن ووٛچھ نہٕ یہِ چِٹھۍ پوٗرٕ پاٹھۍ۔ کیازِ میہٕ تہٕ لگی دار یاہ دوٚہ اَمِیک مضموٗن

پَرِٕ نَس سیٚٹھاہ کوشِش کٔرِمِژ چھےٚ مےٚ یِہ پَرُن تہٕ بَرٕ کرِہ آمہٕ
چِٹھِہٕ ہُنٛد مضمون لفظہٕ لفظہٕ تہٕ حرفہٕ حرفہٕ ادا۔ جناب کَرِن میانِس
پَرِٕ نَس سیٚتھ پانہٕ تہٕ مُطالعہٕ اَمیُک۔ تا ایٚن کرِ کُنہِ جاے ما آسہِ ہیٚرہٕ
پھیٚرہٕ یا تغیرو تبدّل!

جناب! یِہ چِٹھ چھےٚ ہاجرَن لیٚچھمٕژ۔ کَس چھیَن لیٚچھمٕژ۔ تہٕ چھُنہٕ
امہِ منٛزٕ اَنِنٛد سیٚد ان۔ البتہ یِہ کتھ چھےٚ وونی مُسلّمہٕ زِ ہاجرَس
چھُ عشق ضوٗر روٗد اوس مُت۔ یِہ تہٕ چھُ وار یا صحدس تام واضح
زِ تَس چھُ یِہ مژر بشیرَس نہٕ لولہٕ کُے اوس مُت۔ یِمن حالاتن اندر
چھُ یِہ صاف زِ یِہ خط چھُ ہاجرَن صِرف بشیر احمدہٕ نہٕ خاطرٕ لیٚوکھمُت
مگر یِہن چھےٚ نہٕ تا ایٚن دَم ژُنِتھ ہیٚکان تِہ آیا خط کیازِ چھُ نہٕ
تَس تِش وو تمُت، یِمہِ سندِ خاطرٕ لیٚکھنہٕ چھُ آمُت۔ تہٕ یِہ
چِٹھ کیازِ چھےٚ لیٚکھن واجنہٕ تِمِس رٕوزمٕژ۔ امکی وجوہات چھےٚ نہٕ
زیرِ بحث تہٕ ضوٗر روٗد تھ چھِ یسٕ زِ یُس کرہٕ چِٹھِہٕ پَرہٕ نِچ جلدی......

یِہ چِٹھ چھےٚ جناب لیٚکھنہٕ آمٕژ "زینہٕ کدلہٕ" پیٹھٕ۔ تاریخ
چھُنہٕ اَتھ پیٹھ دَرج۔ البتہ چھُ ربتھ تہٕ وَری زینہٕ کدلس تلہٕ کُنہِ
لیٚکھت۔ ربتھ چھُ انگریزی اگست اوس مُت تہٕ وَری ۱۹۵۹ عیسوی
امہِ پتہٕ چھےٚ ہاجرہٕ بنِنِس مُخاطبس نومن الفاظن منٛز خطاب

کران - یِم کھودرِ اَندرٕ لیکھتِ چھِ ـــ "میانٕہ دِلہٕ کرٕ راھژنہٕ
تہٕ شِلہٕ کرٕ ژ دِرہٕ !"
"پادن کلہٕ آلہٕ وِتھ چھے لیکھن واجینٕ مضمون بیتھ پاٹھو ادا
کران ـــ"
بیتھے منشی صاحبن یِہ لفظ ادا کورٕ زِ "مضمون بیتھ پاٹھو ادا
کران" جچھن لوگ اَچھن آنکھ۔ مِثلہٕ کڈٕ نوون اکھ کاکز ورقاہ۔
کل بورُتھ تہٕ دِنہامت۔ یُس زن کھوٕ کہٕ سیٹھہ ڈیتھ گژھن لایق
اوس یا چیرہ کھتف کرہٕ نہٕ سیتھہ دِیسر تھ پیٹھ ہا۔ یِہ کاکز ورق
اوس جج صاحبنِس اَتھس منز تیتھے پاٹھی وہراں۔ بیتھ پاٹھی
اَسمہ ملزمِ پلیہ والین ہندِس پھرس منز آو سیامت اوس!
وکیل صاحبن بیتھے "مِثلہ کرٕ ژ دِرہ" الفاظ پورہ کورٕ، خبر کیا تہٕ
سپنز ساری محفل مست ہش۔ جج صاحب تہٕ گوو والیاہ مشربنز
سوچس منز تہٕ عدالتس منز لوکن زن گوو یمو شیشتیو حرفو سعد
وُس جود ہیؤ! شاید اوس لیکھن واجینن یمن مقطوع بنز قرار
کرن دینہ آمتہٕ یکس سِتھیا بس اندرہ دا نتیجہ بنیہ ژانگہ پھگرگ
زتھ تیلہ بدلہٕ تنزل مت! دوہ ذ آسی ساری حجبس بیتھ اردیس
تام آمہٕ خطک مضمون بوزنہ خاطرہ بے تاب۔ اسمہٕ تیر آ

کیاہ تام ہوشہ ہیو یوالہ۔ زن تہ اُچھن تل ہاجرہ آسِس تہ پانہٕ لوگ
نَس پتہٕ خطکُ مضمون پرُن۔ یہ اوس نہٕ منشی صاحب استادہ خط
پرَان۔ یہ آس شاید احمدَس، ہاجرہ وندہ رأژ منز "یوسف نلِ چھ"
مرثی بوزناوان۔ یہ سہ ہاجرس زبأنی یاد آس۔ احمدَس سیٹھاہ ناپسند
آس۔ احمدَس اوس کُنہ وُنی کینہ ہاجرہ بہٕ میچھ تہ مُدرہ آوازہ منز
پیٚو آلوُ گژھان سہ

نادلایِہ میانہِ یوسفو وولو۔ ناد ہا لایِے ... ...

تہ وکیل صابن کوٚر مضمون شروع :-

"بہ میأنی گُل زہ کیازہ چھہ از یہ خط لیکھن وِزہ نٹان ——
سانہ پیٚٹھ چھم قلم اتھہ منزہ پیوان تہ سانہ پیٚٹھ چھس رأوی ہتھ
ہیٚس ہوش لبنہٕ تہ لیکھنچ کوشش کران۔ ہتہٕ لٮ۪ہ چھس ہوشہ پتھ
خط لیکھنہٕ بابت قلم تُلان تہ سانہ پیٚٹھ چھس منزہ رٕوس کیچہ ہندی
پیٚٹھ ژھالہ مأرتھ ڈالہ ماران۔ سیٚتھے قلم تہ کانمز تلنہٕ ہیوان
چھس، خیالن ہند اکھ سمندر چھہ میانس وُجس منز موج مارنہٕ
لگان۔ امہِ سمندرک تیزر چھہ زیٚتھ تند زدہ میون قلم چھنہٕ ہیکان
یتھ تیزرس علتھ دورہ دورہ کرِتھ۔ لہٰذا چھس قلم کاغذ بیہ
پتھر تراوِتھ خیالن تہ تصورن ہندس عالمس منز پیوان۔ یک دم

چھُہ ہم بَر وُنٹھ کُن واتِتھ پیوان۔ کلہٕ چون نیٚنِس وَچھس سیٚتو بیٚتھ
چھےٚ تہٕ سورُے باوان یہٕ میٚون قلم کاکُزِس بیٚہٹ واتناونس
منٛز ناکام گژھان چھُہ...
"اَتھ ذِہنی کشمکشِس حالتس منٛز چھُس وَچھس بیٚہٹ جبر کرِتھ
خیالن، تصوٗرن تہٕ دِلی خابن ہوٚٹ چیرتھ ازنوٚرُ دَر کیٚنژھہ نیٚتہ
کیٚنژھہ کاکُزِس بیٚہٹ واتناوِتھ ژٕ یہٕ گوشن واتناوُن۔
"میانہِ قبیلہ تہٕ کرانہِ! چانہِ لولکہِ منٛز چھُم تتھ حدس تام
ودو تُمت، یتھ جوٗنوٗن ناوشوٗ یہٕ تھاوُن۔ شاید چھےٚ امہِ میانہِ جوٗنونک
ژٕ یہٕ پوٗرہ پاٹھۍ اِحساس۔ مےٚ تہٕ چھُہ یقین زِ یہٕ درد چھُنہٕ میانی
سےٚ دِلس تام محدود۔ یہٕ نار چھُنہٕ میانی سےٚ سیٚنس اندر اوٗت وُہان
تہٕ یہٕ گُڈر غم چھُنہٕ میانی آتہٕ وارِنج کسبوان، بلکہِ امہِ دادِکی وُہہ
وُنہِ زارُک تہٕ امہِ گُڈرہ غمُک چھوک مےٚ ژٕ یہٕ برابر شریک!
ٹاٹھہِ میانہِ! مےٚ ہسا چھُم یہٕ ایمان زِ چانہِ تہٕ میانہِ لولُک تارِیخ
چھُہ سہٕ دوہ نیٚلہِ یم زِ روح قودرتَس باگہ کرو ستو جب۔ ہر چہٕ
میانہِ یاون رایہِ! چانی درےٚ یہٕ یلیوٗن تہٕ تُہ کیٚچار — یاونک
نبہٕ نار تہٕ لہ کیٚچارِ چھ سرمستی — ہرک چانہِ سُنٛز تہٕ چانہِ آتشہِ
سیٚتو خودا یہٕ چھنہٕ! اگر اَتھ آتشہِ تہٕ سُنٛز کانہہ، ہیرہ پھیرہ گژھہ عم

ژٕ روزٕ میانٛی زِندگی نہٕ میوٚن یادٕ تہٕ نہٕ میوٚن لوکچار۔

میانین خابن ہُندٕ مُدرٕ تاثیرٕ تہٕ میانِہ دِل قرارٕ۔ بٔ اکھ آرزو چھس یتھ دِلس اندر شہرٕ پانژٕ پیٹھٕ پالان ــــــ شُمالاہ چھم یوٚہے زِ چانین یدبن ہُندیو شمنہ وندہا یہ لوکہ ہتھ بہر ژٕلفِ پریشان ہیتھ ینن کلہ ــــــ چانِس پکرِس، چالِہ تہٕ ڈالرِ اکہ وہ ہا بہٕ ینن آدان ــــــ چانہٕ نزاکژ یتھ کرہٕ ہکھ یمہ عالیچ تہٕ جنتن ہنز یائہ ہے نزاکت قوربان۔ میہ چھہ ژیو کالان زِ کیاہ کیاہ وندہے! کم کم چیز آلہٕ ہسے تہٕ کیاہ کیاہ کرٕ ہے قوربان۔ شاید چھہ میہ اڈہ کچہ ہنز زیو یُنہٕ شاعرن صرف میانہٕ نیبہٕ ترجمانی کران ونمت ... ...

کیاہ چھُن ونان مت؟ سارٕ ی چھہ عدالتس اندر مُضطرب، مُسورن ہُندی ہیندی وایان وہچھن ہنز ڈپہ سماے اکھن منز ژٕہرِ یتھ زیوکہ شاساہ تاساہ گڈالہ کڈان صرف یی سوچان زِ کیاہ چھہ شاعرن ووہنی مت۔ اِضطراب ہُریاو ہنا زیادہ ہے یہن تہٕ کیازِ وکیل صاحبن ہیوتھ دم ستبالہٕ وِتھ دامہ دامہ ترٕشہ گلاساہ چوٚن۔ چھہ ستیرٕ مضطرب نظرہ چھہ مُنشی صاحبس جاڈ دِوان زِ ہے، گرٕ پیٹھ رائہ چھساہٕ۔ تہٕ کرسا شروع۔ "یوکہ لاگو سادِہ

وُے گرتھ ٹھ دالہن سبھٹاہ سبھٹاہ، جل جل، شاید اَوسے زِہ مُنشی صاٮب گرٹھ ترُیشہ گلاسس گرُبھٹھ داے لاگُن۔ احمدہ اوس شاید یِی سوچان زِہ شاعِرن آسہ سُے بائتھ وُان مُت یُس "یوُسُف ناٮکُ" محموُد گامی سند ہاجرہ وَندس بنزِ یِان اُٮس۔ "نادلاٮیے ... ... ترُیشاہ چیتھ ہیوٗت وکیل صاٮبن یِرن لفظہ لغظہ تہ

آہستہ آہستہ ——

ٹاٹھہ مَدنو یہ سمار وَندہ ہے ژُے
سَرہ کھہ نے ہمیوش بِدہ سبزِ بس
عیانِز بُلبُلہ یکھناٮہ فوٗجی سے لور
نازھنک لو چیرچ سرمستی!
کھاسی چشمو داماہ جادِ ٹھ اَند
باغِ سنیچ کھہ ڈنِی مرُمستی!
ناز نخرہ تہ یم ادا حُسن رچھم!

لولہ بازرُک باپار وَندہ ہے ژے
دَرہ لوگ مُت لو کہ چار وَندہ ہے ژ
بلبلہ یادنک نو بہار وَندہ ہے ژ
پوشہ بِدہ نک زاٮو بیچار وَندہ ہے ژ
سُرمہ مُدین ہنند خمار وَندہ ہے ژے
تازہ کھوٗ بیتھ رنگی انار وَندہ ہے ژ
لالہ اکہ اکہ بیچھ ہزار وَندہ ہے ژ

بَہ شفقت تہ ماجہ ہنند خانہ ماجر
لولہ مالہ نیوک ٹاٹھ نیار وَندہ ہے ژے[۱]

---

[۱] یہ غزل چھہ گوہر نِی "لولہ مالہ نہ" بجایہ چھہ "بِدہ مالہ نیک"، مقطع چھُ:
میر صاٮب ہنز روٗد، مہجوُرنی باتھ ہست گوہرنی اشعار وَندہ ہے ژے

پادن تل تراوہ ہے سر۔ مگر اکھ خوف تہٕ ڈر چھُم زِ ییٚنہٕ چانِس
سِرس نٮ۪بر گژھ۔ ییٚنہٕ چانین ہمدردن ہیٚوٗن مژر ییٚنِس بجرہ کِس
شانٕس خلاف گژھ۔ ییٚنہٕ کانٛسہ ہُندِس خاندانٕی وِلقارس توٗہین
گژھیم۔ توٚے چھُس مژرٕک یہٕ دُہہ وُن ٹھوٗ توٚت اَلاو سینہٕ
کِس تُندوٗرس منٛز دَم پھُٹھ کرِتھ۔ تہٕ کیازِ مردَن ہنٛزِ بالادستی
چھےٚ زنانہٕ مجبوٗر تہٕ کمزور بناومژ۔ زنانہٕ چھےٚ سماجہٕ چیٚن سوٚنہٕ سنٛزن
ہانٛکلن منٛز ژنڈریٚو بناونہٕ آمژ تہٕ شاید چھُ اوٚے مردو زنانن رینہٕ
ناو دِتمُت۔ ژیٚیہٕ چھےٚ پانہٕ تی امِ کتھِ ہُند اِحساس تہٕ تہٕ اعتراف
تہٕ۔ بلِکہ چھکھ اکثر ژےٚ ونان زِ کانٛسہ زنانہٕ چھےٚ جادَے
مجبوٗر تہٕ کمزور بناونہٕ آمژ۔ سانہٕ دِلٕچ رایہِ ہُندِس اِظہارس
چھےٚ ژِ ٹھوٗ بےشرمی تہٕ سماجن "مس میلہِ نہٕ تھ گژھن"۔ ناو
دِتمُت۔ سانٕس خوٗ نوٗحس تہٕ آثارس چھک "توٗکہٕ ہُندی شرٕم
ورٕ عظلاونیچ" توٗ ہمت لاٗگمژ۔ ہرگاہ زن تم شرٕم لاٗزی پاٗٹھی
سانین وچھن ہُندین لاوین ارمانن ہالہِ تہٕ گنڈن!

ژیٚیہٕ چھےٚ شاید یہٕ پوٗرہ احساس زِ اگر چانِس تہٕ میانِس
رازس ہنا تہٕ وَژھر گژھ، ہیٚوٗن دامن ییہِ داغو سیتھ ڈبہ ہوور
بناونہٕ۔ ژیٚیہٕ وَن نےٚ سانٛری موصُم تہٕ بےگوناہ۔ یہٕ اِلزام تہٕ آسِس

سبٕے گردنہٕ پیٹھ ہینہٕ خاطرٕ تیار۔ مگر صرف چھُم چانہٕ عزتُک سوال۔ پیٹھ
چانٛین خاندانی قبیلہٕ والین ٹھریٛہ کُنُ گرِاو یا لُکہٕ کرہ نکُ موقعہٕ میلہٕ۔
میہٕ ہینہٕ چھُم، میانین ارمانن ہندہٕ ہرکنا! یہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ احساس زِ چانٛس
ماجہِ تہٕ ماٛلِس کم کم ارمان چھِ ٹھریٛہ سیٛتی وابستہٕ۔ تم ارمان چھا انسانی
ارمان کِنہٕ بنیٛہٕ کینٛہہ۔ مگر یہِ چھِ حقیقت زِ ژٕ چھکھ تمن کُنہٕ اُچھ

گاش ——

میانہٕ پیٛٹھ ہندہٕ استانہٕ امیٛہ چھم از تام یُژھ ہنٛزٕ دشہٕ چانٛس
دامانس گنجمژٕ۔ مگر کیاہ کرہٕ۔ کیتھٕ احساسن منٛزٕ چھس ہینہٕ آمژٕ۔
کیٛژن ہا کلن منٛزٕ چھم یم پادبند گامتہٕ!

میہٕ زَن انہٕ باسان زِ میہٕ کرٕ چون انٛار تہٕ تنقید دا! یاہ غلطی۔ یہٕ
غلطی چھِ ستہٕ لاری اندر لازمی! میوٗن تہٕ چون انٛار اُسی بے شک
انسانیتکہٕ عظمیچ اکھ روشن مثال۔ مگر کاش! ژٕ آہ اکھ نہٕ "بچہ
ڈیڈٕ" اندر نادمت تہٕ میانٛس مالِہٕ نس آسہٕ ہے نہٕ غریبی ہنٛد داغ
ڈکس لگمتھ —— اے کاش! اگو ہے نبس تل تہٕ اکہٕ ہے بنہٕ راژ
بیٹھ اکی رٔوک تہٕ شوٗک لوٗ چھاوِن والین دوٗن آدمن ہندین
اولادن منٛزٕ نے اینٛزٕ خاندانی ولتھارُک اینٛز دیوار استادہٕ کرنہٕ
آسِت اسہٕ ہے —— تہٕ چون تہٕ میوٗن پوٗز محبت کیا زِ آسہ

ہا از اَکھ اَکھ سِندِ بن جلوں نیرسان ہ میانہِ غم خارہ ! چون تہ میون
لول ہیکہِ ہا چھو لیتھ تہ بیٚتھ ۔ مگر ہرگاہ یتھہ سانِس سماجس اندر اکھ
ہِشر آسہِ ہا —— دِلہِ کین مطمئن سگ دِتیچ پورہ آزادی آسہِ ہا
تہ یتھہ زِندگی ہُندس شِتیاہس پکہ دِمنس سافرس اگر بین تہ سیتی بوج
آزادرایہِ سیتی پانہِ ترادیچ ضمانت تہ گارنٹی آسہِ ہا ۔ وا اسے ! یتھہ
سماجس اندر نہ پیٚرِ آزادی تہ آسہِ ۔ لول سگرہ نادنس پیٹھ پابندی
آسن تہ امارہ چین نظران سماجی پابندی کرِ فیوٗ نافِذ ہیکن کرِتھ !
ہسے اِتہ سماجس اندر زیوٗلی عیکث ۔ زیتھہ دِلس اندر کا نُہہ طلاہ
پالُن خامی تہ تباہی ۔ کیاہ خبر اکثر ہا لادہ تہ اَڈہ فوٗجہ زِندہ رگیہ
آسن بِرہسے سانی ہیشی غلطی کرِتھ دِتھین ہُنزن شفقتن ہُنزہ
شِکار گرِ تھمتہ یتھہ پاکِتی بیرہ گامژہ ۔ کیژھا موسم زِندگیہ چھہ ژیہ
تہ میہ اَنتہ پکہ چانی تہ میانی پاکِتی پکہ دِتھہِ اکھ وُنہ تیرہ ——
صِرف سُنسان تہ دُعارہ قیرہ —— میہ منز کم کم لولہ ہتھی ازمان
دِوپہ یتھ چھہ ۔

میانہِ انہ لکہ سیتی باجہ ! لیژھ نادہ ہیدی تہ مایوٗسی ہنزہ ونلہِ
منزہ تہ مایزہِ وہ ہیدنہ ہند اختابہ ۔ وُنہ تہ بیٚرادو ۔ وُنہ تہ چھس
یتھہ موٗمژہِ دانیچہ بشر کران ۔ وُنہ تہ چھس چانہِ ینکی تہ سیتھہ میانہِ امارک

خریدار بنیتھ روزنکھ منصوبہ بناوان۔ وُنہ تہ چھس پکھچہ آسنہٕ بیٹھ

زِندہ رُوزِتھ۔ میانہِ مِتہٕ اآمارکہٕ تترٕ الاوہ! یِنہٕ میانہٕ مزُرک یہٕ فلوآیی

کرنکہ ناد دوٚن کنن کھری۔ ماف کرٕزہ زہم! میأنی خوشی چھہٕ تیٚلی

ییٚلی ژِہ میہٕ خوش آسکھ! اگر سوٗرُے عالم تہٕ سأرِے خودأیی

ناراض روزِہم۔ ووہٕ نزاہ۔ اگر ژٕہ روشہِ ہم، میأنی زِندگی چھہٕ تیٚلہِ

گبہٕ پچھُک اوٚن مُسافر۔ خبر سانہٕ سازُک "بب" تہٕ کیازِہ چھُہ از

دیان زن آسان!"

جناب! امہِ مضموٗنہٕ پیٹھ چھہٕ کاتب پنُن ناو کاکذ ورقس کھوورِس

کوٗنس پیٹھ لیکھان۔ یِمن دوٚن لفظن اندر تہٕ چھُہ امہِ آمارُک تہٕ

لولُک اکھ اَنتھہِ رُوس سمندر لوٚرمُت!

وُمرِہ چانی ژونُن تہٕ دامے چانی

ھاجرہ!

حضورِ والا! میہٕ پزہ جنابن ہُند شکریہ اداکرُن ژِہ جنابو لوٗز

ییمہٕ خطُک مضموٗن سیٹھاہ دِلچسپی سان۔ اگرچہ سوٗلُسے مضموٗن

امیک مزہ دار تہٕ دِلچسپ چھُہ، بہٕ چھُس تو تہٕ پننس فاضِل

دوستس تہٕ مُشکریہ کران زِہ مُداخلت کرِہ نہٕ سیتھ کورٕ نہٕ تمیُ امرِ خطرٕ کرِ مضموٗنکُ لُطف ضایع کرِہ نچ کانٛہہ کوشش تہٕ۔ میہٕ اوس نہٕ یہِ خط پرِہ نہٕ سیتھ کانٛہہ مُشاعرچ ہش کیفیت پاٛدہ کرٕن مقصوٗد تہٕ نہٕ اوسُم ہاجرہ نہٕ ذِہنی قابلیتُک کانٛہہ مُظاہرہ کرٕن ضوٗرٔرتھ۔ البتہٕ چھِ امرِ چِھٹہٕ منٛزہ کینٛہہ قابِلِ غور کتھہٕ نیران، یِم گوبہ تہٕ وزن دار چھِ تہٕ یِہند وزن انصافہٕ چِہ ترٕکرِہ منٛز لازمی طور کرٕنس پزِہ!

گوڈنچ کتھ چھِ زِہ ہاجرس کوتاہ لول تہٕ اماٗر چھِ مینس آدنہٕ تراٗری ہیتس آدن باجو مُنٛد اوس مُت۔ سو چھِ پانہٕ اَکھ اماٗرس تِتھ مزٕرس سیتھ تابیر کران یتھ سوے "جوٗنوٗن" ناو تھوان چھِ یہِ جوٗنوٗنکُ مزٕر ہُس آخری حدس تام وٗوت مُت۔ امّا یمہٕ آنتھ رسہِ اماٗرچ ناکامی کیٛژھا قیامت کرِہ اَکس نازک تہٕ حسّاس دِلس؟ سو قیامت آسہِ تیٛژھا سنگین زِہ تِتھ مایوٗسی ہندِس جذبس اندر پیہ کانٛہہ خطرناک قدم تہٕ تُلنہٕ۔ تہٕ عقلِ سلیم پانہٕ پرٕژھِہ گارِہ لگاٛرِ سے زِہ یِتھس سنگین صوٗرتس اندر خودکشی ہِنٛد قدم چھِنہٕ خارج ازبحث ہیکان بنِتھ۔ بلکہِ اغلب اِمکان اندر عقلہِ وژنان وٗول تہٕ!

سے لاڈٕ! ہاجرہ چھِ پانہٕ تہٕ اَکھ چِھٹہِ منٛز امیُک اعتراف

کران لیکھان —— "میہ چھُ، میانہِ یاوُن رایہ! چانی دِرِ یے یہ
یاوُن تہٕ لوٗ کہ چار —— یاوُنُک نبہٕ نار تہٕ لوٗ کہ چارچ سرمستی؛
صِرف چانہِ شُش تہٕ چانہِ آشہِ سیتی ... خوٗدا رُچھِنَم اگر اَتھ
آشہِ تہٕ شُش کانہہ ہیرہ پھیرہ گژھیم نہٕ روزہِ میانی زِندگی ...."

یِم الفاظ چھِ شاعرانہ اندازس اندر اَکھ مطلب ادا کران
تہٕ سُہ مطلب چھُ یُہ ہے اکھ زِہ اگر ہاجرس، بشیر ہامِل کرِتھ پنچ وقہ
منز کانہہ یقینی نادوہ میدی پیدہ سپدہِ تہٕ تتھ صوٗرتس منز تِکہِ
سُے کانہہ تیُتھ خطرناک قدم تہٕ یمہ سیتی نہٕ تہٕنز زِندگی باقی روزِتھ
ہیکہِ کیتھہ ....

"تہٕند منطق کوٗتاہ دُرست چھُ، تتھ پیٹھ قبل از وقت رأے
زنی چھِ سانہِ خاطرہ ناموزوٗن۔ ٹلی کرِ یہ کتھ مانِنہ زِہ یہ خط کیاہ
چھُ ہاجرن صِرف بشیرس کیتھ لیوٗکھمُت۔ تہٕ گوو تہٕنز دلیل
پُز مانِنہ تہٕ استعارچ داستان اَیِز۔ یہ سورُے چھُ قبل از وقت
رأے قائم کرنس برابر۔ مگر منشی صاب صرف دلیل براے
دلیل زانِتھ مانو اُسی زِہ یہ خط اوس ہاجرن بشیرس لیوٗکھمُت
تگہ امہِ منزہ یُس تھوٗ اَتھ لفظس مانہ ژاران چھیوہ، یُس لفظ
ہاجرن یمتھ پائٹھی ادا کوٗرمُت چھُ زِہ "نہٕ روزہِ میانی زِندگی"۔

سہ مانے چھُ ہاجرہ نہِ مضموٗن نوٚیسی ہٕندفن مسخ کرنس برابر۔
" نہ روزِ میانٕی زِندگی ! " چھُنہٕ مانے ہُوان زہ " بہٕ کرہ زِندگی ختم !"
یہِ تہوُ امہِ منٛز اخذ کران چھِ زِ ، یہِ گوو لفظن مانے کرُن ۔ امیُک
مطلب چھُ " میانہِ زِندگی ہُند مقصد گژھِ فنا " نہ کہِ " میانٕی زِندگی
گژھِ فنا ... "

یہِ اعتراض اداکرِتھ کُر جیچَن منشی صاۂبس کُن اکھ یڈ برٕتھ
اَسہٕ وُنی نظر ۔ یوٗ سہٕ مُدے کرِ یکہ تاد کران اُس زِ " میہٕ تہِ چھُ
اَدب وِبژھ ناونک عبوٗر !

جنابہِ والا ! اگر تہُندُے مطلب ، یُس تُوہہِ امہِ ترکیبہ منٛز
اخذ کوٚرُو ، اُسہٕ وُرست مانوٗن ، تمہ صوٗرتس اندر تہِ چھُ یہِ نوٚن
سٕیدان زِ ہاجرہ چھِ پننہِ زِندگی ہُندِ مقصدُک فنا بَشرُن لول
پوٗرہ نہٕ سٕیدنس منٛز وُچھان ۔ تہِ یٕیلہِ کأنسہِ ہنٛزہ زندگی ہُند
مقصد فنا سٕیدان چھُ ۔ سہٕ چھُنہٕ زندگی " فنا " کرنس منٛز کانٛہہ
درِیغ تہِ پیتھ کران ـــــ

سے لاڈ ! الیُس دوٚیُم مطلب امہِ مضموٗنہٕ ( خطہِ ) منٛزہ نیران
چھُ ، سُہ تہِ چھُ وارایہ غور کرنس لائق ۔ ہاجرہ چھِ یادَتھ کران
اگرچہِ یہِ یادَتھ زمزان تہِ کنایین اندر چھُ ۔ مگر یادتھ چھِ ملاکارِ زِ

ہاجرہ نِس زندگی ہُندِس مُنزلِ مقصود بشیرس تہٕ ہاجرس درمیان
آیہِ خانداًنی وِلقارٕک تہٕ سرمایہ داری ہُند دیوار چھہٕ وِہ آمُت۔ مگر
یہِ خط لیکھن وِزہِ چھہٕ تس وُنہِ تہٕ ووٕمیذ ہنز زٕٹھ باقے اُس مُژہ
شاید ناوٕمیدی ہنز وُنل ما ژٕلہٕ تہٕ ووٕمیذ ہُند انتخابہ ما کڈہٕ کلہٕ۔
مگر باسان چھہٕ یہِ خط تحریر گژھنہٕ پتہٕ چھہٕ تیتھی واریاہ حالات
پأدہ گامتی یمو یہِ ووٕمیذ ہنزٕ تھمبر تہٕ ژھیوہ رأوہٕژ چھہٕ۔ ہاجرس
چھہٕ یہِ یقین محکم سپدمُت زہِ بشیرن بوڈ خاندان تہٕ دُیارہ
وول گھرہ کرہ نہٕ آہندہ تہٕ بشیرہ نہٕ لولک کانہہ خیال تہٕ۔ بلکہ
چھہٕ ناوٕمیدی ہُندی گرہمنہ مَتن اُہنزہ ووٕمیذہ انتخابہ کاڈھ
کوٗرمُت تہٕ اَتھ مایوسی اندر چھہٕ اُمس بشیرہ نہٕ سُتھ تہٕ آشہ
منز ہیرہ پھیرہ باسیوٗمُت۔ زِندگی ہُند مقصد فنا گژھنس سیتی
نکھ قدم تُلمُت!
چھہٕ آخرس تمہِ زندگی ہنز فنا کرہِ
تریہم اہم نوقطہ چھہٕ امہِ چٹھہِ منزہ یہِ اخذ سپدان، بلکہ
تائید چھہٕ میانہِ دلیلہ امہِ سیتی حاصل سپدان زِ ہاجرہ نہٕ
تہٕ بشیرہ نہٕ رازٕک چھہٕ کانہہ بب یا نہٕ سرپوش تہٕ۔ لفظِ "بب"
چھہٕ وضاحت کران زِ واقفِ راز چھہٕ کانہہ بزرگ انسان یمس
بب وٕنتھ ہیکو۔ سہ بب چھہٕ [illegible] سَکان چھہٕ اوس مُت

یُس بشیرہ نہٕ گژھِہ دُمرہ ہُند نوکر چھُ تہٕ یُس سوڈُے محلہٕ شلہٕ ہب
ونان چھُ۔ لہٰذا تہٕنٛد بیانہٕ کرٕن اوس سیٹھاہ اہم ——"

وکیلہ ہنٛز کتھ ژٕٹتھ لوگ جج سوالیہ اندازس منٛز وکیلہ
پرٛژھن —"مُنشی صاب! امہٕ چِٹھہِ ہُندِ مضمونہٕ اندریم نوٚ قطعہ
تناظرٕ چھِ وارِیاہ حدس تام موقول تہٕ منطقی طور درُست۔ مگر یہ ژٕ نی
توٚ نہٕ آیا یہٕ کتھہ اٚٹھی رچھوٚ تہٕنٛد وَنان زہ یہ چِٹھی کیاہ چھِہ ہاجرن
صرف بشیر احمدہ نی ناوہ لیچھمٕژ۔ امتھ کیاہ ثبوت چھُ تہٕ توہہ نِشن؟
شاید اگر تہٕ توہہ نِشہ یہ ثبوت آسہ یا یاوٕ ہیکہ سپدتھ زہ
ہاجرن کیاہ اٚس یہ چِٹھی بشیرہ نی خاطرہ لیچھمٕژ۔ مگر تمہٕ واقعات
کرِٕ توٚ تہٕ ثابت یمن ہنٛزہ روشنی منٛز عقل یہ کتھ خود بخود تسلیم
کرِ زہ اگر یہ چِٹھی کانٛسہ ہُندِ ناوہ آسہ، سُہ شخص ہیکہِ صرف
بشیر احمد اٚسِتھ!"

"مے لاڈ۔ یہٕ چھُس تہٕنٛد سیٹھاہ مشکور زہ جنابو کرٕ میانِٕ
وَتھ سیٹھاہ آسان۔ اگر تہٕ یہ ثابت ہیکہٕ کرِتھ زہ یہ خط اوس
ہاجرن صرف بشیر احمدہ نی ناوہ لیکھت تھوومُت مگر حالات
کرِن واضح زہ یہ خط اوس صرف تہٕنٛدی ناوہ۔ اگر ینہٕ تہٕنٛدِہ ناوہ
اوس، اما اَدہ کٕہنٛدہ ناوہ؟ یہٕ نہٕ ہا منٛز تحقیقات کرن وول یمن

واضح کرُن ۔ تہٕ کیازِ جناب چھِ میہٕ سیٚتی یتھ کتھِ پیٹھ مُتفق زِ
امرِ چھِ ہُندِ مضمونَس منٛزٕ چھ موقول طور تم ترٛیہٕ نو قسطہٕ نیران
یِم میہٕ یِمہٕ برونٛہہ عرض کرِی ۔ " یِہ وُنِتھ وٕرِز وکیل صاٗبن
پننِس کلامس تیز رفتار موٹر کارس یکدم بریک ۔ جج صاٗبنِس
بُتھِس پیٹھ لوٗگ کیاہ تام یرہ نہٕ ۔ جج صاٗبن تہٕ تِمہ نِندرِ ہُنٛز
اُچھ تھوٚد ۔ وکیلس تہٕ ججس لوٗگ نظرن ٹکراو ۔ خبر کیاہ پیٚوکھ
یاد ! دوشوٕ وے کرٕ ہتا اکھ اکس کُن مُدےٚ گنٛڈِتھ اسنہٕ ہنا ۔
تہٕ خبر کیازِ تہٕ خبر کمیک گوو وکیل صاٗبس تتیا تہٕ یک دم نو میہٕ راوین
نظرہ ۔ مگر اسہٕ وُنہ چانٛٹہِ کوٚد جج صاٗبن اعتراض ـــــ

" تہند بحث روٗد ابتدا پیٹھ زہ ہاجرہ چھ ذہین تہٕ حساس
کوٗر اُس مژ ۔ جان یُس مژ لیکھی مژ تہٕ ۔ لہٰذا کیازِ مانو نہٕ اُسی یہ
کتھ زہ ہاجرہ ما آسہِ ہا پیٚتھی خط صرف مضمون نویسی ہنٛز مشق
کرِ نہٕ باپتھ لیکھان تہٕ مکتوب الیہ چھ صرف فرضی اُسی ہتہ ۔
تہٕ کیازِ اگر یہ چِٹھی ہاجرن کانٛسہِ ہُندِ ناوٕ یا کانٛسہِ کرِتھ لیٚکھمٕژ
آسہِ ہا ، تیٚلہِ کیازِ آسہِ ہا ہاجرس نِشی ؟ "

"جناب ! یہ کتھ چھنہٕ عقل مانان زہ ہاجرن کیاہ اُس خطوط
نویسی ہنٛز کانہہ شوق لاگی ہیٚژ ، کیازِ تِم ہوٚس پتمن ... ملے

ترٕ ووٚنِتھ۔ سو اُس اکھ گھر گوٚڑے ووٚنی۔ اگر یہِ ترٕ مانو۔ گَرٕ تیلہِ
چھینہٕ ادبی شاہپارہٕ رٕنیامہٕ تِہنٛز کاکز ورقن پیٹھ لیکھنہٕ یِوان تہٕ
لیکھِتھ چِندس منٛز تاہ کرِتھ تھاونہٕ یِوان۔ بلکہِ کرِ مضموٗن چھہ
یِوان باضابطہ کاغذن پیٹھ تھاونہٕ تہٕ تِمہٕ کاغذی چھہ ادیب وچھس
منٛز محفوٗظ تھاوان۔

فرض کرو زِ یہِ چِٹھی چھِہ ہاجرن صرف بہٕ حیثیتِ اکھ ادبی
مضموٗن تحریر کٔرمٕژ۔ مگر تتھ سوٗرتس اندر تہٕ چھِہ چِٹھی تہٕ اہمیک
مضموٗن، مضموٗن نویسہٕ سِندہٕ دِلچ اَندرِم دگ وبرٕتھ نا وان۔
تہٕ کیازِ بہٕ حیثیتِ مضموٗن چھُہ یہِ ہاجرہ ہٕنٛز فنک شاہپارہ تہٕ فنس
اندر یُوتاہ اثر تہٕ جذبہٕ آسہٕ، تیوٗتاہ چھُہ فن کارہٕ سِندہٕ دردُک
تہٕ دِلکہِ کِہ اَندرِمہٕ حالتُک اِظہار سپدان۔ ہاجرہ ہٕنٛس اکھ ادبی
مضموٗنس اندر یُوتاہ اثر موجوٗد آسن، یمہٕ نہٕ صرف میانین اُچھن
آبہٕ بکرٕ اُنی، بلکہِ جنابن ہندی اُچھ ووال تہٕ ہیٛتیاہِ تہٕ تیتھ عدالتس
منٛز سارہٕ نے لُکن ہندی دِل لگو باکہٕ ژٹ نہٕ ــــــــ یہِ اکھ
لافانی اثر چھُہ یُسے کتھ واضح کران زِ اُمِس فن کارہ ہُند دِل
چھُہ داغی لد اوس مَت تہٕ دگہِ سیتی ٹالہٕ دِوان اوس مَت ــــــــ
بے درد فن کارہ سُند فن چھُہ بے اثر ــ بے اثر فن چھُہ مُشکہِ روٗس

پوش ــــ جناب آسی حبہ خاتونہ ہندی بأت کنن زاہ کاملہ ژامت
تہندین سادہ لفظن تہ ہرین اندر چھ تیوت اثر زِ بوزن وأل
چھ دِل ترسان۔ اگر زن سو اکھ سادہ تہ عام کتھ وأری وِس
منز نوٹ چھنٹیج سیدیس تہ سادس شارس اندر بیان کران چھ
مگر تمہ سادہ شارس تہ چھ اکھ آنتھہ رٔوس اماّر، درد تہ اثر ــــ
تہ کیازِ ؟ امی سیٖنہ پیٹھ کیٚشر ماہ تمہ وٚون مٔت چھ تہ چھن
بُنیتھ وٚون مٔت۔ یتھ گوو درد، دٔود تہ جم ــــ لہٰذا اگر
اسی یہ مانو زِ یِہ چھٹھ چھ اکھ حاجرنی ادبی کوشش تمہ منزس
اندر چھ امیک اثر حاجرہ زِ دردُک، نا ومیدی تہ غمک ترجمان۔
مگر یہ کرہ حالاتن ہنزِ روشنی منز ثابت زِ یہ چھٹھ اگر
حاجرن لیچھ، کیازِ لیچھن یہ مضمون نویسی ہندہ شوقہ ماتحیٚن بلکہ
پننہ دِلک غم پننس غم خارس لشکرس ناش داتناوہ خاطرہ
لیچھین ــــ "
"خار تہ دیچھو اسی۔ مگر نیتیجہ زٕ یہ امیر چھ ہندہ مضمونہ انزر
تیتیجہ چھ اکھ
ترٕیہ لٔو قطہ شارس یتھ مطلبہ مطابق
شٕریہ نوٕ قطہ تہ امی چھٹھ منزہ نیران۔ حاجرہ چھ لیکھان زِ ــــ



"بیتھہ زِندگی ہندِس شنیاس یکہ دِنس مسافر اگر ییٚن سینہ بہ۔

آزاد رایہٕ سیتۍ پانٕژ زارنٕچ ضمانت تہٕ گارنٹی آسہِ ہا۔" یہِ اظہار چھُ
ظاہر کران زِ ہاجرس چھہٕ پانس پنٕنۍ سیتۍ بوج زارنٕچ پابندی
اُس مژ۔ یہِ پابندی ہیٚکہِ ہا تَس صرف پننِس مالِ سندہٕ طرفہٕ
لٔگِتھ۔۔۔"

جنابِ والا! جنابن ہُند اکھ سطرہ ماہنٕ زارن چھُ صرف یہی
اکھ سطر زارنِتھ الگ کڈنس برابر۔ اتھ سطرہ ہیٚکہِ نہٕ توٚت تام
ماہنٕ پورہ سپدتھ، یوٚت تام نہٕ امہِ برونٹھہٕ تہٕ امہِ پتہٕ مضمون پورہ
پرنہٕ۔ ہاجرن چھُ پننہٕ آزاد رایہٕ پنٕنۍ سیتۍ بوج نہٕ زارنٕس مژ
صرف سیتۍ ہاجی سُند "بچہٕ ڈیڈہٕ اندر" زُلون تہٕ پننِس مالِنس
غریبہ ہُند داغ لٔگِتھ آسُن بٔڈ بارہ پابندی زٕدنت۔ تَوے چھہٕ سون تتھ
ساجس یا موٚدِوان ہمیشہٕ پابندی لَتَس عاید کرہٕ۔ لہٰذا چھُ نہٕ
تہندِس مالِ سُند ہاجرنس لوس ناکام بناونس منٛز کانہہ اَتھ۔
اگر یہِ تہٕ مانو زِ ہاجرس کیاہ چھہٕ پننِ مالِ بُڈس لوس پابندی
لاگمژ؛ ہاجرہ نیٚن نظرن چھُس پہرہ درپہ ناوِ منٛز، تتھ صورتس
اندر ہیٚکہِ یہِ تہٕ اَخذ سپدتھ زِ مُلزِمس کیاہ اوسا پننہٕ کورِ
پیٹھ ستۍ میلہٕ نیرتھ گژھنک خطرہ۔۔۔۔۔۔



"وکیل کریسہٕ۔۔۔ دیوانہٕ دار درِتھ عزم احمدن پتہٕ جایہ پیٹھ وٚتھ

لاسنج کوشش کرِتھ کھورہ ٹینڈ پو پیٹھ کھارِتھ کرِ نیکیہ۔ اگر تۄہہِ
احمدس نِیرِ ہتھکڑِ منز بند آسہِ ہن تہٕ پکسہ والین ہنز تھف
مضبوط آسہِ ہانہٕ، سہٕ چیرِ ہا شاید پننِس وکیلس ہوٚرٹھ۔ یکسا دم کرِتھ
ہیس دم۔ تا ایں کرِ سہٕ ہیکِہ ہی نہٕ لفظ "شک" پننِ زیوٚرہ پیٹھ
نیبر کڈِتھ۔ یُس لفظ "مس ہیلہ نیر تھ گژھنک" بلکل یِیتی اوس
تہٕ وکیل صابس وٚتھن پیٹھ وٚدت مُس اوس!

"وائے کیاہ گوم! میہٕ چھُنہٕ دہ گژھن۔ میہٕ چھُ قتل کوٚرمت
میہٕ کرِ یو قتل جلد۔ مگر میانہِ جنتھچہِ عزرِ آجرس مہ کرِ یو وِلامہ
آنہٕ نچ کوشش۔ تہہندِس پاک دامانس پیٹھ چھِہ وُنی کنس
عرشکو ملکھ نمازہ پران۔ سہٕ دامن مہ کرِ یو آلوٗدہ۔ یہ انصاف
چھُنہٕ میہٕ منظور تھ! یہ انصاف چھُہ کھباس۔ حاقتھ۔ یتھر انصاف
ژھارنہٕ خاطرہ صرف آئینچ پانٹھی للہٕ دِلن ہند دٔلکِ مورِ دال
کرِہ نہٕ پیرِ۔ یہ انصاف گوٚو وکیل صابس کنِتھ تہٕ جج صابس کنِتھ
میہٕ تراوِیو تنہِ پننِس حالس پیٹھ۔

عدالتہٕ کس سارِی سے کمرِس منز گو دکرِ دکہ نادشرِ رشامہ بیتہٕ
سکنہ ہم بیتھ آسی، تم گیہ یک دم تحرو وٚتتھ۔ "آیا یہ وٚتتھ کمنز
ماگوو کانہہ حادثو تے۔ جج سیٹھ، "آرڈر آرڈر" گران۔ چپراس

عدالتک ترِ چھُ لوکن خمچھ دِوان۔ مگر سأری چھِ مُضطرب۔ کینٛہہ نہ تہٕ کینٛہہ ونان تہٕ کینٛہہ نہ تہٕ کینٛہہ وَنُن یژھان۔ اِتھ تہٕ تیتھ گیہِ ہناژھ یہِ۔ مگر یک دَم گوو ایڈوکیٹ جنرل اِستادٕہ۔ "جناب! مُلزِمن کوٚر اقبالِ جرُم۔ مزید تحقیق چھیُنہ ووٚنی کانٛہہ منوٚر وُر رٕتھ!"

ایڈوکیٹ جنرل صأبن یہِ توٚو کلام فرأوِتھ سیٚدٕ بیٚنٛہہ کرٕنۍکہ ناد شروٗع۔ شور ہیوٚتن بیٚنہِ بدلن تہٕ سأری لگی اکھ اَکِس سیتھ پھیراے کرہ نہٕ۔ سأری ہے ہالس اندر چھِ صرف زٕہ وکیل اِستادٕہ امہِ کرنٛکہ نازک جائیزہ نِوان۔ اکھ چھُ ووٚنۍ دَم پھٹ۔ زن تہٕ رُہتھ گومت سیو ژیونا اِستادٕہ۔ ایڈوکیٹ جنرل سنٛدس اعتراضس دِیت پانٛسے جج صأبن جواب ــ "یہِ کیٛنژھا مُلزِمن وُنی کیٛنس دوٚن تھ ہیکو ہہ اُسی کتہ موٚرتس منز اقبالِ جرُم ناوگرِ تھ۔ تِمن بے ربط تہٕ جذباتی کتھن ہند تکیہ ہیوٚن گوو کنٛدِ وٕمِن رژتہ گژھن۔ یہِ الفاظِ دیگر گوو تہٕ یِنہٕ کمزوری ہُنہ اِحساس کرُن۔ توٚہی یہِ کیٛنژھاہ وُنی کیٛنس دوٚن تہٕ دوٚن سوٗرتنے تمی جذباتن ہنٛد کشمکشس اندر۔"



والا! تیوٚن لیس ... ) سمپنہ تیوٚت کمزور

زٕ بٕ کرٕ مُلزِمہ سندِس اَتھ اِقبالی بیانس جاۓ دِہ تھف کرنٕچ
کوٗشِش۔ ہرگاہ کرٕ بٕ ہیٚکہ ثابت کٔرِتھ زِ یہِ کینژھاہ مُلزِمن
وُنی کمیٖشَس اعلاسس اندر تِمہٕ وانٕ ووٗن، تہٕ چھہُ صریحن تہٕ صاف
ناٹھی اقبالِ جُرم!"

ایڈوکیٹ جنرلہ سنٛزٕ کتھہ برنشاہ فراہ پاہ دِتھ ہیٚراہ ییہ
کتھہ جِمِن نٲنیگلاونی۔ مگر شاید وُنِژھس نٕ ہٹہٕ بولن کینٛہہ تہٕ۔ امہِ
پَتہٕ کوٚرُن وکیلِ مُلزِمس کُن خطاب— "اچھا۔ منشی صاحب،
کرِیو تُہۍ یِنٛن بحث ختم کرنٕچ کوٗشِش۔ مگر تِمن الفاظن اندر
یِم نٕ تُہندِ موکلِس دِلس لٔگ واتہٕ ناوُن—"

مے لاڈ! بٕ اوٚسس عرض کران زِ اگر یہِ کتھہ اَسہِ فرض
کرو زِ مُلزِمن کیاہ اَسہ ہاجرہ نیٚن حرکاتن پابندی عاید کرنہٕ آمژٕ
یا صرف کیاہ اوس مُلزِم، ہاجرس بیٚن عزیزن سیتی یوٗج ژارنہٕ آزادی
نوٗٹ مژ۔ سہ ہیٚکہ مُلزِمہ سندِ پہٕ ہاجرہ نیٚن تولقاتن ہنٛزٕ مرکزی
ہنٛز بنی یاد بنیتھ۔ یہِ بُنیاد واضح کرنی اَسہ تحقیقات کرن واجبین
آفسرن ہنٛز ڈیوٹی۔ لہٰذا اچھہُ یہ واضح زِ تحقیقات چھہُ ناقص
اڈٕ لیوک تہٕ تِشنہٕ۔ یہِ تِشنگی ژلہِ راونی اَسہ پراز کوٗشِش
ڈیوٹی۔ اگر یہِ خامی استغاثہ کِس داستانس اندر رٔژ یا دٕہ کرتھ

ہیٚچھ تہٕ امیک لازمی فایدہ گژھہِ ملزمس واتُن ! "

" اچھا منشی صاحب ! شاید کورٕ وہ تۄہہ بحث پتھٕ ختم ؟ "

" مگر جناب والا ! صرف چھُ میہ وونی تمہٕ ساری بحثک لُبِ لُباب تہٕ گۄڈ بیان کرُن۔ تا ایں کہ میانہٕ پریشان داستانہٕ ہُند پریشان موٚخہٕ دانہٕ جرکھ یُہ اُکھ بیہ پرِٕ منزٕ۔ تا ایں کہ جنابن سپدہِ نہٕ فاصلہ دِنہٕ وخچہٕ کانٛہہ دقت مۄحسوس ! "

" گوو نا۔ دُرِٕ چھو کیٛنٛہہ وقت تۄہہ ضرور درکار ؟ "

" بس جناب صرف کیٛنٛہہ گانٹہٕ ! "

" یانٛے از ہیٚکوہ نہٕ تہِو ختم کرِتھ کیٛنٛہہ ؟ "

" جناب ! وقتِ عدالت ختم گژھنس تام چھہ وونی صرف داہ منٹ باقے۔ دہن منٹن اندر ہیٚکہ نہٕ بہٕ کانٛہہ انصاف بنس کیٚس سیتی کرِتھ تہٕ نہٕ ہیٚکہ پنُن ضمیر مطمئین کرِتھ ! "

وکیل صاحب بنس استدعا کرنس پیٹھ غور کرِتھ تہٕ پانس سیتی اتھ آنگلجہ گنڈن پیٹھ کیاہ تام شمار کرِتھ کور ججن وکیلہ سُند استدعا قبول تہٕ فرمووُن ــــ " اچھا۔ از چھ کیٛہرہ ہُند وُخ موکلنس تام صرف کیٛنٛہہ برٕنزٕ روزان۔ پگاہ داہ بجے صبح سپدِہ مقدمس پیٹھ تہِیکھ کیٛنٛہہ تام کرِہ وکیل صفائی پنٛن بحث

# باب ۱۴

# ذبح خانہ

سادیے عدالتہ آیہ بند گژھان۔ اِلہ مدن اُس ہوٹل چاین ہنز بانبر لگتھ۔ مجسٹریٹ تہ جج آسی اکھ اکِس پتہ اسان پننہ پننہ ٹوٗلی بناوِتھ لال چوکس گژھتھ کرِ نہ پوٗترِ ہیوٗی دوان۔ چپراسی تہ اردلی آسی فٹ وائیس گرنہ کران تہ لوکھ مُقدمہ باز آسی زن تہ ساری نارِ وانو پیٹھ ہارِ ہارِ نیرتھ پننین ژھرِ بِن جندن ژھانڈ دوان۔ لیکن اوس اکو گریسی پنُن وکیل ژھلہ ہیو روٗژمت۔ مگر وکیل تہ بیٹھ۔ اَدہ سہ کتہ ہمہ ہیس! گرٕ لوکس اوٗسُس دنان ـــــــ

"اِین مارا۔ تجن دوٗن نا۔ مُقدمہ ہبا ہو رُکتھ۔ میون نتہ بہ کیاہ ۔

یہ اکناوِن ژھاین بیٹھ اوس مُقدمہ

کنالہٕ چھم رٕہن ہتھوٕی متی اکہٕ وٕری یہٕ پیٹھہٕ۔ تیلہٕ تیلہٕ لاگِو تم تم سارٕی پونسہٕ

اُنتھو۔ نہٕ گوس گھرٕ مُک، تہٕ نہٕ گھاٹھک !"

"مگر بے قلا ! لو تہٕ پاٹھہ بوز۔ خبر اُمس کیاہ شُغارِش چھےٚ اُس مٔز

اکھ دروازٕہ زٕن گوٚو بنٛد، ساس چھہٕ یلہٕ گژھان۔ اپیل کروس، اکھ

چھہٕ زمین سون، بییہٕ تارٕن چھس گز فکرٕ۔ مگر ژٕہ ہتھو ہمت !"

" نہٕ مارا ! میٔہ چھےٚ نہٕ ہمت تہٕ نہٕ چھُم کانہہ روپیے تہٕ۔ نہٕ ہیٚتہ ہم

کانہہ !"

"مگر چارٕیا ! ژٕہ تراوہ کِھ زمین تہٕ تہٕ سو سارٕی لاگتھ، یہٕ ونکتام

خرچاوِتھ۔ اَدہ باگژھہ، میون محنتانٕہ گوٚو مُقدمہٕ زینتھ دِیُن۔ صرف

دِہ اپیل دائیر کرہٕ پنٛچ لاگتھ تہٕ نقل کڈٕہ ہکو لونسہٕ۔ سلام دُنبالَس

ژٕہ کیازِہ چھہٕ ہوم تہٕ یہٕ بیٚچھ ناوان—"

"کیاہ مارا۔ بیٚچھہ ناویم۔ بیتہٕ تہنٛدٕسے ایجنٹ !"

"کیاہ ہیچکھ ژٕہ وَنان غنی ڈار۔ ژٕیہٕ چھےٚ پیرِ دستگیر۔ میٔہ کرٕ

زاہ ژٕیہٕ سیتی ایجنٹ گی— میٔتے ژٕہ ہرونِہ لوٕ زونکھ !"

"اَدہ حصٕ دُنبال صاحب، وَن حصٕ ووٕنو کوتاہ لگی اپیل کرٕہ نس؟

دُنبال صاحبن ہاو وکیلس اُچھہ ناٹھہ۔ سُہ دراو ہوکُن پہَن ذرا

ونِو ہیٚن، تہٕ اُمی لوگ کاغذس پیٹھہ کیاہ تام حساب لیکھُن تہٕ

۳۲۰

پانس سیتھ چھُ وَنان ــــ تمریہ ہَتھ تہٕ وہ لفظ۔ دٲہ پوٚنسہ لفظ

۳۲
گیہ دوٚیہ ترٛہ روپیہ۔ پانژہ روپیہ نقل نویس، ژٕہ ناظر۔ اکھ

چپراسی تہٕ یمہ کیاہ سہ گیہ ژتجی روپیہ۔ کورٹ فیس ترٛیہ،

دٲہ روپیہ بیانِ حلفی۔ پانژہ روپیہ اپیل کلارک، دوٚیہ چپراسی

این۔ این۔ گیہ این نمہ نمت روپیہ تہٕ اکوہ پانسہ۔ بوٚنہ تھ سہ

نمہ نمت روپیہ تہٕ اکہ وہ پانسہ۔"

"ہے کیاہ گوم! یہ گوو برابر ہتھ۔ بہٕ کتہ آنہ۔ اوٚدہ پکھ

میوہ منڈی تام۔ اگر بابائی تتہ اوس، تہٕ دِمے اوس نہ تیلہ گوو

پانژہ شیتھ دوٚہی۔

"اوہ! غنی ڈارا۔ میعاد آسی ختم گژھان، تریہ کوہ چھےٚ بابائی۔

آسہ ژٕریہ ما چھےٚ شلہ وٕدنی بابائی۔ سہ چھےٚ راہہ اشٹامپ فروشس

نِشہ۔"

دُنبال میانہ بن نیو غنی ڈار راہہ اشٹامپ فروشس نِش لیتھ

وان۔ وکیل چھُ دوٚرہ گنڈتھ دِوان۔ زَن تہٕ پوٚرہ یڈ دوٚد چھس۔

تِتھے پانٹھی چھُ بانژرہ ہٕژرہ نظرہ دِوان، یتہ پاٹھی کانہہ گاہہ

سانڈی سیر شامن یارہ بایہ ہٕنژرہ لبہ تل مُضطرب نظرہ دِوان چھُ

آسان تہٕ سوندر کرنہ وَرخ پیٚہ ہاہ بیتھے غنی ڈار

ڈُنبال صأب، دأمِہ اسٹامپ فروشس نِش۔ وأتِھ سہ ادس پننہِ
کِتاپہ بند کران تہٕ۔ سُلہ ووفی بأیأری اوس ووہنہ اسٹامپکو ورق
گنڑ مان۔ سلام ڈُنبالن تہٕ غنی ڈارن کرٕ سُلہ وأسنِس سلام تہٕ
اسٹامپ فروشس آداب عرض۔

"کیاہ سأ ڈُنبال صأب شِکار کوّت چھہ وَن لیکھہ وان؟"

"ہا رام لال۔ اُمِس ہسا چھہ اپیل لیکھنی۔ مگر اگر زان سُلہ
دودفی حجّاہ کرِہ۔ نہ تہٕ گژھہ میعاد۔ یِہ بچور گژھہ خراب۔ کیاہ سأ
وآنیا؟"

"ہا! میہ نہ سہ چھہ کانہہ روپیہ۔ دُچھو دودفی گھرِ۔ کیاہ با غنی
ڈاراہ بکھ ووفی گھرِہ!"

"نہ حص وآنیا۔ یہ چھم ڈُنبال صأب ونان زِہ اپیلہِ گژھہ
میعاد۔ پتہ کیاہ کرِہ۔ تیلہِ کتھ چھم بکار!"

ڈُنبال صأب گو غنی ڈارس پتھ کُن تہٕ پتہٕ کنی ہأ ون وأنس
اُچھ ناٹاہ۔ اُچھ ناٹہِ ہند مانے ژرزِتھ لوگ سُلہ دودفی غنی
ڈارس ہیٚنہ ونہِ ——

"اَدہ با ڈارا۔ بہٕ دِمے روپیہ ہتھ۔ مگر تیلہِ دِہ کلّبو ہُند
دوفیا پیٹھ"

"گمر واشیا۔ اِنصاف گژھِ ناکرُن۔ روپیہِ ہیٚتس پیٚٹھ آ
ڈُوسالہٕ!"

"ہوٚہ ہوٚ۔ ژٕ مےٚ کیاہ بوش چھُے سبۄڈ کھاتاہ چھُے۔ کھرّہ اَمرٕ
کُجہ ژوٚر۔ ہر کہٕ ٹنگ پانژھ شیٚر۔ ناکھ ٹنگ واہ باہ۔ فرائشی
ٹنگ سٕتھ۔ ترٛیلہٕ زٕہ۔ مہرٲجی پانژھ ڈوٗنی کُلہ ترٛیٚہ۔ سآ چھُ راوٕٹھ
کرِتھ زنگہ بھیرٲوِتھ پیٹہٕ ہیٚتھ کھنڈ سمان۔ وٕٹک وأتتھ چھُ
اَسان کاغذ تہٕ گھاسہٕ باپتھ۔ ووٕنی گوو ڈُوسالہٕ دِمے پانژھ
ہیٚتھ۔ اَز ہیٚتھ، ہرٕ دِہٕ زٕہ۔ سونٕتہ ہیٚتھ تہٕ نوٕہ ہرٕ دِہٕ ہیٚتھ۔ گمراشٹامیٚب
چھُے اَزی دیُن!"

مَرحبا! واشیا چانِس اِنصافس۔ ژٕ چھُکھ یٔزی پاٹھی غریب
پَرور۔ اَدٕ چھا لوٗکھ یِتھے ژیٚ مُتی گامتہ تہٕ اَسامہٕ ژیٚ یتھ مران
اچھّا غنی ڈاسا، لاگا بٕ پیٹھ ناوٕ لیکھُن؟"

"ہیٚتہ ماسا۔ کیاہ چھُ، وونی لیکھُن۔ وونی گوو ژیر۔ عدالتہ گیٚہ
ساریے بند۔ ساری دراے۔ ژٕ ہیٚہ اُہِس نیٚتھ تہٕ پیٚنچ۔ یِگاہ
لیکھو۔ بٕ چھُس اَہندِہ طرفہ اَڈ ہندکوٗنس بوے نیٚتھ۔ ژٕہ تہٕ
بھروسہٕ دوٗل۔ تہٕ ووٕنی گوو ایمان داری کرو ڈار اپنچہ۔ ووٕنیتھ
بٕ کرہٕ ناوہ اشٹامپ دِرچ۔ ژٕ ہیٚہ اُہ لِ کیاہ مآب۔

پتہٕ گژھو تن سُہ ہوٹل یا سینما۔ اپیلہٕ گژھِ میعاد۔ ہتہ یہٕ رٹھ ہتھ روپیہ۔
وولہٕ پیہ رٹے۔ ژٕہ لعنُن وکیل۔"

دُنبال صاٮ۪بن ژُورہٕ بیرٕ کرٕتھ تہٕ باٮ۪نہٕ کرِتھ وُٹھ ڈاجہٕ اِشٹامس
کوٗرُن پیچھٕ تہٕ وٕنُن وکیل ژھانڈنہٕ۔ روپے تہٕ رٹ دُنبال صاب نے۔
ڈار ہوکُن یہن ڈٕلتھ وُٹھ سُلہ وونی اِشٹام فروشس۔" ساس
نیکھی زٕبس۔ ہتھ تھوٕی زٕبس کٔی باقے۔ دُنبال صاب تہٕ ژٕہ کرِی زٕبس
شہادت۔ ژٕہ تہٕ بہٕ کرٕ دپلنے حساب۔ مگر دُنبال صاٮ۪بس دِہ ژٕ جگا
روپیہ۔۔۔"

"رحمٕن۔ یانژہ ہن نہٕ اکھ نوٗ پونسہ تہٕ کم!"

"اَدہ سُہ۔ دِتس بسابہ۔ کرِیو ژھو یہٕ ڈار آو۔"

یتھے غنی ڈار ووت تہٕ دُنبال صاٮ۪بن لوگ کیاہ تام سفید اِشٹامس،
یرُن۔ تام ووٗتھس غنی ڈار۔" وکیل صاب حق چھے یہٕ ارا ن!"
"اَدہ ساٮ۪۔ ژٕہ تٔل عدارس اَڈس تام بیگ۔ بہٕ گژھے وکیل صاٮ۪بس
سیتی چانی اپیل لیکھہ نادرہٕ تھند گمرہ۔ اَڈہ پیٹہٕ ملا پس یتہ یٕزہٕ ژٕہ
سوٗلہ۔ میٕ یہ اری نزِ تٔتی۔۔۔"

غنی ڈارن تٔل اَکھس کبھ سُلہ واٮ۪نیُن بیگ تہٕ دراو تس پتہٕ
پتہٕ۔ راہہٕ اِشٹام فروشس پہ سلام دُنبال ڈراے بیٹھ تہٕ یکہٕ ووٗتہٕ۔۔۔

راَمہٕ جُو وۄتھ دُنبالس کُن ـــــ "دُنبال صاٲبا! پیٚپہٕ سۄنٛب
دراو خرچ از پۄرہ ـ کر عیش!"

"نہ مارا! بہٕ چھُسے نوَن گنِدان ـ یِم تاَیِہ پونٛسہٕ چھا تتھ
مُجراہ ـ اچھا آداب عرض!"

راَمہٕ جُو دراو ـ دُنبال صاٲب ووت وکیلس نِشہٕ ـ ڈیکہٕ ٹھۄکہٕ
راَو تھ نَس تالِہ لُدِ تھ ـ شرارتہٕ ہۄتھ ـــ "کیاہ ساٲ ـ یِم گرٛیسی
دِلہٕ چھاوُ نہٕ تِمے گرٛیسی ـ دَہ دَہ کران دِژن پانٛژھ تِرہ روپیہٕ!"

"اپُز ـــ تلاقسم ہاو ـــ"

"کیاہ ساٲ زووُسے ژیٚڈ ـ بہٕ وَناہ ژیٚڈ اپُز ـ باپیرِ دستگیر!
کوٚٹھ ھیٚنٛو تِمَ اگر اپُز وَنے ـ پانٛژھے روپیہٕ گیہٕ میہٕ خرچ باپتھ ـ
ترٛیہٕ رٕٹِ تو تِہی ـــ"

ہیاٲری چھُ بیاکھ نوجوان، باگرِ بوٗرُتھ، ویٚتھ پۄٹھ وکیل
بٔیس نوجوانس سیتی دَہ دَہ کران ـــ "نا ـ بھالا ـــ یا گوو ترٛیہٕ
زیٛونتھ نہٕ ـ لِہازا ـ میٛہٕ گرٛژھہٕ آسنہٕ بخشاٲیش منظوٗر ۆرا!"

"نہ حق ـ میٛہٕ وُنہٕ تہٕ، میٛہٕ کیاہ زیٛون ـ تاوَن پیو وُسے شوٗٹھس
گوس درگاہ ـ میٛنے ہٕتی وۄتھ تِمہٕ ہکھ تِمِس گامہٕ نۆو جیس چھندس ـ



لۆکہٕ روٗٹسے تہٕ نیوٗتھ انسپکٹرس نِشہٕ ـ خبر کیاہ چھِراَے

کرُتھو۔ سہ کیاّزی ژوٗل تہ تیھ دِژ کر میہ۔ تَرہ ژہ پھُٹن شوکھس
اگر چندِہ ژوٗر نزاتہٕ یا کرُمژے نزاہ چھم۔ اَدہ حض اکھ دِتم
پانژہ پلیہ والیو مار۔ گھر، بٹوہ تہ رو پیہ پانژاہ تہٕ نیہم ــــ
بیٚیہِ داٗتم ڈاے وُری تاریخ تاٗریخ دِوان۔ پرِیتھ تاریخس پیٹھ
ژیہ پانژھ روپیہ، ایجنٹس رو پیے۔ کلاٗرکس رو پے۔ چپراٗسس
اُٹھ آنہٕ۔ آخر نیرِ کیاہ؟"

"شاباش۔ بچالا۔ ژہ چھکھ وَنان تہ پوٚز چھکھ وَنان زہ ژہ
چھُکھ نہٕ چندہ ژوٗر۔ نہ چھتھ نزاہ ژوٗر کرُمژ۔ یہے چاٗنی بے
گناہی گیہِ از ثابت۔ یی زیو نتھ ژریہ!"

"مگر لعنت سیتس زینہٕ تُس۔ اگر میہ پتاہ آسہِ ہا زِ پتھ ستیانا
گژِھ۔ میہ سِہ خاک نیرِہم۔ میہ آسہِ ہا گوڈے اقبال جرم کوٚرمُت!"

"اوہ ــــ اوہ ــــ تہٕ گوو نہٕ جان۔ سوٗ گیہِ پانس سیتی بے
انصاٗفی کرِفی ــــ"

وکیل صاٗب! سوٗ سوٗ چھ نا انصاٗفی اُس۔ یمہٕ پتہ دروہ گرِ
انصاف کھو تہ سیٹھاہ جان۔ یُس اِنصاف تہٕ پتہ دروہ گرِ مغدِمہ
کنان چھو۔ یمی دروہ چیہ ژَرن میہ کمر پھٹرِ دو۔ بیمار شرین وِزہ وِزہ
دوا پھیرِ کامیو کرُتھ۔"

احمدہ چھُ وُنِہ دوان پَتہٕ والین منٛز ہتھکرہٕ کرِتھ اِستادہ، احمد الیہ یکِس سارِی سے آنگنس ژھ پانٛدی بھرپور پاٹھو دُچھان۔ یمیتہٕ سارِی کمبر پھوٹرِتھ، اَچھن زون لگِتھ، وٹھن کراری بہتھ کوٹھین اَتھہٕ دِتھ ولسہٕ ہران ولسہٕ سان گیران گیران نیران چھہٕ ——

"ہُہ گوو وکیل! اَپُز در تادی ورتادی چھُس پُشت خم۔ یہ گوو زِ جیٛشہٕ ووہری سے ہتہ وُہُر بُڈ گومُت۔ صرف اَپزِکہ تراہ لیٛکھو لیٛکھو۔ یہ آسہٕ شاہد وُچھ کرہ ہِش سیاکھ ہیو۔ بدشکل۔ ہُہ چھُے کوہ رہمٹ مازس تل ؤچھہٕ۔ اَچھن گاش گومُت۔ نوم گیہ مُدعی تہٕ مُدعا علیہ —— بیچاری قبرو منٛزہ گڈی ہتو موزدہ ہیوی۔ کیاہ جان چھُ سون جیل۔ اگر کانہہ قبرہ منٛزہ نیران چھُ، تو تہٕ چھُس آدم شکل ہنا آسان! یمیتہٕ زِ ن چھہٕ نوم سارِی اڈکمشہٕ تیر ذبح خانہٕ پلیٹھ رتہ پاپن لیتھ والی ژھلان تہٕ دوران۔ اُف! نو من وَ تہٕ پدبن چھُ آدم رتک سیمنٹ کرِتھ۔ چار سو چھُ آدم مازچ بدبوے۔ یہ گوو اِنسانیتک ذبح خانہٕ! ——"

# باب ۱۵

# نوٗہ پُپہٕ ہُنٛد قاتِل

لال چوکس چھہٕ ژۄ طرفہٕ اِنسانن ہُنٛز ششر گانٛٹھ ہِشہٕ لگیتھ
سارٕی بے حِس تہٕ بے حرکت زن ژٕہِتھ گامتۍ۔ موٹرن ہُنٛد "بیں
بیں" ٹانگہ وألۍ ہُنٛد "ہوش ہوش" اخبارہ وألین ہُنٛد کرٛیکہٕ ناد۔
یہِ چھا لال چوک کِنہٕ زٔنٛبُو آرٕ۔ گرزہٕ ۄُنی ہوٚی راے۔ ہۄتھ اکھ
تیلوٚن وألین جوانن ہُنٛز ٹۄلہِ اِستادٕ۔ کٔژھن منٛز اخبارہ اخبارہ
ہیتھ امریکہکۍ تہٕ روٗسکۍ نیاے اۆنٛزران۔ یپأری پنجاب ہوٹلس نِش
اَڈٕ وٕرہٕ تالیم یافتہ دفترِین ہُنٛز بَتھ چھوکھ وَیت نامُک مسلہِ حل
کران۔ ہپأری بیٛیہ طرفہٕ ٹیہٕ وألۍ بابُوجی شاید ہندوستانکۍ تہٕ
پاکستانکۍ نیاے اۆنٛزران۔ ہپأری عدالت رۄڈس پیٹھ بُڈۍ لوکھ
تہٕ اَڈٕ وٕرہٕ وکیل تہٕ جج برزِ کھیٖنچ احمد نس بخشس مُتلِق بحث

کران۔ منز باگ دڑاو اَکھ نوجوان تیمبر ہیتھ جذباتی وکیلاہ واریاہ
پوٗرمُت زن۔ پانس سیٹھاہ ترقی پسند وَنان تہٕ سارِنی کُن
خطاب کٔرِتھ لوٗگ وَننہٕ۔ "ہے اِستادِہ اِستادِہ بحث کٔرُن
گوو بکواس۔ ٹاپک (Topic) چھُ بڈٕ اہم۔ "ہاجرہ ہٕ
چھیٖہ ہُند ہاجرہ نَس قتلس سیٖتۍ واٹھ۔ اَتھ پیٹھ چھُ ڈِسکشن
(Discussion) ضروٗری۔ چلو آخدوز "گژھو۔"

"اوہ ہو اِشبن جی۔ اَز چھُ ضروٗر کوٗہ تام جانوٗ نزالس
لوٗگ مُت۔ مادرکسی مانٕتھ چھُ تَس پوٗرہ دِژمُت۔"

"ہے خاجہ صاحب! تُہۍ سینئر (Senior) وکیل حقہ
چھوٕہ شہکار ہیتھ اَسامین ہُندِس خزانس پیٹھ بِہتھ۔ توٕہ ہیکو مارن
لشِکس کوٗت ژلِن تِم۔ سانٕی مادرکسی مانٕتھ کیاہ کامیاب گژھن۔
توٕہ چھوہ ہمتھ مذہبی آفین دِژمُت۔"

"اِشبن جی! ژٕ چھکھ اولاد۔ مگر مذہبی توہین چھُنہٕ قابلِ
برداشت۔" ناتھ جو لوٗگ یہِ وَنِتھ جج صاحبس کُن وُچھنہٕ۔
تیٚس منز باگ اِنتظارس چھُ یُژاران زِہ کر ییٚرہ کاروان ہوٹلس
کُن۔ ژھٕہ میادس دِیہ ہاٹکورہ۔ اَمہِ ژٕ ڈٕ ناتھ جوٗن، خواجہ
صاحبن تہٕ اِشبن جی [illegible] باگ کورن ہیٖون فاصلہ نومن

لفظن منٛز پیش :۔

"اچھّا! مذہبی اَفین تہٕ مارکسی ماٗنتھر چھُ جان عُنوان۔ مگر سر راہ چھُ نہٕ اَتھ پیٹھ بحث شوٗبان۔ ہاں چلو یہ بحث بتھر ابھی در ہوٹل پیش ہووے!"

قومہٕ کرِ ذہنی سرمایُک کاروان کھوٗتھ دوٚن ٹانگن تہٕ ہوٹلہٕ چہ یٚراندہ کنہِ تل وُتھی ٹانگوَ پیٹھہٕ بون۔ یہِ بُڈٕ ہن، اَڈ ورَن یوانن کرٛشُن تام ہُند کاروان ژراد قطارس اندر ہوٹلس منٛز۔ ہوٹل چھُ ٹیٚتھ سٕشن تراوِنس چھَنہٕ جایی۔ دفتر بند گژھنس سیتی چھہٕ اَمیرا کدٕ لہٕ کین ہوٹلن رٕج لگان۔ گوڈٕ چھِہ ییتہٕ ہوٹل نہٕ اگر اَمیرا کدٕ لس ہوٹلن ہُند مشہور نو، اَیُز چھُنہٕ کینٛہہ۔ مگر ژوٗر بجایہ تہٕ یِم ییتہٕ ہوٹل چھہٕ آسان اِنسان کلو سیتی پوٗرہ۔ ہوٹل تہٕ چھہٕ باگرِتھ ہیٚہ گوو عام ہوٹل۔ یہِ گوو لوکٕٹین ٹھیکہ دَرن ہُند ہوٹل۔ ییٚتھ منٛز گیہ بُڈٕ پبلک وَرکس ٹھیکہ دَر تہٕ انجنیئر۔ ہُتھ منٛز گیہ وکیل، جج، تہنٛدی دہرِ باعج۔ بٔنیس منٛز گیہ منسٹر تہٕ اسمبلی ممبر ــــ تِم تہٕ علاقی طور باگرِتھ ــــ ہُتہٕ گیہ بڈگامی، ہُتہٕ گیہ سوپوٗری۔ یٔیتہٕ گوو کلارک تہٕ پیارہ گوو چپراسی۔ غرض ہر کانٛہہ طبقہ چھُ پنِس پنِس باگرِ آمتس ہوٹلس منٛز زیت بنتھ ــــ

سُے کیا یہ چھُ منسٹر صائب وَندن منز لیکھ وان، یَمہ تہُند
چپرأسی ژرایان چھُ۔ یَمہ میزس پیٹھ چرُشک سمگلر چۄس بمبیے
واتناونک منصوبہ بناوان چھُ ـــــــ تمی میزس پیٹھ چھُ اکسایز
کمشنر چۄس ریڈ نکو ناممکن ہدایات دِوان ـــــ یمہ چھُ سیتی ملزم
کیابس گنہٖ کران چھُ، سوے چھُ چھُ جج سندین انصاف گلین
ہنز زینت بنیتھ ـــــ غرض یہ چھُ سہ لوٹس ایرین
(Sedatable Jam) ہُند محل یتہِ ساری تضاد مُشرکھ،
ساری فرق مٹاوتھ ـــ کینسرک تہ بُجرک امتیاز دائرتھ،
ـــــ ساری ہستی اندر مست چھ
اَتھ کیبنس کُن پکان پکان کوٗر جج صائبن اَکس نوجوان
پروفیسر سٕتی اَتھ واس ـــــ "ہے پروفیسر صائب! میون
بوے کیاہ سا چھُ بی، ایس، سی ایس شأمل گومت۔ پگاہ چھس
پریکٹیکل! "
"ڈونٹ وری! (Dont worry) دوٗن پروفیسرن
جج سنز کتھ ژٹتھ بڈٕہ غور روزٕ سان۔ شاید یہ زانتھ زہ از
کیاہ چھہ سائنس وِز ـــ کولن جج تہ چھُ سائل ــــ "ہے ہی
وِل پاس! He will pass مگر سوال چھُ تمِس چھُ

پوزیشن اَنِنہٕ۔ کمپٹیشن (Competition) چھُس اَکِس گامہٕ کِس تلہٕ وائی کُٹس سیتھ۔ تَس چھُہ رول نمبر وُہ (۲۰) تہٕ میانِس بائیس چھُہ اکوہ (۲۱)۔

"جج صاب! فکر کیاہ چھُہ۔ اَسی چھا تہنٛدِ پاٹھی کنٹمپٹ (Contempte) کران۔"

"ہے نہ صاب یہ چھُہ ذاتی مامِلہٕ۔ چونے ذاتی مامِلہٕ زن آسہٕ۔ آئی وِل ڈُو اینی تھنگ I will do anything۔"

جج صاب! ڈونٹ وری! (Don't worry) تلہٕ ڈوڈ گژھہ منٛزٕ سے ختم۔ پریکٹیکل ژرٕ تَس پتے۔ پوزیشن وِل بی یوورس! Position will be yours! گُڈ بائی!"

"بائی بائی!"

پانٛژھہ سائتھی چھہ پرٛاران زِہ جج ساتھی کراَژِہ۔ تاکہِ اِستادہ رُہیتھ گاٛمتِس بُہرس دِن آرڈر۔ تام ژاو یتہٕ اندر۔

"مسٹر جج تہنٛد آرڈر؟"

"نو۔ از گو وسینیئر موشٹ ناتھ جو آرڈر دِنٛس بیٹھہ۔ تٔہس بُزرگس ہتی کرہ وا اَسی بے ادبی!"

اَپٛھا نا صبرہ ڈیوو بڈھ مُت۔ چلو بابے! اُن ساتھ ژرہ چھا یہ

پانژ دھ ۔ برٹ ٹوسٹ ۔ چکن کری ۔ بوہ کر وچہ ۔ کلیجی ۔ کانٹی ۔ کباب ۔ ہال ۔ گوڈِ اَن ترشِس ! "

" تھینک یوٗ ناتھہ کاک ! گرینڈ ۔ مینوٗ ۔۔۔ " دِژھ شبن جی ین بے ادب پاٹھی کرٕ یکھاہ ۔۔۔ چاے وأژ عمن کبھتھ ۔ رنگہٕ سنز ن زرق برق کرن والین ٹی سیٹن اندر ۔ پلیٹن منز چھہٕ رنگا رنگ نیامژہ ۔ بوہ کرٕ وچہ کھأنٹی ۔ کباب تیٚز تیٚز تلتھ تربزہ ۔ آدِ بزی کرہنہ ماز ۔ سِکہٕ تجہٕ ۔ چکن کری تہٕ چاپچہ ۔ نیامژ تھالین ہیوٗ تن یلغار سپدن ۔ چھرِ ہن ہند سنزِ لی شروٗنی تہٕ کانٹن ہند ٹپ ٹپ ۔ چینی پلیٹن ہنز ٹھہٕ راے چھہٕ دندن ہنزہ چرٕ پہ راے سیتھ ہم وزن زیہ وِنچ تال رٹِتھ ۔ سارٕی چھہٕ کھینہٕ کس شوٗقس منز مشغوٗل ۔ ناتھ جوٗن کوٗر میزبان اندازس اندر جمع صأبس اِستدعا ۔۔۔ جناب ! کیازِ چھہ نہٕ کلیٹی کھیوان ؟ بوہ کرٕ وچہ چھہٕ بوہ کرٕ وچن ہند مرضا دوٗر کران ۔ گوٚرد کن طاقت بخشان ۔ آدِ بزٕ کرہنہ ماز چھہٕ نہٕ صِرف توٚن ہرٕ نہ راوان بلکہ جگرس طاقت دِوان ۔۔۔ " ناتھہ کاک چھہ وھکیمانہ تقریر جأری تھأوِتھ زِہ شبن جی ین کرٕ بیٚیہ شوخ اندازس منز سٹرمی لازی اَتھس کیتھ کیاہ رٹِتھ چھہ وان اَتہٕ ہیوٗ کس

پنڈِت صاحب! یہ کباب کیتھ چھہ طاقت بخشان؟" اَسن کھنگا لہ
گوو۔ ہلہ کاہن گوو یمن سارنی گرُس تہ مذاق جاری
تھاوان ووٚن جج صاحبن ـــــ "اوے چھُ خواجہ صاحب کبابہ
زیادہ پریشان!" اَسہ پنج مدہم تال گیہ بییہ تیز۔ بڑونہ کھنڈ
گوو ماحول بییہ ہنا پُرسکوٗنت۔ تہ شبن جی ین گوٚر جج صاحبس
کُن وکیلانہ اندازس اندر استدعا ـــــ "جناب! توہہ اوس وٚنہ
فرموومُت زہ ہیچ مثل سیدہ ہوٚٹلس اندر پیش۔" "یتے ووٚن
شبن جی ین زہ ناتھہ کاک گوو سخت ناراض ـــــ "ژیہ کیاہ با
چھے مارکس ازمن وکھر راوہ راوٚمت۔ جذباتن ہند گژھہ احترام
کرُن ـــــ"
"مگر ناتھہ کاک! تہوٚ کیا زہ چھوہ کیتھ ہوٚٹھ ژٹان؟ یا کرُن
قائِل نتہ کرُن۔ عقلہ تہ دلیلہ کشش کرُن گوو غلط۔ یہ چھُ
علمی بحث اَچھ مُذراوان۔ یلہ تہ اَسی کرَو، تیلہ کم کرن اوٚہ
بحث۔ رفگر تہ ناَید!"
"خواجہ صاحب! یہے کیاہ گیہ بُرژوا ذہنیت۔ اگر رفگر تہ ناَید
مسلہ کس تہس ووٚت تہ لتس نشس چھُ سماجہ کس مرضس کانہہ
رَت علاج۔ ـــــ تمہ چیزن گوٚرچھا گرکوتہ نیاز کھوتہ کم عقل

قرار ؟ اگر سُہ کان شئہس (Conscious) چھُ۔ سُہ اُمی
چھُ میٚہ اَن کان شئہس (Un-Conscious) تألیم یافتہ
ہندِ کھوتہٕ جان۔ بحث و مُباحثس پیٹھ چھنہٕ چانٕ یا میانٕ
اجارہ دأری!"

"مگر ژٕہ ہسأ چھکھ پزی پأٹھی جذبأتی۔ میٚہ کتہٕ ووٚن میانٕ
اجارہ دأری چھےٚ۔ یا نأیدس تہٕ رنگرس چھنہٕ اہم مسأیل تحقیق کرنٕک
کانٛہہ حق! مگر میٚون مطلب چھُ زِ اگر اُسی سوچو تہٕ سنو، اُسی
ہیکو تہندِ کھوتہٕ جان پأٹھی مسلن ہُند حل کٔڈِتھ حدس تام لبتھ۔
مِثالہِ پأٹھی چھُ سانہِ کشیرِ منز شأیرن ہُندی زِ طبقہ۔ اَکھ بڑہ
تہٕ پڑہی متھ۔ شاید رچھ خیال کُنہٕ زبأنی منز ییتھ اَن پڑھ شأیر!
مگر اَن پڑھ شأیرس چھُ شاید کانٛہہ بہترین خیال ذہنس منز
اوس مُت! زبان دأنی اُسبس نہٕ۔ لفظن ہنز رژ ترکیب
اُسبس نہٕ۔ تہند سُہ بہترین خیال بنیاو اکھ پرژھ اکھ۔ اگر
سُے خیال اُکس عالمہٕ سنزِ ذہنہٕ منز نیرِ ہا، سُہ آسہٕ ہا تیتھ
حسین زِ ادبی شہ پارہ بنہٕ ہا۔ لہٰذا چھُ میٚون مطلب زِ اگر
اُسی کانٛہہ وقت صرف کرِتھ کینٛہن اِنسأنی مسلن پیٹھ غور کرو،
شاید ہیکو بہتر پأٹھی سوچتھ!"

آفرین! مرحبا! کوٗنس تہٕ برخوردار اُسِتھ پیٚزہٕ ہیٚ بہٕ ہیٚ تہٕ ہےٚ آفرین کرٕن۔ مگر لیٚ اختیار پاٗٹھی ژ ولُم نیر تھ۔ خاص اکھ اہم مسلہٕ چھُ، یتھ سیٚتی اُسی ساری وابستہٕ چھِ۔ ساٗنی سوسائیٹی وابستہٕ چھیٚ تہٕ یتھ متعلق اُسی بحیثیتِ تجربہٕ کار (Expert) سوچِتھ تہٕ ہیٚکو۔ سُہ گو سون نظامِ انصاف۔ اُسی چھِ ساری کم یا زیادہ امہٕ کیٚ بٔتہ کھوان۔ بہٕ تہٕ ژہ، ناتھہٕ کاک بحیثیتِ وکیل جج صاحب بحیثیتِ افسرِ عدالت، سردار صاحب بحیثیتِ پرازیکوٹر تہٕ محمد امین بحیثیتِ پولیس آفیسر۔ اُسی کرو تجزیہ زہ یہ چھا اُسی ساری انصافکی علم بردار پوٚز انصاف، انصافہٕ کین طالبن وات ناوِتھ ہیکان۔ ہاں البتہ چھِ ساری انصافہٕ کس ناوس پیٹھ استحصال کران۔ بیٚلہٕ ناانصافی ہُند مظلوم اسہِ ضمیرہٕ کس ناکس ٹھف ژُھنِتھ بیٚنہٕ ناکامی ہُند وجہ ژھان چھُ یا انصافہٕ کہٕ نظامہٕ چ بےبسی ہُند وجہ ژھاران چھُ، اُسی چھِ بے ایمان پاٗٹھی موصوم بنِتھ (Shifting of burdens) کران۔۔
ذمہٕ واری بیٚیہٕ سندین شانن پیٹھ تراوِتھ پننُ پان بچہٕ راونچ ناکام کوشش کران۔ مگر ہر گاہ سہٕ بجور دنِتھ کینہہٕ ہیکان چھینہٕ تہٕ چھِ ہینزہٕ مانوس تہٕ آرہٕ نہٕ ژ نظر اسہِ ملزم بناوان۔

—— ہرگاہ یمن مُدین ہنز زبان اسہِ فکرِ ترہ یا فکرہ تارنچ
کوشش کرِو —۔"

"پرشِفٹنگ آف بُرڈن" یُس ژیہ ترکیب استعمال کوٗرُتھ۔
امیُک کیاہ مطلب چھُ؟"

سردار صاحب! بہٕ کرہ عرض۔ امیُک مطلب گو اگر سرکارِ والا
مُقدمہ اکھ خارج گرِ ھہ۔ سہٕ مستغیث بچارہ چھُ تہٕ نرِبانِش لوان
تہٕ مطالبہ چھُ کران —"عیہ وَن یمو میون کلہ پھاڑوسے، سہٕ
مجرم کیازِ ترو چانی انصافن؟ ژٕہ چھُ ہُس معصوم مکاری منز
وَنان — یم چھُ وکیل کوٗلل پوٗرز اَپُز بناوان۔ یَیلِ نہٕ امہ جواب
سپدتھ سہٕ مطمین گژھان چھُ، ژٕہ چھُ ہس بنیا کھ حیلاہ گران۔
"شاید چھُ حجن کیاہ تام کھیوٗمُت! یَیلِ سُہ ثبوت چھُ دِوان
نِہ سُہ نج چھُنہ کھینہ وُول۔ ژٕہ چھکھ بیاکھ حیلاہ کرِتھ تفتیش
کرن وٲلِس پیٹھ کھاران۔ مگر یینز خامی چھکھ نہٕ نظرِ ترامان!
یِتھے پاٹھی چھُس بہٕ کران ترنج کران …"

"شٹبن جی!" دوٗن پولیس افسر آیِن صاحبن سردارہٕ سِنزہ
کتھہ پیٹھ بینہ کتھہ پیٹھ ترآوِتھ — "اُسہ مقدمہ بازس —
مستغیثس ترچھُ اَنزِ نہٕ مُہرِ ورتاوِہ نظام انصافس عیسو دیانت

دأری۔ اگر اَمِس صِرف کٕلس چوٗٹ آو۔ اُلٹن اوٗنس چوٗٹ۔ اَمِس
پزِہ اُلٹس خلاف صِرف منز بُک استغاثہ کرُن نہ کہِ لوٗکہ ہتاہ اَکھ
سٟستو مُلزِم بناوُن، نہاہ منٛاہ سرقہٕ بالجبر بناوِتھ اَیِزٕ رٕدم تراوُن"

آیین صائب! کھنڈہ بوٗساہ آیزہ ہے۔ دِساتٕ شبن جی یا
جواب؟

جج صائب! آیین صائبنہِ کتھہِ منز چھُ جواب موجود۔ گوڈنیتھ
چھُ میانہ اعتراض اَکھ دلیلہ بیٹھ۔ زِ مُستغیث کیاہ چھُ ذِمہ دار۔
یہ گوو بیٛیِہ پنُنٕ ذمہ واری یا پنٕنہِ کوتاہی بیٛیِس سِندِس کلس لاینہٕ
یانیے بَرڈن شِفٹ (Burden shift) کرُن۔ دوٚیُم چیز
چھُ مانو اَمی انصافکی طالبن کرُ انصاف ژھانڈان ژھانڈان
یانہِ کانٛہہ نا انصافی۔ نظامِ انصاف ہادِیہ اَمنٕزِ اَکھ نا انصافی
نا انصافی ہُند سزا۔ مطلب میوٚن چھُ زِ یہ اَیِزٕ ایزاد کرِہ نس
یہِ سزا اَمِس شوٗ پہ تہٕ دِموس الگ۔ مگر یوسہ اَمِس سٟستی نا انصافی
گمژ چھےٚ، تتھ پیٹھ دِمو نا انصافی کرن والِس قونونی سزا۔"

ہے ژہ چھکھ بناوان لمبہ چوٗرٕ ہاملہٕ۔ اَیِزٕ ملِہ ناوِن اِستغاثس
استغاثہٕ گوس خارِج۔ تس میوٗل سزا۔ سُہ چھُ انصاف حاصِل
نہ کرِتھ یا بہٕ جُرم دِتھ دِتھ نُہ ہارِتھ الگ سپد تیمِس الگ!

کڈٕ تہٕ دوٗد الگ تہٕ آب الگ۔ "

"نابھِر کاکا ایمیٚلہِ ہٕز دوٗد الگ نیرِ تہٕ آب الگ، تیٚلہِ کوٚ ہیٚہ
جایہِ اِنصاف چھہِ یہ؟ اَکھ وَنو تیٚلہِ جایہِ اِنتقام!"

"مسٹر شبن! توٚہہِ چھِیا اَکھ بیٚمبھ کانٛہہ شک۔ میٚہ وٲتی اَٹھ
وَرِی جج۔ میٚہ چھُ ای تجربہ زِ انصافُک گھر چھُ سِتاوُک
گھر۔ مُقدمہ کرنُک مطلب چھُ صِرف سِتاوُن کرنٕی آسان۔
باقی رؤد سوال زِ انصافکو طالب چھِہ اَکِز بیٚنہٕ نین واقعاتن
سیٚتی رَلاوان۔ لہٰذا چھُہ تِم مُقدمہ ہاران تہٕ ذِمہ وٲری چھہ
تِہنز ——— یہ نہ قطعہ چھُنہ موقوٗل۔ اگر سیٚہ پولیس گژھان
چھِہ، یہ چھُ اسہِ سارہِ ہُنے تجربہ زِ رپورٹ ابتدأیی چھِہ حسبِ منشا
پوٚلیس افسر لیکھنہٕ یوان ——— اگر سیٚوٚدُے عدالتس یوان چھُ
تہٕ وکیل چھُ صِرف وارنٹ کڈِہ ناوان .. خاطرہ بوٗڈ جرما
لیکھہٕ ناوان تہٕ اَسامہِ اثر تراوِہ خاطرہ پانٛژھہ شیٚہ آشناو
مُلزِمہ سندی آوِہ کھٔنہِ منز وُٹھان۔ غرض ذِمہ واری چھِہ دوٚشوے
وِزِہ سأنی!"

"میاٚ نوجوانو!" کتھِہ ژاپاہ دِتھ دٔندہ بمبن تیجہ سیٚتی کھہ
تہٕ کھٔکِرِتھ کوٚڈو خواجہ صٲبن بُزرگ انداز منز شروع:

تہٕ چھےوہ بلکہ ہمس قصور لدان، یمس قصور تلالی۔ حق تہٕ پوز چھُ
نہٕ سون قونوٗن چھُ خاٲمیو تہٕ نو قصو سیتی برٕ کھ۔ سانہٕ عدلک
نظام چھُ بوٗسیدہ تہٕ انصافک تصوٗر تام چھہ پرٲنی۔ ووہ نی گوو
غرض بندی۔ یوٗت تام نہٕ لگ بھگ اکھ ٹین پانژھ ہتھ تہٕ
پانژھہ ونزاہ (۵۵۵) سگریٹن ہند کم سے کم صرف پیٹھو واٲنی
پاٹھو جج صاٮ۪بن عدالت اکس دوہس اندرے یادہ کرٕ کھ دیہ، توٗت
تام مانا بہٕ انصاف کیاہ چھُ سپدان! ہیتھے پاٹھو چھُ انصافچ
کرسی چانہٕ بابتھ سکاچ وِسکی بناونچ مشین تہٕ ناتھ کاکہٕ نین
دوٗن بچن، یم ولایتہ تالیم بران چھہ، یوٗت تام نہٕ یہ انصافچ
کرسی خرید پوٗرہ ہیکہ سوزِتھ، توٗت تام چھُ ناتھ کاکس نِش
میٮ۪نش تہٕ ژریہ نش انصاف اپزٕ تہٕ کوہ ربط (Corruption)
ہیتھے پاٹھو چھُ جج صابس زندگی ہند میار اکھ رچھُن۔ یس نہٕ
تنخاہہ پیٹھہ امس پوٗرہ گژھان چھُ۔ یوٗت تام نہٕ سہ خرچ
انصافچ عدالت امس پوٗرہ کرِہ، یہ مانہٕ کوٹھے سیتی چھہ نا
انصافی گژھان۔ غرض یوہے چھُ وجہ زِہ ہر کانہہ یس یتھ نظامس
سیتی وابستہ چھُ ———— چھُ ناراض مطمین تہٕ نالان۔ تس
کیازِ چھنہ سوہ سیر یوٗ نظام ———— ناقص نظامن

ـــــ براندس لاجہ مژہ۔ مگر سہ تہِ چھہٕ نالان ! "

" خواجہ صاب ! تہُند کلامہ رۆزی تن موجوٗد ـــ " وۄن جج مینگن عارق رۆمالہِ سیتہ ووہھران ووہھران ـــ " سون قونوٗن چھُہ نہٕ بیچھ کلس تام اَپُز ـــ انصاف اَپُز ـــ عدل اَپُز عدلک تصوّر اَپُز ۔ انصافک مفہوم اَپُز ـــ بزرگ اکھ آیہ داتہ ثابت کران کران زِ چھہٕ اَپُز کہ یہ بت بناوٕنی ییوان تہٕ اَپُزچ اکھ چار دیوارٕ لۆرادہٕ نہٕ بایتھ چھہٕ ساسہ بدٕی اَپُزی محل تأمیر ییوان کرنہٕ ۔ یوتہ تام نہٕ اِنصافکین اصوٗلن منز یزر ییہ، توتہ تام چھُہ اَتھ اَپُزہ کِس زنبہٕ آرس منز اسہِ تہِ ڈُولہ وُشن ! "

" مگر جج صاب ! ہے مہٕ گژھ مشرق میٖون بوزِ یو گوڈہ "

" اچھا ! ناتہٕ کاک وُنیو تہٕی ـــ "

" جج صاب ، عرض چھم ۔ تہٕ کِتھہ پأٹھی چھوہ ونان زِ سون قونوٗن چھُہ ناقص ۔ سون ہیٚوٗمے قونوٗن شہادت ـــ دیوأنی ضابطہ، فوجدأری ضابطہ دُنیہکس منز بہترین قونوٗن (Codified Laws) چھُہ۔



" مگر [illegible]

لوٗکن ہُندِ خاطرہ ۔ بلکہ مَن ہُندِ خاطرہ تہٕ ۔ تی سائہ ہے
شِتھن جی ؟ "
" نہٕ حفص ۔ ناتھہ کاک دٕنی تنَ یم لوازم اَکس گواہ سُندِ
خاطرِ قانوٗنِ شہادتھ عاید کران چھِ، تم ساری اوصاف چھا
اَسہِ اَندی تکی اسہٕ منزٕ کانٛسہِ ۔ عام ترٛاوتنَ ہوکُن ۔ گواہ
گژھہ کریکٹرڈ ( Charactered ) آسُن ۔ یادداشت
گژھیس تیٖژھ آسُن نِہ داہ وُری گژھتھ ژھانڈِس عدالت
سُہ گژھِہ کاکُس بتہ ہیوٗ یہ قصہ دَنُن ۔ یانے ذہنس اندر گژھہ
اَمِس ٹیپ ریکارڈ لگتھ آسُن ۔ سُہ لاعجلنس تہٕ داہ
وُہر واقعہ گژھِہ مِن وعَن بیان کرُن ۔ یُتیٖ اوت نہٕ، سُہ
گژھہ محلِ وقوع، جاے وارہ داتکُ رژھہ رژھہ بیان کرُن ۔
ملزمن اوساڈبکہ ژکہ روٗومُت تہ وِزہ، کِنہٕ اَسہٕ دُنہٕ چانٹھہ
اوس امستغیثس اَسیا نکہ وارہ داد کران، کِنہٕ بندٕ !
یانے تَس گژھِہ آسُن کریکٹڈ آسہٕ نہٕ علاوہ ٹھوٗ فانکہ یادا
وُتر وغارہ وغارہ ۔ غرض یاتس گژھہ نہٕ کانٛہہ تفریقا ہ
اَمِس آسُن، صِرف یُہے واقعہ یاد تھاوُن ۔ وَن ساعتہ
یُس روزنیک سیرت آسہٕ، تس آسی مشرف ۔ پیٹھے یاٹھی

یَس یادٕ وُتھ آسی، تس آسی کانٛہہ نہٕ کانٛہہ وُلاہہ۔ اَن تَمَن وونی کوٚہ اَتھ ہیٚن گواہ۔ ژھانڈُن کانٛہہ ملکھاہ۔ اَتھ قونوٗنَس پیٹھ چھا نازکران؟"

"ہتہ سائی وونی دراہس ژٕ سعہ ژٕلِہ منٛز گوٚشتابہ۔ وونی یَناوہس ژٕ نوٚو قونوٗن ــــ" بیٚیہ قونوٗنِ شہادتھ۔ میٚون ووستاد اوس وَنان زِ اگر مُلکس منٛز ہتہٕ قونوٗن دان چھہ، تمہِ منٛزٕ توٚرصرف پانٛژن نفرن قونوٗنِ شہادَتکۍ گوڈنکۍ کاہ دفعہ فِکرِ ترٛاوتی ترٛکِھ فِکرِ، یُتھ نہٕ بیٚیِس فِکرِ ہیکِس تاٲرِتھ۔ یوٚہے قونوٗن ہیکہِ ژٕ بدہٕ لاگِتھ!"

ناتھہٕ کاک! یہِ کیاہ سائے کرِتھ اناڑی کتھاہ۔ لعنت تتھ قونوٗنَس، یُس نہٕ فِکرِ ترِ۔ قونوٗنِ شہادتھ گژھِہ تیُتھ آسُن، یُتھ عام اِنسانس، عام شہردارَس تہٕ عام گریٚسۍ شاہدس فِکرِ ترِ!"

"خاجہِ صاحب! یہٕ کرہ لوکچ پانٛٹھی کتھ زِ یِتھ پانٛٹھی سانٛی بُڈۍ بڈۍ قونوٗن دان زانان چھہ زِ سون قونوٗن چھہ پیٚدلن زُدی، رچہِ گومُت پھیرن تہٕ نوٚو کوٹ بناونک قصب، اَسِتھ تہٕ چھہ نہٕ قونوٗن نوِیَن تقاضَن مُطابق ترمیم ہیکان کٔرِتھ۔

—— تہٕ کیازِ پننۍ مفادات چھکھ۔ یتھے پأٹھۍ چھہٕ ناتھ کاک یِتھان زِ قونون گوٚژھ ہمیشہ برؠتھ تہٕ مُعمہٕ بنتھ روزُن تا این کرِ یہ بنادِ ہا تیاگھ بنگلاہ۔ مفادِ خصوصی (Vested Interest) مند ؟

"ہے۔ تراوُن ناتھ کاک بجور۔ یہ تہٕ سأنی پأٹھۍ مجبوٗر۔ مگر عجیب کتھاہ چھہٕ زِ سأری ہیسہ برِ صغیر س منز چھہٕ روز کانہہ نتہٕ کانہہ بوڑ جاہ یا بوڑ بارہ وکیلاہ موجوٗدہ قونونس خلاف بیانات بیانات دِوان۔ سأری سیاست دان چھہٕ وَنان زِ اِنصافس تأخیر کرُن گوٚو نا اِنصافی کھوتہٕ جادہ گوناہ۔ مگر ژاہ چھینہٕ سوچان زِ کیتھہٕ پأٹھۍ ژٕلہِ راوو یہ مرض!"

"جیح مہا! ژٕ چھکھ وُنہِ شُر۔ یِم اگر سأری نہٕ، صرف پانژہ اعلیٰ قونون دان یکہِ وڈبہِ بیہن، کم سے کم کرن سأری بجہ خأمی قونونس دوٗر۔ مگر سوال چھہٕ یمن چھا، یمن قونون دانن، بڈین وکیلن، بڈین ججن، سیاست دانن قومس مُتلق نیت صاف؟ یم چھا یژھان تتھہٕ قونونس ترمیم کرُنہٕ عام لوکن ہند قونون بناوُن، یتھہٕ پیٹھہٕ یمو پننہِ اینہِ ولقادِ چ اِجارہ داری قائم کرُنہٕ



چھہٕ۔ یمہٕ قونونہٕ کہِ خاراِ حریم مگر یہ داگی تہٕ اِجارہ داری ہندِس

نِظامس رٲئِچھ دَر بٔنِتھ دَولتکۍ انبار ینا وان چھِ۔ کتھِ ساسَن رۄپیہِ ہیوان۔ یِتھ ہِش بازی گری بدہ لاو نا یم۔ آزادی برونٹھ ڈھاے وری وَنیا دشاعرِ انقلاب آزاد ن یہِ اَز تہِ تتھے پائِکھٕی پوز چھِ، یِتھ پائٹھۍ تمہِ دوہہ اوس سہ

کمہِ خوز گچھ کران چھکن قانونکس قلایس

عدلکو مکان لوٗرِتھ، انصاف کھٮکن وا لیو

میہِ چھُ یقین زِ اگر زَنم پوز آسہِ۔ گو کہِ مُسلمان چھُنہٕ زَنم مانان، مگر ہرگاہ پوز آسہِ، یقینٕ سان چھُ سَے وَنان، یم از عدلہٕ چَن کھٔرزن رنگ دار کرسین پیٹھ بہتھ کرہٕ ہنز چھ غیر آگِتھ انصافکی اجارہ دار چھِ، یم بڈی بارہ، ویٹھو پوٹھو دکمیل، یم وُٹھ پیٹھہٕ ژٹھ کھوتہٕ تَلکس ساسہِ بڈی رۄپیہِ جمع کران چھِ۔ یم قونون سازمین قومن اعتماد کرِتھ یِنہٕ اَنزلک امانت حوالہٕ کوٚر — یم ساری ین نوٚس زنمس منز ڈاکو تہٕ قاتِل بٔنِتھ تہٕ یہے عدالتہٕ دِنکھ اکہِ اکہِ پھاسہِ ا "

" واہ ! واہ !! خاجہ صاحب کٔمِتھ ترقی پسند بیان کوٚرُکھ ادا۔ دِل گوم خوش مگر آخرس پیٹھ کوٚرُتھ شکست خوردہ ذہنیتُک اِظہار۔ بے ادبی ماف ! رجعت پسندانہٕ (Climax) کوٚرُتھ

پیش۔ مذہبک ڈول رُٹتھ ( Refuge ) نتہٕ دِتتھ یمن

اِجارہ دارن پننہٕ اِجارہ داری قائم تھاونس لأیکنس ـــــ"

"ہے شبنٕ! لوگتھ مارکسی واد وَننٕ!"

" فوٗنوٗل! میٚہٕ آدی تو یہٕ قسم زِ تا بہٕ چھُس نہٕ مارکس وادی۔ نہٕ

چھُس ماونزے نتنگن چیلہ نہٕ کانٛہہ مذہب دار۔ بہٕ چھُس اکھ سماجک

فرد اکھ یُس مصیبتن ہُنٛد حل ژھانڈان۔ اگر کُنہِ جایہِ میٛون نظریہ کمیونزمس

سیتؠ وانٛتھ لگیہِ۔ تمیُک مطلب چھُنہٕ زِ بہٕ چھُس ضروری طور کمیونسٹ

اگر میٚہٕ ترِ ہٕتے دود دگ آسہِ، یُس اکس ژوٗرس آسان چھُ۔ تمیُک

مطلب چھا یہٕ زِ چھُس ژور۔ کریو بہٕ بحث کم۔ جج صاب یہٕ پرٛژھہٕ

شبنٕ جی، وَن، کیاہ حل چھُ ژیہِ نِش؟"

"ڈول ( [illegible] ) اُسی یاذہ کرِو نہٕ۔ اکھ انقلابی جماعتھ منظم

یوسہ یمِن استحصالی عنصرن ہُندین محلاتن پنیتھ تلہِ۔ تمسی ژھنو کھندن

نالن تھف۔ گریبان کرِو چاک!

"شبنٕ جی! ٹھیک چھُ۔ ممکن چھُ زِ تمہِ دِلن پننہٕ مفاد رچھنہٕ خأطرٕ

ڈیفنس۔ نتیجہٕ نیرِ اگر زور اُسی ورذنوٚ، مگر یم گژھن مارہ۔ اکھ

واکیوم ( Vacuum ) خلا گژھہِ پادٕ۔ یہِ خلا کیتھہٕ پأٹھؠ کرو پورٕ۔

" خلا کرَو ژِہ تہٕ بہٕ پورٕ!

"أَسہِ چھُنہٕ صلاحیت !"

"ایحساسِ کمتری چھُے !"

"خلاّ گژھِہ پائدٕہ پڑٕ پژھہ گرِنہٕ والین ہُند تہٕ مُعمّہ بازن ہُند۔ یہٕ خلاّ کرِ پوٗرٕ عام لوٗکن ہُندِین جذباتن ہُند ترجمان !"

"میٚہ چھُ اِتفاق تژہٕ سیٚتۍ زٕہ مرض کیاہ چھُ؟ مرضُک دودٕ رگ کیاہ چھُ؟ مرضکۍ وجہ کم چھِ۔ مگر ییٚلہِ تژہٕ مرضس علاج پیش کران چھکھ، تتھ سیٚتۍ چھُم نہٕ اِتفاق۔ ییٚتِس کالس بہٕ تژہٕ مُطمیٔن کرتھ یا تژہٕ میٚہ مُطمیٔن کرکھ، توٚتہٕ تام گژھِہ وَرٕخ۔ بہٕ کرٕ علاج مریضس کاہن بان سپستان دِتھ۔ تژہٕ دِہ انجکشن۔ علاج روزان دوٚشوے جاری۔ خبر بیمار ما بلہِ ــــ !"

"شاید بلہِ !" وۄن جِگَن تھوٚد وُتھتھ اِستادٕ گژھِتھ۔ "میٚہ آسہِ موج چایہٕ سماوارس پھوکھ پھوکھ دِوان۔ ونانہٕ آسہِ تژ یہ ورِس تھٔنۍ مَنتھان۔ تمہٕ آسن دوٚشِہ وۍ ہیشہٕ نوشہٕ وۍ چھہٕ وۍ چھہٕ دِوان تہٕ اَلمہٕ اُکِس وَنان ــــ "ہے کیاہ گوم ! سوہ تیوٗ مٔت آسہٕ"۔ ناتھہٕ کاک ! گرٕ ویہ بلہِ ادا ــــ"

"شاید بلہِ !" وۄن داہ روپیٚہٕ نوٹ بٔہرس کُن دِوان دِوان ناتھہٕ کاکن ــــ "مُغلی چایہِ پیٚٹھ گھرٕ داد ہیٚوٚن۔ بجٹُک کلہٕ دٔد

ژلِتھی سیتی !"
یِم دِراے اکہِ اکہِ۔ دُوئۍ چھہ ہالس اَندرے ژِہ مُنشی صاب آدِ
بُتھہِ۔ خاجہ صاب وَوتھس طانہِ دِوان ـــ "اوٚہ ہو۔ ژیٚ ما چھکھ
وَتھ یوکُن از راو ہیٚژ۔ سرکارٚ بنام احمدن کوٚت ترٛوو کھ ژہ از ـــ
پوٚرہ داد ہیٚژس !"
"شِبن جی یَن لٹھاسہِ وُۓ حسبِ عادت منٛز باگ پیٚنٛن کلام
ترٛ دوٚنٛ ـــ "مُنشی صاب چھہ از کل یَنٛزِ کی آہسی دانہٕ سُنٛدِ راوِ نہ
خاطرہ اَیِنٛزِ کی پریت بناوان ـــ "
"گوٚبرا۔ اَیِنٛزِ کی پریت لوٗران ـــ "
"مُنشی صاب ! یہِ چھہ خود فریبی !"
تام ژاو بَرہ ہائی کورٹ جج صاب۔ شِبن جی یَن یار جج ژدِل
پوٚت بَرہ۔ بُتھہِ پیوٚس بنیا کھ لوکٹ بجاہ۔ سلاماہ، خاطر یا تھاہ کوٚرمُن
باتھرِہ ہوٚتے آسہِ سیتی۔ تمہِ پتہِ ژٕھس باتھرِہ ہند وَجہ تہِ ژلہِ لارہ
دوٚن نس اُمی ـــ "وہ آئے ہم نکلے !" ہورہ ژاٗنی ہائی کورٹ
صابن خواجہ صاب، ناتھہِ کاک تہِ شِبن جی پانس سیتی بَرہ بیٹھے
والہِ یاس۔ اَتھی کیبنس منٛز ژاے بیٹھ۔ ہائی کورٹ جج ووٚتھ شِبن جی
یَس کُن "جگرا ـــ توٚہی ژہ چھکھ جان شاعری کران۔ کینٛہہ

شاراہ بوزہ ناو؟"

"جناب چھِہ از کل مُنشی صأبنز شأیری بوزان —" ججس تہٕ

تہٕ مُنشی صأبس ترٕ آو اکھ بیہ بأگی پیٹھ ہنا اُسُن۔

"ہاں! شبنٕ جی، بوزہ ناوساے؟"

"حُکم تالِہ بیہٕ۔ مگر جناب ییٚنٕ کلامہٕ چھُم نہٕ یاد کینہہ بیوانٕ البتہ

آم گوہرن پریٚون ٹُکرٕ اکھ یاد بیٚیلہٕ سہٕ شاید یرٕ اُنی اوس تہٕ

بوزہٕ ناوِن۔ یہٕ ترٕ اوسُس یرٕ اُنی!"

"اچھّا! بوزہ ناو یوٚہے ٹُکرٕ، یُس تہٕ ییٚہ تَنہٕ یادٕ چھُے!"

"عرض چھُہ جناب سے"

وطن کُن لیڈرو، تمی زون کھینُن کھیٚنہٕ ہیتھ
ججہ انصاف کُن، باغات ٹُلی ہیتھ
ٹھگن دِژھ مات سانیو پلہٕ وایو
وکیلو ترأوی ہتہ چندہ ژورہ پیتو

"فوٚضول۔ تھرڈ کلاس۔ وکیل ترٕ جج زہ مُقدّس پیشہٕ مُلوث

کرِنی۔ ناٹ گُڈ" ! Not Good "

"جناب! چھوٹا مُنہ بڑی بات۔ مگر عرض چھُم یہٕ چھِہ اسہٕ خود فریبی!"

"خواجہ صاب! تھرڈ کلاس شاعر بوزہ ناوی جأئی ہم پیشن!"

"مگر جناب۔ اَسی زن لاگِہ ہو بانس تقدّسُک برقہ۔ مگر اگر

زائلی ہنجر و منزٕ نیٖبر تیرتھ منابے شوٗنگی بائٹھی بوزہ ہو زِہ سہ

کہتی ہے تجھے خلقِ خدا غائبانہ کیا؟ تہ مناپہن اَچھ مژرادٕ نہ۔

"خلقِ خدا غائبانہ کیا کہتی ہے؟"

"وچھٕ ڈٔورس منز گرٔسی باے آزادن ہوٚر وَنان سہ

"حجن ہیوٚچھہ مے لشن قانوٗن۔ نحوجن زول جایہ کھوتہ نوٗن..."

یا مانزِہ راژ کیتھہ طمنج نارِہ ہیٚبژ شہرہ چھِہ وِگنہ وَنان آسان سہ

غربت چھِہ دِنہ تہ مُکرِم جانن ھداللٰن منز

سوہ نہ ساد ہی جج آما پوٚز بے اعتبار سگے نا

"بکواس۔ بلیک مارکیٹ خوچھِہ تہ جج اکی ہسے تذکرہ تولُن مہا

کن ٹمپٹ (Contempt) توہین۔ آزاد اوس اکھ گمراہ

لامذہب شاعر۔ تہند کلام کوٗہ چھُہ وونی گیوان؟ ریڈیو کشمیر چھُہ

خال خالے کلامِ آزاد گیوان۔ وقتی شاعر۔ وقت موٗد سہ تہ موٗد۔

دٔویُم شار۔ یہ تہ بکواس! جج، درویش، سادھو۔ اَمِس سوہ نہ سادٕ

جج وُنُہ چھُہ ہاوان زِہ اَمِس شاعرس چھُنہ مشاہدے!"

"اچھا جناب! اجازت اَمِس شکریہ۔ گڈ بائی!

"آداب عرض جناب!"

"شِبن مذہب گژھِ پرٛن منوّر وٚر۔ جناب نصیحت پالہٕ پۄرٕ پأٹھۍ ــــ" خواجہ صأب تہٕ تہٕ شِبن جی تہٕ دوشوٕے دٕرأے بانٛبرِ بانٛبرِ ہوٹلہٕ نیٚبرٕ۔ آنگنس منٛز آسہٕ آمٕتۍ سردار تہٕ ججی منتظر۔ ججن وُچھ شِبنس ــــ "کیاہ سا بحث اوس؟" شِبن چھہٕ دَم پھُٹۍ خواجہ صأبس وُچھان تہٕ خواجن دِیت جواب ــــ "خود فریبی ہُندمریض نوٕ زِندگی قاتِل تہٕ ڈاکوٗ ــــ"

---

# باب ۱۶

# گوٗجی

"مے لاڈا! یہ کیٚنژھاہ شہادت اِستغاثن پیش کٔرمژ چھہٕ، تتھ دِژھ میٚہ از تام تیژھ کنگنٛز زِہ تتھ دژایہ ساریے زٔکھٕ۔ تیژی دوٗنژھ لجٕ اتھ زِہ اکھا اکھ موے وال دژاو الگ الگ۔ از کرہ بہٕ امہِ ساری محنتُک لُب لُباب تہٕ گوٗجی جنابن نِش پیش ——

جُرمِچ نیّت چھہَ جُرمُک لازمی حِصہّ۔ نیّت تعیّن کرہٕ نہٕ لبغارٕ ہیکو نہٕ اَسی کُنہٕ کامہِ ہُندِہ نتیجُک داد دِتھ۔ یہِ چھہَ یا رژ مگر پزیٚتھ کُنہٕ کامہِ ہنٛز تحریک چھہَ نیّت کران۔ یہِ تھے یا اَٹھ چھہٕ جُرم کرنَس منٛز تہِ جُرمِچ نیّت یا غرض موجود آسُن لازمی بُنیاد تہٕ یہِ غرض یا نیّت تعیّن کرنٕی تہٕ امہِ جُرمُک غرض سمجھُن تہِ چھہٕ لابدی میٚون مقصد چھُنہٕ یہِ زِہ نِش یا غرضس کیاہ گژھِہ جُرمِچہ داستانہٕ

نِش الگ کانہہ وجود آسُن۔ یا جرُمچ نیت تعیّن کرِہ نِس کیاہ گرِژھہ کانہہ مخصوص الجبرا فارمُولا لاگنہٕ یُن۔ تمہِ فِعلکو ساڑی جُز ـــــــ یِم جُدا تہٕ چھِہ ـــــــ میعاد کرِ لِحاظہ اکھ اکس نِش دوٗر تہٕ چھِہ تہٕ غار مربوط تہٕ چھِہ ـــــــ یِلہِ یِم ساڑی ٹوٗٹہٕ پانہٕ وانہٕ واٹھ دِتھ ربلس منٛز اَنوکھ تہٕ سیدِہ اکِہ واقہٕ ہیچ دلیل مُرتّب۔ تہٕ اُتھی دلیلہِ منٛز آسہِ اکھ سُہ لوٗٹاہ تہٕ یُس یہِ باوتھ کرِہ یاکم سے کم امہِ باوتچ نِشان دِہی کرِہ زِہ آیا اَتھ ساڑی ہیے واقہٕ ہس کیاہ پوٗت منظر اوس ! کوٗہ غرض اوس محرک یا یہے دلیل کرِہ اِجتماعی طور ظاہر زِہ آیا مُلزِم کوٗرا جُرم؛ جُرمچ نیتھ سان۔ یاکم سے کم اوسا تَس یہ زانہٕ تُک طاقت زِہ یُس فِعل سُہ کرن وول چھُہ، تمیُک نتیجہ کیاہ چھُہ، مگر اکھ سوال چھُہ صاف تہٕ واضح زِہ اگر احمدَن کوٗر مارُن؛ کمَن وجوٗہاتن اندر مارُن ! تمہِ وجوٗہات بیان سید نی کرِہ ہَن دفعاحت زِہ احمدَن کیاہ ما رُہاجرہ مارنکہ اِرادہ سان۔ یہُ کرِہ نہٕ تیژھہ غار موقوٗل کتھ زِہ یہُ وَنہٕ اَتھ گرِژھہ کانہہ ڈائریکٹ شہادت آسنہٕ۔ کم سے کم گوژھہ تمن حالاتن ٹھان تلنہٕ آسُن آمُت، یِم جرمچہ تیاری سیتی وابستہٕ اُسی۔ یا گوژھہ تمن

حالاتن کُن تہٕ شہادہ تن کانہہ اِشارہ دیُت مُت آسُن، یمو حالاتو مُلزِم یِتھ سنگین قدم تُلنہٕ باپتھ مجبور کوٚر۔

جناب آسن میہ سیٹھی پوٗرہ اِتفاق کران، ٹُلی کر ایڈووکیٹ جنرل صاحب تہٕ زِہ یِتھ مُقدِمس منٛز چھنہٕ کانٛہہ ڈائریکٹ، بلا واسطہٕ شہادت۔ کانٛہہ گواہ چھنہٕ ونان زِ تمیٚ وُچھ مُلزِم ہا جرُس زہر دِوان۔ ہر جُرمس چھُہ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ پوٚت منظر ضروٗر آسان۔ یا تہٕ چھُ جُرمُک تحریک زَن، زیور، زمین، زر تہٕ جایداد حاصِل کرنُک اَمار بنان، یُس اَمار عقلِ سلیمس پیٹھ غالب گژھتھ جُرمُک وَجاہ بنان چھُ۔ یا چھُہ باہمی شرارت، کینہ، بُغض تہٕ عداوَت یِتھِ جُرمُک وَجہ بنِتھ ہیکان۔ اگرچہ شرارتس، کینس بُغضس تہٕ عداوتس تہٕ بُنیاد زر، زَن تہٕ زمین — یمے ترٛیہ چیز یا یم وے ترٛیہ یو چیزو منٛزہ کانٛہہ اَکھاہ بنِتھ ہیکان چھُ مگر اگر نہٕ اُسی اَکھ تہس واتو زِہ آیا شرارت، بُغض، یا عداوت کمنُک چھُہ۔ مگر کم سے کم وَنو زِہ یہٕ قدم ہسا آو تُلنہٕ یِتھ عداوتس پیٹھ۔ یا تہٕ چھُ اِنسان غیظ و غضبس منٛز یِتھ امرِ قِسمُک فعل کران۔ مگر یمو ترٛیہ یو صوٗرتو منٛز چھُ نہٕ اَکھ صوٗرتھ تہٕ یِتھ مُقدِمس پیٹھ حاوی گژھان۔ یا تہٕ گژھِ تیلہِ

مُلزِم تمہٕ وَقتہٕ پاگل گوٚمُت آسُن یا گڑِھہ کینہٕ نشُس منٛز آسُن!

ہر کانٛہہ موقوٗل اِنسان پرٛزِھہ عدالتِ اِنصافس : ـــــ

کیاہ سائ مُلزِمن مارِ ہاجرہ زَر، زیور، زَن، زمین یا جایداد حاصِل کرنہٕ باپتھ ؟ میٚہ چھُ یقین زِ جنابٕ والا! اَتھ مثٲلِ یِہ تعہ ہرِ برونٛہہ کنہٕ چھِ، اَتھ تہٕ یِیہ زبان یہِ سوال پرٛزِتھ تہٕ کرِنکہ نادکرِ ـــــ "نہ نہ، ہرگز ہرگز نہٕ!"

ہاجرس تہٕ احمدس کوٚہ زَر، زیور تہٕ جایداد اَگہٕ رُن پاگ رُن؟ اٲہندِ کینہٕ زوٗ وٕچ دادگرٕ تہٕ چارہ گرٕ ہاجرہ!

ٹیاکھ سوال چھُ :ـــــ کیاہ سائ ہاجرہ ماکرٕ احمدن کینہٕ شرارتہٕ کرِ وَجہ ہٕنہ قتل؟ کانٛہہ کینہٕ، عداوت تہٕ حسد ما اوس یمن دوٚن پانہٕ وأنی؟ اَتھ سوالس تہٕ چھِ استغاثچ شہادت کھاسرِ گلہٕ وِتھ نکارکران! ساری گواہ سرکاد چھِ وَنان زِ ہاجرہ نِس مرنہٕ کس دمس تام تہٕ چھُ نہٕ تمہٕ یمن دوٚن مالی پوہ تھرن درمیان محبت چھ، شفقت چھ تہٕ تابع داری ہنزٕ لیٖہ منٛز کانٛہہ فرقاہ ژٕرتہٕ مزٕ ـ جناب! میٚہ چھنہٕ ضوٗرت اَتھ اَمرس پیٹھ سارِہ نِے شاہدن ہند بیان پرٛن کینٛہہ تہٕ ـ صرف کرِہ بہٕ جنابن اکھ تکلیف دِنچ گُستاخی زِ سزا اوٚل خان، ایس

ایچ، او۔ تفتیش کنندہ سندِ بیانچ اَخری سطرہ پُری تو ——

میانِس لاجرس منز ونان ——

"میہ سندِ نہ پننہِ تحقیقاتہ سیتی یہ ثابت زِ ہاجرس یا احمدس کیاہ اوس کانہہ عداوت یا نہ وأنی یا کانہہ کینہ یا شرارت۔ بلکہ چھُ میہ بدوران تحقیقات مولوم سپدمُت زِ یہندی تولُقات اَسی ٹھیک!"

یُیاگھ سوال تہ چھُ زِ آیا مُلزِمن ماکوٚر یہ فعل کُنہِ تِھس اشتعالس پیٹھ، یُس تس ہاجرِ نی کلامن، عملہِ، کرتوٗتن یا حرکاتو سکنا تو یا وۅتھ نہ چھِ تہ بیہہ نہ چھ تُلہ تراَیہ، دارِ برِی نیرِ رنچہ بے راہ روی یا بینہِ کُنہِ تِھی حرکتن یأ دِہ کوٚر تہ تیمی کس اثرس منز تیمہ ناکارہ قدم اُمی تُل؟ اکھ سوالس چھہ وشمبھو ناتھ گواہ سُند بیانہ کأفی جواب۔ یہ گواہ چھہ میانِس اَکس سوالس جواب دِوان ونان —— "میہ باسیوٗوے نہ زِ احمدس کیاہ اوس ہاجرس پیٹھ اعتبادس کانہہ خلل آمُت ...... بلکہ توٚر میہ فِکرِ زِ احمدہ اوس اُہنزن ژھاین دِچھان ......" جناب! یہ بیان چھُ ہاجرہ نہِ موتکُ اِفشا گژھنہ برونٹھ کینشرن گاعنٹن ہندِ واقہِ پیچ ذِکر کران ——

"اَمّا اَحمدہ ما اوس ٹُشی؟"

جواب اُمی سے شمبھو ناتھن بیان دوان ..... پر مجبور اوس نہٕ تمہ کہ جوان، شراب تہٕ افین چھینہٕ کیتھے...."

سوٚ صورتو لبغار کہٕ سناچھ بیاکھ صورتاہ سوٚ، یوٚسہ امہ غم ناک واقعہچ وجاہ بنتھ ہیکہ؟ تمہ دردناک واقعہچ، یمہ اکہ خانداہچ ساریچ عظمت، اُزیک سوٚکوٚن تہٕ پکھچ آتش ــــ ترٚیشہ وِسے ملیامیٹ کرِتھ تھوٚو؟ یہ صوٚرت واضح کرنی، ویژھنادنی یا کم سے کم امیچ نشان دہی کرنی آسہ پرازِ کوٚشیچ کام۔ اگر تمہ ناکام روٚودی، تیلہ یہ سزا بحال تھاو نہٕ برونٹھ سوٚ صوٚرت واضح کرِتھ عالمکٕ ضمیرـــ کم سے کم پننٕ ضمیرـــ مطمین کرن چھہ عدالتک فرض۔ بہ حیثیتِ افسرِ عدالت کوٚرمیہ پننٕ فرض ادا زہ میہ کرٕ عدالت اتھ خامی متعلق روٚشناس۔

اگر یہ وجاہ ثابت کرِہ نہٕ آسہ آمٕت یا امیک پوٚت منظر ننہِ رادنچ کوشش کرِہ نہٕ آسہ ہا آمٕژ ـــــــــ یا یژرے اَمٕژ نشان دہی کرِہ نہٕ آسہ ہا آمٕژ نہٕ ہیتھ یاتھ وجہس پیٹھ سپد یہ بچھ فعل انجام، تیلہ سپدِہ ہا یانے اَکھ زہٕ بلِزِمس کیاہ چھ نیٚت اُسس مژ تتھ ...



... کرِہ ہا اِستغاثہ چہ

دلیلہِ ہُند اکھ اکھ ٹُکھ الگ الگ تہٕ تہٕ باہم واٹھ دِتھ تہٕ وضاحت زِہ
آیا مُلزِمس کیاہ نیت آسِ ؟ جُرمچ نیت سپدِہ ہا جُرمچہ دلیلہ منزہ
پانے اخذ۔ چونکہ نیتٕ جُرم چھُنہٕ ثابت، لہٰذا ہیکہ نہٕ یہِ مُقدمہ
ہرگز ہرگز تہٕ قتلکِس تاعزیرس اندر پیتھ۔

اِستغاثچ شہادت چھےٚ واضح کران زِہ ہاجرہ نہٕ موتکۍ اعلان
گژھنہٕ برونٹھ کیتھ اطمینانس اندر چھےٚ ملزم حسبِ معمول عادتہٕ
مُطابق پننِس مخصوص وقتس پیٹھ یارہ بل نیتھ چھلنِہ وسان۔ اوٚتھ
رؤزِہ رکان، اُہنز گراے تہٕ ترائے چھےٚ موقول یا ٹھیک ونان زِہ
اُمس چھُنہٕ مُلے شک تہٕ آسان زِہ اُہنز کُنہ کور، اُہنزن ووٚمیزلن
ہُند کُن مرکز کیاہ چھُ دَم پھُٹ ازلچ نینڈرہ شوٚنجرِ۔ اگر اُمس یہِ
مُلے شک آسِہ ہا، تہندِس صحتس مُتلق کانہہ شک آسِہ ہا۔ یہِ اطمینان
ما آسِہ ہیکہس۔ یہِ کوٚہ مانہٕ زِہ اُکس اِنسانہٕ سُند اولاد چھےٚ موتچہ
نینڈرہ سیتی تہٕ سہٕ اِنسان کیاہ نیرہ اطمینانہٕ سان یار باش انداز
اندر۔ اگر اکھ موتس سیتی اُمس کانہہ واٹھ آسِہ ہا، تیلہِ آسِہ
ہنٕ اہندی رؤزِہ رکان مُضطرب! پھیرِہ ژوٗرس دارِہ کونٹھ! اُتھ
شرِ اُکس ترائِہ منز آسِہ ہا ہیتھ پاس خوف پیشان!



تہٕ اکھ عام اِنسان تہٕ ہیکہِ ہا اُہنز مشکوک ژھرتہٕ ژھرٹ ژرژِتھ۔

اَتھ برعکس چھُہ جماکل ترٚشمبھوناتھ تہٕ تہٕ بیٚیہ گواہ ترٚ خصوصن فاطم مُلزِمہ سٕنٛز سوٚ تصویرٕ بیان کرانۍ، ییٚتھ منٛز نہٕ کانٛہہ بارِیک بین تہٕ کانٛہہ شکّی مِزاج کینٛہہ ژٕر ژِھتھ ہیٚکہِ ہا۔ یوٚہے چیز چھُ مُلزِمہ سٕنٛز بہترین صفائی بنِتھ ہیٚکان تہٕ واضح کران زِ یہِ چھےٚ قطعن بے گوناہ تہٕ جُرمس سٕتۍ چھُس نہٕ کانٛہہ توٚلُق!

وکیل صاب چھِ مزہ دار دلیل بوزان بوزان اوس جج ہوو نگنِ اتھ دِتھ وکیلہ سٕنٛزن حرکات وسکناتن زن ییٚتہِ ہٕن نظرن منٛز فوٹو تُلِتھ تھوان۔ یِم رٕژہ رکان تہٕ آسۍ نہٕ کم دِلچسپ۔ گاہے نرِہ کِلہ نادِنہٕ۔ گاہے دستارہ پیٚتھ واٹِھتھ کلس کھش کھش دِیُن۔ گاہے گرِیزُن، گاہے مدھم یا کھٚٹۍ ہوٚ مزہ آوازِ منٛز بیان کرُن۔ تماشہِ گیر آسۍ اَتھ ایکٹِنگہِ داد دِوان۔ دَم پھُٹۍ یا کھٚٹۍ بوزان تہٕ کینٛہہ اُچھو دُچھان۔ یوٚرہ کنہٕ آسۍ صرف زٕہ کالیج لڑٕکۍ منٛزۍ منٛزۍ پھیرلے کران اکھ اَکِس وَنان —— "اِتنا بالکُل ٹھیک راج۔" "نو نو۔ مَیر دِلیپ ایکزیکٹ لی (Exactly)" ترٕیشہِ گلاسہ اکِہ اکِہ دامہ ایکٹنگ کران چھیتھ نیتھ کوٚر بیٚیہِ زور دار آوازِ منٛز وکیل صابن شروع ——

بیاکھ اکھ اہم ثبوت مُلزِمہ سٕنٛزہ بے گوناہی مُنٛدر تہٕ چھُ

دلیلہ منز استغاثہ چھ موجود۔ تتھ کتھس چھ اندری کوڑ یا ہکل آرسنز سرکارُ موتُ شاہد و ثابت کوڑ مُت۔ یتھ کتھِ منز ہاجرہ موثر چھ آسان مُلزم چھُنہ اَتھ کتھس منز شوٗنگمتھ ادس مُت، بلکہ پننس کتھس منز۔ لہٰذا اگر مُلزمن ہاجرس زہر واتنوو۔ سہ کیاہ ژاو اَوت تہ سہ کیاہ دراو اورہ۔ اگر مُلزمس پننہِ کتھس منز کانہہ تیتھ پراہ ہاجرہ لُکھیاو، یتھ زہر سیتی اوس، تیلہِ ہیکہ ہی نہ ہاجرہ تمہِ جایہ بیٹھہِ اورہ یورنیتھ، ییتیمتھ تس یہ زہر آلود غذا نفس واتناونہ اوس آمُت۔ تہ کیا زہ ڈاکٹر چھ راے دِوان زہ —— " ہاجرہ نِس بدنس منز چھ تمہِ قسمک زہر واتناونہ آمُت، یتھ موت سیتی یُن لازمی چھ یا جان کنی شروع برزِن منز گژھن لابُدی چھ۔ بیاکھ چیز چھ یہ زہ ہاجرہ دراہ پننس کتھس کُن شمبھوناتھ شاہدس کتھی شوٗنگنہ۔ اگر زِن پتہ مُلزم ہاجرہ نِس کمرس منز ژاو، تہ کیاہ؟ تالو تہ اُتھ ما ژاو؟ "

بیاکھ لو قطہ، یُس زیرِ غور انُن لایق چھ، سہ چھ ہاجرہ نِہ کُتھچ حالت۔ اَتھ کتھِ منز کیتھ یاتھی چھ سارے سامانہ، حتا کہ کتھکی تصویرہ تام آورہِ واورہِ اُسی متہ۔ پلکو سارے چھ ڈوٗنژہ آگوٗ یتھ اُسی متہ لیکن پننی تصویرہ چھ ژھکریتھ یتھ اُسی متہ۔

قمیض چھہ اَکہِ طرف اُمس ہِنٛز تہٕ ایٚزارہ دوٚیمہِ طرفہٕ۔ ساَڈی یک

پاسے تہٕ ایٚزارس چھ ڈوٗر دوٚیمہِ پاسہٕ اُمس ہِنٛز۔ یہٕ چیز چھُ ہاوان زِ

کاَنٛسہِ چھہٕ یمن پلون رٕژِھ رٕژِھ دیٚنٛژھ دِژٕمٕژ۔ یہٕ دیٚنٛژھ چھِنہٕ

ہاجرس لگاَر بییہٕ کاَنٛسہِ تہٕ دِژٕمٕژ۔ حالات چھِ وضاحت کران زِ

یہٕ دیٚنٛژھ چھہٕ تِمہِ کُنہِ خاص مقصدٕ باپت دِژٕمٕژ یا کُنہِ خاص

مقصدٕ چہ تیاری منٛز۔ اُہندِس شانٛدس پیٹھ آبہ اوٚڈ گلاسہ

آسُن تہٕ چھُ ہاوان زِ نصف آبہ گلاسہ چھُ اَمہِ کُنہِ چیزس پیٹھ

چوٚمُت۔ ورنہٕ چھِنہٕ اُمس روتلہِ ترٛیشہِ چیٚنکہ عادت نَہ آسہٕ

اوس مُت! استغاثہٕچ گواہ مسماۃ زینبہٕ، لیوکھ اُمس سیتھا اَژن

شوٚنہِژ چھہٕ، چھہٕ میانین سوالن جواب دِوان وَنان ــــ "میہٕ چھِنہٕ

نَہ ہاجرہ روتلہِ ترٛیشہِ چوان وُچھمٕژ!"

اَکھ اہم ترین نوٗقطہٕ چھُ یہٕ زِ ہاجرس چھہٕ شانٛدس پیٹھ قلم

دوات تہٕ کاپی اُمس ہِنٛز۔ یہٕ کمہِ خاطرٕ؟ یہٕ چھُنہٕ پولیسن نِشہٕ رٔدِتھ

ہیوٚک مُت کیٚنٛہہ۔ مگر معقوٗل نتیجہ چھُ اَکھُے نیران زِ ہاجرن

چھُ مرنہٕ برونٛہہ کاَنٛہہ تحریر، کاَنٛہہ خط یا کاَنٛہہ دستاویز ضروٗر

لیکھِتھ تھووٗمُت! یہٕ دستاویز کوٗت گیہِ، کمیٚ ہاتھین نیوٗ؟

یہٕ چھِنہٕ استغاثن تحقیقات کرِتھ ہیوٚک مُت کیٚنٛہہ تہٕ۔ یہٕ

اوس پولیس بیٹھ فرض عاید سپدمت زِہ تم ژھانڈِہ ہٕنٛ
سٕہ دستاویزٕ یا کڈِہ ہٕنٛ تمیک پیچ پتاہ۔ یا کرِہ ہٕنٛ عدالتس
مُطلین زِہ یِہ قلم، دوات تہٕ کاپی کیاہ چھہٕ اَتھ بلا مقصد اوسمت!
آخری کتھ چھہٕ سوٚ آنتھ روٗس تہٕ بے پناہ امار، مائے،
محبت تہٕ شفقت، یُس ہاجرس مُلزِمس سیتھ تہٕ مُلزِمس بیٚنہٕ کورٕ
ہاجرس سیتھاہ اوس مُت چھُہ۔ امہِ انتہائی تہٕ بے پناہ مایہ تہٕ تابع داری
ہنٛد یُس تصویرٕ استغاثہٕ کیو شاہدو امہِ لنس پیش کورمُت چھُہ
تمیک نظیر میلُن چھُہ اَزی کس سمیس اندر سیٹھاہ مُشکل۔ اتھ
پیتھ آنتھ رُستس امارس منز یہ مانُن زِہ مُلزِمن کیاہ مار بیٚنہٕ
کور کُنہ وجاہ لبغار وبرِہ نہٕ کانٛسہ موقول انسانس! احمدہ نہٕ
زِندگی ہنٛز کُنہٕ آشِش، وو میدان ہنٛز مرکز، حیاتہٕ کرِ سفرِچ منزِل
مقصوٗد تہٕ بے کس زِندگی ہنٛز دِیوُژ تہٕ سرمایہ چھہٕ صرف ہاجرہ اُسس
مرٕ۔ ہاجرہ نہٕ امارہ چھُہ اُمی بیٚنہٕ یاوُن قوربان کورمُت، ٹکی کرِ
چھُن بیٚنُن لوکہٕ چار تہٕ لوکہٕ چار کر ارمان ہاجرس وُندِتھ دِتی متو!
اَتھ مایہ، محبتس تہٕ امارس کو سہ تبدیلی آیہٕ، یمہٕ تبدیلی مُلزم
پیٹھ سنگین تہٕ دُرِندہ قدم تُلہ نوو؟ یہ تبدیلی واضح کرنی اُسس
تفتیش کرن والین ہنٛز کام! اگر انتہائی اہم قطعہ بیٹھ چھہٕ

اِستغاثہٕ چھ سأرِے داستان خاموش۔ سأرِے شہادتھ دَم پھُٹ
تہٕ سورُے تحقیقات تشنہٕ۔ شاید ہیٚکہِ نہٕ اکھ وَنِتھ ہأیِتھ تہٕ
یُتھ قدم تُلِتھ۔ یوٚت تام نہٕ حالات تَس یُتھ قدم تُلنس پیٚٹھ انتہأیی
طور مجبوٗر کرن۔ حالاتن ہنزٕ کمہِ مجبوٗری بنوو یہِ مَلکھ سیرت مُنش
اکھ سنگ دِل حیوان؟ کموٚ واقعاتوٚ بنوو اکھ مایہ ہوٚتھ موٚل اکھ
دُرِندہٕ ہأیِتھ؟ اَتھ مجبوٗری اوس اِستغاثس واش کڈُن ضروٗری
یا کم سے کم امیُک پرٛدٕ تھوٗد تُلُن ضروٗری۔ تو تہٕ گوٚژھ کم سے
کم اِستغاثس چھِ دلیلہ اندر اَتھ مجبوٗری مُتعلق کانٛہہ اشارہ آسُن
ضروٗری! یہِ چھہ سیٹھاہ اکھ خأمی تہٕ قانوٗنہٕ مُطابق چھہ امیُک
فأیدہ مُلزمس دیُن ضروٗری!

یمہٕ کینٛہہ کتھہ چھہ مُلزمہ سنٛزٕ بے گوناہی ہُندی مُثا کارٕ
ثبوٗت! امہِ علاوہ چھہ میٛہ اِستغاثہٕ کین شأہدن نِشہِ بیا اکھ
اکھ دلیل اَخذ کٔرمٕژ۔ یَتھ دلیلہ ہاجرہ نِس موتس سیٚتھ نہٕ صرف
واٹھ آسُن گژھِہ، بلکہ چھہ بے شک یأ ٹھی تہٕ مُثا کارٕ یأ ٹھی
واٹھ!"

وکیلن کٔر ژھوپہٕ پیٚش! اَتھ کاہ ہیو کوٚڈُن۔ دَم سنبولُن تہٕ
ڈیکس ووٚتھرِ من اأرکھ۔ جج تہٕ تماشہٕ گیر چھہِ سأری مُضطرب

پأٹھۍ وُچھان زِ آیا یہِ دلیل یوسہٕ وکیلن اخذ کرٕمژ چھےٚ، سۄ دلیل کیاہ سنا چھےٚ؟ سیٚج چھےٚ مِثلہِ ژھانٛڈ دِوان۔ استغاثُک وکیل چھُ وکیل صفائی سٕندِ ن چیٖزن کنُ وُچھان، شاید کیٚہ وکیل صاحب ما کڈِہ کانٛہہ دلیل چیٖزہ منٛز یہِ۔ یِیلہِ ججس اضطراب ہُریاو تہٕ تمۍ کوٚر وکیلس اشارٕ زِ سہ کرِ بحث پنٕنۍ بیٖیہِ جاری۔

وکیل صاحب لوٚگ وننہِ :-

"جناب! اتھ دلیلہِ تہٕ چھےٚ کینٛہہ لنجہٕ۔ گوڈنیچ لنٛڈ چھےٚ زِ ہا ہرس چھُ سٹرۍ لازی پیٚٹھے بشیرن محبت اوس مُت۔ لگ بھگ ہاکی وُمرٕ آسنہٕ کنہِ چھہ یم گیندن بأجۍ تہٕ آسی ہیتۍ۔ جوانی منٛز پوٚد تراوان تراوٲنی چھُ یمو سٹرۍ لازی ہنٛزو شرۍ باشوشوٚ عورلوٚب مُت۔ تموٚ گیندن باجہٕ چھےٚ اکھ اکھ سٕنزٕ زِندگی لوج تہٕ رفیق بنہٕ نکۍ وعدٕ اقرار کوٚرمُت۔ امہِ آشہٕ تہٕ دو میژ سیتۍ چھُ یہندٕ آثارک تہٕ دردِک نار رژھہ کھوٚ تہٕ رژھہ تیز لوٚمُت! اکھ اکھ سٕنٛد لول چھُ یہندِ ن دِلن منٛز مرژ بنیامُت۔ تُلکہِ زندگی ہٕندہِ سفرُک مُنزلِ مقصوٗد!

دوٚیم لنٛڈ چھےٚ امہِ لوچ تتیتھ شروع گژھان نیتیتھ ہُرہُو ژُگیہ کیا انۍ چھےٚ اُنۍ میٹھ وازہ مرژ چھےٚ۔ بشیرس

ہیٚژن بٔڈین گھرن منٛز کیتھٕ پٔنٕہ۔ تِمَو کٔر شاید ڈرایکٹ پاٹھی یا
بیٚیَن ہیٚندِ ذٔرِیہ یہ مٲلُس مٲجہ ہاجرہَس سیٚتھٕ پننہِ لوٚلچ یاد کھٕ۔
ییٚمہِ چیزن اَتھی گھر کو ناراض کٔرِتھ مٔتھ چھہ۔ تہٕ بشیرس چھہ ہاجرَس
سیٚتہِ ملہ ژارُسپدہٕ نٕس گھرہ کیٚن ہُند انکار وُتھ مٔت!

"اَتھ چھہٕ لازِم زہ بٔ کرہ یمین دۄن ہیٚندِ سماجی
حالکٕ تہٕ ہِنا تصویر پیش۔ ہاجرہ چھےٚ اکھ موٗلی گھرچ درمیانی
طبقچ پٔرمژ تہٕ چھےٚ مژ کوٗر۔ پننہِ غریبی منٛز تہٕ چھےٚ مٲلہِ پننہِ مقدورہ
مُطابق خانہٕ ماجرہ رٔچھمژ۔ اکہِ موٗلی گھرچ کوٗر آسنہٕ باوجود
چھےٚ ہاجرہ وارِیاہ ذہین آسمژ۔ بشیرہ چھہ اکہِ بٔڈہ پیرہ خاندانُک
کٔرٕ کٔر۔ خاندانی طور چھہ یم پیر۔ مگر اکھ زہ پیرہ وٲنِک تجارت
کران۔ بشیرہ تہٕ چھہ مٲلِس دۄن کوٗرن منٛز اَکھ نیٚچُو۔ بشیرُن
مول چھہ شہرُک بوٚڈ اکھ رٔیس تہٕ سرمایہ دار۔ بشیرہ تہٕ چھہ
انجینیری ہیٚندِس بٔڈِس عہدس پیٹھ۔ یتہٕ عہدس سائنس متصوٗبہ
بندی ہیٚندِس سوزنہٕ سندِس وقتس منٛز زیادہ قدر و قیمت
چھےٚ۔ امہِ خاندانُک رسم چھہ وارِیاہ کالہ پیٹھہ کوٗرہ مالیٚن درج
دالنہٕ روٗدمُت۔ بلکہ چھہ بشیرنی مٲلی پانٛژ تہٕ دۄن ژٕا امہ تریٚن
بچہ بخشائشہِ دِژہ مژہ تہٕ یہ سارے کٔر آسی بشیرنی۔

اُشنے ناو دوہ فی بشتپرن کھانُدر کرِتھ پوٗرہ کرِ فی تژھان۔ موٹر تہ بنگلہ اوس بشیرہ نہون پدِ بن لیکھیمت۔ اگر بشیرس پیہہ ہاجرس سیٹھہ بلہ وَن کرِہ تہ تتھ ہیوٗر تس اندر اُمن یمین سارہ ہے دوہ میدان لوٗتہ کرِ فی۔ اکرِ لوکٹہ خاندانچ موٗمولی ہاجرہ حاصل کرہ تہ بابت پیژ قوم بانی دِفی ـــــــــ خاندانی غورورس رَب کرِ فی ـــــ بجبن بجبن بخشائی ین لوٗتہ کرِ فی تہ تھدِ بن عوہدہ دار ہنز پاسے بوسی ترأوِتھ، لوکٹن موٗمولی شخصن ہُند داسں رٹن اوس بے شک پھیرِہ واُلس "پیر صابس"، کیتھ سیٹھاہ درٛوگ سودا ـــــــــ تس پیر صابس پھیرِ واُلس ـــ یُیمو ہاثرٛ نہ ہُند دوہ رُل اسرِ نہ قصابہ، جبہ خوٗلوٗ نہ ہُند تاریخی تاج بناوِتھ تس) امریکی جو سوس فرہنگس لچھس ڈالرس $ 100,000) کُمت چھ۔ یمیہ جو سوٗسن جرمنس ہیوس بڈس ٹکس ایٹم بم بناونگ راز جوسوٗسی کرِتھ ژوٗرِہ نیوٗمت چھ۔ امہ پایہ کس چالاک پھیرہ واُلس ہیکہ ہی نہ بشیرہ نہ لوٗرِ سادہ گی، اما رِچ نیک نیّتی تہ خولوٗ صیح پرژھ ہرگز تہ کانہہ فریب دِتھ۔ سانس شہرس اندر چھ خاندانی عظمت خاص کر تہ مِعاری گرِ سیٹھہ بننہ پوان۔ یا تہ گرژھ کُنہ خاندانس تجارتہ

چھِ فن کأرۍ منز یژھے چالاکی ہنز تأریخ آسنہٕ۔ نتہٕ گژھہٕ امہٕ
بڈِ خاندانکو کأنسہِ بڈی بابن کیٛنہٕ خاص قومی جدّوجہدہ وِزِ
قومہٕ کین مُخالِف دَربن سیٛتھ اَکھ واس کرِتھ قومی مفادَن
ناش کورمُت آسُن تہٕ یمہٕ نِے صورتن اندر ہیٛکو اُکِس خاندانس
بوٚڈ خاندان ناو کرِتھ۔ نتہٕ گژھہٕ اَکھ خاندانَس کانٛہہ اَیژ میٛز
تیٛتھ تأریخ آسُن، یَتھ منز تِم ہیٛکن کام یاب پأٹھی لوٗکن
ہأوِتھ زِ تِم کیاہ چھِ بڑ اصلی کأشرۍ۔ یا چھِ چنگیزی نسل نتہٕ
چھِ ابوٗجہلی اَولاد ــــــــ یا چھِ مازندرانکو لوٗٹر
نتہٕ چھِ نجدہ وَنکو ڈاکوٗ ــــــــ بس یژھہ کانٛہہ سند آسہٕ، سُہ
چھُ بوٚڈ خاندان تہٕ تِمس مُقابلہٕ یُس کأشُر تہٕ خالِص کأشر خوٗن
رگن منز ــــــــ موجِ کشیرِ ہُند اَولاد آسُن فخر آسیس سُہ
گوٚو کم ذات یا غأر خاندأنی فرد ــــــــ غرض بشیر صابَس بابہ
لالس آسہٕ خاندأنی لحاظہٕ یمہٕ ترییشوٚے سندات حأصِل ــــــــ
سُہ اوس بڈی بابہٕ سندِ یِتھہٕ چالاک پھیرِ وول ــــــــ قندِ
کأرۍ سماوار، زآرِ روٗسہٕ سند سماوار بنأوِتھ سایہٕ بُدبس
تِمس پھیرکاوَن وول خاندان ــــــــ امہٕ خاندانٕچ رِوایت
اُسہٕ ہر وِزِ دخت کِس حأکِس پوٗزا کرٕنۍ۔ تامہٕ سُہ ظالِم آسہٕ

یارحم دِل ـــــ خاہ تَس ساٗرِے کٔشیرِ کوٗنہٕ برخلاف آسہِ ہا ـــــ
ہیتھِے پاٹھۍ اوس پیر صاٮ۪بَس یہِ خبط تہٕ زِہ تِہندۍ اسلاف کیاہ
چھہ طوٗرانہٕ بیٹھہ کٔشیرِ منٛز حکومت کرِہ نہٕ آہتی۔ اگرچہ کأشرِس
تأریخس اندر چھینہٕ کانٛہہ تِہ دوٗر موجوٗد، یتھ اندر کٔشیرِ بیٹھ
طوٗرأنۍ حکومت آسَس منٛز چھیٚ۔ غرض جناب چھُم لۍ زِہ بٔشیرِ نَس
خاندانس اوس مکمّل عظمت ہُند دعوا۔ اَمہِ برعکس اوس مُلِزم
عمر لالہٕ کأشُر سادہ دُکان دار اکھ۔ اُمِس نہٕ اوس ایرأنۍ آسہ
نَک دعوا نہٕ تو رأنۍ ـــــ نہٕ اوس اُمی زاہ سُتۍ نہٕ قصابَس لچھس
کُنمُت۔ تہٕ نہٕ اوس کُنہِ حکوٗمَتہٕ خاہ مخاہ بیٹھ درِ رُوٗد مُت۔ بلکہِ
اوس ہر وِزِہ اُہندۍ ناکِلتہِ تہٕ اُمی تہٕ قومی جدّو جہدس منٛز
حِصہ نیوٗمُت۔ توٚے اُسۍ اُمِس رٕنٛزِہ پاٹھۍ خاندأنۍ ہمایہِ
عمر مثأنۍ تہِ وَنان ـــــ

اَتھہِ خاندأنۍ تفاوتَس تہٕ معاشی فرقَس وَجہہَس بیٹھہ
چھِہ شاید بٔشیرِ نبو گھرِ والہ بٔشیرِس تہٕ ہاجرِس ازلہٕ باج بہٕ
تَس مُلکے اِنکار کوٗرمُت! تہٕ اَتھہِ برعکس چھُکھہ بٔشیرُن تقدیر
کُنہِ حسب منشا جایہِ واتُن آخری فأصلہِ نیوٗمُت!
نیٖہہ نتیجہ چھِوا کَنہِ منٛزہٕ لأنۍمی طور نیران زِہ وہ میدان

تہٕ آسٕنس بیٚتھ پٲٹھۍ ناکٕس سپدُن چھُ ہاجرن برداشت کرُن سیٚٹھاہ مُشکل
تہٕ نامُمکن زِون مُت تہٕ توٚے چھُ تمہِ یُتھ بیمہ ہوٚتھ پوٚد تُل مُت !
یہٕ تہٕ چھُ مُمکن (یہٕ کینٛشہاہ ہاجرہ ہِنٛز چیٚٹھ منزہ باسان چھُم) زہٕ بشیرہ
ماآسہِ ہی نہٕ خاندانہٕ کِس اکہ فاصلس سیٚتی اِتفاق تھوان تہٕ خاندانہٕ
کِس اکھ فاصلس لِنٛش ماآسہِ ہی بشیرہ سٕمکارٕ تُوٚمہٕ رٕاوان تہٕ ظاہراہ
ماوس ہاجرس اکھ بغاوتس منز بٕنُن شریک بناوُن یژھان۔ تہٕ
ظاہراہ چھُنہٕ ہاجرن امہِ بغاوتُک شریک بنُن موٚن مُت ! نہٕ نانہٕ آسہ
نہٕ کینہہ تہٕ خصوصن کانٛسہ زنانہٕ آسہ نہٕ کینہہ چھُنہٕ تمہِ بیٚنِس ٹاٹھس
یارس تہٕ ٹاکارہ نکار کرِتھ ہیوٚک مُت کینٛہہ۔ اُمہِ حالتن چھِ ہاجرہ
اکِس ذِہنی طلاطُمس اندر آوُرمژ۔ اگر بیٚنِس یارہ سُنٛد وَنُن مانہٕ تہٕ
تتھ صورتس اندر چھُ شاید تمہِ بنُن پان سماجی مجرم ییٚنہٕ نکہ شک
کوٚرمُت - اگر مانہٕ نہٕ تہٕ تتھ صورتس اندر چھُس بشیرس رٕوستے زِندگی
ہُنٛد سرٕوُر آورہ واورِہ کرُن تہٕ یہٕ نہٕ سعہ نژاہ زٕرُوِتھ ہیکِہ ہا !
اُتھ ذِہنی کشمکش اندر چھُ تمہِ تی کوٚرمُت، یہٕ اکثر شریف تہٕ
حساس کورہ کران چھِ۔ - ییمہِ قدمہٕ بار دوٚہنی یہٕ مُلزِم زِ بچور تُلان تہٕ چھُ

"حضورِ والا ! یہٕ میون بیان چھُ اکھ معقول نتیجہ، یُس ہر
کانٛہہ معقول تہٕ عام اِنسان ییمہِ مُقدمچ داستان پٕرِتھ اَخذ کرِہ۔

مگر یَژر چھا یی رٕکنہٕ بیٚیہِ کینٛہہ؟ ہاجرہ نہٕ موتُک وَجاہ چھا یوٗ ہیٚے
رٕکنہٕ بیٚیہِ کینٛہہ؟ میٚہ کتھ نٔتہِ راونہٕ بابت، یہِ یَژر وِرٛژھ نادٕنہٕ خاطرٕ
تہٕ یہِ حقیقت نٮ۪ن کڈنہٕ خاطرٕ اوس پُلیس یہِ فرض گردٕنہٕ پیٹھہٕ وُتھنہٕ
تالِ پیٹھہٕ کھان زِہ تمہِ کرٕ ہن بشیرس تہٕ شکلہ جُوس تہٕ پِرٛژھ
گاٗر۔ یمن دۄن انسانن اگر یَژی پاسٕ پِرٛژھ گاٗر کرٕ نہٕ ییہِ ہا،
تہٕ یِم کھریچ دار شرٛوٗ کٕر تہٕ گنڈ یہن پانے مُژر نہٕ۔ مگر مے لاڈ!
بہٕ وَنہٕ اعتمادہ سان زِہ ستھٕے کانٛہہ وَجاہ یا آمی قسمُک بدل کانٛہہ
وَجاہ چھُ ییمہٕ مُقدمُک پوٗت منظر۔ مُلزم چھُ بے گوناہ! کاش
یمن اَکھن شاہدن ہندِ بدلہ اگر پُولیس صِرف بشیر احمد تہٕ شکلہ
جُو ژھانڈٕے یہِ تہٕ صِرف یمہٕ نے دۄن پرٛژھ گاٗر کرے یہِ تہٕ تیٚلہٕ
آسہِ ہے یقینہٕ سان مُقدمچ نوٗعیتھے بدٕلے مژ!
"جناب! یہِ چھہٕ اکھ بڈ بارہ خامی تہٕ سیٹھاہ بارہ نوقصاہ!
یہِ خامی تہٕ یہِ نوقص دِیہِ فونوٗنن صِرف مُلزِم احمدس فایدہ۔ اِستغاثچ
ہر کانٛہہ خامی چھہٕ صِرف مُلزمس فائیدہ واتناوان تہٕ کہ اِستغاثس
لہاذا کرٕ بہٕ عرض زِہ اَتھ اہم خامی ہُندِس وَجہہ سٕ پیٹھ گژھہِ
مُلزِم باعزت طور بری کرنہٕ یُن!
مے لاڈ! یِتیٚم عرض چھُم زِ ییمہٕ مُقدمچ داستان چھہٕ سیٹھاہ

مشکوک۔ یہ کتھ چھنہ واضح زِ ہاجرہ کمیٔ مار ـــــ تمہٕ موراہ پان
پانہٕ، مالہٕ مأدرا کِنہٕ بیٚیہٕ کأنٛسہ! حالات چھہِ موقول طور یہ شک پأدہ
کران تہٕ شکک فائیدہ چھہٕ قونٛن ملزِمس دِوان!

اِنصاف پرور! یمِن وجوہاتن پیٹھ چھُم اِستدعا زِ ملزِم گژھہ
بے گوناہ قرار دِتھ، باعزت طور رہا کرنہٕ یُن۔ شکریہ!

یُن بحث موکلاوِتھ بیوٚٹھ منشی صاحب ڈیکس سفید رومالہٕ
سیٖتی گمہٕ وۄتھران کُرسی پیٹھ کلہٕ ترأوِتھ پتہ کُن۔ کاڈاہ کڈِتھ کوڈُن
زنگن واشاہ ـــــ زن تہٕ میلہ ہتھاہ کڈِتھ اوس آمت!

جج صابن کر مقدمچ کاروأیی پگاہ پیٹھ ملتوی۔ سرکأری وکیلس
کورُن پگاہ جواب دِنک حکم۔ احمدہ اوس گونگہٕ زٕور۔ اۄن تہٕ چور
ہیوٚ پان لیکھہٕ وان تہٕ پکیہٕ والین پتہٕ پتہٕ پکان ـــــ

---

# باب ۱۷

# تیٚنہٕ

راتکہٕ پاٹھۍ آس عدالت از تِہ لُکو سیٹھاہ بٔرِتھ۔ بروٚنٛٹھہِ کرُسی
لأنہِ پیٹھ أسی صِرف وکیل تہٕ تِہنٛد کُن صِرف تماشہِ گیر تہٕ اخبأری
نُمایندہ۔ سأری أسی سرکأری وکیل سُنٛد جواب بوزنہٕ خأطرٕ بڈٕ
بے تاب باسان۔ یتھے جج عدالتس منٛز ژاو ژھۍ پہ تہٕ پھیرایس تہٕ
سُسرٕ گو سرٕ گیہ بنٛد۔ سرکأری وکیلس اوس برونٛٹھ کنہِ میزس
پیٹھ کتابن ہنٛد انٛبار کھأرِتھ۔ ہتہِ اوس سُہ پنٕنۍ ژھوٹ تہٕ
اتھ کتابن ہنٛزہِ اِستادٕ لبہِ ژھایہِ اوس غأب ہیُو گومُت۔ پننہِ
مِثلہِ اوس بڈٕ غورٕ سان پھیراہ پھیراہ دِوان تہٕ ججہٕ سُنٛد اِشارٕ
لبنۍ یتھے گوہ پاشاہ کرِتھ اِستادٕ ووٚتھِتھ۔ ہتھ ییٚدوے خوشہِ وَن
تہٕ اکِس وَن باسان مگر کلہِ ہیٚن آسِس ونہٹھ لوٚکٹ گوہ کتابہ ہُنٛ

ہش باسان۔ تہ کیاژہ اکہ اکہ اُسس کلہ ہیرہ سأری وال ڈرامتہ۔ قدرہ یُدوے واریاہ ژھوٹ اوس، مگر پوچھ رن تہ وچھ جارن اُس اُہنز شکل وصوُرت ہنا ڈنجہ اُنی مژ۔ کرنیکہ اُہنز اُس ژھرہ گوبچہ ہندی یأ ٹھی گرنہ وُنی تہ اُتھی گرنہ وُنہ آواتہ منز کوز اُمی ہنز بحث شروع :—

تمے لاڈ ! صفائی ہندی فاضل وکیلن کوز ہنز بحث واریاہ زیچھر دِتھ کہنی تام پوُرہ۔ یُدوے کانہہ زیٹھ دلیلاہ تمی بیان کر نہ مگر ژھو چھ کتھ درہ دِتھ زیٹھ راونگ قصب ہو اُمی واریاہ زیادہ۔ یہ بحث بوزنہ میہ تہ سپٹھاہ ہوشہ سان تہ جناب تہ بوزنہ پوُرہ صبرہ سان۔ جناب کرن میہ سیتی پوُرہ اِتفاق زِ اَتھ بحثس اندر اوس واقعاتن سپٹھاہ کم دخل تہ جذباتن واریاہ جاءِ۔ خاطرہ بہ کرہ گوڈہ وکیل صأب نین کینژن ایتراضن جواب دِتھ تہند سأری شک دور تہ تمہ پتہ کرہ تمن کتھن نظر، یمن پیٹھ میانہ مُقدمچ بنیاد چھ۔ یُدوے تمن ٹاکارہ راون صفائی ہندی وکیلن سرپوش تھاونچ واریاہ کوشش کر۔ مگر یہ ٹھان تھوو تلتھ نین چھ میأنی کأم!

اہم تہ ضروری چھ یہ ایتراض دور کرن، یتھ پیٹھ مُنشی

صاٸبن حدِ کھوتہٕ زِیادہ زور دِیت تہٕ جادہ وَرخ عدالتک خرچ
کوٚر۔ یہِ ایتراض چھُہ یہِ زِ پوٗلیس کیازِ کوٚر نہٕ ہاجرہ نِہ لوٗلک
تہٕ عشقہٕ چہِ داستانہِ ہند تحقیقات۔ شاید چھُہ اکھ سیٹھاہ عجیب
فرضاہ اکھ دوٗ نوٚ سائنس پوٗلیس بیہٕ ڈیوان عاید کرہ نہٕ۔ یا نے
لوٗلہٕ چن داستانن ہند تحقیقات کرُن۔ اَتھ بیہٕ ڈیوتاہ آسہٕ نہٕ ییر
تیوٗتاہ چھُہ کم۔ عشق فرماوُن چھُہ نہٕ کانٛہہ تأزیری جرم۔ نہٕ چھُہ یہِ
جُرم وُ نہٕ قونوٗن بناون وآلی ادارن قابلِ دست اندازی پوٗلیس
قرار دِیتمُت۔ پُلیس اوس جُرمُک تحقیقات کرُن۔ سہٕ چھُن جان
پاٗٹھی تہٕ قابل پاٗٹھی کوٚرمُت۔ لِہازا جرِ چہِ داستانہِ اندر لوٗلچ
پُرِٛٹھا ملِہ ناوِنی گوو خاہ مخاہ عدالتک وَرخ ضایہِ کرُن، تُلِہ کہٕ
سادہ واقاتن وَر دِتھ کھُراَنُن۔ جناب ہیکن پانہٕ اندازہ کرِتھ
زِ اَتھ وکیل صاب نہٕ قابلیتہٕ سیتی پاٗدہ سپزِ مژ نام نِہاد لوٗلچ دلیل
کوتاہ واٹھ چھِہ قتلچہِ حقیقژ سیتی تھاوان!
ٹھیا کھ کتھاہ یہِ سہٕ تہٕندی کنہِ توٗ کتھاہ چھِہ، تہٕ یتھ بیہٕ ڈوکیل
صاٸبن جادہ زور دِیت، چھِہ یی زِ مُلزِمس چھُہ پننہِ کورِ ہاجرن
سیٹھاہ امار تہٕ محبت اوس مُت! آٸخر مُلزِم چھُہ ہاجرس ہول
اوس مُت نہٕ ہاجرہ چھِہ مُلزمس کنہِ کوٗر اوس مژ۔ یہِ کیاہ عجیب کتھ

چھہٕ نِہ مُلزِمس کیاہ اوس کورِ ہُندِ زِیادہ محبّت اوس مُت۔ لہٰذا ہیکہٕ
ہی نہٕ مُلزِم کورِ پننہِ زہر دِتھ۔ مگر کیاہ سناپہٕ کیس چھا کانْہہ گوڈنِچ
مِثالاہ اِساسہٕ بُدی کیس چھہٕ یتھۍ زِہ اُکھ ماَلی چھُہ پننِ اولاد کھش
کرِتھ یا زہر دِتھ مور مُت ـــــ اُکھ ہیو چھہٕ پنُنۍ ٹاٹھ آسہِ شینۍ
ہوٚٹھ چیرِتھ گاٹجہ مژ ــــ اُکی وٚمرِ ہُندی یارن چھُہ بنیا کھد دوس
دِکرِ دِتھ لِچھمبہٕ پزی کوٚرمُت ـــــ یتھی ہیترٕ بُدی کیس چھہٕ یژ بتھ
ریٚتہٕ سانین عدالتن منز ضرور موجود آسان۔ جناب! یُہ وَنُن
زِہ اُکس ماَلس کیاہ چھُنہٕ اولادِ سُند محبّت آسان! کانْہہ
ماَلی سنز وأنِج اگر کنہِ کھوتہٕ زیادہ دُر آسہِ، مگر تو تہٕ آسبس
اولادِ سندِ اِتارہ چھِہ دِکرِ اَتھ نِلہِ وٚٹس ہیو سس وَچھس
زٕوٚد کوٚرمُت۔ یہ کتھ وَژھہ ناوِنہٕ عِسحح کرُ نہٕ وکیل صاحبن کانْہہ
نوٚ کتھاہ ثابت کِنہہ۔ مگر واریاہ ہو بالبو چھُنہٕ از تام پننِ اولاد
ماَری متِہ ـــ یہ میٚہ وُنی عرض کوٚر ــ احمدہ چھُنہٕ گوڈنیک انسان، یس
یُتھ اِلزام لگاونہٕ آمُت چھُہ!

"مگر مسٹر ایڈوکیٹ! ووٚن ججن کلہٕ دُچھِن کھوٚد کلہٕ والن۔
"اُکس ماَلِس چھُہ یُتھ سنگین قدم تُلنہِ باپت کانْہہ وَجاہ ضرور
آسان۔ ہتگہٕ منگہٕ چھُنہٕ از تام کاَنُسہِ ماَلی پننۍ اولاداہ ختم کوٚرمُت؟"

"جناب والا! اگر یہ کتھ ثابت آسہ زِ اکی انسانن کیاہ
مارٕ پینٛچ کوٗر یا آشیٚنٛز تہٕ تمہ صوٗرتس اندر یہ کتھ ثابت کرٕنۍ زِ
اُسی کیازِ کوٗر ییٚتھ کار، چھیٚنہٕ استغاثچ کام۔ بلکہ چھُ ملزم سٕنٛز
ڈِیوٗٹی زِ ہ شر کرِ ہ پننہٕ غلطی ہنٛد جواز یا دِہ۔ تاکہ کرِ تس ہیکہٕ سزٕ ہس
اندر کمی سپدتھ۔ اگر صفائی ہنٛز یہ خامی تہٕ کمزوری دوٗر کرِ تہٕ
استغاثہ کرِ ملزم سٕنٛزِ حقُ جواز یا دِہ، تمہ صوٗرتس منٛز دٔنو
تحقیقات کرن واجنہٕ اَیِنسی نابہ رتہٕ ناقابل!"
"مگر وکیل صاب! اَتھ صوٗرتس اندر چھُ منوّروری زِ یہ کتھ
گژھِ ثابت آسنٕ زِ موٗدمُت کیاہ چھُ صرف ملزِمن موٗرمُت۔
ورنہٕ چھُ یہ اکھ اہم نوقص اکھ!"
جناب والا! یِی چھُس بہٕ ثابت کران زِ ملزِمن کیاہ مارٕ ہا میرہ!
تہٕ سپدِ ہیٚا نہٕ بحث کہ دوٚیمہ حصہ منٛز صاف۔ فِلحال چھُس بہٕ
صرف دوٚیمہ طرفکس ایتراضس جواب دِوان ——
وکیل صاعبن یہ ایتراض زِ بشیر احمد تہٕ شکر جوٗ
وہ نفر رٕد
کیازِ چھِنہٕ گواہ تھاوِنہٕ آمتی! چونکہ تِمن دوشونی چھِ نہٕ واقعہٕ پیچ
زانہٕ تہٕ خبر اُس ہرتہٕ نہٕ چھِ تم ہاجرہ نہٕ ممرن دوہ ہرتمہ اُسی ہتی!
بلکہ تم دوشونٛی چھِ تم دوہ ڈل ساعس آسان گاعتی۔ اَتھ

صوٗرتس منٛزیم زٕ گواہ بناوٕنی اوس بے مقصد تہٕ بے سوٗد۔ ہرگاہ دوٕنی تِم
مُلزِمہ سنٛز بے گوناہی ثابت ہیٚکہ ہن کرِتھ تتھ صوٗرتس اندر پیٚیہ ہا مُلزِمس
یِم دوٗشہٕ دِٕسے صفائی منٛز گواہ پیش کرنی ۔ اگر صفائی ہُند حق ——
سُہ مُقدّس حق، یُس قونوٗنن مُلزِمس دِیُت مُت اوس، مُلزِمن پانہٕ ضایہٕ
کوٗر، تمیُک نتیجہ چھُ مُلزِمس خلاف نہ کہ استغاثس خلاف۔

بیاکھ اکھ نوقطہٕ یتھ پیٹھ وکیل صاٲبن وارِیاہ زور دیُتمُت چھُ شاید
وکیل صاٲبس محض دھوکہ۔ یہ نوقطہٕ چھُ نشکُک فاٲیدہ حاصل کرِتھ مُلزِم
بے گوناہ قرار دِیاوُن۔ یہندی کِنہٕ چھُ واقاتن اندر یہ شک پاٲدہ سپدان
زِ ہاجرہ چھا دوٕنی آمژ کٕنہٕ تمہِ چھےٚ خودکشی کٔرمژ۔ یہ غاہ مناکھ نوقطہٕ
پاٲدہ کرُن گوٚو واقعاتن نِش اچھو ٹوٚرہ نَس برابر۔ امہِ نوقطُک
شرح کرِتھ سوٗ اصلیت، یُس بہٕ عدالتس نِش بیان کرہ ——

پُلیسن یِم وارِیاہ چیز ضبط کرِتھ ہیتی چھےٚ، تِمن منٛز چھُ مُلزِمہ سنٛز
صدری —— سبز رنگہٕ رِکھل کشمیرِچ صدری —— یوٚسہ بروٗے
فردِ ضبطی نمبر زہٕ (۲) ضبط کرِتھ آمژ چھےٚ۔ میٚہ چھُ افسوس زِ اَتھ
فردِ ضبطی کُن کوٗر نہٕ فاضل وکیل صاٲبن ذٕہوُر اِشارہ تہٕ۔ یہ پُر اسرار
خاموشی چھےٚ یی مانِنے کھوان زِ صفائی ہٕندِس وکیلس چھےٚ تِمن واقاتن
پیٹھ کانْہہ اعتراض یِم امہِ فردِ ضبطی منٛزٕ ثابت سپدان چھےٚ تعائد

اَمہِ صندوٗقہٕ منٛزٕ اکھ بٹوٕہ دۆن شاہدن شمبھوٗ ناتھس تہٕ سُلہ جوٗس
سِتھی کڈنہٕ آمُت۔ یِمو نیے دۆن شاہدن کتھی چھہِ اَمہِ بٹوٕہ منٛزٕ اکھ کُنٛجی
انگریزی کاغذس منٛز بند کٔرِتھ دِرامٕژ۔ یہِ چھہِ لوکُٹ دُوا پوٗرٕ
ہِش آسان۔ یہِ پوٗری چھہِ بروٗے فردِ ضبطی ژوٗر ضبط کرنہٕ آمٕژ۔
تہٕ وُنی کینس چھہِ عدالتُکِس مال خانس اندر موجوٗد۔ جناب اَتھ پوٗرِ
منٛز کیاہ چھُہ؟ شاید چھہِ وکیل صاحبن اَتھ پیٹھ تہِ اَچھ ٹوٗرمٕژ!
یہِ چھہُ سَنکھیاہ۔ ورنہٕ صرف اکھ ایٹھو دانہٕ۔ اَتھ زہرس چھُہ پوٗرٕ ثبوت
کرنہٕ آمُت تہٕ ڈاکٹری رایہِ مُطابق چھہِ اَمی قسمُک زہر ہا جوٗ
نِس بدنس منٛز واتنا دنہٕ آمُت۔ تہٕ کم سے کم چھُہ اِیٹھو دانہٕ زہر
تِس شروٗپ مُت!

مُلزِمن چھہِ یہِ زہر صرف یانٛژھ دوہ واقعہ سپدنہٕ برونٛہہ مُلی
ہیوٚتھ مُت تہٕ صرف کُل اکھ تولہٕ مُلی ہیوٚتھ مُت۔ یہِ کتھ تہِ چھہِ تمی
پاکٹہٕ پیٹھٕ ثابت سپدان۔ یُس پاکٹ مُلزِمہ سنٛزٕ اَمی صندوٗقہٕ منٛزٕ
اَنٛدرِمہِ چندہ منٛزٕ یِمو نیے دۆن شاہدن کتھی ڈرامُت چھُہ۔ یہِ پاکٹ
تہِ چھہِ بروٗے فردِ ضبطی یانٛژھ ضبط کرنہٕ آمُت تہٕ وُنی کینن تہِ چھُہ
مِثلِہ منٛز موجوٗد۔ یہِ کتھ چھہِ ویٛژھِ ناونس لایق زِ مُلزِمس چھُہ عادت
اوسمُت زِ یہِ کانٛھہ چیز یُس سہ گرہ خاطرہ ہیوان چھُہ اوس مُت،

سہٕ اوس سہٕ آتھ پاکِٹس پیٹھ درج کران۔ کیازِ اوس درج کران،
تااین کِہ یِگاہ ہرگاہ شرٛیکس سیتی سُلہِ ووتھہِ ہس تہٕ سہٕ ہیکہِ ہا
پَنُن حِساب وامنیح پاٹھو پیش کٔرِتھ۔ یہِ تشریح چھےٚ شمبھو ناتھ گواہ
کران۔ غرض، آتھ پاکِٹکِس وُہمِس٢ ورقس پیٹھ چھےٚ مُلزِمہ سٕندِ آتھہِ
اُڑہ گُرٛی مٔڈہ گرٛہٕ فارٕسی دُکان دَرانہٕ زبأنی اندر نوٚم لفظ درج :—
"خریدی دَوا ایک تولہ برائے موش... ..." یہِ زہرٕ یُس ہاجرس
وراتِنا ونہٕ آمُت چھُ، چھُ گگر زہر۔ یِمہ عُرفِ عامس منٛز ساری گگر
دَوا وَنان چھِ۔ لہٰذا چھُ یہِ صِرف یُس ہے گگر دَوا، بیٚیہِ چھُنہٕ کانٛہہ دَوا
تہِ —— یہِ اندراج چھُ یہِن ترِ ہاوان زِ پانٛژھ دوہ برونٛٹھ چھُ
مُلزِمن قتل کرِنہٕ نَمُک پلان تیار کوٚرمُت۔ کیازِ پانٛژھ دوہ برونٛٹھ
چھُن یہِ زہر صِرف واحِد گگرہ سٕندِ خاطرٕ ٹُلِ ہیوٚتھمُت۔ سہٕ واحِد
گگر چھُ ساہِبرٕ۔ ہرگاہ زَن مُلزِمن یہِ دَوا گگر مارنہٕ خاطرٕ ہیوٚتھمُت
آسِہ ہَن، تیتھ صورتس اندر آسِہ ہا تِمو "برائے موش ہا" لیوٚکھمُت۔
چونکہ تس چھےٚ گھرس منٛز اَکُے گگر اوس مُت، تہٕ صِرف چھُن تہندی
خاطرٕ ٹُلِ ہیوٚتھمُت تہٕ تی چھُن دیانت دأری سان نوٹ تہِ کوٚرمُت
آتھہ میأنِس اِستدلالس چھےٚ زینہٕ، فاطمہٕ تہٕ عشس دِبد گواہ تائید
کران۔ تِم چھِ وونان زِ تِمن نشہِ یا کأنٛسہِ مُلزِمہ دأرِس نشہِ چھےٚ

نہٕ ازتام ہاجرن یا احمدن نزاہ ترِ شکایت کرٕمژ زِ یم کیاہ اُسی گگرٕ د
تنگ اَنی میتو۔ اُتھی صوٗرتس اندر چھِ گگر مارہ نکو زہریلہ دَوا گھرس
منٛز اَنٕ نہٕ یِوان۔ یِیلہِ کُنہٕ گھرس گگر حدٕ کھوٚ ترٕ جادٕ تنگ کران
چھِ۔ ترٕ اَمہِ تنگی ہُند چھُ ساٗنِس ماحولس اندر ہمسایہِ گی اندر باضابطہ
ڈھنڈورہٕ آسان دِنہٕ آمُت!
,, مگر وکیل صاحب! تہُند استدلال چھُ اسنَس لایق۔ کانٛہہ اِنسان
چھُنہٕ ڈھنڈورہٕ دِوان زِ تمِن کیاہ چھِ گگرٕ بَل کھیوان۔ بیٚیہ چھُ یہِ
مُمکِن زِ یہِ دوا آسہِ ہاواننہٕ خاطرٕ تِمی ہیٚنہٕ آمُت!"
"جناب! اگر نرٕن احمدن یہِ دَوا وانہٕ باپت تِمی آسہِ ہا ہیٚوٚت مُت
تیٚیلہِ آسہِ ہا مُشترکہِ حساب کھاتس درج۔ خاۄر، جناب! میوٚن مقصد
چھُ زِ یہِ زہر چھُ صِرف مُلزمن ہاجرس واتناونہٕ خاطرٕ تِمی ہیٚوٚتمُت
یہِ صَدرٕی چھِ پُلسن واترٕ وُنیُے تِمی کُٹھِ منٛزٕ ضبط کرٕمژ، ییٚتہ کُٹھس
منٛز ہاجرہ ہُوٚمژ اُس! باسان چھُ زِ زہر واتناونہٕ کام انجام
دِتھ چھِ مُلزمِس یہِ صَدرٕی اَتھہ کُٹھی ہے منٛز مُشتبہٕ گامژ۔ یا چھَن
پاتےَ اَتھ ترٕ اوٚمژ۔ یُتےَ اوت نہٕ، بلکہِ امہِ کھوٚ ترٕ کیاہ ثبوٗت
گوٚڑ ہٕ آسُن زِ ترٕیہٕ گواہ چھِ اَکی زیٚوِ دنان زہ واقعہٕ دوہ
کالہٕ اُس یہِ صَدرٕی مُلزمس نالی۔ بلکہِ چھُ شمبھو ناتھ گواہ دَنان

"... میٚ چھُ خیال زِ یِیلِہ بُہ اَوٚہنٛد گھرٕ ژاس، یِہ صَدٕرٕ ہوا ٹس تہٕ وَختہٕ اُمنٛدِ ہیٚ کٔمٕسس منٛز بَرٕ سوٚد اَویزان ... "

سلام جُو چھُ وَنان "... ... واقعہ بروٚنٛٹھ رٔنٛز کھنٛڈ پیٚٹھ اوس اَحدٕ یِہ ہیٚ صدرٕ ہ لاگان ... "

بِلجِ کٕر چھِ وَشمبھو ناتھ وَنان زِ "... ... یِہ بُڈٕ لٕس اَمِ صدرٕ منٛزٕ دُرامت چھُ ــــ چھُ مےٚ پےٚ رُیٚس دِلکرٕ اَو نمت۔ تہٕ مُلزِمس دیُت مُت!"

پَرِتھ نٔتہٕ، ناکارٕ تہٕ وانٛح حقیقتٕ پتہٕ تہٕ اگر کانٛہہ وَنہٕ زِ پولیٚسک تحقیقات کیاہ چھُ ناقص یا واقعاتن اندر کیاہ چھُ کانٛہہ شک یا تضاد، یِہ گوٚو دوٚیمہِ کٔس نٔتس تہٕ تٔمِس تاپس وَنُن زِ تاپھے چھُنہٕ۔ تتھ وَنُن خودغرضی یا خود فریبی! اگر زَنان کانٛہہ اِستغاثہ چھِ دلیلہِ منٛز کانٛہہ شک۔ مگر مو قوٗل شک ہیٚ وِہتھ ہیٚکیاہ کانٛہہ توٗقصان نوٚن کٔرِتھ، لٕس عقلہِ پٔزی پاٹھۍ دِیٚتھ۔ بہٕ چھُس وٕ توٗ قہ سان وَنان زِ بُہ آسہٕ مُلزِمہ سنٛز بے گوناہی مانن دوٚل گوٚڈ نیک شخص تُیلِہ ــــ بلکہ گو جذبات ــــ تم چھِ ہر کانٛسہٕ، لٕس لرٕ کانٛہن منٛز دُبراے کٔرتھ وُن دِل آسہٕ ــــ مگر تمن جذباتن چھُ نہٕ حقیقتس پیٚٹھ کانٛہہ نہٕ

یہن آو زور دِنہٕ زِ تتھ کُٹھس اُس ہانکل اَندری دِتھ۔
پیتہِ ہاجرن پتھ نیٚنہِ تہٕ اوٚمُت اُس۔ یہِ کتھ چھےٚ دُرست۔ یہِ تہٕ
مانہٕ بہٕ زِ یہِ ہانکل ہیٚکہِ ہی نہٕ نیٚبرِ یِم کانٛہہ شخص دِتھ، بلکہِ
سُے یُس اندر آسہِ ہا ـــــ نہٕ مانہٕ یہِ عقل زِ مُلزِمن کیاہ
کھیٚیاو ہاجرہ زہر تہٕ پتہٕ دٲیاوِن اَندری کنہِ دروازس ہانکل ـــ یہِ
کتھ ویٚژھہ نہٕ زاہ تہٕ عقلہِ تہٕ وَنہٕ بہٕ اَکھ غیر معقول کتھ پیٹھ بھروسہ
کرُن ـــــ مگر حقیقت کیاہ چھےٚ اَدہٕ؟"
جناب والا! مُلزِمہٕ سندہٕ مکانُک نقشہٕ چھُ مِثلہِ اندر موجود
ہاجرہ چھےٚ دوٚیمہِ پورہٕ کِس آنگن طرفکِس کُٹھس اندر شونگتھ
اُس مژ۔ نقشس پیٹھ چھےٚ امہِ کُٹھچ دار ہاوِتھ۔ یہِ دار چھےٚ
آنگنہِ پیٹھہٕ لگ بھگ ڈھاے گز تھزٕ۔ امی دارہِ سیوٚد چھےٚ
گوڈنکِس پورس تہٕ اَکھ دار۔ سارے گواہ تہٕ خاص پاٹھۍ فاطہ چھےٚ
وَنان زِ امہِ دوہہ چھےٚ یمہِ دوشوٚے دارہِ دوشوٚنی پورن
وژھے آسہِ مژہ۔ یہِ تہٕ چھےٚ گواہ وَنان زِ ہرکانٛہہ دِلہِ دوٚر
اِنسان ہیٚکہِ امہِ دارہِ کنہِ وَستھ تہٕ کھسِتھ۔ بلکہ جبال گواہ چھُ
وَنان" ـــــ اَدہٕ! اَپارِ ہیٚکہِ انسان کھسِتھ تہٕ وَستھ تہٕ۔
اَکہِ دوہہ ... گامژ۔ احمدہ اوس وان دٕرامُت۔

امہِ کیٚتھہِ منزٕ گوٚو دٕہ ظاہِر۔ تہٕ دروازس اوس قُفُل۔ مگر یہِ دأر
اُس الہِ غائبہٕ وُڈنہٕ روٗزمژ تہٕ بہٕ کھوٗتُس ایأرٕی ... ... "
"لہاذا اگر ملزِمس رأژٕ ہیٚندِس انہِ گٹِس اندر امہِ کیٚتھہِ
منزٕ نیٚبر نیرُنچ بدل وَتھ اُس، تہٕ سہٕ کیا زِ تلہِ ہے نہٕ تمیک
فائدہ ؟ ... ... تہٕ تمیٚ کوٗر تی، یہِ اکھ چالاک مُجرِم کران چھُ !
دروازس ... ... تھوٗو اَنٛدری ہٲنکل تہٕ پانہٕ ووٚتھ دارِ کنۍ۔ تا این
کہِ یہِ ایتراض گژھہِ ینگاہ پاٚدٕہ، یُس از صفائی ہُندی وکیلن زور
دِتھ وُژھمُت ووٚ۔
یمہٕ کیٚنہہ کتھہٕ عرض کرِتھ کوٚر میٚہ عدالتس نشِن یہِ ثابت زِ عدالت
سیشنن یُس سزا ملزِمس دِیت مٕت چھُ، سہٕ چھُ قوٗنوٗنس تہٕ واقعاتن
مُطأبق حق بجانِب۔ دُرست تہٕ جأیز۔ تتھ اندر مُداخلت کرٕنۍ چھِ نہٕ
کُنہِ صوٗرتس اندر صحی ! یہِ اپیل چھُ بے بنیاد۔ اَتھ دلیلہِ پیٹھ کرٕ
بہٕ یی عرض زِ ملزِمہٕ سنٛز یہِ اپیل گژھہِ خارِج کرٕنہٕ ییِنۍ تہٕ
عدالتِ سیشنک سزا گژھہِ بحال روزٕنۍ تہٕ مانہٕ یِنۍ !
یہِ وَنِتھ بیوٚٹھ سرکأری وکیل بڈٕ اطمینانہٕ سان پنٕنہِ جایہِ پیٹھ،
تماشہٕ گیرن لَجۍ اَنٛدرٕ پھسرٕ اے۔ جَجَن چارٕ بمہٕ تہٕ لوٗکن لَجۍ اُس
بیٚیہِ موہ ہٕرہش۔ اَتھ کارہ ملزِم اوس اُچھن مَنزٕ یا مُرنا وِتھ کیٚتھ تام

# باب ۱۸
# جواب

سرکاری وکیل سُند بحث بوزِتھ گو ویژِرِھ نِسے صفائی ہُندِ وکیل تھوو وُتھِتھ تہِ بحثس کورُن عرض —— " جناب! میہ چھیہ کینہہ کتھن فاضِل سرکاری وکیلس جواب دِنچ ضرورت ۔ یِمن دِژ کلس گِلناہ ہِش تہِ بُتھ پھیرُن مُلزِمہ سُندِس وکیلس کُن ۔ ہُنا ژایہ دِتھ ووننُن اُمِس کُن —— " منشی صاحب گو کرِ تو یِہ چھیہُ جوابہ دِین قونونی حق مگر ہدایت چھُوہ زِہ یہِ حق گوژھ مختصر لفظن اندر سیٹھاہ کم وقتس اندر ادا کرُن —— " یِمہ سُند فرمان اُچھن پیٹھ مانِتھ کور منشی صاحبن پنُن جواب شروع ——

" جناب! کینہہ کتھہ وَنِہ نہ میہ پننِس بحثس اندر زانِتھ مانِتھ یِمہ کتھہ میہ صرف پننہ جوابہ بابت پتہ کُن تھاوِہ ۔ امیک گژھہ نہ

یہٕ مطلب کڈِتھ نیٚرِن نہٕ میہٕ کیاہ چھُنہٕ یِمن کتھن مُتعلق کانٛہہ جواب ترٕ۔
یوٚت تام امرِ صدرہٕ ہُند تولُق چھُ، لیہٕ سہٕ بروٚے فردِ ضبطی نمبر
نرٕ (۲) ضبط کرہ نہٕ آمژ۔ چھِ، یہٕ صدری چھِ تمی کُنٛھِ منزٕ ضبط
گامژ، یتھ منزٕ ہاجرس دٔم اوس شہلاوٗمُت۔ یہٕ کتھ چھِ فردِ ضبطی
ہُندِس مضمونس منزٕ درج تہٕ استغاثہ یانہٕ مانان۔ یہٕ صدری چھِ
بلکُل ہاجرنی ہیٚے قبضس منزٕ اس مژ۔ یہٕ صدری چھِ ہاجرہ نہٕ کُنٛھِ
منزٕ رٹنہٕ آمژ۔ نہٕ کرٕ ملزِمہ سنٛدِہ نالہٕ منزٕ کڈنہٕ آمژ۔ ملزمس
چھِ اکی رنگہٕ اکی کیرہ رچھ نہٕ صدرہٕ آسہٕ مژٕ۔ استغاثہ چھُ یانہٕ
مانان نہٕ چیلہٕ ملزِم یارہ بلہٕ واپس آو۔ تس اس امی رنگہٕ بدی کھل
کشمیرچ صدری نالہ۔ یہٕ کتھ چھِنہٕ چالانہٕ چھ دلیلہ منزٕ کُنہٕ جایہ تہٕ
آمژ نہٕ سوٕ صدری کیاہ کڈ ملزِمن گمرٕ وأتتھ نالہٕ منزٕ نیبرٕ،
نہٕ چھُ کانٛہہ گواہ چالانی یہٕ ونان نہٕ ملزِمن کیاہ کوڈ یارہ بلہٕ واپسی
یتھ کانٛہہ یلہ نالہٕ منزٕ نیبرٕ۔ اگر زنان ملزمس یہٕ صدری تمہ وِزِہ
نالہ اس، ییلہٕ سہٕ گورہ ہنزہ لاشِ نِشہٕ ووت تہٕ یہٕ صدری کیتھہ
پاٹھی وأتژ یتہٕ ہاجرہ نِس کُٹھس منزٕ برہ ہنگہٕ سیوٚد آیہٕ بیٹھ۔
ییلہٕ ہاجرنی لاش وُچھ نہٕ تہٕ گرفتار سپدنس تام ملزم شاہدک
ہُند ... شیٚے آوٕ نہٕ۔ جناب! فاطہ گواہ چھِ میانہٕ

دلیلہٕ تائید نوٚ مَن لفظن اندر دِوان"... ... یہٕ صَدٕرۍ اُس ہاجرہ
نِس کُنٹھِس منٛزٕ بَرٕ ہنگہٕ سیوٚد کیچہٕ اَویزان... ..." جمال
گواہ چھُہ ونان"... ... یہٕ صَدٕرۍ اُس مُلزِمس تمہٕ وِزِ ناٚلۍ ییٚلہٕ
سُہ یارٕ بل وُچھ ییٚہ گژھان تہٕ تمہٕ وِزِ تہٕ ناٚلۍ ییٚلہٕ سُہ یارٕ بلہٕ
ییٚہ واپس ناد دِتھ اوٚن... ... "سلام جوٗ گواہ چھُہ ونان۔
ییٚلہٕ یہٕ اَتھ کُنٹھِس منٛز ژاس، ہاجرٕ نٕ لاشس اُس اَکھ طرف
تہٕ بییہٕ طرفہٕ اوس احمدٕ غُشس منٛز۔ کرُتھ اُسن ژٕٹ مژ تہٕ
صدرٕ اُسی ساڑھی ٹوٚ دِ پھلُو اکہٕ اکہٕ ژھینٛتھ ییتھ ییمتۍ۔ اتھ صدرٕ
تہٕ اُسی اکھ زٕہ ترٕپھو وُتھو مِتۍ... ..." جناب! ییٚلہٕ اُمس
شاہدس صدرٕرۍ عدالت شِناخت کرہٕ نہٕ خاطرٕ ہاوان چھہٕ، تہٕ یہٕ
چھُہ جواب دِوان"... ... یہٕ ہے صَدرٕرۍ اُس احمدس ناٚلۍ..."
مگر جناب ضبط گامژ صدرٕ چھہٕ ساڑھی بٹن اکہٕ اکہٕ لگو تھے...
اتھ چھُنہٕ کانٛہہ چاکھاہ کُنہٕ طرفہٕ تہٕ۔ نہٕ چھُہ کُنہٕ چاکک نشانا موجود
ییم بٹن کتہٕ آسے اَتھ لاگنہٕ، تمہٕ چاک کمۍ قوتہٕ تکی اَکھن کرۍ اتھ
صدرٕ رٕوف ییمن چاکن ہُند، نہٕ نشان تہٕ دوٕنی موجود چھہٕ۔ لہٰذا
چھُہ میون عرض نہٕ صرف قرینِ قیاس، بلکہ روٕپیہٕ منٛزٕ ژٕراہ آنہٕ
دُرست زٕ مُلزِمن چھہٕ اکی کیرٕ چیہٕ اکی رنگہٕ تہٕ اکی سلایہٕ زٕ صدرٕ

شوِہ ناے مٔژہ آسہٕ مٔژہ ۔ یِمن مٔژٕ اَکھ گُلدِمس نالی اُس مٔژ چھہٕ ۔
تہٕ بیاکھ بِلکُل ناجرہ نِس قبضس تہٕ استعمالس منزٕ اُس مٔژ تہٕ تمی
منزٕ چھہٕ یہٕ شنکیاہ دُرامت ! ''

یُس گوٚو تتھ عبارژ پیٹھ سِنکہ دیوار بناوٕن، یوسہٕ عبارت
اَکھ پاکٹس پیٹھ درج چھہٕ ۔ یُہ ووٚنہٕ یِژھن موٗمولی کتھن ورٕ دِتھ
سیٚزرٕ کتھہ ہوٚل مانے کڈٕن گوٚو کرژھ دوٚہ پھن تھف دِنی تہٕ یِژھن
گاسہٕ کرٕ بچن آسرہٕ منگن والی چھہٕ کم زورے آسان، نہ کِہ زور
آور ۔ ایڈوکیٹ جزل چھہٕ لفظِ ''دوٚہس'' شنکیاہ مانے کران ۔
میٚہ چھہٕ نہٕ فکرِ تران زہ آیا یہٕ مانے کٔرِ لوغاتہٕ مُطابق چھہٕ یم اَکھ
لفظس کران ـــــ دَوا گوٚو میرف شہٕ چیز، یُس کانٛہہ دوٗد بلہٕ راونہٕ
باپت استیمال کرہ نہٕ یوان چھہٕ ـــــ دَوا گوٚو نہٕ ہرگز نہی، یُس
زِندگی ختم کران چھہٕ، بیٚیلہِ دَوا زِندہ گیہٕ آسے بخشان چھہٕ ـــــ ''مگر
وکیل صائب ! '' ووٚن اَسہٕ وُنہٕ چانٛسِ بجٕن برٕ نِس اِجلاسس اوٚرہٕ
یور نظراہ دِتھ ـــــ '' زِندگی ہُند دوٗد یُس چیز بلہٕ راوِ، تتھ تہٕ
ہیٚکوٚ دَوا ناو تھاوِتھ ـــــ ! ''

مگر جناب والا ! عدالت ہیٚکہ نہٕ لفظن کانٛہہ بدل مانہٕ تھاوِتھ
یوٚت تام نہٕ یہٕ ثابت گژھہ زِ کانٛہہ لفظ کیاہ چھہٕ بہ حیثیت کوڈ

لفظ بینہٕ کُنہٕ بدل مطلبس منز استعمال کرنہٕ آمُت ۔ مگر اَتھ چالاکس اندر چھُ نہٕ تیٚتھ کانٛہہ ثبوت موجود ۔ دوٚیِم کتھ چھےٚ یہِ زِ مُلزِم چھُنہٕ پوٗرہ پاٹھۍ لیکھت ہیکان ۔ بلکہ چھُ اڈٕرہ گوٗرہ ہٕنٛدٕ گوٗرہ خاندٕ ۔ اَمیُک منز چھےٚ واریاہن جاین غلطی کران ۔ یِم جاین امہِ پاٹھۍ چھےٚ عبارت تہٕ بیٚیہ صاف ننان ہیکہِ ۔ اکٕس جاین چھُ یہِ لفظ " قہوہ " قافہٕ ( ق ) بدلہٕ کیفہٕ ( ک ) سیٖتۍ لیکھان ۔ درگاہ ( گ ) بدلہٕ " غاٹھ " ( غ ) سیٖتۍ لیکھان تہٕ کُنہٕ جایہِ چھُنہٕ غاٹھس ( غ ) ، نوٗنس ( ن ) کھیوٗرسے کران ـــــ ییتھے پاٹھۍ چھُ ییتھ زیرِ بحث عبارتس اندر غاٹھ ( غ ) سیٖتۍ غوٗش لیکھان ۔ گو کہِ لیکھنس چھُس گافہٕ ( گ ) سیٖتۍ اَتھ غاٹھس ( غ ) چھُنہٕ کانٛہہ کھیوٗراہ تہٕ بیٚیہ کُنہٕ ۔ غاٹھہٕ ( غ ) کہِ کو سکر زِ اَنٛد چھہِ پانہٕ واٗنی رٕلیامتۍ تہٕ یہِ چھُ            نصیف دایرہ جایہِ برابر آلہٕ کرنٛڈٕل بنیامُت ۔ قلمس چھےٚ میل ہنا زیادے آمس منز ـــ تہٕ اَتھ آلہٕ کرنٛڈٕلس منز چھےٚ میلہٕ کھیوٗر پیوٗمُت ۔ اَتھ مسخ گامتس غاٹھس ( غ ) چھُ سرکارۍ وکیل صاب " میم " پران ۔ جناب کرن مُلاحظہ تہٕ پانے سیٖدن مُتفق میانہِ کتھہِ سیٖتۍ ۔ چھیکرس چھُم مقصد عرض کرنہٕ تک زِ یہِ چھُنہٕ " موٗش " لفظا کینہہ ، بلکہ " گوٗش " ۔ البتہٕ بجایہِ گاف ( گ ) غاٹھہٕ ( غ ) سیٖتۍ لیوٗکھمُت ۔ گوٗش گو و کن ۔ نہ کہِ گگر ،

کُنہٕ دوٕ فی چھُ امہِ پاکھٕ چھِ عبارژ ہُند مانے صاف تہٕ ٹاکارٕ۔ یانے
غائلہٕ دوا۔۔۔۔۔۔ " نہ کہِ گگر دَوا۔ اتھ میانہِ کتھہِ چھِ عشن دید
گواہ ییمو یاگٹو تائید کران۔ ییٚلہِ یہٕ تَس یمن دوٚن مالی لپہٕ تَرن
ہُنزہٕ مایہِ تہٕ شفقژ بیمہٕ جرح کران چھُس۔ سو چھِ ونان "۔۔۔۔۔
ہاجرس آسہِ اَتہٕ تہٕ وَتہٕ راوان، اگر نراہ احمدس دوٚد اوس آسان
ییٚلہِ احمدس امہِ واقعہ برونٹھ رتھ کھنڈ کنس دوٚن ترین دوہن
دوٚد اوس، ہاجرن آسی ڈوٚنک آرام تہٕ راتھ نیٚندر تراوژ۔۔۔ "
یہِ بیانہٕ چھُ صاف ہاوِتھ دِوان زِ مُلزِمس چھُ کُنہٕ دوٚد
اوسمُت آسان، بلکہِ واقعہ برونٹھ سیٹھاہ کم کال یوٚہے دوٚد
اوس مُت۔ حتاکہِ ونیکتام کورٹس تریٚیہ لٹہِ حوالاٹس منز تہٕ —
بُیاکھ کتھ چھِ یہِ زِ کانٛہہ گگر دَوا چھُنہٕ ییندا ہہ روپیہٕ تولہِ۔ مگر
کَنُک دَوا ہیٚکہِ آسِتھ! اتھ صورتس منز چھِ جناب ایڈوکیٹ
جنرل صابنز دلیل کتھہِ کو تہٕ بناوٕنچ بہترین مِثال!
بُیاکھ اَکھ نوٚ کتھاہ کرٕ فاضِل وکیلن اَند ایجاد۔ یہِ کتھ
چھےنہٕ ییمہِ مِثلہِ منزٕ کُنہِ جایہِ ثابت۔ نہ کانٛہہ گواہ ونان تہٕ نہ
گائنہِ مُلِیہ والی الزام دِنمژ۔ سو کتھ چھِ بقولِ وکیل سرکار
زِ مُلزِم کیاہ دوٚتھ ہاجرس دہر آیہِ اَوِتھ دارِہ کِنہٕ بون۔ یہِ کتھ

چھِنہٕ کیٚنہٕ جوالبس لایق۔ مگر تو تہٕ کرہ بہٕ پہنٛد شک وشُبہ دوٗر۔ یہنٛزی
گواہ عشس دیدٕ چھہٕ وَنان"... یہٕ راتھ دزایہٕ میہٕ پینٛسو... اسہٕ
اٰسی ہیٚرہ لبہٕ نہٕ جاے ژرٕ۔ زولہٕ دزہم نہٕ کرہ نہٕ۔ پتہٕ تچھم وَتھرنی
زُٹھ تہٕ شوٗنجس احمدہ نہٕ لبہٕ سیٚتی آنگنس منٛز ہاجرہ نہٕ کیٚنٛہہ رچھ
دارہِ سیٚود — " پننہٕ نندرہ مُتعلق چھہٕ پلنٕے وَنان"... میہٕ
آیہٕ نہٕ آنگنس منٛز تہٕ زولہٕ۔ تارکھ اٰسس گنٛزران، زن تہٕ وَتھ
پرنس منٛز سُترٕ نہٕ اَنبر اوس... " دارہِ سیٚود چھہٕ اکھ بڈٕ لرٕ
تراٰوِتھ۔ مگر راتی ماتس ہُشارے۔ سو چھہٕ نہٕ امہِ دارہ کیٚنہٕ
کانٛسہِ ہُند کھسُن وَسُن ژیٚنان۔ مگر سرکاری وکیل صاٰب چھہٕ ژور
میل دوٗر پننس بنگلس منٛز ہاورس پیٚٹھ سپرنگ دار پلنگس پیٚٹھ
مخملی بسترس منٛز مزہ نندرہ مُلزمہ سُنٛد دارہ کیٚنہٕ کھسُن وَسُن
پوٚرہ پاٹھی وُچھان — ہاہا..." سارہِ نیہِ آو اَسُن کھنگالہٕ —
جَجَن تہٕ دِژھ رومال جانٹس تہٕ بیٚعولہٕ وُنی وُٹھ لوٗگ موٗرنہٕ۔
ظاہراہ چھہٕ جَجَن ہُنٛدہِ بابت اَسُن گوناہ یا شرم! تیتھے پاٹھی
یتھہٕ پاٹھی اکِس نوجوان حسین ..... موٗنٛڈہ ہُنٛدہِ بابت
کانٛسہِ کیٚن وچھِتھ اَسُن تراوُن وُلامن جلے لتھوِہ نس
برابر چھہٕ ——

موختصر چھُم عرض زِ وکیل صاٲبن یہِ فرماوُن زِ مُلزم کیاہ وَتھ
دارِ کینژ چھِ محض اُہٕندِ گمانن تہٕ قیاس۔ قیاسن تہٕ گمانن پیٹھ چھ
نہٕ لوکھ پھاسہِ کھارنہٕ یوان کینہہ۔ حقیقت چھِ یی زِ دروازہ۔
تہٕ سہ اوس نہٕ ماسوائے ہاجرہ کاٲنسہِ تہٕ بیٚیہِ بند کورمُت!
جناب والا — سرکاری وکیلن کور بحث زِ مُلزمس اوس نہٕ
کانہہ ہیٚنٛڈ ہاجرہ نہٕ تہٕ بشیرہ نِ لولُک تحقیقات کرِن۔ تہٕ کیازِ
تہندی کینژ چھِ یہِ داستانِ محبت۔ یمہٕ قتلچ دلیل نِش الگ، تہٕ
جُدا —— مگر یمن دوٚن داستانن چھُ باہم تعلق یاٲنٛژ وانٛٹھ پیٹھ
یاٲنٛژ اکہٕ نندنہٕ چِھن ستن لیکھن پانہٕ واٲنی وانٛٹھ چھُ۔ یہِ حقیقت
اُس مُلزمس تمی وِزِ معلوم سپُز ہرز زِ اتھ لولس چھُ واٲہس
سیٚتی وانٛٹھ۔ یمہٕ دفعہ تمن ہاجرہ نِ فراکہ منزٕ سو چِٹھ برآمد
گیہِ، یمہِ ہیٚنٛڈِ منز میٚنہ گوڈے ذِکر کُر۔ تہٕ ہاجرہ نہٕ بشیرس سیٚتی
لول اَسنُک واقعہ وُنٛہہ لوو —— یہِ چِٹھی چھِ فردِ ضبطی نمبر (۲) زِ
عبارتس منز درج تہٕ شامل مِثل۔ اگر استغاثن یہِ چِٹھی پرٕ مُژ
آسہِ ہا، تعیلہِ اوس تمن پیٹھ یہِ فرض عاید سیدان زِ تحقیقات
ییہِ کرنہٕ کہِ آیا یہِ کس کتھ اُس تمہِ لیکھمُژ۔ سہ اِنسان نکھ
اُمن تس منوّرن پرٕہ گار کرنی۔ آب آسہِ ہا الگ، وراُمت

تہٕ دِیہِ الگ۔ مگر تمِن اوس مُشکل کتھن سۭتۍ نہٕ ورائے آسان
پاٹھۍ اَکھ جلاّد شِکار گژھان۔ تہٕ زیادٕ کیازِ ژھنڈہِ ہن؟

آخری جواب یِہِم جناب ایڈوکیٹ جنرل صاحب ہنہٕ اَتھ کتھہٕ
دِیُن زِ ملزِمن کیازِ کٔرۍ نہٕ بشیر احمد تہٕ شُکُر جوٗ صفائی ہندۍ
گواہ پیش۔ مگر بہٕ چھُس ونان زِ تمہ آسہ نہٕ ملزِم سُنزٕ صفائی
ہُندۍ گواہ، بلکہ تِم ہیکہ ہن استغاثچ سو خامی پوٗرہ کرِتھ یا نے
قتلُک مقصد س متلق ہیکہ ہن بیان دِتھ۔ ملزِمس چھےٚ نہٕ آسان
پننۍ بے گوناہی ثابت کرٕنۍ، بلکہ چھُ چالانہٕ کرن والین پیٹھ یہ
فرض زِ تِم کرن ملزِم سُند گوناہ کُنہِ شکہ روٚستۍ ثابت۔ اگر
اَتھ ثبوتس منز کانٛہہ شک یا نقص روزِ، سُہ چھُ استغاثہ
کرِ کیٚسک مقام فن!

یہٕ کینژھاہ ایڈوکیٹ جنرل صاحبن یِمو کتھو علاوہ بیان
کوٚر، تمِن پیٹھ مزید بحث کرُن چھُنہٕ میہٕ ضروٗری باسان۔ بہٕ
کرہ مزید ورخ نہٕ ورائے عرض زِ عدالت کرِن پننۍ فاصلہٕ
دِونۍ صادِر!

یہن وٚنتھ بیوٹھ منشی صاحب پننہِ جایہ۔ کلہٕ ترٛوون
اَکھن منز۔ ژان تہٕ کلس پانے لاجن مالش کرٕنۍ۔ پھر اے

شورٕ شہر تہٕ وکہٕ دک گیہٕ شروع۔ اگرچہ جج ؤنہٕ عدالتس منٛز ےٛ ہاہنتھ
چھُہٕ۔ مگر لوٗکھ لگی کھیٚنجو رکھیٚنجو عدالتہٕ منٛزٕ نیٚبر نیرنہٕ۔ زن تہٕ گوٗڑی
گژھَن وارس برَ ووٗتھ ترٛوٗو۔ اکھ چھُہ بٔنِیس پیٹھ دوٗ یُھ تلان تہٕ
بیاکھ چھُہ زنگو تُلی نیران۔ احمدہ چھُہ وکتھ تام سوچس پیٹھ۔ شاید
پننہٕ رُسوائی ہنٛز مقبوٗلیت وُچھتھ دَم پھُٹتھ تہٕ حیٲران۔ ججن کوٗر
عدالت کالہ کیتھ پیٹھ مُلتوی!

---

# باب ۱۹

# نوٚوٕل گتن

ژٕنٛدٕ وارٕ ہُند پراگاش اوس راتھ ہنٛدِ ٹھولہِ چہ کنٛجہ پرا اٹھِتھ
ینہِ نرم نرم تہٕ لوکچہ لوکچہ پکھہٕ نیبر کڑٕ نہٕ ہیوان۔ ہنوژٕ آسس
مشکا تہٕ میچھر۔ ژھوپہٕ اوس کائناتس ژھہ پارِ نال
وٕلمت۔ بانگہ اوس سارِ سے شہرس "اللہ اکبرن" ہُند گرسنہٕ
تُلمُت۔ بُڈی بٹہٕ آسی پاٹھ پران پٔران پربت کُن بانبرِ ہتھو
دوران۔ احمدہ اوس دُنیہِ تہٕ جیلہِ چہ تنگ آنہٕ گٔٹہٕ کوٹھرِ منٛز ہیچہ
وِس بُتھرس بیٹھ ژھری بدنس مژِ کملہِ بیٹھ لر تراوِتھ پھیرناہ پھیرناہ
اوٕرہ یور دِوان —— گاہے دچھن تہٕ گاہے کھوورِ ——
گاہے اوس دٕب شونگان تہٕ گاہے بتھر کنہٕ۔ مگر کُنہِ لرِ اوسُس نہٕ
آرام یوان۔ اکھ نہٕ دولہ تہٕ آسس لٕژ۔ ٹدٕوے نندرِ منٛز ناکام

کوشش کرِہ کرِہ وارِیاہ تھوکمت تہٕ اوس۔ کُنہِ لرِہ اوسُس نہٕ
آرام تہٕ ساری سے پانس آسس عیٖب پاکہٕ ڈگ۔ یہٕ سارِے رات تہٕ
پتھ سے وارِیاہ راتھ آسہٕ آمِس یِمے لرِہ پھِرنی دِوان سور یاہ ہِشرہ تہٕ
اُچھہ بیٚٹھ آسس نہٕ اُچھہ لگمژ۔ یہٕ چھہ یِمے لرِہ پھِرنی دِوان تہٕ جانا
وارِو لوکہٕ راتھ ہندِس بہرہ گژھنس بیٚٹھ ہول گنڈِتھ وَوِہ نک گژھنہٕ
ٹلُن۔ یہٕ چرِیو چرِیو" تہٕ "ٹاوٹاو" اوس احمدس دوان کنن
کھران۔ کلہٕ پیٚٹھی تژادرہ شکھر ہیمتھ ہیٚر امہ کوہ سرہ نیندرِ کھارہٕ
بنیچ ناکام کوشش کرِنی۔ گر نیٚہہ تہٕ نیندرِ چھہ دِلکِس آرامس
وَچھہ کِس تسلیہس تہٕ دِماغکِس اطمینانس پیٚس نہٕ آرام، نہٕ تسلاہ
تہٕ نہٕ اطمینان، تَس نیندرِ تہٕ نیٚہہ کتھ ہ؟ بلیہ تہٕ لاگی احمدن پے
لرِہ پھِرنی دِنی۔ باقے قیدی آسی کھُرہ کھاران تہٕ اُہنزِ کوٹھرِ
ہندِ دروازس گو ویلہ۔ خانکی وردی لاگِتھ تہٕ اکھ باکر ہتھ ہند وارڈر
تہٕ شیخ ہارہ کاٹھی رُتِھس پھشا پھشا دِوان اندر تہٕ بیوٹھ احمدس
لرِہ۔ اُہنزِ پرتہ پے وُنہ احمدہ تھوو تہٕ شاندس کُن تراوِن نبہ شیخس
جاسے۔ احمدہ نین شانن پیٚہہ پسندی یائی ٹھو مٹھہ مٹھہ دِوان وُن
وارڈرن احمدس ـــ "عمہ لالا! ازچھے زیٚہ فاصلہ بوزن۔ وُنہ
آتھاہ بُھتاہ چھلہ کر خوداِیس پنِنس زارہ پارہ۔ دیوہ نہٕ ار

گٔرھی بوٗزِتھ تہٕ آزاد کری!" یہِ نصیحت بوٗزِتھ آو عمہٕ لاسس اوٗش
وَدَن گژھتھ لگیس گژھ ہن۔ تہٕ اُتھی وِزِہ وُنہِ آوازہِ منز دیتُس
جواب ـــــــ "یہِ کینژھا میانِس اَزلس لیکھت چُھ۔ تہٕ چھُس تلان
نہٕ بدلاوِہ تتھ میانِس وکیلہ سُنٛد بحث تہٕ نہٕ میوٚن وقتِ سحرُک
دُعا۔ میہٕ چھُ ووٚنی جان' یہِ بہٕ ویتران چھُس۔ میانی آزادی تہٕ
بڈٕ آزادی چھِ شُلہِ گرِہ موت! یئیتہٕ آزاد گژھتھ بوٚہ گھرہ کرہ
آباد۔ کوٚہ قبیلہ چھُم' لُس اکاربکار یی یم! اکم شٔری مُری چھِم یم میانہِ
چھیوکن بلغار بنہٕ نم! اگر زِن بہٕ رَہا تہٕ گژھہ تہٕ میانی ہاجرہ ما
گژھہ زندہ! میانی سو عوانی ما ییہِ بیئہٕ والیس' لیہِ سہٕ یمو جیلن
ھیئہ ژرائیپ۔ لس میوٚن دُعا چھُ لوٚنہے' ژہٕ تہٕ کرُم آمین زہٕ
بہٕ گوٚژھس پنیتہٕ خانہٕ ماچہٕ ہاجرس نِش جل جل واتُن۔ تہٕ یمہِ
سِتمکہِ سفرُک موٗس نیرِہ ہیم۔ بہٕ پرژھہ ہس' کوٗری کمی دیتے
زہر؟ کمی کھیاوِکھ شنکیاہ؟ کیاہ ژھیٔہ اوشیا پژی یا کھوٚ بشرن
امار؟ میہٕ کیازِہ لوٗتھ نہٕ؟ بہٕ کرہ ہے پالس تہٕ بیٚنس ساری
ہسے قبیلس قبالہ کرِتھ سو آش لوٗرہ ... ... ..." یی ونان
ونان ژھیہِ احمدس وَدَن ٹانگرِ نیرتھ۔ گژھتی اُسس گژھان تہٕ
وارڈرس تہٕ آو زندگی منز گوڈنچہِ لٹہٕ اَکِس قیدی سِنز کتھ بوٗزِتھ

وُدِن تہٕ لوٚت کھوری دٕراو واپس — گاٚنٹہٕ کھنڈ وُدِتھ تہٕ دَم

سنبلاوِتھ چھوٚل احمدن اَتھہٕ بُتھ —

نوٚ ہش آسہٕ مَن بجے مژہ تہٕ یوٚہے وارڈر دٕراو بیٚیہٕ احمدس

نِش۔ بٕہ دٔنٕ کھنڈ لوٚگس احمدہ تیار کرہٕ نَس سیتی۔ تہٕ پانژو

اُٹھو دروازہ کَڈِتھ داتناوُن احمدہ جیلہٕ کِس نیٚبرِمِس آنگنس اندر

بیٚیہٕ گگر ژہل اُہندہٕ غاطرہ پہرہ داران اوس۔ گگر ژہل گاڑہ برِتھ

واتناوُکھ احمدہ برابر عدالتہٕ کِس آنگنس منز۔ تام گیہٕ عدالتہٕ

منزٕ احمداللہ بنام سرکار — ہ کریکھ تہٕ پُلسہ والیو یکہٕ نوٚد

ییہٕ ہوٚمت گژھیو — پُلسہ وألو چھہ زٕہ قدم کَڈِ ان تہٕ احمدہ چھہ

زٕہ قدم پتھ گژھان۔ یتھے پاٚٹھی پیوان۔ وُدہ تھان تہٕ گیران

دٕراو یہٕ عدالتس منز —

ہائی کورٹ صاب اوس خاص اُکِس انداز مس اندر بِہتھ از۔

کرسی پیٚٹھ زنگہ زٕہ وہراوِتھ، اکھ زنگ بیٚیس پیٚٹھ تھاوِتھ

تالوس کُن مُدّے گنڈِتھ زن تہٕ کُنہِ آسمٲنی الہامس پہرہ داران اوس

عدالت آس بٔرِتھ۔ سُٹرن ترٲونَس آس نہٕ جاے۔ یم نہٕ ژاہ

عدالتس کُن لگی منتظر آسی، تِمَن تہٕ آسن از عدالت رنیچ دلہہ

ہش گنڈ مژ !

سارِہ وِے اوس پننہِ پننہِ گاٹہٕ جارہٕ مُطابق پننِس پننِس وٲنِس اندر الگ الگ اکھ فائصلاہ سوٗنچمُت تہٕ تیار تھوٗومُت —

سرکٲری وکیل اوس بڈہٕ اطمینانہٕ سان اودہٕ یوٗر نظراہ تراوان تہٕ لوٗکن ہُنزہٕ بڈہٕ دُنہٕ دِل چسپی ہُند پوٗرہ پوٗرہ جاٗیزہ ہیوان۔ مُلزِمہ سُند وکیل اوس اِضطرابس اندر اُتی نزہٕ تھوٗد تلان تہٕ تراوان۔ اُتی زنگہٕ بیٹھ زنگ کھاران۔ اُتی دستارہ میزس پیٹھ پھیرِتھ تھاوِتھ کلس پھشاہ دِوان تہٕ اُتی دستارہ بیٛیہٕ کلس پیٹھ تھاوان۔ جج صاحب اوس کینہہ کاغذ ورقن، یم ٹائپ کٔرِتھ پانہٕ وٲنی نقل کٔرِتھ آسی، پھیرناہ پھیرناہ دِوان — زنگہٕ شہراوِتھ تہٕ پانس کوٗڈن کوٗب ہیوٗ— یام اُمی یم کاغذ ورق پانس سیتھ پھیراہِ منزٕ پرٕنی لاگو، سارِہ نِیے ہُندِ وٕچھن ہیوٗتن دانہِ موٗنن ہیوٗ گرٛزھن۔ دال درٛیچ ٹاسہِ راے موکلیایہٕ۔ منزٕ دَل تہٕ گوٗو تہٕ توٗلہٕ دَل ہیوٗتن شروع گرٛزھن! اکھ اکِس لرِہ بہتھ چھِہٕ سارٕی پننہِ کھوٗوٕری تہٕ دٕچھنی باجن ہُندہٕ درٛیچ دٕبہٕ راے کنوٗ بوزان۔ تِکن تہٕ سارِہ نِیے حاکمن اتھ فائصلس سیتھ کانُہہ نتہٕ کانُہہ واسطہ اوسا!

"اچھا — سارٕی چھیا حاضر — ؟" زورہٕ سان وٕنِتھ کوٗر

جچھَن لوکن ہُندیٚن وچھِن ہنٛزٕ دُبہ رایہِ بیٚیہِ ترٛہِ ہُرٕبہٕ۔ اورٕ یور
نَظرٕ دِتھ، جواب بوزنہٕ وَدٲسی تھاو جچھَن بیٚیہِ ییٚنہٕ کینہہ جأری
" بٕہ پَرٕ فاصلہٕ، یُس یتھ مُقدمس اندر سیٹھاہ غور کٔرِتھ
دِنہٕ آمُت چھُہٕ ——" سارِنٕی ہنٛزٕ نَظرٕ لیجہِ اُہندِس جاٮٔنٹس کُن
دَرٕہ۔ ترٛہِ اُمی لوگ امہِ کاغذ وَرقہٕ پیٚٹھٕ پَرُن ——
" عدالتن بوٗز دوشہِ وٕنی فاضِل وکیلن ہُند بحث سیٹھاہ
دِلچسپی سان۔ یہِ چھُنہٕ ضروٗری زِ بٕہ پَرٕ مُقدمُک سأری
واقعات ——
" مُلزمہٕ سنٛزٕ صدرٕ ہنٛزٕ زہر بر آمد گژھُن چھُہٕ ثابت!
تہِ ڈاکٹری رپورٹ کِنہٕ چھُہٕ اَمی قسمُک زہر آجرہٕ نِس بدنٕس
منٛز واتناونہٕ آمُت —— یہِ زہر یٚیمہٕ صدرٕ ہنٛزٕ وٕراٮمُت چھُہٕ،
سُہ چھُہٕ مردانہٕ صدری۔ یہٕ سُہ نہٕ ماسواے احمدٕ اُہندِس گرٕس
منٛز کانٛہہ ترِ لاگان اوس! یہِ صدری ہیٚکہِ ہیے نہٕ آجرہٕ لأگِتھ!
مگر یمِن حالاتن اندر چھُنہٕ کانٛہہ اَکھ شک زِ مُلزمہٕ سنٛدین اَتھن
کیاہ چھُنٕہ امہِ خوٗنکی داغ لأگی! اَمی صدرٕ ہنٛزٕ چھُہٕ سُہ
پاکٹ ترِ بر آمد سپُدمُت، یتھ پیٚٹھٕ مُلزم ینٛن حساب کتاب
لیکھان چھُہٕ اوسمُت۔ ہرگاہ زن یہِ پاکٹ امہِ واقعہٕ برٛونٛہہ

قبل کینژہ کال ہاجرس اکھ لوٚگ مٕت آسہٕ ہا، تتھ صورتس اندر آسہٕ
ہا اَتھ ضوٚر رۄد ہاجرہ نہٕ اَتھچ کینژہ نتہٕ کینژہ عبارت درج ۔ یہ چیز
چھُ اَتھ کتھِ زیادہ طاقت دِوان زِ یہ صدری تیمہٕ منزہ یِیہ زہر
دراو، چھِ ملزمہ سندِس استعمالس اندر آس ہٕژ ۔ یُد وے یہ کتھ
ترِ چھِ ثابت زِ ملزمس چھِ یمی رنگہ اکی کیرہ چھِ زِ صدرہ آسہٕ
ہٕژ ۔ اکھ چھس نالی آس ہٕژ، بیاکھ چھ ہاجرہ نِس کُٹھِس منز آس
ہٕژ ۔ مگر آیا یہ زہر چھا ملزمن ییتھ صدرہ منز تھوومُت، کِنہ
ہاجرن ۔ اَتھ متعلق چھےٚ نہٕ کانٛہہ گواہی موجود ۔

یِتھین حالاتن ہنٛزہ موجودگی منز تہٕ چھُ تو تہٕ اکھ اہم سوال
پاٚدہ سپدان زِ آیا کمن حالاتن منز مار ملزمن ہاجرہ ۔ یہندس
لوٚلس، ماہرِ، انکارس تہٕ یُژھ منز کوٚہ زِ زور ژاو زِ ملزم گوو
ہاجرس مارنس پیٹھ مجبور ۔ اگرچہ بڑ ایڈوکیٹ جنرل صاحبہ نِس
خیالس سیتی اتفاق کھوان چھُس زِ ییٚتھ واقعہ ثابت آسہٕ
تَتھ چھُنہ استغاثہٕچ چیٚھو یہ کینژہ ترٕ زِ تِم وِژھہ ناوُن تِم وجوہات
یم دوٚن شخصن ہندین تولقاتن خراب کرہٕنی وجاہ بنیا مٕت
چھِ ۔ مگر یمہٕ مقدمچ حیثیت چھِ بدہٕ لے ۔ ییتھ منز چھےٚ نہٕ کانٛہہ
سیٚدہ سیوٚد شہادت ۔ البتہٕ صرف (Indirect) ورگہٕ

واقعاتی شہادت - امہِ واقعاتی شہادت تٕک اہم جُزٕ و ہیٚکہ ہا واریاہس
حدس تام ہمِن وجوہاتن ہُند ثبوٗت تہٕ بٲنِتھ، یمو وجوہاتو مُلزِم
مُتھ یکھ تہٕ ناکارہ قدم تُلنس پیٚیہ مجبوٗر کوٗرمُت چھُ!

"امیُک چھُ صفاًیی ہٕندِس وکیلس سیٖتی اتفاق زِ یمن وجوہاتن
پیٚٹھ ہیٚکہِ ہے کُنہِ حدس تام بشیرہ تہٕ تہٕ سُلہ جوٗ تہٕ گاہ تہٕ اُوتھ
ہاجرہ نہٕ فِراکہٕ منزٕ ضبط کرہ نہٕ آمژ چِٹھی چھِ بلاشک باٹھو یمہٕ
کتھِ ہُندیٚ دِوان زِ تس چھُ کأنسہِ سیٖتی ضوٗرٕ ضوٗر محبت اوس
مُت - یہِ ضبط گامژ چِٹھ چھ اکس اناڑس تہٕ مأنہِ راوان زِ
امہِ چِٹھِ ہُند مضموٗن چھُ رومانسہِ سیٖتی بریتھ - امہِ منزٕ چھِ ناکام
لوٗیچ ہوے حرفہ حرفہ منزٕ پوان ـــــ لول چھُنہٕ یک طرفہ آسان
بلکہ یہِ لول چھُ دوٗیمس کأنسہِ سیٖتی آسان تہٕ سُے دوٗیم چھُ
اَتھہ لوٗسِس واریاہ شریک اوس مُت - آخر یہِ چِٹھی چھِ ضوٗرٕ ضوٗر کانسہ
ہُندِہ ناوٕ آسمژ - تمو سُند تحقیقات کرُن اوس ضوٗرٕ ضوٗری زِ
آیا سُہ کُوٕ شخص چھُ ـــــ تس پرٕ ژھہ گارٕ کرٕنی آسس ضوٗرٕ ضوٗری!
"ہرگاہ کِہ کانہہ سیٖدہ سیوٗد شہادت موجوٗد چھِ نہٕ زِ چِٹھی
کیاہ چھِ بشیر احمدہ نہٕ ناوٕ آسمژ، مگر ورگہٕ چھِ موجوٗد ـــ یم
واریاہ حدس تام ہاوان چھِ زِ یہِ چِٹھی چھِ بشیرہ نہٕ ناوٕ آسمژ!

”اگرچہ امرِ قسمہ چھِ کینٛہہ خٲمی ییمہٕ چالانَس چھِ دلیلہ منٛزٕ صٲو رٕوٲ
نَنان چھےٚ، مگر تِمہٕ خٲمی چھےٚنہٕ تِژٕھہ خطرناک کینٛہہ زِ یِمہٕ آسہ چالانَس
مُلے مُکھہ دِتھ ہیٚکہ ہَن! مگر یِمہٕ خٲمی چھےٚ تِژٕھہ یِمہٕ وُنی کیٚس تہٕ
دُور کٔرِتھ ہیٚکو۔ سوال چھُ صِرف یُتے زِ یِمہٕ خٲمی وُنی کیٚنس
دُور کرِتھ نہٕ ماکرَن مُلزِمس کانٛہہ ناقابلِ تلافی ناانصٲفی ـــ مگر
سو چھےٚنہٕ پوزیشن کینٛہہ۔ بَلکہ گژِھہ یِمہٕ خٲمی دُور کرنہٕ یِتھٕ
مُلزِمس سیٚتی صِرف انصاف تہٕ خٲلِص انصاف! لہٰذا اَکِتھٕ میٚہ
اَتھی منٛز مُلزِمہ سٔندِ با ییٚتھ انصاف اَتھ یوان زِ بشیر احمدُن
تہٕ شُکہٕ جیوُن بیانہٕ گژِھہ صٲو رٕو ہیٚکنہٕ یُن۔ اَہَندِ بیانہٕ سیٚتی سیدِ
کیٚہن اہم واقعاتن ہُند نیٚبر۔ کم سیٚ کم نَنہٕ سو حقیقت، یُس ایٚتھ
قتلس یوٚت دلیل چھےٚ!

یِمن وجوہاتن پیٹھ تہٕ یِمن حالاتن اندر چھےٚ یہِ عدالت یِتھ
مُقدِمس سیشن عدالتس کُن واپس کران۔ تتھ ماتحت عدالتس
چھےٚ ہدایت دِنہٕ یوان زِ زٕ نُفی شُکہٕ جوٗ تہٕ بشیر احمد گژھن
بطورِ گواہ طلب کرنہٕ یِنۍ۔ عدالتہٕ کیٚن شاہدن ہُندِ حیثیتہٕ گژھِ
یِمن دوشوٕنی ہُند بیانہٕ ہیٚکنہٕ یُن تہٕ دوشوٕنی دِین گژِھہ دوشوٕ
وُنی شاہدن جرح کرنہٕ پوٗرہ آزادی دِنہٕ یِنۍ ــــ

دوہش وَسے دُرہِ گژھن نوٚو ژُنڈر وارِہ داہ بجے دوہ چھ سیشنَس منٛز پیش ۔ فاصلہ آو ملزِمس تہٕ دوٚن وکیلن ہٕنزِہ حاضری منٛز سرِ اجلاس بوزِنہٕ نا وِنہٕ ۔"

یہٕ فاصلہ بوٗزِتھ گیہٕ ساریٖ زن دبنگ ۔ زن تہٕ سارِہ ہنے ہٕنزن وو میذن تہٕ سوچس برخلاف اوس اِخار ، اُڈی اُسی وَنان غزِہ ملزِمہٕ سِندِ وکیلہٕ نِیے زِیُون ۔ اَڈین ہٕنزن نظرن منٛز اُسس یہٕ پُلیس پیچ فتح ۔ مگر ساریٖ اُسی ژھوٚ یہٕ دَم کٔرِتھ پانس سیتی سوچان سوچان راُدی مِتی گومات ہیوٚی نیٖبر نیران ۔ عدالتہٕ کہِ دروازِہ نیٖبر ہٕ اوس عبدالتک غلام گردِش سگریٹ دِہہ سیتی دَلہٕ نہٕ آمت ۔ تہٕ بقولِ شاعر اکرم داُدی لدس

دوٗ ہکہِ چاوِہ سیتی شُلی لوٚس دوہ !

---

# باب (٢٠)

# یَیب

ازۍ اوس سیشن عدالتس اندر چھُہ بیٚٹھی لوکن ہُندی جم گھٹُن عدالتُک
اونگلُ اونگلُ آوُرمت ۔ جوان تہٕ اَسی تہٕ بُڈی تہٕ ۔ پرٕی ہیتی تہٕ ان پرٕہ
تہٕ ۔ امیر تہٕ تہٕ غریب تہٕ ۔ غرض پرٛیتھ کُنہٕ طبقچ نمایندگی اُس پوٗرہ پاٹھۍ ۔
یہٕ حال اوس باوتھ کران زِ کیٛژھا دلچسپی اُس عامس اتھ مُقدمس
سیتی ہُریامژ ۔ دۄہ آسہٕ بجنس تیار ۔ احمدہ تہٕ داتنود حوال دارو پٮ۪ٹھ
گاڑِ اندر عدالتہ کس آنگنس اندر ۔ یم لوکھ عدالتہ کس آنگنس اندر
جمع اُسی تِہنزٕ اُچھ لجہٕ احمدس کُن دَرہ ہِشہٕ ۔ ہر کانٛہہ اوٗنیج اُس
احمدنٕ نشان دِہی کران ۔ اکھ اوس بٔنیس ہاوان تہٕ بیاکھ بٔنیس ۔ زن
تہٕ از کانٛہہ بوٚڑ بارہ لیڈر اوس عدالتس منز قومی مُلزم بنتھ اَمت اوس ۔
اُمیدِس اکس اکس پیٚدس اُسی ساری پننین نظرین منز زٕلن ۔ تہٕ

تولان۔ خبر لۆکن ہنٛزِ امہِ اِشارٕ بازی سیٖتۍ کیازِ اوس احمدہ
پریشان گژھان۔ غوٗصس لایہٕ پوان۔ شرارت اوٚسس ہُران۔
اُہندِ بوٚمہٕ چارٕ و منٛزٕ اُسہٕ نفرتُک دُرۍ یاد پیرٕ وسان تہٕ منٛدٕ چھہ
ہٕنٛدِس اٚرکس اندر اوس گیٖتھی کیٚنہہ دٕم پھٹتھ گژھان۔ اگر پلہٕ ہیٚس
یمن سارِنٕی اوٚنگجن لاگِہا کاژھو تہٕ ژٕٹِتھ ژراوِہ ہیکہہ گانٹِن۔ یمِن
سارِنی نظرن پیٹھ بہیہ ناوِہا پہرٕ۔ یمہٕ تس پیٹھ پوان آسہٕ۔
یمہٕ اوٚنگجہٕ آسہٕ تہٕنٛدِن جذباتن کھوٗلوٗ دِوان تہٕ یمہٕ نظرٕ ——
آسہٕ زہرٕ بٔرِتھ تیرٕ بٕنتھ دٕچِھس تہٕنٛدِس ییٚژٕ پٔریٚن کران۔ یہٕ اوس
عدالتس کُن قدماہ تراوٕن تہٕ واریاہن دولابن اندر پریشان
تام گٔیہٕ ساوِ نچ گنگرا ہِش کٔرٕ تِکہہ: —— سرکار بنام احمد اللہ!
امِ کٔرِ تِکہِ سیتۍ بیو کنن زٕر ہیوٚ۔ یتھے احمدٕ عدالتہ کس ہالس منٛز
ژراو، لۆکن ہنٛدِ جمٕ گنٹہُک حال دُچِھتھ رودُس حالے۔ پانٛژاہ دُہرٕ
گیٖشوم، ڈی نوٹ، تتھ کھر روپہ دار، ڈول سبشن جج اوس
اجلاسس منٛز تھزٕ کُرسی پیٹھ بٔہِتھ چارِتھ کاغذن پھیرٕ ناہ پھیرٕ ناہ
دِوان۔ اُہندِ کلہٕ سیوٚد اوس نژٕ وُن کھنکہٕ واو کران۔ عدالتہ
کِس تھرِس پیٹھ منٛز باگ اوس اکھ میز، یتھ دٕچِھنہٕ کاژٕرٕ ہٕتم قلوٗ
مگر تنو خوٗ بجوان پبلک پرٛانٛزی کیوٗٹ اوس اکس کُرسی پیٹھ تہٕ امِس

مُقابلہ اوس دٕویمہ طرفہٕ مُنشی صاحب، مُلزِمہ سُند وکیل ۔ احدہ اوس
ووفی کھووُرہ اَنٛدہٕ مُلزِم ڈاکس اندر ژٔن تہٕ اَکِس بُھٹھِ مِتِس کٹ پرویا
گٔملس اندر ہیوٚکھ مُت ۔ ژٔرہ رٕیوٚمُت تہٕ یِنہٕ یِنہٕ ہر بامُت سوسن تھراہ
ہیوٚ ۔ اوہ پور نظراہ مٲرِتھ تراٰو جَجَن ڈیکہٕ رِچہٕ وِرٛہہ ہنا تار ڈٕرج
بہَن تہٕ اَمِہ پتہٕ ہیوٚتُن سیٚٹھاہ سُست آوازِ اندر وکیلن کُن
وَنُن ـــــ "ہے کوٚرٕ کرِ حکمہٕ مُطابق چھہ از یَتھ مُقدمس اندر
پٔرھہ گٲر کرہٕ نہٕ بابت ژٔرہ گواہ پیر بشیر احمد تہٕ سُلہٕ جوٗ آہٕ نادٕنہٕ
آمتی ـــ " اَمِہ پتہٕ کوٚرُن اَردلِس کُن بُتھ ـــ "بشیر احمد گواہ
بُلاؤیوٚن سا ! ـــ " ججہ سُند یتیُ وَنُن تہٕ جمع دار گرٛزیاو ـــ "بشیر
احمد گواہ "۔ گرٛزکہ دِوان ۔ تہٕ دٕویمہ گرٛزکہ سیٚتی ژاو اَکھ خوش روے
خوش پوش ، خوش خوے ، شکیل ، ٹلہ دیوٚ ٹھ ، مَس کھٕسہ اَچھ
کٔرِتھ ، واَنہٕ مَتِس کھووُری کَنہٕ سُم کُڈِتھ ، کوٹ پتلوٗن تہٕ ہاٹ
لاگِتھ ، سکاوٹ اندازس منٛز کلہٕ نوٗمراوِتھ بشیر احمد "حاضر جناب !"
گران عدالتس اندر تہٕ سیٚوڈُے ووت اَکہ میزس کُن ہُیس دوٚن
وکیلن منٛز بانگ اوس تہٕ ژٔن تہٕ آو اتھ ژٔرہ نہٕ ہیوٚ ۔ سارِہ
نے ہنٛزہ نٔدرٕ آسہ بشیرس کُن وَرہ لگتھ ۔ مگر بشیرہ اوس بانٛبرٕ یوٚمُت
تہٕ چھینٛدہ رٕیوٚمُت ۔ کشادہٕ سینس اندر آسس ہلاو و اَنٛج دٕبہ

سارے کران ۔ تلوار مارکھ ڈاوی جَن گونٹھ مَن ہیتھ کینہ اُسِس نستہ
خنجر کر نکہ وارِی واو کران ۔ اَکھ واُنکو مستہ چِھ تِمہ اُس آور وآور
ہِش گامُت ۔ زن تہ تیز ہواوس شِنیاہ مَنز دوران دوران اوس
آمُت ۔ اُمِس دوہ دس ہیوٗ مِس موصِم بُتھِس اوسُس گرہ کھہ تہ
گرِہ کو نکہ آیِکُ غوطہ زن لگان ! بنکھ تیز ہوا اوس اُہندِس
پریشان مَتس وارے آورہ واورہ کران ۔ تَمہ پنُکیچ ییٚتھ سردیا
اُسِتھ تہ اُمس اُہندِس ڈیکس کھکو دار پھٹان ۔ زن تہ تا لہ
پیٹھ آیہ نوٹ اوسُس ، یتھ گرا لو سِتی بال بکہ کھان اُسی ۔ یٚیلہ
تہ دوشہ بے اتھس سِتی گمہ دوہ یتھ راٗوی دوہ یتھ راٗوی تہ اُرکھ
ہمیشہ تہ بانبرہ ہوتھ تسا اُمان کوٹھ چندس منز گوڈہ اُکس تہ
پتہ بئیس اَتھ ۔ تو پتہ پیتلون چندن ۔ سارہ نے چندن ژھانڈھ
دِتھ گوو پریشان ۔ مگر یہ ژھرِ ژھرٹ تہ سرکارِی وکیلس فکرہ
تہ تمی دِتہ لس پننہ رومال ۔ ییمہ سِتی گمکو چلہ مونی ناگ دوہ تھر اونہ
لوٗگ ـــــــ

بشیر س کُن نظر پننہ اوِیزان تر اوتھ پتہ ژھ جَن اُمِس :۔

"ناو تہُند ؟"

"جناب ! پیر بشیر احمد ــ"

"بابہِ صائبس ناو ؟"

"جناب ! پیر نورُ الدین !"

"کتہِ چھِوہ روزان ؟"

"جناب ! خاص سرینگر !"

"کأم کیاہ چھِوہ کران ؟"

"جناب ! سرکأرۍ مُلازمت !"

"دأنِس تہِنٛز ؟"

"جناب ! کُنہٕ[29] ترٛہ وٕرۍ !"

یِم جواب اکہِ اکہِ لیٚکھِتھ دِیُت جَجَن شاہدس پوٚز وَنُنک حلف تہٕ احمدس کُن اِشارٕ ہأوِتھ پرٛژھ جَجَن شاہدس — "اچھا ! یہِ مُلزِم زانان ہنا ؟"

مُلزِمس کُن مُدٕ سے بھوٚد تُلنہٕ رُوستے دِیُت بشیرن جواب —

"جناب زانن !"

"اچھا ! اُہنٛز کوٗر ہاجرہ زانان ہنا ؟" اکھ سوالس پیٹھ مأرٕ بشیرن گردن ۔ اَکس نٲیٹِس دوٚہس چوٚرن وُٹھو اَندرۍ ہوٚکھ تہٕ سینہٕ چیأرِتھ دِیُتن جواب — "جناب ! زانن !"

"یِم کیٚتھہٕ پأٹھو زانیوکھ ؟"

"جناب! یم چھہِ وُمرہ ہِندی ہماپہ۔ لرِ ساہنِ بُتھہِ لبان!"

"توہہ کیاہ چھہِ یتھہِ واقعہس نِسبت پتاہ؟"

بشیرن کرٕ ہیٚنٛز کارٕہیٚچ۔ بریوٗڈ کوٗڈن زِلوٗسٹر۔ تہٕ واپس کوٗرُن ججَس سوال ——

"جناب! کتھہِ واقعہس مُتلِق؟"

"مُلزِمہ سِنٛزِ کورِ مُسمات ہاجرہ نِس قتلس نِسبت؟"

یہِ سوال، یتھہِ بیٚپھہ ججن واریاہ زور دیُت، بوزِ تھےٚ وبسرایہِ بشیرس کھوٗرہ تلِچ زمین۔ زنگن وُزٕ ہس تَھرٕ تھرٕ تہٕ ہر وُک ین زن لوٗگ وبسرِ زنتھہِ عدالتن امہِ قتلُک فردِ جُرم اٰمی سےٚ بیٚپھ عایدِ کوٗرُ تہٕ اَمِندی جِس ہوش چھُنِدہ رٲوِن۔ اَمہِ سوالس چھُہٕ نہٕ بشیرہ کانہہ جواب دِوان۔ ششدر ہیٚکلاہ زن چھہِ مُوہرٕ و اُچھو ججہِ سِندِس بُتھِس وُچھان تہٕ ڈیکس پیٚنٛزِنس، گمہٕ وِو تھراوان۔ لوٗکن منٛز ہُریاو اِضطراب جاوےٚ ہنا۔ یہِ اِضطراب وُچھِتھ دِژ ججن ہنا بڑٕ آوازِ منٛز بشیرس کنٛن کرٕ نِکھ ہِشس ——

"توہہ توٗرنا میوٗن سوال فکرِ۔ جواب دِیہ! میہٕ کُن کیاہ چھکھہ وُچھان۔ کیاہ چھےٚ ژےٚ خبر ہاجرہ نِس قتلس مُتلِق؟"

یہِ بوٗزِتھ لوٗگ بشیرن ہنا سنجیدہ بنُن۔ بانٛبر ٹیوٗمُت، چھُنِدہ ٹھاوُت

تہ رٕوٗدمُت، ذہن سنٛد اَرِتھ دِیتِن جواب ــــ

"جناب! میٚہ چھِنہ تہٕندرہ مرٕہ پنچ کینٛہہ خبر۔ بہٕ اوسُس تمہٕ ساتہٕ ژٔل ــ" یہٕ جواب بوٗزِتھ دیُت جچن منٹ پونٛشہ دَم ہیتوٗ ــ سوٗچِتھ تہٕ سمجِتھ پرٕژھن بدل سوال بشیرس ــــ "بہٕ پرٕژھہ وۄنۍ توہہِ اکھ خاص تہٕ اہم سوال۔ ذہن صاف کرِتھ دِیِو زِ پوٗرہ پوٗز جواب ــ" "تہۄ دُنۍ تۄ پوٗز زِہ کیاہ ژیٚیہٕ تہٕ ہاجرس اوسا یا نہٕ وا نۍ محبت؟"

یہٕ سوال آو بشیرس دٔن تہٕ وانجہ تیر ــ ڈیکہ ژکر راوُن تہٕ دَنٛد ژوٗن تہٕ اُچھ دُھپن۔ زٔن تہٕ کانٛہہ خیالی خاب وُچھنہٕ لوٗگ۔ زٔن تہٕ کانٛہہ پرانہٕ زٔریچ کتھاہ لوٗگ نۄس زٔن مَس اندر یاد یاد پِنہٕ! اکِس لاگِن بدہ لیے وِہی کرِنہٕ۔ گاہے ہیچھ نکارس اندر کلہٕ دُھپن کھوور پھیران۔ گاہے آنکارس منٛز برٕونٛہہ ڈکن گلہٕ وان تہٕ اُتھ ذہنی کش مکش تہٕ اضطرابکِس ماحولس اندر نیوٗن اکِس ججہ سٕندی پاکھ فاصلہٕ تہٕ ووٗنُن ــ "یہٕ جناب چھُنہٕ پوٗز!"

"یانے نہٕ ژیٚیہٕ ہاجرن، نہٕ ہاجرس چون اَثار اوس مُت!"

"جناب!"

بشیرنی یِم جواب بوٗزِتھ پیٚیہِ جَجَن سرکأری وکیلس کُن کأر —
"پرازی کیوٗٹر صا ئب! تہٕ ہے کا تُہہ سوال شاہدس پرٕژُھن ؟"
"جناب! کا تُہہ سوال نہٕ۔" فاتحانہٕ اندازس اندر یہ جواب
دِتھ بیوٚٹھ اَسہِ وُنہٕ چانٹہِ بہ ٹِبنہٕ ہُندی باسٹو ڈال ماریتھ بیہہ
پننہِ کرُسی پیٹھ۔ امہِ پتہٕ پرٕژھ جَجَن مُنشی صا ئبس —" تہٕ ہے
ما کا تُہہ سوال شاہدس پرٕژُھن ؟" اَتھ سوالس جواب دِنہٕ ورائے
ووٚتھ مُنشی وکیل کھوٗ۔ کاغذن پتہٕ نین چھِوٚ ادرہ یور پیٚر ناہ دِوان۔
تہٕ اَکِس کاغذ وَرقس پیٹھ پینہو مُدرے گَنڈِتھ ووٚن مُنشی صا ئبن
صِرف —" اوہ جناب! " زَن تہٕ ییٚم زہ حرف اُتھو کاغذ ورقس
لیکھت اَسی۔ تیتھ سیتھ وکیلن پتنین نظرن ٹیب دِژ مژرأس!

# باب (۲۱)

# میہ مُشہ راو

مُنشی وکیل اوس یمہ پرائنی کاغذ ورق اَلٹس کنِہ ہینہ مین پھیرناہ پھیرناہ دِوان۔ بشیرس کُن مدیاہ مدیاہ دِوان۔ یمو ژھرہ وِسے مُدیوَ تُلی بشیرہ نِس اَکلس گیوری۔ کھوژھ ہیوٗ تہ گرِہ کھوہ نہ اوس تشبرلان۔ امہ پتہ بشیرس ہیرِہ بوہ نہ نظراہ دِتھ پرژھ وکیلن بشیرس:—

"اچھا! بشیر احمد۔ تہ ہہ تہ ہاجرس کانہہ خط وکتابت پانہ وانی اوس مُت ؟"

بڑہ ونژاہ سوٗچتھ وکیلہ سندبن پرانژن کُن نظراہ کرِتھ دِت بشیرن جواب —— "میہ چھنہ کینہہ یاد!"

"ہاجرن تریہ کانہہ چٹھیاہ لیچھو مرش ؟"

"کینٛہہ حکم چھُم نہٕ یاد ـــ !"

"توٚہہ زاہ محض ہاجرہ ہیٚچھہِ ناو نہٕ بابت تٕہنزِن کامیٚن پیٹھہ کانٛہہ عبارتھ لیٚچھمٕژ ؟"

"نہٕ جناب ! اوٚس نہٕ زاہ ہاشرٕ کران !"

"اچھا ! تُہیٚ کھاندر کرِتھ آمُت ؟"

"وُنہِ نہٕ کینٛہہ !"

یِم جواب بوٗزِتھ کوٚر وکیلن عدالتس اِستدعا زِ سہٕ چھُ کانٛہہ عبارت مُلزِمس برٛونٛہہ کنہِ پرٛژھان ۔ یِہ پٔرِتھ سہٕ تَس سوال کرِ زِ آیا سۅ عبارت چھا تٕہنٛز ۔

"مگر تہِ ہے دِیوٗ شاہدس عبارت ۔ اگر تٕہنٛدِ اَتھٕ آسہِ ، سہٕ پرِ زِ ناوِ ہ ۔ اگر اِقرار کرِ تہٕ عبارت گیہِ ثابت ۔ اگر اِنکار کرِ تہٕ یہِ عبارت پیتہٕ سرِ اجلاس بشیٚرٕ نِس دستخطس سیٚتۍ مقابلہ کرِ نہٕ ـــ"

"مگر ـ جناب یہِ چھُنہٕ دستخط عبارتُک ثابت کرُن ، بلکہ عبارتُک مضموٗن ۔ تہٕ یہِ مضموٗن ہیٚکہِ صرف ، اَتھی صوٗرتس اندر ثابت گژھِ صحتھ زِ یہِ پیٚرہِ شاہدس مضموٗن ۔ پیتہٕ وَنہِ سہٕ آیا زِ یہِ چھا تٕہنٛز عبارتھ"

"جناب والا ! یہِ چھُنہٕ کانٛہہ وَخ دستاویز پیش عدالت کرنہٕ آمٕژ !"

پٔرازی کیوٚژہ سندِس اَتھ ایترامنس پیٹھ آو مُنشی صاحبس
اُسُن تہٕ ججس کوٚرُن اِلتماس ـــــ "جناب! یہ دستاویز چھ صِرف
یمِس شاہدس مُتلِق۔ بہٕ پرٕژھہ ہا سرکاری وکیلس زِ تِم کرِیوٚ وہ یہ
گواہ پیش۔ تہٕ بہٕ گوس دستاویز پیش کرہ نس منز پیٹھ ـــ" دوشوٚ
وٕسے وکیل چھہ اِستادہ ججہِ سندِس فرمانس پرٛاران۔ ججن کوٚر سرکاری
وکیل صاحبن ایتراض ردّ۔ تہٕ صفائی ہُندس وکیلس دِتِن مضمون عبارتک
شاہدس پُرِتھ بوزہ ناونک اِجازت۔ مگر گوڈٕ کوٚرُن وکیلس حکم یہ
کاغذ عدالتس پیش کرہ نک۔ کاغذس پوٚرہ پاٹھی ملاحظاہ کرِتھ
پلہٕ ناوُن یہ کاغذ مُنشی صاحبس کُن بییہٕ۔ وکیلن پھیر بشرس کُن کاٹھ۔
تہٕ دِلاساہ کرِتھ دوپ نس ـــــ "وُچھو بشہ لال! یہ چھہ چِٹھ اکھ
حالے مےٚ ہاجرہ نِ المارہ منز لبٕ مرٕ۔ تمہ ہیہ آسہ یاد یے، سُہ دوٚہ
ییٚمہِ دوہ بہٕ آتھوارہ ملزِم رسند گھرہ گوس، ژہ اوسکھ پننہ گھرہ
دارِہ پیٹھ تتھ وانکہ دارہ ژاپرہ کانگرہ شیشہ صاف کران تہٕ بہٕ اوسُس
یہ چِٹھ تتھ برباد کُٹھس منز لبِتھ پیوان۔ ژہ بوزہ امیک مضمون۔ بہٕ
پرٕے حرفہ حرفہٕ بُوزِتھ یاد یاد ژہ ما یِتھ عبارتس سیتی کانہہ واٹھ۔"
وکیلہ سندِس اَتھ زیٹھس منطقس سیتی کوٚر بشرن تنگ یتھ
کلہٕ سیتی اِقرار۔ مگر صِرف مُنجن ترٛشس۔ تہٕ شیشہ گلاسہ جورہ گمٕ ییٹھ

راے چھیتھ وۄتھرٕن رۄمالہٕ چوشٹھ ——

"وُچھ ساٚم بِشہٕ لال یہٕ خط چھُ چِٹھہٕ ہٕنٛدِ اندراجہٕ مطابق "بیر منزل " ۔ "پرہ وار" سرینگرہ پیٹھہٕ لیٖکھنہٕ آمُت ۔ چِٹھی چھہٕ چھاپی فارمس پیٹھہٕ تہٕ چھاپی وۄزلین حرفن منٛز چھُ ــ "پیر اینڈ کمپنی شال مرچنٹس" لیٖکھِت ۔ یہٕ چِٹھی چھہٕ یِمن لفظن منٛز شروع گژھان :ــــ

"میانہٕ یاوٕرِ ساےٚ شِلہٕ پداٚنی !

یاوُنُک بہار رُوزِہ نَے دوہَے برقرار ۔ وِزہٕ وِزہٕ روزِ اَسن تہٕ وَسن ۔ میٚنہٕ چھُ بس یُتُے طماہ ۔ میاٚنی تیتھہٕ ساٚری طماہ سُوری ۔ میانہٕ حالُک چھُ خدا حافِظ ۔ بہٕ چھُس تم ساٚری رنج ، الم ، دوکھ ، داٚدی تہٕ سِتم وبترِان ، یِم میٚنہٕ ازلہٕ باگہٕ آمتی چھِ ۔ ژےٚ آسِہ نَے سوکھ ، شاٚدی ، خُشی تہٕ شادماٚنی گھرِہ گھرِہ تہٕ ہمیشہٕ ہمیشہٕ ۔ ژہٕ روزِ پننِن چھَلِن تہٕ شرُی باشن منٛز ــــ بہٕ چھُس پننِن ارمانَن تہٕ وۄمیدن وَدان وَدان لوسان ۔ ژہٕ چھکھ بےخبر تہٕ بےٚ زان تہٕ مۄ سارہٕ وِے دۄکھو داد بوزِنس ، یِم بہٕ وبترِان چھُس ۔ چاٚنِس تہٕ میاٚنِس حالس چھہٕ زمینٕچ تہٕ آسمانٕچ فرق ــــ

ژہٕ آسکھ چھُ نرگس خمارہ برٕتھ

بہٕ گُلاب چھُس جامہٕ پارہ کرِتھ

ژٕہ آسکھ اسن تہٕ وسن سیتھ ویلہٕ

بہٕ گوملُت زِ درد تُو ڈُول مُت جیسہٕ

میہٕ ہیرنس مرنس بتن زُہ کھسن

ژٕہ کستوری جین دوٕرہ رٕوز تھراسن

میہٕ سفین سفر بے حدو ٹُل تہٕ تاٗلی

ژٕہ مَد ومچہ تہٕ سچھے کوت بدوالجاٗلی

میہٕ سوسن کلے چانہٕ گئے کوسمن

ژٕہ مسول دٕلے یکھ نہٕ گاہے یہ من

———— (اکرم وانی لد۔ چراری)

میانی گردن چھے دوٚن کرتلن منز باگ ہینہٕ آمژ۔ اکہٕ طرفہٕ چھم

ماٗلس ماجہٕ ہُند تہٕ اٗشناون ہُند ظلُم۔ یم میانین ارمانن، آشین

تہٕ وہیذن باپار کران چھِ۔ تِم چھینہٕ میانین جذباتن ہنز مُلے

اکھ دانہٕ قدر کران یا پرواے بران۔ تِم چھِ زِندگی دُنیاہن تہٕ خانداٗنی

رِوایتن ہُندِ گزہٕ مینان۔ تِہندی کِنہٕ چھےٚ دوٚن ذاتن ہُندہٕ تقدیرک

واٹھ۔ صِرف دوٚن ناگن ہنز چھکہٕ چھک، دوٚن خاندانن ہُندین

رسمن رِواجن ہُند مُظاہرہ مان مان تہٕ نمائش، یتھ نماٗیشہ سیتھ نہٕ

تمن دوٚن ذاتن کانہہ واٹھ تہٕ چھےٚ یہُند تقدیر تِم ینہٕ بالادستی سیتھ

واٹان چھِہ ۔ میانین جذباتن ، دِلکین ارمانن تہٕ وَچھ چھِہ ٹاسہ رایہِ
وُنی کین لوٚرہ پار گژھان ۔ میانہِ جوانی تہٕ زندگی ، یاوِنس تہٕ لو کر
چارس تہٕ آشِین تہٕ دوٚ میٚون چھِہ ناموٚر تہٕ تجربہ کار مُنزِم یارِن اتھہ
باضابطہ بولی دِیاونہٕ یوان ۔ یِمو سٕنز بولی تھدہٕ ۔ سُے ہیکہِ میانین
لاوین اَرمانن ٹلی ہیتھ ۔ یہِ چھِہ میانین زِٹھین ہنز سو تلوار ، یوسہٕ
میانہِ تالِہ پیٹھ وُنی کینس لگتھ چھِہ ۔ ییہٕ ہیٚراوکِہ پیٹھ امہِ تلوارہ
ہُندہ زِرہ نشہ دوٗر نیتھ گردن چانہ مُدرہ ، شہجہ تہٕ امارہ برٛژرہ لولہ
ہنز تراوِنی ـــــ چانس لوٚلس تہٕ امارس سیتی چانس حُراُتس
تہٕ ہیمتس نِش پناہ ژھانڈُن ۔ مگر ژیہٕ تجھتھ بیاکھ اکھ کرتل اتھس
کیتھ ـــــ زِٹھین ہُنزہ تابع داری ہنز کرتل ـــــــ
اَخر یمِن دوٚن کرتلن ہنز کوٚنت گژھہ تہٕ کوٚنت پھیرہ ـــــ
ییہٕ پھینہ چانس منطقس سیتی قطعن اتفاق ۔ یتھ ژٕہ بُزدِلن
ہنز شفقت ناو چھک کران ۔ سُہ چھُ سراسر ظلم تہٕ جابرانہٕ قتل ۔
یتھ خلاف لغاوت کرہٕ نس ییہٕ چانی ضوٚرورتھ اُس ۔ یوٚن سیتی
یکین اوشم ضوٚرورتھ ۔ تہٕ چانہِ ہیمت دِنک اوشم آسہِ ۔ مگر جوابن
چانی تہٕ کوٚرُس پریشان !
ژٕہ چھک سراسر یہ اَژھر وَنان زِہ اگر ژٕہ ییہٕ سیتی نیرکھ تہٕ

ژرێ کرہ نسے لوکھ پامہ دی دی گدی ۔ یہ پچھے ژرێ پننہ کمزوری تہ کم
ہمتی منز ژھاے وَنہ ناوان ۔۔ تہ یا چھہ لول چون ۔ خام طلب
جانی یُل ہوسی تہ امار چون تلہ کتر ۔ بچھس یا ریتس روزہ سماج
اسہ خلاف ۔ مگر یتھ گژھہ سانس عزمس، یہ ادس تہ ہمتس نِش
سماجچ کانہ خم ۔ مگر کوتاہ سمجھاوتھ! میانہ بد قسمتی آیکھ ژہ گرہ
نہ ۔ خار! چون آخری فیصلہ پوز میہ! ژرێ مزید فہمائش کرنی
چھہ بے فائدہ! بس آخری عرض چھم ژہ میہ ترأو وہ وفی یہ نس
حالس پیٹھ! یہ میہ لارہ آسہ تہ تہ پیتراوہ یہ کُن زون ۔ ژہ مشراو
میہ ہمیشہ خاطرہ ۔ ژرێ چھے زندگی لباوِنی ۔ کانسہ ہندہ گھرچ
شوب لاگنی ۔ کانسہ ہند طالب تہ مطلوب لاگنی ۔ ذہین تہ ہونہار
شُرین ہنز موج بننی ـــــ لہٰذا کڈ ژہ پننہ ذہنہ منزہ میون خیال،
اَچھو منزہ میون تصور تہ دِلہ منزہ میون ناو ۔ تم لوکھ پارکو میٹھ تہ
موٗدری خاب مشہ راو ۔ میون ناو ۔ میون وجود ۔ میانی شکلہ صورتھ
تہ ...."

وکیل اوس یہ آنی ۔ مگر بشیرن منیچ ترٔیش ۔ ترٔیشہ گلابہ چون
گرٔیٹھ رایہ ۔ امہ چیٹھہ ہندی یم نیژہ کھ تہ تیز لفظ ذورہ زارہ لوزان
کوٗرن سانسہ پیرہ یہ چیٹھ وکیلہ سندہ اتھہ منز وہلاوتھ نِنک

یَراوِہ۔ مگر کرِہ ہا کیاہ۔ بوٗزُن پیٛوس۔ آرِہ وُلِہ ہندرنگ اوسُس
بُتھِس گوٗمُت۔ وٕنیچ یارٕ ہیٛوٗ اوس رُبوٗوہ گرٕ ھمد اِستادِہ۔
زنگہ آسس نشان۔ بیتھہ پاکھٕ تبرٕ دارِہ بسندیو تبرِہ چھیہ کوٗ وٕنک
راٗیِل اکان چھہ ــــــــ

تام لوگ وکیلن اُچھن بیٚنہ عاٗنکھ ترٕ بیٚنہ ہیٚرٕن یِہ چھیٚی بشرس
پرٕ کمہ بوزِہ ناوٕنی ــــــ" میٛون وُجوٗد۔ میاٗنی شکل وصورت تہٕ
ژِہ کر وونی بی یقین نہِ ژیٛہ زانِہ ہی نہ کانٕہہ بشرِہ مترٕ بشرِہ چھیٚنہ
کانٕہہ ناوِے دُنیہس منٛز ــــ"

"امہِ پترٕ کیاہ سا چھِہ جگرا بیٚنہ کیٚنٛہہ لفظ لیکھت۔ یِم وونی
وُتھنٕ لایقٕے چھِہ نہٕ۔ امہِ پتہٕ چھِہ پوٗتُس یِم باَت کیٚنٛہہ لیکھت:۔

سہ سرِشام یٚرادُن، دارِہ کھوٗلن دِتھ تراو۔ میٛہ مُشہ راو
وعدن ہُندی تِم اشوٗپن ژھینہٕ راو۔ میٛہ مُشراو
کلہِ میانِہ مَہ گیو دردٕ دِہ غزل دیٚدرِہ درٕبن منٛز
امہِ دردٕ دِلکٕ سازٕ میٛہ دُزِہ ناو۔ میٛہ مُشراو
نرِہ شاندہٕ تھاوِتھ لرِہ شوٗنگنکھ آرزوٗ تے لول
موصوٗم سینس منٛز وونی دوٗرِہ راو۔ میٛہ مُشہ راو

یٔدہ مأنی اکھ مُدرِ وِنہٕ میٹھ جوٗ یاہ اکھ
یادن بنن مے آرہ کٔلن چھاو ۔ میہ مُشہٕ راو
کوٗٹھوٚ چاٹنی بے ہمت تہٕ عزم چون ایژ دژاو
میٚہ ترِ واو وُچھتھ تراو بٔنِنہٕ ماو ۔ میہ مُشہٕ راو
یٔدہ مأنی دِلہٕ چھےٚ واریہ ہُندِس لولہٕ نگینس
کھوٗن مُت ... ... ... ...."

یُتھے وکیلن یہٕ لفظ "کھوٗن مُت" زورہ سان لوٗر ۔ تہٕ یہ
آوہ سیوٗمُت، چھندریوٗمُت، بانبرٕوٗمُت، تٔتہٕ لیوٗمُت تہٕ گرٕ مُت ۔ بشیرہ آو شُشدر رٲیلہِ سِنٛدی پأٹھی ٹاس کرِتھ پتہٕ لاینہٕ
زَن تہٕ تٔمہٕ دارہ سِنٛدہ آخری ٹاسہٕ رٲیلاہ اکھ بہتر ییچھ و ۔ سأری
ہیے عدالتس منٛز وۄتھ شور وشر تہٕ گمٕٹا ٹوپ ۔ کٕنہہ چھہٕ ترٛیشٕ
ژھانڈان، کٕنہہ کانٛشہٕ وِہ تہٕ اُڑھی چھہٕ دَند تٔمہٕ بابت سٕراکرتہٕ بیچ
ژھانڈان ۔ نٔنی کھاسِرہ لوٗگ اُمِس سیمنٹس پیٹھ چوٹ
تہٕ آوہ سبیہ آس کلس رٔتھ ۔ مُنشی صاحب ژوٗٹ بٔنِس دستارس
ململہٕ گزاہ تہٕ بشیرس کوٗرُن کلس امہٕ ململ دِچہ سیٹھاہ بنڈیچہٕ ۔

---

نوٹ : ۔ کھوٗنمت یہٕ چھہٕ : کھوٗن مُت یہ گوٚو یِیہٕ وارہ تہٕ نہناد، میہ مُشہٕ راد

جچھن کرٕ مشل بنْد۔ اہل مدس کوٚرن تأریخ دِنٕک حکم تہٕ بشیرہ تُلہٕ
نووُن تھوٚد۔ نیٚبرس موٹرس بہٕ تھٕ واتہٕ نووُن ہسپتال۔ یُدوٕے
بشیرس کانٛہہ خاص سخ چوٹ اوس نہٕ آمٕژ۔ مگر تو تہٕ اوس نہٕ پوٗرہ
پأٹھی ہوشس منٛز۔ ٹرٛنٛزن منٛز آو اوٚہُند گھرہ فون کرنہٕ۔ تہٕ سأری
نزدیکہٕ اشناو وأتِس ہسپتال۔ یُدوٕے زن اِنڈور کرنہٕ پنٛچ
کانٛہہ ضروٚر دٔرمژ آس نہٕ۔ مگر جج صاب نہٕ ہدایتہٕ کنہٕ تہٕ بشیرہ نس مألی
سندِہ رُسوٗخہٕ کنہٕ آو بشیرہ اِنڈور ہسپتالس منٛز کرنہٕ۔ اکھ دٔخستہٕ
نیوٗ بشیرنی مأل فیصلہٕ کرہٕ۔ بشیرس اوس کلس دوا لأگِتھ بنڈیجک
صافہٕ ہیٖو گنڈِتھ!

---

# باب ۲۲

# "اصل وصل"

کالہٕ پیٹھے اُس سارٕ سے شہرس اندر بٔشرہ بِنہٕ حادثہٕ پیش گژھیکھ تہٕ ہوٗ گے۔ از اُس سارہ تِیے کاشرِ ن اخبارن یہٕ خبر آمٕژ۔ اخبارٕ "پراگاشک" ہاکراوس لال چوکس گتھ کران کران کرٕنیکہ دِوان—

"اَزِچ نوٗ خبر۔ اَکِس انجینیرس عدالتس منٛز بیانہٕ دِوان دِوان غش۔ پٔرِیو "پراگاش"۔ اَزِیک تہٕ زٕ نیو شہرک تازہ عجیب حادثہٕ—"پراگاش" پٔرِیو "پراگاش!" "ہیاری آسہٕ ناید وانن پیٹھ قہوہ خانن تہٕ ہوٹلن منٛز یِمے کتھہٕ۔ ساری آسہٕ یہٕ واقعہ کینژھاہ رلاوِتھ اکھ اَکِس دِوان—اَکہِ سے راتس منٛز اُس اَتھ کم سے کم زٕ ہتھ فی صدی بِلاوٹھ آمٕژ کرہٕ نہٕ۔ یتھ مُلکس اندر آبس دودٕ بلہٕ ناوِتھ دودٕ ہانٛژہ کنان چھے۔ یمتہٕ سرکاری ہسپتالن

منز تام آبس رنگ تہ اوٚبھ دۄہاہ ژٕرہ فرکاوِنہٕ یوان چھُ۔ تہٕ یُیتہٕ
صبائِرہ مکّارن قوطب ناماں چھہ۔ تمہٕ مُلکس اندر چھُ نہ مجالے زِہ
اکھ واقعہ کیاہ پیہ نیبرس اصلی رنگس منز ورتاوِنہٕ۔ یوٚت تام کتھہ
کو تھ بناوِتھ ورتاوَن، توٚت تام چھُنہ مطلب پوٗرے گژھان۔

یژھاہ اکھ کتھہ سیٹھی عامس منز لُطف اندوزی سیدان اُس
تیوٚتاہ اوس بشیرہ نہٕ گھرہ وُرہ ژھیوٗے۔ ماتم داری ہش اُس۔
قبیلکہ ییہٕ گژھہ نیچ ژٕج اُس لگتھ۔ بشیرہ چھ کینٛہہ خاص صِفت
اکھ بوڈ صِفتاہ چھکھ زِہ اگر کانٛسہ دوٗرہ کٕس اشناوس گاو
پیمہٕ عالمہٕ گژھہ۔ یوٚت تام نہٕ تس ساری دوٗر دوٗر اشناو تہٕ
یار دوست تارس پتہ اکھ ماٚلہٕ لاگن نہٕ، توٚت تام چھُ نہٕ تس
گوٚڈ ہند دوکھ مشان! اکھ مقابلہ اوس بشیرس کلس رتہٕ
تولہٕ کھنڈ آمہٕ تے۔ خانہٕ مول بشیرہ اوس ہسپتال وات نووُمتے
تہٕ قبیلہ داری تہٕ اُس رُبلہ۔ لہٰذا اوس نہٕ رِشتہ دارن تہٕ اشناو
باین ژٕج لگنس کانٛہہ خطاہ تہٕ۔ مگر گھرکو ساری باژ آسی اکہٕ
اکہٕ ہسپتال یوان گژھان۔ سوٗنی ساہمیٹ تہٕ آسی ہسپتال یوان
تہٕ ہسپتالس منز تہٕ اوس قہوہ سماوارن، نارہ باہ نہٕ دوہہ کس
دوہس وُہانی۔ بشیرس اوسکھ کٹھہ تہٕ پتھ پکھپہ کوٚرمُت ــــ

احمدہ نِہ لرِہ مُقابل اُس پیرہ منزٕ لرِہ ترٕ دِیان۔ فرق اُس یِیٚہزٕ
زِہ ہُترٕ اُس ژھوپہٕ ترٕ پیٚٹھترٕ اوس شورو شر!

مُنشی صاحب اوس از کُنےٚ زٕوان سُلی عدالتہٕ منزٕ واپس
نیران۔ وترِ سمکھس نوجوان وکیل شِبن جی تہٕ وٕون تس :—

"مُنشی صاحب! بشیرس ما ہیٚتھ وٕہ خبراہ؟"

"نہٕ ساعہ گوٚبراہ۔ وُنی نہٕ کینہہ!"

"اوہ۔ اکھ کرٕ نو تھوٚن میٚون نوجوان یار شہید، بیٚیہ ہیٚتھ تھس
نہٕ خبر ترٕ۔ توٚہہ کیازِہ اَنیٚو وٕہس نہٕ گواہ۔ یہٕ وٕنہہ اَمِہ وُہمہٕ
صدی ہندِ عشقہٕ داستانہٕ منز لوٚرِہ یاد تھ—"

شِبن جی یُن کلام بوٗزِتھ گوٚو وکیل صابس افسوس تہٕ
مالہٕ سِندہ پاٹھی اُہندین شانن فشاہ دِتھ لوٗگ اُمِس
دوہستادہ سِندی پاٹھی سمجھاونِ—"وُچھ سا شِبن جی
ژٕ یہٕ چھےٚ بشیر احمد یار، میٚہ چھُ اولاد، ییٚنِس نیچوٚس ہم جماعت
روٗدمُت۔ مگر کیاہ کرہ، سون پیشاہ چھُ عجب۔ اتھ منز لیچھا ظلہ
ترچھوٗ گوٚو ییٚنِس ضمیرس ہوٗٹ چیرن۔ اگر ژٕ سیٚ مشیا نہٕ جایہ آسہ
ہکھ، ژٕہ ترِ کرِہ ہکھہ پی! باقےٚ گوٚو زِہ تمہٕ کرٕ یا نہٕ غلطی۔ میٚہ
چھنہٕ فکرِہ تران زِہ تمہٕ کیازِہ گوٚرگوٚو ڈےٚ انکار۔ اگر سُہ

سیٚوٚ دُے اقرار کرِہ ہا، میہٕ اوس نہٕ تَس کانْہہ جرح کرِہ نیٚے!"
اَکھ دلیلہٕ سیٚتی اتفاق کران ہلہٕ ناوٚ ہر کنہٕ کنتھہٕ شبن جی یَن پَنُن
"اَوٚہ" سیٚتی۔ اوٚرہٕ یور واریاہ کنتھاہ کرِتھ دِژاے یم دوٚشہٕ
وَے صدر ہسپتالس کُن۔ یتھ منٛز بشیرہٕ انڈور چھُہ۔ ٹانگس لتماہ
لدِتھ یِتہٕ کنہٕ بہمتھ تہٕ، چھہٕ شبن جی تہٕ مُنشی صاحب صرف بشیرُن
لول، ہاجرُن مرُن تہٕ غلام احمدُن جیل کڈُن مَنان۔ ای ای
مِٹان مَنان واتی یم دوٚشہٕ وَے ہسپتال آنگنس منٛز۔ اِن ڈور
والڈُن ہندِس دَر وازس پیٹھ اوس زنانن، مردن، شُرِین تہٕ
بُڈِین ہند رش لگِتھ۔ اُڈی چھہٕ گرُن ہندی باتھی اُسی ہسپتالہ
رچھہٕ ہیرہٕ اَویژان گمُتی۔ اَڈِین اُسی بتہٕ ٹوٗری اَکھن کیتھ تہٕ
اُڈی اُسی دوٚدہٕ لوٹن گلِن لگنس پیٹھ وَچھہٕ وَچھہٕ دِوان۔
ساری زَن وچھِہ اُسی ہو نگنین تھیپہ کرِی کرِی چپراسین زارہ
پارہ کرِتھ اندر اَژہٕ ہنٛز اجازت منگان۔ مگر تَس زن اوس کنُن
پھنٛب برِتھ تہٕ اُچھن پیٹ گنڈِتھ۔ اکھاہ اَڈ وَرہٕ بُڈہٕ گریوٗسا
اوس چپراسِس کھورَن تھیپہ کرِتھ ونان —— "ہیتہٕ حضن
بہٕ چھُس اسلام بادہ ہیرہٕ پیٹھہٕ آمُت۔ پانٛژہٕ بجہٕ نیریم بس تہٕ
یِتہٕ کوٗت گژھہ۔ کنہٕ چھم نہٕ ڈیرہٕ تہٕ ——" "آہن سائیہٕ چھا چیٹو!

سپھ اَمس کھونتھ دِتھ جٲب چیرٲسی واپس جواب وَنان ۔ ” کُنہ مُشِیدہ منز روزِ سائہ راتس ۔ ” یوہ چھس بُیا کھ بڈ زنانا ناہ لوٚنچِہ لمُتھ ہیچ گردن کرِتھ ماچہ ہُندی پاٲٹھی وَنان ۔ ” لوہ ترا ۔ بہ وَندے زوٚ تہ جان ۔ میہ چھکھ دوٚن اَچھن ژٔرے گاش ۔ میانِس بیمارس کو رکھ اَدی اَبریشم ۔ سہ آسہ ژھرٚ ژھرٹ کران ۔ بہ دِم ہس دوٚدہ داماہ ۔ کا ٹھہ خودایا چھس نہ تنگیتھ ۔ ” زن تہ یہ زارہ پارہ چیرٲسی لوٚزنہ تہ گردن پھیرن بانہالہ کُن ۔ تام وُوت لوکہ قطارہ ژٔلتھ ، چیرٲسس نِش اکھ دُبہ پوشاہ ۔ اَمس اَس موٹھ وٚٹھتھ تہ یہ بندموٹھ مُژہ ہِن چیرٲسی سِندِس منز اَکھس پیٹھ ۔ پٔزٕھہ گارہ وراٲے وُوت دُبہ خوچہ اندر ۔ وکیل صاب تہ ژٔٹبن چھی اَسی اَتھ سارِہ ہےِ نظارس دوٚرہ دوٚرہ سام ہیوان تہ صفہ چیری چیری واٲتی یم تہ چیرٲسس نِش دروازس نزہ قدم دُور ۔ پہنڈبن سوٚٹن تہ نیک ٹیٖن کُن مُدیاہ گنڈِتھ گو و چیرٲسی پانسے رُہِتھ ہیو تہ پٔژھن تہِ زمین زہ آیا کوٚت چھکھ گژھن ۔ یم دوہ شہ وَسے ژاے پٔژھنے اندر ۔ اَندرہ چھ یم واڈہ پیٹھہ واڈہ پھیران ۔ زن تہ افسرانہ اندازس منز ہیتا لُک مُلاحظہ کرُن چھکھ مگر ژھاران چھ سہ واڈ پیٹہ بشیر احمد انڈور پھ ۔ بہ اژہ وُ نے

وُچھک اَکِس واڈِس منٛز چارپایہ پیٹھ اکھ گرٛیسی بابہ ژھٕپہٕ ژھٕٹ
کران۔ ظاہراہ اوسُس اَزی اَپریشن سَپُدمُت۔ لرِ پیٹھٕ اوس
دِوان۔ زیوٗ اوس ہیٚنتھ درامژ۔ مگر کانٛہہ ترٛاوس نہٕ شانگان
زِ آیا اَمِس بیچارِ کیاہ گوٚژھ۔ ہَنا دوٗر بیہِتھ اوس واڈِچ نٔرس
بیٚنیان وُونان اَکِس آرٕ کیٚتِس چھہ برٛس اَسٕن کھنگالو سیٚنتھ
لول بَران۔ امِ واڈِ ژھانڈھ دِتھ دِژٕس یم دوشہٕ وَے
بیٚنِس واڈِس منٛز بشیرٕنِ پیٚہ لبنہٕ۔ اترِ وُچھک اَکِس گجرانہٕ ستہ
زاو موصُم تُس کھوٗنہٕ کیٚتھ۔ اَمِس موصُمِس اوس گُلِ کوٗز آب
بَرِتھ نہٕ بایت سُٔرن رگِ منٛز بَرِتھ۔ مگر بوتل اوس ژھٕرے۔ اَمِس
گجرِ سُندِ ژھٕرِ ژھٕرٹ وُچھتھ اوسی یم دوشہٕ وَے
ژِہیتھ گامٕتی۔ ترٛتام آو اکھ یاوُن موٚت رائنڈی آیہ ڈاکٹرا ہ
ڈاکٹری ہُنٛز نیاہ گردشہٕ منٛز نالی ترٛاوِتھ۔ اَمی دِژھ شبنمس شانن
ژٕلہٕ ہنا تہٕ شبنن پیٚہ اَمِس کُن کار۔ یتھے شبنن ڈاکٹر اسلم
یِرٕ زٕ ناد تہٕ یکدم روٗٹُن نالہٕ متہِ زٕن تہٕ وارِیاہن کالن از ملاقات
اوسُکھ میولمُت۔ سیٹھاہ چیرٕ نالہٕ موٚتاہ کرِتھ پرٛژھ شبنن ڈاکٹرس
"ہے اسلم! ژٕ یِہا اَچھےَ خبر زِ بشیرہ کیتھ کمرس منٛز چھُہ؟"
اسلمن دیت نہٕ کانٛہہ جواباہ۔ مگر دوشوٕ وَے پیٚہ ناوِن بانس یتہ

پیٹھ اکِس فیسہٕ کمرس منز۔ دروازس پیٹھ واٹی تھے گوو رٕہتھ۔ ژَن تہٕ اَمِس پیٹھ پیٹھ گٔے یِم زٕہ وکیل تہٕ اِستادہ۔ ڈاکٹر اسلم ٹھہر یاو سہ کلام بوزنہٕ۔ یُس پیٹھ کمرس اندر جاری اوس دروازہ کِس پردس پتھے لوٗنہ کھوٗد یڑھان تِلنہ تہٕ واپسے تراوِن بیٹہ کوٗہ تام صاحب اوس اَندرہ کتھِس اندر۔ شاید بشیرہ نہٕ ماجہ کُن بیٹھ وُنِس اندازس اندر فرمادان ـــــــ " یکیاہ حقی پیرہ بأے، چون فرزند بشہ لالہ خوداے تالہٕ ہن نیک تہٕ پاک بنووُمت دراصل چھُ اَتھ عدالتس اندر کانہہ موٗکلاہ اوس مُت یا کانہہ پاسکھ دزاہ کانہہ۔ نیکن بیٹن چھِ لار آسان۔ توٚے وٚونموٚ زٕہ نیاز اہ گژھ جان پہن کرُن۔ خوداے میون کریس اِنشااللہ جلدٕے خار۔ باندرُن گژھ نہٕ کینہہ ـــــــ " پتھے اَمِس صاحبہ سُند گرُبزن بند گوو تہٕ یِم زاے تریشہٕ وَے اَکھ اَکِس پیٹھ پیٹھ اندر۔ بشیرہ اوس چار پایہ پیٹھ آہی تہٕ وُہی کران۔ دُچھن کُنہ اوُسِس شانڈس پیٹھ یہ گرُبزہ دُن پیر صاحب ہالکہٕ بوٗر تھ، ماز کھار تاپہ دستار یُجاہ دِتھ کرُسی پیٹھ بہتھ اَچھ زٕہ وٹِتھ بشیرس پھو کھاہ دِوان۔ اَندی اَندی اَکِس موج، بیٹہ تہٕ نانی بہتھ۔ مگر پتھے ڈاکٹرس پتے پتے شبن تہٕ تَس پیٹھ مُنشی

صاحب اندر ژاے، یمہ ساریے مستوٗرات ژھِہ اکھ اکھ پوٗژہ لوٗشچہ ہنٛدی
کھٔرۍ کھٔرۍ کتھاوی کتھاوی برہ نیٚبر۔ یِتھے اُمی ویٖٹھو پوٗکھٹو پیر
صاحبن اُچھ زہ مُژہ مداوہ تہ مُنشی صاحبنی شکل پرزہ ناوِن، سُہ
دوٗکتھ کتھارہ ہوٗ کتھ۔ دٔراو دُسَس گِناہ دِکتھ۔ مُنشی صاحبن دِژ کھ
ہیٚرہ بوٚن پوٗر نظراہ تہ پرزہ نووٗن پنُن پریوٗن موٗکل بیٚنچ پیاُنی
اَسامی۔ شَبنن تہ دوٗ بشیرس پیٹھ کھوٗر اَکھ تہ دَم سنباٗلِتھ
کوٗرن اُمس آلو ـــــ "بشیا۔ کیاہ چھیے خبر؟"
اَکھ سوالس دِیٖت بشیرن صِرف اکھ آرہ برژہ مُدیہ سیتی
جواب۔ یِتھ مُدیہ منٛز واریاہ کلام ژھیٚپتھ اوس۔ مگر کاش شبنس
آسہ ہن نظرن تم کُن یِم تَس نظرن ہنٛدی کلام بوزہ ہن ـــــ تہ
توٚے کوٗر شبنن، بشیرس بییہ سوال ـــــ "ہیا۔ یہ ہاجھیس
شبن کشن۔ کہارو وُسے "ذن نہ پرزہ ناو اُنی چھِہ ہم؟" بشیرن
دِیُتس صِرف کار ماژتھ یوٗہے جواب ـــــ "واے! میہ دوٚپ
ہاجرہ ما چھکھ؟"
"میہ کُن دُچھتا۔ یہ ہاجھیس شبن جی!"
بشیرن کوٗر مُنشی صاحبس کُن اِشارہ تہ چھِہ پانہ سیتی
وناں ـــــ "شاید ہاجرہ!"

"نایہ چھےٚ وکیل صائب ژ ییٚہ خبرِ آمٕت — !"

بشیٖرن گٔلہِ نوٚو ادٕرہ صرف اکِ دوٚہ یہٕ لیٖڑ کلہِ۔ چارپایہ پیٹھ ہیوٚتن پہلوانہٕ سندی پاٹھی ٹھوٚد ووٚتھن۔ مگر شبنٔن کوٚر بند ہیوٚ کینژھ۔ تہٕ دیُت تس نہٕ ٹھوٚد ووٚتھنہٕ۔ بشیٖرن ترٛوٚو بیٚیہ کلہِ شانٛدس پیٹھ تہٕ لوٚگس دِگنہِ اوٚش وسنہٕ۔ مُنشی صائبن کڈ چندہ منزٕ رُومال تہٕ ہیوٚتھ تس اوٚش ووٚتھرِ راوُن۔ مگر بشیٖرن کوٚر اوٚہُند اتھہٕ پننہٕ موچہ منزٕ بند تہٕ ہوٚژھ چیرِتھ چھُس مُتہٕ سندی پاٹھی وَنان۔— "مُتہ حضور وُوترُاو یِم دُر دانہٕ۔ شاید چھہ یمنے منزٕ آجرُہ۔ بے شک کمیاہ ہمتھ اَفتاب کِس نوٗرس منزٕ —" بشیٖرنی موج اُس یہٕ کلام بوٗزِتھ جادٕے بانٛبران تہٕ ڈاکٹر اسلمس پٔدی پٔدی نٔٹھ تس اہہ وولہِ دولہ وَجاہ پرژھان۔ اسلمن دِیُت اُمس دِلاساہ کٔرِتھ جواب ——— "ژٕہ مہٕ حضور بانٛبر غاہ مہاہ — کلس چھ ہنا چوٚٹ آمٕت۔ اوَے چھُہ ہنا ادٕرہ یور وَنان۔ چوٚٹ گژھ ٹھیک تہٕ یہٕ وولہِ دولہِ گژھ بند ——"

بشیٖرس ہیٖنٛدرن نیٖنٛدرٕ پیٚنہٕ تہٕ وکیل صائب تہٕ شبنٔن چی دَرٛاے واپس وَترِ وَتہٕ لوٚگ مُنشی صائب پننِس نوجوان ہم پیشس یہٕ بار وَنتھ کرہ نہٕ زٕہ ——— "چھہ سا بشبنن چی نہٕ چھُہ ییٚ صائبن یہٕ بکواس کانٛہہ شباہت تھوان نزٕہ بشیٖرس چھُہ عدالتس منزٕ تصرف گومُت۔

تَوے چھُ وولہٕ دولہٕ وَنان۔ نہٕ چھہٕ ڈاکٹر اسلمہٕ نہٕ اَکھ کاگی منٛز
کاتُھہ وَرٕن نٕہ بشرٕ چھُ وِزہ وِزہ ہاجرٕن ناو آوَے ہیوان زہ
کلس چھُس چھوکھ آمُت۔ حقیقت چھہٕ بدٕ لے! اَمِس چھہٕ لوسُں اَز
معراج حاصِل سپدمُت۔ اَمِس کیاہ ساے چھہٕ ہاجرٕ تہٕ ہاجرٕن
جلوٕ بیٛہِ ہیتھ کُنہٕ منٛز لمبہٕ یوان۔ یَتہٕ نین اُشی قطرن، اَنتاب چَن زٕژن
تہٕ جاے نس میایکس تِتھِس منٛز۔ غرض عالمٕکس پٕرہیتھ انتظارس اندر
اَکہِ جلوٕ نظرٕ یوان ——— شہ گوو صرف ہاجرن جلوٕ۔ تِتھے
پاٹھی ہیتھ پاٹھی فرشہٕ بیٛہِ عرشس تام مجلوٕنس صرف لااِل بوزنہٕ اُس
یوان۔ صرف لااِل تہٕ بییہٕ نہٕ کینْہہ۔ یہٕ گوو لولُک کمال تہٕ اُتھی وَنو
وَصل!"

دوشہِ وَے دراے کرٕن نگر واتِتھ اَکھ اُکس دس پوشاہ
کرِتھ پانی پانَس سیتی دوشوے کیاہ تام سوچان!

---

# باب ۲۳

# کتھِ ڈرایہِ گیٚنز

مُقدمہٕ چ کار دائمی لج بشیرٕ نٕ غاًیلہٕ پیتہٕ بیٚیہٕ از برابر اِ ٹھِمہِ ۸
دوٚہی عدالتِ سیشنس منٛز۔ از آسی دوہہ کھوٗتہٕ جادٕ لوکھ شاید
یہِ وُچھنہٕ آمتی زِ بیٚیہٕ ماگرِژھ کاٗنٛسہِ از غاًیلاہ۔ احمدہ اَدس
مُلزم ڈاکس اندر وۄتھِ دِنہٕ ہرِ وُک نرزہ رٛیومُت پینہٕ دُتھراہ ہیوٗ
اوٚرہٕ یوٚر لاسے پٕتہٕ یوان۔ یمِن اَکٹھن دوہن اندر اوس بڑو نٹھِمہِ
کھوتہٕ جادہٕ ہرٕ یومُت۔ برابر تریہ حِصہٕ چھو نیٚومُت۔ اَمِہٕ حالت
وُچھِتھ اوس از جج سیٚزن نظرن تہٕ گمہٕ پھٹان تہٕ ٹارن پیٚو کھ
کھسان۔ اَچھ زِ احمدس کُن تکنہٕ روستُے دِیُت جج صاحبن مُلزِمس
بیٚتھرِ بیہنک حکم۔ کتھ تام سٕرِنس سوچس اندر بیٚتھ دِژھ جج صاحبن
گھنٹی یٛیمہ منٛز اکھ سپٕتھ ٹاسہ ہٕنا تہٕ یٛیہٕ گھنٹی [illegible] زَن تہ

زیٹھس تہٕ کرٕ بیٹھس صحراوَس اندر اَکِس ٹھکٕ میٚتس گرٕ یِ سٕنٛدِس
زٕ ووٚنگس شرٔفہٕ نوٕ نگہہ و ۔ یہِ شرٔفہٕ نوٕ بوٕزِتھ گو وجمع دار ججس برٕونٛھہ
کنہٕ استادٕ رُوٗزِتھ ہیوٗ ۔ "جناب !"

"بلاو سانٛسٕ شُکہ جو گواہ !"

"شُکہِ جوٗ ۔ گر ۔ واٗ ۔ آہ ۔ شُکہِ جوٗ ۔ گواہ !"

"حاضر جناب !" وَنان ژاو عدالتہٕ کِس دروازٕ اَکھ بُڈا ہ
لبن اَکِتھ دِوان دِوان ۔ توٗلی توٗلی تہٕ میٖنہ میٖنہ قدماہ تُلان
تہٕ بیتِہ تِہٕ ووٚت ججس برٕونٛھہ کنٕ دوٚن وکیلن منٛز باگ ۔ شُکہِ
جوٗ اوس وٗمرِ لگ بھگ شیٹھہٕ وُہر باسان ۔ پوٚپ ناکھ ٹنگ
ہیوٗ اوس وُٹھ زیرِہ ہند ۔ مَس تہٕ تہٕ ریشہٕ لوٗد اوس پٔژوٚن
شیٖن زَن ناپان ۔ بمن منٛز اوٚسس خال کانٛہہ والاہ گرٕوہمن ۔
بُتھس آسِس گیٖنہٕ ترٕونگ ۔ زَن تہٕ ووٚلرہ کِس آبس تیز طوفانن
پھٔنٛجہِ وَچھِ مزٕ آسہ ! قدٕ پدٕ وٕے ژھوٚٹے اوس ، مگر زٕ دٕ زبتہ
اوس لوٗکٹے ۔ لگہ رٕوس لوہ کِہ چاراہ چھاوَن والین چھُ پکٕنیتھ
ترِ دَریہ آسٲنے ۔ وٕنداَسی شُکہِ بَبس ساری ونٛداہتی تہٕ توٚے
اوس اوٚنہند بیتھ شِشر ماشک لبِتھ ہند ژم ٹیوٗمت میوہ ہیوٗ باسان !
ججن دِرژھہ ہیرہ بگہہ ۔ یہِ دِیتھ اُہنس بانسرِ نظراہ ، زَن تہٕ اُہنٛزِہ

اَتھ پَتھ ہیو باے شُکلہِ تھوٗوُن ہمیشہِ خاطرہ پٔنٛنِس اَچھن منٛز فوٹو
تُلِتھ تہٕ مٔدَرے ڈٲلِتھ پَژھُنس :—

"چون ناو ؟"

"میہ جناب — شُکرہ ناو —"

"مٲلِس چانِس کیاہ ناو ؟"

"تس اوس احد جوٗ ناو !"

"کتِہ چھکھ روزان ؟"

"اصلی اوسُس جناب وُرہ مُلی تحصیلس اندر زامُت تہٕ فِکرِہ
پیٛنہٕ پیٛٹھہٕ چھُس یتھ شہرس منٛز روزان !"

"اچھا ! وٲنٛس کیاہ چھے ؟"

"آسہٕ جناب اَٹھہِ دَہہِ !"

"کٲم کیاہ چھکھ کران ؟"

"بس جناب ! کڈان موٚتکہِ دوہ ۔ یٔاران تورہ کُس آسہٕ وَس !"

"بیٲے دیزہِ باخدا پوٚز پوٚز !"

"جناب ! حلفس بیٛتھ وَنہٕ پوٚزُے ۔ پوٚزُے چھُس بیٛنان !"

"تِہ وَن سانٛیہ مُلزِم احمدہ زانہٕ ہنا ؟"

شُکرہ چَھان کرُن احتیاطاکہ پاٹھیہٕ ہیٛ اَمیٚ نظرہ ۔ زَن

تہ یُتہ نُزہ ناوِہ نمے چھُس نہ یوان۔ تہ بہٚ وَنہٕ کھنڈ گژھتھ دِیتن

جواب ـــــ "زانن جناب ـــ زانن!"

"اَدِہ سا اَہنز کوٗر ہاجرہ زانہٕ ہنا؟"

"تہٕ کیاہ گو جناب نہٕ زانُن۔ میانین اَچھن تل زایہ۔ کھوٚنہٕ

چھم نُچھمژ..." اَمہ سنز یہ زیٹھ داستان ژٕ ژٹھتھ وَوٚن اَچھ

تہٕ کرۍ اوٚتھ بجن اَمس کُن ـــ "وُچھ سا ئُشلہ جوٗ! یتے سوال

آسہ، تیتے گژھہ جواب دِیُن۔ یہ لوزہ ناوِ پنج جَینہ کانہہ ضروٗرتھ

اچھا! ژیٚ چھا ہاجرہ نہٕ مرہٕ پنج کانہہ خبر؟"

"وے! بلاے موتس۔ گژھہ قبر کَڈہ بچار! بہٕ بیٹھ

دَم گوس۔ کالہٕ شوٗنج دارہ تہ کارہ، ضیحنس اَمس بچار پنُنہٕ

وَتہٕ گامژ ـــــ" یہ وَنان وَنان گو ئُشلہ جوٗ سُنھس سُوسن

رنگ تہ اَچھو لجس ہنہ نہٕ!

"مگر یہ وَن تہ ژٕ زِہ ژیٚ ما چھے خبر سوہ کتھ یا کتھ مہ یہ تہ؟"

"جناب! تہ زانہٕ تہٕ ہند خدا! بہٕ اوُس تمہ دوہ ہسپتر

احمدس تہ تہنہ بن یارن سیتی ڈل گومت!"

"ژیٚ ما یہ خبر زِہ تمس کمۍ دِیت زہر۔ کتھ یا کتھ آیہ ماریہٕ؟"

ئُشلہ جوٗ بانہ یاد تہ کھور یہ سوال بوزتھ نَیَن تہ بجن

أمی سِے ہاجرَنہِ قتلِچ تۄہمَت لأجہِ ! ہَنا بانبرِتھ تہٕ کھۄژِ ہی
کھۄژِ ہی تہٕ ہَنا پَننہِ بے گۄناہی ہُندہِ یقینہٕ سان دِتیٚن گیران
گیران اَڈہِ کھجہِ زبأنی منٛز جواب —— "جناب ! بہٕ چھس سیٚزٕ
کُے اَخبارٕ ۔ از یا پگاہ چھُم کُنِس نہ کُنِس لشِس جواب دیُن !
ییمہِ ناپاے دار سمارہٕ چھُنہٕ ایمانہٕ ورأے کینٛہہ تہٕ لارَن وول تہٕ
شُے ایمان مہ کرُو تَم خۄدا صاب مرَن گرِہ عطا ، ہرگاہ میہٕ کانٛہہ
خبَر چھِے ۔ غأب زانُن وَ توفیٖ (وَاللہُ) عالمُ ، کیتھہٕ پأٹھۍ گژھہ
سۄ بچأر ! "

یہِ ژیوٕکھ جواباہ بوٗزِتھ کوٚر جَجَن سرکأری وکیلَس کُن اِشارہٕ
تہٕ پرٛژھُن تَس —— "ژےٚ یا چھُے سٕلہٕ جوٗس کینٛہہ پرٛژھُن ؟"

جج صأبُن حکم بوٗزِتھ ووٚتھ سرکأری وکیل تہٕ نرم تہٕ میٚچھ
آوازِ اندر لوٚگ سُلہٕ جوٗس پرٛژھنہٕ —— "ژہٕ وَنتم سأ !
ہاجرہ نِہ مرہٕ پٮ۪ٹھ بروٚنٛٹھ کژ دوہ آسہِ وہٕ ژہٕ تہٕ بشیر احمد ڈل
گأمتۍ ؟ "

"جناب ! تمی کالہٕ آسی ۔ دوہ لوسَن وِزِہ ڈل گأمتۍ ژٕ دوہن
دوہن پیٚٹھ ۔ یَتھ راتس اندر سۄ بچأر موٗتس نیندرِ شوٚنٛگ ! "

"اچھا ! گۄڈ [illegible] پتہٕ آسہٕ [illegible] دوہ وأپس !"

"ژورِہ دوٚہی اوس جناب واپس یِنٕ ! مگر بشیر احمد تہٕ بہٕ آے صُبحے واپس تہٕ کیازِہ بشیر احمدن وُچھ راتھ ہنٛزہ ساڑہٕ بہہ (۱۲ ۱/۲) بجہٕ بڈٕ وُلٹہٕ خاب۔ سہٕ کھوٚژھ تہٕ اکھ نو لہٕ آیس نہٕ پتہٕ۔ قطعن مونٕ نہٕ پتہٕ ڈوٚنگس منٛز روزُن۔ اَنجتے گیٔس بار بآے ناراض ! "سُلہٕ جوٗ اوس ایہٕ ڈٕکیچ دلیل وَنانی زہ سرکاری وکیل بیوٗٹھ پننہٕ جایہٕ۔ امہٕ پتہٕ کوٚر جج صاٗبن منشی صاٗبس اشارٕ زِہ سہٕ کرِہ شاہدس جرح۔ منشی صاٗب گوٚو یاشاہ کرِتھ کھوٚتُھ ـــــ تہٕ کوٚرُن عرض ـــــ جناب ! اجازت گوٚژھم بہٕ کرِہ ہا شاہدس جرح ـــــ "ججن کوٚر اسان اسان وکیلس جرح کرِنہٕ اجازت عطا۔ مگر ستی کوٚرنس ہدایت زِہ یِزلون ہیٚو واقعہٕ گوٚژھ نہٕ سپدُن۔ امہٕ ہدایتس پتہٕ تراو وکیلن تہٕ اَچھ پرٛاڑِہ اَسنہٕ ہنا۔ صِرف جج صاٗب خوش کرِہ نہٕ بابت۔ کیٚتھن بے قل تماشہٕ گیرن تہٕ آو ٹلہٕ اُسناہ۔ امہٕ پتہٕ پھر وکیلن پننی کار سُلہٕ جوٗس کوٚنٕ تہٕ لاج ونس پرٛژھ کار کرنی ـــــ

"وُچھ سا سُلہٕ جوٗ تِہٕ چھکھ لوکہٕ بانہٕ پیٹھہٕ پیر نورالدین نہٕ گھرِہ نوکری کران ؟ "

جناب ! حقیقتے اَسن یُدس پیرس ! سہٕ اوس تیلہٕ نہٕ ندے

ییٚسلہٕ تہٕندی مُریدن پیٚٹھ اَمی ذیل وارَن صأبن بہٕ یہٕند گھرہ اَنیوٗس۔ اَوہ تیٚنہٕ چھُس یِنہٕ خبرٕے نِرہ بہٕ کیٚتیٚک اوٗسُس تہٕ گھرہٕ کوٗہ اوٗسُم۔ تیٚنہٕ بدلیاے واریاہ قرن۔ "

" اچھّا! جواب گژھِ ہیٚنا ژھوٗٹ دِیُن۔ یہٕ وَنِتم ژیٚ ما چھی امہٕ محلکہ نوکہ بڑی سُلہٕ ہیٚب وَنان؟ "

" جناب! میٚہ تہٕ چھہٕ اَولادن ہٕندی یا اَکھوٗ زِچھی ہیٚتہٕ۔ توَے چھُم اُڈی سُلہٕ بیا وَنان تہٕ اُڈی صرف بیا وَنان۔ جَنتھے اَسن ہاجرس، سوہ اَسِم ژھوٗرٕے بیا وَنان، یِتھہٕ یا اَکھوٗ بشیر احمد وَنان چھُم! "

" اچھّا! پیٚر نوٗرالدین نیچوٗ بشیر احمد زانہٕ ہیٚنا؟ "

" تہٕ کیاہ گوٗو۔ یِنہٕ نیوٗ نوہ مَو اکھوٗ چھُم رُوٗ چھمُت۔ خُو داھعاب زِچھِنس بلایہٕ نِش یِتھس تہٕ چھہٕ میٚون زِچھِن یاد ے۔ اوتِرہ اَسن غایلہ۔ سارِہ وِے بأژرَو منزہ ژھوٗنڈنس پیٚیے اوٗت۔ خدا صاب دِیِنس شفا از! "

وُچھِسا سُلہٕ بیا۔ جواب دِتہٕ مہربأنی کرِتھ ژھوٗٹ ژھوٗٹ یہٕ وَنِتم بشیر احمدس تہٕ ہاجرس کیٚتیاہ کالُک اوٗس پانہٕ وأنی محبت! "

جناب ! ییٚنہٕ تِم دوشہِ وَرے فِکرہ پیٚیے۔ تتہٕ پیٹھ أُس تِمن
اکھ اَکھ بیٚنہٕ ماے تہٕ شُرٛ نیچہ۔ زن تورٕ رے اٰسہٕ اکھ ڈان کرتھ
دِوٕ چھِ۔ اَکھ اَکِس وَرلاے او شکھ پٔ گمرِ بر نَرسہٕ تہٕ وارِ لوان !
وُچھ سا سٕلہٕ جوٗ۔ میہٕ اوس نیمتر کرہٕ نکٕ تہٕ وعدہ اِقرار
کورُمُت ؟"

"تہٕ چھُ خوٗدا زانان ! مگر میٚہ اوس امیک سخ طماہ !"

"اچھا ! ہیٚلہِ ندیٚرِ یہ طماہ اوسے، ژیہ اٰسکھ بشیٖرنِس ماِس
ماجہِ تہٕ بشیٖرس امیک ضروٗر تذکرہ کورُمُت !"

"بشیٖرس ہیٚلہِ بر اوس وَنان، گٔدہ گٔدہ اوس آسان
تہٕ سیٹھاہ نیش گنڈھان۔ بعد کرِ آسس ہیوُلان ! مگر یہ پتہ
اوس یژھہ کتھ پوزِ نِتھ صرف دوہ نش تھاوان۔ اَتھی ما آز ہیو اَسِس
پھٹان۔ خبر کیا زِہ ؟"

"اچھا شاباش ! یہ وَن تِم بشیر احمد ن مالی کیاہ وَنیوٗے یا
تھنزہِ ماجہ ؟"

"میہ آو نہ بشیر احمد نس مالِس نش یژھہ ذکر کرہٕ نکٕ کانْہہ موقعہ
سُہ چھُ کامہ سیٹھاہ آدٕر آسان۔ مگر اکہ دوہہ وَنیام پیرہ
باجہ اِستعمال کرنس شکایت۔ تَس کِہا چھن تالہِ وَس تہٕ ڈیکہ ژکر رو ومن"

"اچھا! یِہ ما چھُے یاد، جواب کیاہ دِی ژٕ وُنیٚ؟"

"تُورِ وُژِہم کھیٚنہٕ۔ صرف دوٚن ہُمَ، میٚہ کم وٲرٕ گبر چھِہ۔ زِہ

اَنٛدیرِم تہٕ طماہ تہٕ پگاہ کڈٕرہ!"

"یِہ ما چھُے ژٕ یِہٕ خبر زِ یِہ طماہ کتھ اوس تِمہٕ ناو کوٚر ہُت؟"

"جناب! یِتھ اَز عام پٲٹھۍ طماہ نیرُن وَنان چھِہ، بُڈِ بَس

بجتا ور قبیلس منٛز کھاندراہ کرِتھ گُنتُل زیوساہ، بجہ بجہ بخشائِشہٕ

بُنگلہ تہٕ موٹر رٹِنۍ۔ بیٚیہ کیاہ؟

"یِہ طماہ پیٚرِہ بایِہ ہند ہیٚکہِ ہیٚے نا آمِدٕ پوٚرہ کرِتھ؟"

زیور، پوشاک، ترٲم تہٕ مشینہٕ زَن سوزِہ ہا۔ مگر بُنگلہ تہٕ

موٹر کتہٕ کرِہ ہا پٲدٕ!"

"یِتھے پٲٹھۍ، دِہ ژھوٚٹ ژھوٚٹ جواب۔ یِہ وَنِتم یِتھ پٲٹھۍ

آسا پیٚرِہ بایِہ ہاجرہ ٹارِہ کھُش ہرٕکِنہٕ یٕژ؟"

"جناب! تہٕ کیاہ گوٚو پسند نہٕ کھیٚنہٕ۔ پیٚرِہ بایے آسُس اکثر

وَنان زِ ہاجرہ چھِہ کورِہ کِنہٕ دِ وُتھ۔ خوٗدایس آسُس مَنگان ہاجرہ ہا

ہشی نوٗش۔ مگر یَس سلیٚمن ہیٚنو مالِین آسہٕ ہا! وَنِیٚ کیاہ یِتہٕ

پیٚتہٕ آسُس ہنگہٕ منگہٕ ہا جرٕ نۍ زَن منہٕ مُچھِ گامژ۔ دَیان آسُس

سوٚ چھِہ زوٗن کھیٚنہٕ اَسمان کھَسان۔ تورِہ لگِبس بایہٕ ہیٚے دٕبہ!

نَل وُسخان پھٹ ٹَس ! "

یِہ جواب بوزِتھ لوٗگ وکیل صاًب پانہٕ پیٚسے سیٹھاہ کیاہ تام سوچنہِ ۔ اَکھ تام پرٛژھ زن لوٗگ مانے کڈنہِ ! شاید اوس ذِہنس منز "زوٗن کھینہِ کھٔنک" مطلب سوٗچان ! اَسلہ جوٗ اوس اِستادٕ شش درٕ گژھ پننِس اَتھو پننو سیٹھا ژِہل ژِہل دِوان ! وکیل صاًب اوس جادٕے جادٕے کیاہ تام سوچان ۔ زن تہٕ پیٚہیے نینٛدرٕ ہیٚش کھٔژ مس ! جیٚژن کوٗر آکو وِکھ زن تہٕ مژہ نینٛدرٕ ہُشار !

"منشی صاًب ! بیہ کانٛہہ سوال ؟"

"جناب ! اَدٕ جناب ! کیٛنہہ اہم سوال چھہ بٲقی ؟"

"اچھا ! یہِ پیر مرد مرِی وِیادٕم تھوٗک بچور ۔ لہاذا اَکرِیو پیش جِرح جلدی نینٛدرٕ کھمار نہٕ روٗستے پوٗرٕ ! "

"ٹھیک جناب ! اچھا اَسلہ جوٗ ۔ یہِ ما سوٗ چھُکھ ژٕ زٕ زاہ زِہ "زوٗن کھینہِ کھٔنک" مطلب کیاہ گو و ؟"

"یہِ جناب توٗرٕ نہٕ میٚہ تہٕ زاہ فکرٕ ! "

"اَدٕ سا یہِ وَنتم یہِ سلیمہ کوہ پہٕ گیہِ ؟"

"بہٕ جناب زانہ نہٕ جادٕ کیٛنہہ تہٕ ۔ سوٗ چھہ دلاوٕر خان ڈیفو (ریٹائرڈ) بیٹن کٔنہ عمہ لالہ، بشرن بیمہ اوس بشیر من آمی پیٚسے سلیمس

سیٹھ کتھ اَنان ۔ مگر عمہ لالنہٕ زنانہٕ بشیر آحد فی بٔڈ بیٹنہٕ ممتاز لالہ اُس

نہٕ اَتھ کتھہٕ اَتھ وَتھ دِوان ۔۔۔ "

" اچھا ! یہٕ وَنتم یہٕ سلیمہ چھےٚ کتھ زاہ ژیٚرِ وُچھمژ ؟ "

شُکرہ جوٗن ہیوٚتہ اَتھ سوالس جواب دِیُن ۔ مگر تام گوٚو
سرکاری وکیل اِستادہ تہٕ کوٗرُن جانگرِ ہ یا ٹھٕو جِمس عرض ۔۔۔

" میانہ حقیٚر فکرہ تراں زہٕ شاہدس تہٕ کُمتام سلیمس درمیان زان
آسنۍ یا نہٕ آسنۍ کوہ اثر تراوِ ہ یتھ مقدمس پیٹھ ! میانہ حقیٚر یہٕ
کینژھہ تہٕ سمجھ یوان زہٕ آکیا وکیل صاحب کم غارِ محل سوال چھہٕ شاہدس
پرژھان ! یہٕ گوو عدالتک وَخ ضایہ کرُن تہٕ یہٕ مرِ دٕیا دم شاہد
چھُنہٕ راوُن ۔ یم ساری سوالات چھہٕ بے مقصد ! "

سرکاری وکیلہ سُندِس اعتراضس سیتۍ اِتفاق کران کوٗر جَجن
منشی صاحبس حکمٕ زہٕ سُہ پرژھہٕ تم سوال ییمن مقدمس سیتۍ واٹھ
چھہٕ ۔" اَتھ ہدایتس جواب دِوان کوٗر وکیلِ ملزمن عرض ۔۔۔

"جناب ! اَتھ سوالس چھہٕ تمتھ حکایژ سیتۍ تعلق واٹھ ، ییتھ اَتھس
ہُنرمس سیتۍ چھہٕ ۔۔۔ یوہ یہٕ حکایت بہٕ ثابت کرنۍ یژھان چھُس ! "

" مگر تمہٕنز حکایت ، ہیٚنچ نہٕ وُیکتام کینژھہ تہٕ ثابت گژھتھ !
نہٕ چھہٕ تمہ کُنہٕ بوچھ کاہہ تہٕ یاد وُیکتام بجیر ۔" سرکاری وکیلہ

سِندِس اَکھ اعتراض پیٹھ لوٗگ مُنشی صاحب عائم اُچھو پیٹھ
کھوٚت تُلِتھ سرکٲرِ وکیلس ہیٚرِ بۄنہٕ وُچھنہٕ۔ زَن تہٕ گوڈٕ پچھ
لیٹہٕ مُنشی صاحبس یہِ پیٚرازی کیوٗٹ صاحب از وُچھِن اوس۔ خیر اَمہِ
برلورُ مُشاہدک مطلب کیاہ اوس۔ مگر امہِ سیتی زن ووٚتھ پیٚرازی کیوٗٹ
صاحب رٲژِھ ہیٚو۔ اِشتعالس آد لاینہٕ تہٕ زورٕ سان لوٗگ وَننہٕ
—— "جناب! یہِ ڈرامہ گژھہ وۄنۍ بند گژھُن۔ یہِ پیر مرد بیچارٕ
چھُ وۄنۍ لاینہٕ زن یوان! مُنشی صاحبن کوٚر پننہٕ قابلیتُک یڈ
برٕتھ مُظاہرہ۔ مگر نتیجہ چھُ واضح۔ ہمرِ بند گگرُ ژاو——"
اَکھ اِشتعالس پیٹھ چھُ مُنشی صاحب اَیِٕز اَشناہ کران۔
مگر پانس تہِ چھُس سیٹھاہ اِشتعال تہٕ ژکھ ژایان ووٚنُن ججس
کُن —— "جناب! اَبس اُوتھ سُہ حال بدگژھنہٕ یتہٕ تہِ چھاوُ نہٕ
میانہٕ اَند لگ نَے۔ تمہِ غاموش ایتراپھ وضاحت کرِ یہِ گواہ——"
"اچھا!" ووٚن ججَن مُنشی صاحبن کنھ ژُٹِتھ—— "تہۍ دِیِو شاہدس
جواب دِنہٕ۔ سٕلہ جوٗ دِہ سأ ژہٕ جواب، نرانہٕ ہناژہٕ یہِ سٕلیم؟"
"جناب! اکہِ دۄہہ چھم وُچھمژ۔ بٕہ اوسُس درگاہہ نماز
پٔرِتھ واپس آمُت۔ ملہ کھاہ نِش واتِتھ ووٚل نم رۄد۔ بہٕ گوس
چیرِن کٲلی۔ ژاس تمہ تان گر میانس نہٕ پتاہ ژہِ ممتاز

لالہٕ چھہٕ سمکھنہٕ کُن گامُت۔ تہٕ خیال چھُم سو آسہِ بنیس کُٹھس منز تہٕ
عمہ لالہٕ آسہ ڈِیوٹی بیٹھ۔ بہٕ ژاس توقع سان مُمتازہ نِس کُٹھس اندر
سیوٗدُے۔ عمہ لالہٕ اوس پلنگس پیٹھ رٔشمی لیفہِ تل شونگمُت۔ پتھر
اوس عمہ لالُن کُٹھ تہٕ لیڈرِہ رٔشمی چھیٹہِ ہند ایزارہ۔ اَدہ کیاہ
بہٕ دٔراس پوٚت کھوری۔"

"اچھا! پتہٕ کیاہ سپُد؟"

"یہ سارے کہانی چھہٕ ناقابلِ ادخال۔ سوال چھُ کیاہ تام۔
گواہ چھُ کیاہ تام بکواس وَنان۔ عدالت چھےٚ نہٕ گواہ سُند
بکواس لیکھنہٕ خاطرہ۔"

سرکارُکۍ وکیلہ سُند یہ اعتراض کوٚر کانٛہہ بحث بوزنہٕ روٚستے
جِجن رَد۔ تس تہٕ اوس شوق دوٚن ایزارن ہنز داستان جل جل
بوزنی تہٕ ووٚنُن البتہ شاہدس ـــ "وُچھہ ساٚ بُڈا۔ یہ سوال آسہِ
مونحصر۔ دِہ تتھ جواب۔ زیٹھ راوہِ مہ!"

"جناب! جواب چھُس دِوان۔ بہٕ کرہ عرض، میہ کر زانٛہہ
سلیمہ۔ اَدہ بہٕ اوسس وُٹھس منز جارس ـــ عمہ لالہٕ نِس اڈریس
سیتی کتھ کران۔ اوہ دٔراو عمہ لالہ پتہٕ پتہٕ اسمس پوٚ ہے
لیڈرِہ چھیٹہِ ہندی [illegible] لیڈر

ہمش ژٕناناہ۔ ژھوٹ ژھوٹ مسٔن اوس اُمِس آورِہ واو پِہ
گومُت۔ پَتہٕ وۄن نمہِ اِسان اَسان جبارَن دٕہ پہیے گیہٕ دِلاوٕر
خانٕنی کور سلیمہ۔ آدہٕ کیاہ!"
"اچھا! لبشیرِہ اِدہٕ بہٕ اُمِس سیٹھو کھاندر کرنس پیٹھ تیار؟"
"ہرگز نہٕ! سُہ اوس سٹھاہ ٹھلک تُلان۔ سُہ چھُنہٕ وۄنہٕ تہٕ کانٔسہِ
سیٹھو کھاندر کرُن مانان!"
"اچھا! لبشیرہ تہٕ اَجہٕ آسہٕ ہمن اکھ اُکس چِیٹھہٕ سوزان تہٕ
جوابی اَکھہٕ سوزان؟"
"کیاہ تام کاغذ آسم دِوان۔ مگر میہٕ چھُنہٕ از تام خبر زِہ تمہِ
کاغذ آسی نامہٕ یا پَیغام، بَلکہ بہٕ اوسُس زانان تمہِ مدرس شُرین
ہُندِ سوال ہی کیاہ تام ـــ"
"یہٕ وَن تہٕ مَرنہٕ برونٹھ کوتاہ کال وُژُے ژیہٕ ہاجرَن بشیرَس
کِرشہ آخری چِیٹھو؟"
"برابر ستَت دوہ!"
"سو چِیٹھو کتہِ تھاو لبشیرن؟"
"خو دا نہٕ زانان!"
"جواب دِیت نہٕ تمہٕ چِھنہٕ؟"

"میہ اَتھہِ نہٕ کینٛہہ!"

"اچھّا! باخودا وَن تہٕ تُہیہ نِش ما کانٛہہ چِٹھیاہ یِہنٛز موجوٗد؟"

"باخودا نہٕ کانٛہہ۔ مگر البتہ چھیم اکھ چِٹھیاہ لیٚب مژ۔ یہِ چھیم نہٕ پتاہ، سو کَس اَسِس دِژ۔ توٚے چھیمَ سۄتھہ گنٛڈ کرِتھ پانَس نِش موجوٗد۔ از تام ہٕوم تہِ نہٕ کانٛسہِ۔ کیازِ یُتھہ نہٕ امانتس خیانت گژھیم!"

"شاباش! چانِس پزرس آفرین۔ یہِ چِٹھۍ چھےٚ تُہیہ ہاجرن دِژمژ؟"

"نہٕ جناب! ہرگز نہٕ۔ سو چھےٚ میہ لیٚب مژ۔"

"کتہِ چھیتھ لیٚب مژ؟"

"جناب! ہاجرہ نہٕ مرنہٕ پتہٕ داہ یا باہ[12] دوہ اوسُس بہٕ اسد شینہ سرانہٕ کُٹھِس منٛز بٕتھ چھلان۔ شام نِماز اَس تیار۔ یِرہ بلے تہٕ اسد نہٕ شینٛز زنانہٕ چھبکہ اَس پانہٕ وانٛزی کتھہ کران۔ جبکہ اَس یِرہ بایہ ونان — "یہ ہاجرہ کیاہ حق اَس تہٕ چو تہٕ گانٛج داریاہ۔ جر کوتاہ رقم اوسُس پلہِ تھاوِمژ۔ ظاہر اَسِس توٚے کیاہ تام چِٹھۍ کینٛہ کانٛہہ حساب لیکھِت تھاوِمژ میہ تِج تھنٛدہ شانٛدہ پیٹھ یِس کاغزٕ ہٕس تہِ تھاوِم ہاوِن

زانِہ منٛز۔ یَپَہ ناوٕ ہا اَشرفس اَتھہِ۔ تَمہٕ چھُ پیرا آمُت۔ "ژٕ یَپَہ ناو
وۄنی بَشہِ لالس اَتھہِ۔ تام دِیت یَپَہ بابہٕ گۄرہ دایہِ آلو۔ سۄ
دٲرایہ بانبرٕ ہیٚتھ۔ بٕ رۄدُس ماے لاگِتھ سراہنہٕ کٔنٛڈِس منٛز۔ جیلہ
دٲرایہ یَپَہ بابہٕ پیتہٕ پیتہٕ۔ میٚہٕ دۄپ ہے ہے، یہ ژٕ بیچارس عمہ لالس ڈُکھِس
کُن اِشارہ کٔرِتھ) بیاکھ سیکھ تراوَن۔ یِمن اوس دۄشہِ وٕنی ہیٚند
عَداوَتھ تہٕ۔ تہٕ میٚہٕ اَدہٕ کیاہ تہٕ ... ..."

"اچھّا! اَگَر تھ ژٕ یہ سۄ چِٹھ تمہِ زانِہ منٛزہ—"

"باخدا اگر دِم ژٕ ژھورہ ہُندہِ نیٚش۔ تتھ چھُم خدا شاہد—"

"ژٕ مہ بانبر۔ بٕ چھُس چون ذِمہ وار۔ ژٕ یہ چھے ژٕ کانہہ پھیوا آسے
سۄ چِٹھ کتہِ چھے؟"

شَلہِ جورس گیہٕ ہنا ہمتاہ یِش۔ بیرکہ تراوُن۔ تھرہ تھرہ
گیُس کَم۔ اَندرِ مہ لبغلہِ منٛزہ کَڈِن یہٕ اَکھ کورٕ لٹُھ ڈَج یتہٕ کِلو
سینتہ پیچہ آسہٕ کمر مژہ۔ واریاہ گنڈ تہٕ تاہ مُژرِتھ کَڈِن امہِ منٛزہ
اکھ ماٸلہٕ رنگیا مژ لِفافہٕ ہُن کھتھراوِتھ گلبو پلہٕ نوون یہٕ لِفافہ وکیلس
کُن۔ منشی صاحبن زن تہٕ کیاہ تام خزانہٕ اَتھس کیتھ روٚٹ۔ اَمنہِ
بُتھہِ پیٹھہِ ووژھ خوشی ہُنزہ لہرہ۔ اَمِس زن میوُل تیتھے یاوُن تہٕ



نوُو لو کیچار، ییتھ کُس تاہم محلہِ کِس بڈہ سمارِس تمہِ ورِہ گاصل گوو

ییٚلہٕ وُہن وٕری ین ہنٛزِ محنتٕ پتہٕ شاہ جہانن تس بخشایش دِژھ۔
سلسلہ سبب اوس وُنی کینہہ شاہ جہال تہٕ پرٛیامژ لفافہٕ ہُن۔ مُنشی صابس
کرٕژھ خلعتِ شاہی۔ اَہندِ بن خوشیَن اَس گرٛیکھ لجمژ۔ اَسہ وُنہٕ چانٛژ
بدہ لوٚو مُنشی صابن پنُن عانکس۔ لِفافہٕ مُژ رووُن۔ چِھٹھی پرٛان لفظہٕ
لفظہٕ پانس سیتی۔ اکھ اکھ لفظ چِھٹھہِ ہُند اوس اَہنٛزِ خوشی ہتھ
ہتھ ڈِگری تھف ہُرٕ راوان۔ اسہ وُنہٕ چانٛژِ تہٕ پھولہِ وُنہٕ دہانہٕ
کوٚرُن ججس عرض —— "جناب! میٚہ چھُنہٕ شاہدس بیٚیہ کانٛہہ سوال
کرُن۔ صرف چھُم عرض زِ یوسہٕ ہاجرٕ چِھٹھی تُہیٚ ضبط کرٕتھ چالانس
سیتی شامِل کرٕمژ چھےٚ تہٕ یوسہٕ وُنی کینہہ شامِل مِثل چھےٚ، تمہِ چِھٹھِ
ہنٛز عبارت گژھِ بیمہٕ چِھٹھہِ ہنٛدِس دستخطس سیتی رلاونہٕ یُن تہٕ
تیٚلہٕ پتہٕ گوٚژھ بیمہِ بدقسمت تہٕ زیٚیٹھہ مُقدمُک فیصلہ دِنہٕ یُن!"
ججَن روٚٹ یہِ کاغذ پانس اَتھَس کیتھ۔ اَمہِ تہٕ لوگ عانٛک،
حرف حرف پرٛان پانس سیتی یہِ چِھٹھی تہٕ مِثلہِ منٛزٕ تہٕ کڈٕن ہاجرٕ
چِھٹھی۔ دوشہِ وُنی کاغذ ورقن دِژن اورٕ یورٕ پھرٕ پانٛژھ داہ ——
لوٚکن ہُند اِضطراب اوس ہُران۔ ساری اَسی پژھان زِ یہِ چِھٹھی
ججہ سنٛدِ اَتھہ منٛزٕ وُبلاونہٕ نیتہٕ یرٕنی۔ مگر کیاہ کرٕ ہُن۔ اَمہِ پتہٕ
ریٖلہٕ ناوِن یم دوشہِ وَسے کاغذ سرکاری وکیلس کُن۔ تمہِ وُچھ یمن

کاغذن لرِ پھیرنہٕ پانٛژھ دشیہٕ۔ تہٕ کاغذٕ نُو مہ راوِتھ دِتِن ججَس دایس
مثلہِ ہِنٛدؠ ورقہٕ پھِران پھِران ڈیٹھ جج صاٲبن پانٛژھ دوہ
تاریخ تہٕ فرموٗدُن زِ تِمہِ دوہہٕ ییہِ آخری فاصلہ دِنہٕ۔ ساری
لُکھ آسو سو تِھس پیٹھ اوسہٕ پور لا ینہٕ لوان۔ کانٛہہ اکھاہ اوس
نہٕ اَز عدالتہٕ منٛزٕ نیرُن یژھان۔ تہٕ نٛدو کنہٕ گژھِ بہاتس تہٕ عدالت
لگیہ تہٕ عدی طور گوٗژھ تمِن امہِ کاغذُک مضموٗن نَنُن۔ لیس سلکہ
بیٚن پیش کوٚر۔ مگر تَس تہِ اٲس نہٕ کانٛہہ خبر زِ اَتھ منٛز کیاہ مضموٗن
چھُ۔ احمدَس اوس ذہٕن از وار یاہ پریشان۔ سُہ اوس گونٛگہٕ ہیوٗ
وُچھان!

---

# باب ۲۴

## دۄرِ وآرٕ وِہ پیٹھٕ

سیشنِ عدالتس منٛز لوٗگ از برابر پانٛژھ دۄہ احمدنِہ مُقدمُک
تارِیخ۔ عدالت اٚس از تہِ لوٚکن ہُندِ جم گھٹہٕ سیتین رٕٹِتھ۔
احمدہ بیتھے عدالتکرِ آنگنہٕ اندرہٕ گنگرٕ ژھلہِ منٛزہٕ نیبر ؤراو۔ اٚندی
اٚندی سمے یہِ تس لوٚکہٕ رٚجاہ۔ زن تہٕ کاٗتھ بوڈ بارہ قومی لیڈراہ اوس
نگر احمدہ اوس ازحدہٕ کھۄتہٕ جاذہ پریشان۔ گاہے لوٚکن کُن وُچھِتھ
ہنگہٕ منگہٕ اسن کھنگالاہ تراوان تہٕ گاہے اخبارچین اوٗش اکہ وینن
زٕژن مدٚسے گنڈان۔ اکڈین اوس لبتہٕ لایان تہٕ اکڈین دأہی تیأہی
ونان۔ نگر یمہِ لوٚکہ اٚمس اٚندی ٹکہِ جماہ گیٚے، ہمن دِژ پُلیسہٕ والیو
چھگ تہٕ ملزمس کرکھ جاذہ زوٗرہ سان نیتھ۔ یانہٕ وأنی لوگ لوٚکو
بٕ یکدم احمدنہٕ حالتس پیٹھ تبصرہ کرٕن۔ کینہہ کوٚتہ ینا ونی تہٕ کینہہ ڈیونگ

وٕنٕ چھہٕ کاںٛشرٕ ذہنک اہم کار۔ اکھ نوجوان چھہٕ پننہٕ ریشمی گلو
بنٛدٕک تاہ سنٛبالان تہٕ سگریٹک دُہ آسمانس کُن چھکس
لایان لایان بٔیس جوٗریٖ درس یقینہ سان ونان ــ" ہے اَمی ہساَ
موٗت لوگ مُت۔ سالہٕ بتہٕ کھیوٚن یزھان ــ" یہٕ جوان وۄنھ اُمس
گلوبند وامِلس اَتھ کتھہ بیٹھ کھینہٕ ہیٚو تہٕ نصیف کھو تہٕ جاوہٕ سگریٹ
بوٗہِ کرِ تکرِ یتہٕ سلیتی موٗران لوٗگ ونہٕ ــ" حماقت۔ بیچارہ
پیٚزھ پریشانی دُچھتھ مغزٕ ڈول مُت۔ زیٚن لاج تس سالہٕ بتہٕ
کھیٚنچ توہمت!"

"حماقت چھکھ زٕ ونان۔ گاش چھےٚ ناپاگل چھا اِمی کران
یہٕ چھُنا سوٚچتھ سمجِتھ پاگل لاگتھ؟"

"زیٚن چھےٚ نہٕ کتھہ کرنٕک کانہہ طریقاہ تہٕ۔ بدتمیز۔ گاش چھےٚ
زٕ ہاٹھین!"

"اَستہٕ تل، زیٚن چھےٚ اُہندہٕ بدلہٕ ہرکرہ نی۔ آیہٕ (آخر) بیمہٕ چھےٚ"
"زبان چھو مٕٹھ کولہِ ہر (خر) بچہٕ۔ بہٕ کرے ہوٗن (خوٗن)!"
دوشہٕ وے لاگ نرٕ وٹھ۔ مگر تام بیوٗد اکھ سنجیدہ، رُعب
دار آدماہ وامِتھ ــ"ہے۔ بکواس کریو بند۔ بہٕ یرہ ناوٗدٕ حوالات
منٛز، کوٚل عدالت منٛز لیکہٕ لیکہٕ کران۔ ناوٗکھ دوٚن زعمہٕ لالہٕ بنی

اِسرائیلی دوہ ژھہ۔ تلہ پھوہ پُزی پانٹھی بنی اسرائیلی نسل۔ خامہ خاہ لڑاے ژوان۔ پرٔپتھ کتھہ پھوہ سشیر بکری بنا دان۔ مین دوہ شیہ وٗنی نوجوانن ہنزہ ژکھہ ہنزہ بگہ دِیت اُمس مُرہ دیا دُمہ سپٔہی کلاہن نِستر تہٕ حالات آے لاٹھی چارجہ ورأے کنٹرولس منز۔ امہ لٹڈایہ ہنزہ جایہ بیٹھہ لگو ووٗنی لوکھ نا وومید وایس نیرٕنہٕ۔ تہٕ اکہٕ اکہٕ لگو عدالتس منز برونٹھہ برونٹھہ کُن جلے رٹنہٕ۔ جج صاحب اوس ازسٔلہ گری عدالتس منز بیوکھمُت۔ شاید کُرہ مہ سُنُد انتظار کران۔ سارہٕ وے وکیلو اُمس ازٔ ہنیس کارس لکتھ دِتھ سپشن عدالتس منز برونٹھہ کنہ جاے رُٹ منز۔ تمہٕ وکیلو تہٕ پیم ٹانٹس موتس سرانہ بچہ بیٹھہ ترأوِتھ تہٕ بنہٕ کامہ عدالتس منز واتان رچھہ تہٕ مودس ستھ ورخ ھنایہ کران رچھہ ننہٕ!

جج صاحب اوس مثلہ ہُندین ورقن پھرناہ دِوان تہٕ لوکن اُمس دِنہٕ چھ دُبراے گرہ کھو تہٕ گرہ ہران۔ جج صاحب نہٕ حکم آد تام احمدہ بلاونہٕ۔ احمدس ستھ ژاے زٕہ پُلسہ وٲلی تس ہتکڑہ کھف کرٕتھ۔ کتانہٕ داز اوس یمن پتر پتر پکان، کیاہ تام کاغذ اوس کھتھ ہیتھ۔ جچس مُقابل تہٕ گوہ وِاستادہ۔ ٹاس کرٕتھ مورن پُلسہ آیس منز سلیوٹاہ (salute) تہٕ امہ پتہٕ پلہٕ نوٗمن

یہِ کاغذ چھُہ سندِس اہل مدس کُن۔ زبأنی کورُن عرض ـــ، جناب والا

پٔتھ مہو ژوٗرو دوہو پیٹھہ چھُ مٔلزِم سندِس دماغ خراب گژھنکہ آثار

لبنہٕ یوان۔ اَمہِ سُند ڈاکٹری مُلاحظہٕ تہٕ آو کرنہٕ ناوہ نہٕ۔ ڈاکٹرن ہنز

راے چھےٚ زِ احمدہ گژھِ پاگل خان بھرتی کرنہٕ یُن۔ یہِ چھُہ جناب

ڈاکٹری سرٹیفکیٹ۔ یہ سرمینہ پیش کرُ!"

تھانہ دارہ سنٛز مدلل تقریر بوزِتھ تہٕ ڈاکٹری سرٹیفکیٹ ہنٛد

سرسری مُلاحظہ کرِتھ ترٛو ججن زیوٗٹھ دوشاہ۔ مُنشی صائبس گوو

اکِہ رنگہٕ بٔیاکھ رنگ۔ میٚنگن دِیُن اتھہ۔ سوٗرے کلہٕ رؤدُن منٛز اتھن

دوٚن منٛز۔ عأنک تُلن تھوٚو تہٕ سفید رومالہ وۄتھرُن سوٗرے

بُتھ، ڈیکہ تہٕ اچھہ۔ ججن دِژ احمدس ہیٚرِ بوٛن نظراہ۔ اَمہِ سنٛز

زیٚٹھ پارہ کاٹھہ دار، آدرِ واورہ گأمٕتۍ سفید تہٕ کرٛہنہ مس وال

رتہٕ کھأٹھی پیٚشہِ اچھ زہ۔ تلہ مس وُٹھس پیٚٹھہ وُن رتھ، ہوٗکھی

ہتیٚن منٛز اَرِی پوشن ہیٚوٚن روٚنھارن، نریٚٹھن منٛن ہنٛدی منٛز

خراشن ـــــــــ یمہ سارے علامژ آسہ وضاحت کران زِ

احمدن چھےٚ جنونٕچ آخری مرحلس منٛز تہٕ قدم تروٗمت!

پتہٕ تس عدالتس کُن اکھ نظراہ ترٛاوِتھ تہٕ بٔیاکھ مُدیاہ احمدہ

نِس مُنتھس کُن گٔرِتھ کوٚر جججن افسوس سان تھانہ دارس کُن

خطاب ——" اچھا! تہٕ بنیوٚن مُلزم والیس۔ کلارک دِیہٕ توٚہۍ پاگل
خانہٕ کِس افسرس ییٚمہٕ حکم نامہٕ۔ تہٕ یہِ کٔرِ لوٚن فوری طور پاگل خانس
منٛز داخل۔ دلوٚہ مرٕ نہٕ برونٛہہ زاہ آمی سُند دماغ کام کرنس
لایق بنہِ! میہ چھُ واریاہ افسوس زِ مُلزمس سُند دماغ گو یہِ
فاصلہِ ہاوِ گرھنہٕ برونٛہہ خراب! خاکر! بہٕ ہیکہٕ نہٕ ووٚنی جادہ
پرٛارِتھ کینٛہہ۔ تہٕ انصافُک تقاضا چھُ زِ مُقدمہٕ گژھہ فاصلہٕ
سپدُن! لہٰذا پرٛہ بہٕ وکیل صفایی سٕنٛزِ حاضری منٛز یہِ فاصلہٕ"
سارہٕ نِش منٛزِ نظرہ لیجہ جج صاحب نِس جانٛبس دِرہ۔ مگر سارہٕ سے
عدالتس منٛز آس ماتمہ چھ مجلس ہنٛز ہش ژھوٚپہ۔ صرف زِ بُتھ
ووٚش۔ آے تہٕ واے! زن تہٕ یمِن سارِنٕ نِش احمدٕ سنٛز ستی کانہہ
باطنی واٹھ اوس تہٕ زن تہٕ یمِن یہِ یقین اوس زِ احمد چھُ بے
گوناہ! تمہٕ تہٕ آسی ووٚش ترٛاوان۔ یمن احمدٕ سٕنٛدِ اَکھن منٛز ہا جرہٕ نہٕ
خوٚہنِچ بدبوے یوان آس!

امہِ دردناک خاموشی ہنٛد قبعنہٕ ژھٹراوان کوٚر ججن فاصلہٕ
پرُن شروع:——

"یہِ واقعہ چھُ از برونٛہہ پانٛژھہ وری سپدمُت۔ مُلزمس چھُ
بینٛی کوٚر باترہ نہٕ ہہ ریتہ کُنہِ عُمرِ عایہِ کرمۍ آمُت!

یہٕ الزام اوس یٖتھو عدالتس منٛز ملزمس خلاف ثابت گومُت
تہٕ اَمِس اوس سزا دِنہٕ آمُت۔ تمہٕ فیصلس خلاف سپیز
آنٛز ہیل عدالتِ عالیہ ہس اندر اپیل تہٕ سُہ فیصلہ آو بچھراوِنہٕ
مِثل آیہٕ بیٚیہِ یوٚدی واپس۔ مگر ہدایت آیہٕ یتھ عدالتس وِدہٕ نہٕ
زِہ پیر بشیر احمد تہٕ سُکہٕ جو گرِ ھن زہٕ گواہ ـــــ عدالتہٕ کین
شاہدن ہنٛزہ گرنٛنہٕ منٛز طلب کرہٕ نہٕ ییٚنہ تہٕ تِمن گرِ ہعہ یتھ داہ تھیس
پیٹھ پرٛزھ گار کرہٕ نہٕ ییٚنہ۔ یہٕ ہدایت آو یوٚزہ یاگھ عملہٕ منٛز
انہٕ نہٕ۔ تہٕ یمین دوہ شہِ دٔ ذ شاہدن ہنٛدی بیانہٕ آسے ہدایتہٕ
مُطابق لیکھنہٕ۔

میہٕ چھہٕ افسوس یہٕ سان امہٕ کتھہٕ ہنٛد اِقبال کرُن پیوان
زِہ سہٕ چیز یمس ہاجرہٕ نِہ موٚچ گِنی تہٕ موتبر شہادت اوسُ
ـــــ ہیوٚک نہٕ تحقیقات کرن والیو لبِتھ۔ یدوٚوے تمِن
نِشہٕ اَکھ اشارہ موجود آسی۔ تمو کرٕ بدہٕ لے اکھ حکایت
یادہٕ تہٕ عدالتس نِش ہیوٚک نہٕ اصیل مواد واتِتھ۔ یمہٕ چیزن
یہٕ سارے کاروٲیی تمِہ دَتہٕ لاج، یتھ بہٕ صِرف نا انصافی بنٛز
وَنتھ ناو کیٚرِہ نہٕ لگہٕ کرِشہٕ بہٕ تمہٕ ظلمچ ونتھ ناو دِین۔ خارہٕ!
اِنصاف یدوٚوے ژ یسکہٕ ہیکان سپدِتھ چھہٕ۔ مگر انصافکو تقاضا

پۆرہ کرٕنۍ چھہٕ قونوٗنِ قوٕدرٕ پیٚچ پالیسی تہٕ ۔ پوٚز نیٚنہٕ باوس چھہٕ
پزہِ فیصلہٕ تنگ کاہ تہٕ ۔ مگر بہٕ وَنہٕ ہٕز اکھ پیٹھ اچھِ زہِ یہٕ پوٚز
لیٚزان ہٕزان کیاہ دوٚد ہٕز اکِہ خاندانُک عالم ۔ یہٕ سارٕ یسے ذِمہٕ
دأرٕ چھہٕ تحقیقات کرن واجنہٕ مشینری پیٹھ عاید گژھان ۔
عدالت چھہٕ صِرف تمن واقعاتن کنگنہٕ دِوان، ییم واقعات
فریقین پیش کرن ۔ عدالتس چھِنہٕ کانٛہہ اِلہامہ یا کانٛہہ اکھ
بأطنی ایجنسی چھنہٕ عدالتس نِشہ کأم کران یمہ سیٚتہٕ ایجنسی
اصلی حقیقتن ہٕندِ پے ہیکہ اَنِتھ ۔ اِنصاف تونٛ کڈنس منٛز
چھہٕ عدالتک بوٚڈ بارہ مددگار اِدارہ صِرف یوٚہے پولیس ۔ میارِ نس
دأرِتس منٛز چھنہٕ پولیس اکھ فریق عدالتس نِشہ بلکہ اِنصافچہ
مشینہِ ہٕند اہم پُرزٕ زہِ ۔ ییٚلہ یہٕ پُرزہٕ غلط کأم کرِہ، لازمی چھہٕ
سأرٕ سے مشینری پکہِ غلط ۔ تمن نالکار افسرن ہٕنٛزہ نابکاری
پیٹھ تحقیقات کرُن، یمو یتھہٕ تنتیشس اندر پزھ ییرہ دُنیٛ
ناو پأدہ کرمژ چھہٕ ۔ پانٛچے گوٚو سہٕ تحریٖرٕ یُس ییمہٕ واقعہٕ پیٚچ
سارہِ وسے کھعہ تہٕ معتبر تہٕ بہترین شہادت چھہٕ — وٕوت
آخرس اسہِ نِشہ تسٕ امانت دار بُڈہ بسندرہ ذرٕ جسے، یُس
اُوترہ بجیٹھِ گواہ [illegible]

بُورُس مرحبا کرُن، یِمہٕ سُند دُور اندیش ذہنن یہِ اہم دستاویز بچہٕ راُو تہٕ اسہِ نِش واتناو۔ اگر ہہٕ سہٕ بدِہ چالاکی سان یہِ دستاویز جِبلہٕ نہٕ قبضہٕ منٛز کڈِہ ہا، تیٚلہِ اوس یہِ دستاویز اسہِ نِش واتُن تہٕ ناممکن تہٕ انصاف سپدُن تہٕ اوس ناممکن۔ اُمِس مُنافق خصلتُک زنانہٕ ہُند مقصد چھُنہٕ ہیٚہ فکرہٕ تران زہٕ آیا تمِس ماتمہٕ کِس گرہٕ کارس منٛز کیتہٕ کیٚنژ آو تس یہِ دستاویز ژوُرہٕ نِتھ کھٕنٛٹِتھ تھاوُن ونہِ نہٕ! یہنٛز یہِ خصلت لوکن واتہٕ نادُن چھُ آسان بُتن پدوے کانٛسہِ نوقصان واتناونہٕ سیتی فائدہ واتان چھُ نہٕ مگر یہندین ضمیرس چھُ بیٚین ہُندی اُلی دزہٕ نہٕ سیتی شہلیتھ پیوان۔ سُہ یِچھِ ضمیر خوش کرہٕ نہٕ خاطرہ کوُر جِبلن یہِ دستاویز ژوُرہِ نِتھ اکِہ خاندانُک دزہ ویٚل ژونگ ژھیتہٕ تہٕ انصافہ چہ ژرکرِہ منٛز ڈنٛڈ بُھٕرٛ اونُن۔ مگر انصاف چھُ ای ذِہ "انصاف" گرِٛھہ اُمِس سیتی تہٕ پوٗرہ انصاف ورتاوُن۔ تمِیچ واحد صوٗرت چھِ زِہ اُمِس گرِٛھہ فوری طور تمہٕ جرمُک سزا پیوان۔ یُس امہِ اہم شہادت تلف کرہٕ نِچہٕ نیٚنژ سیتی یہِ دستاویز ژوُرہ نِتھ عمل منٛز اومٕژ چھِہ۔ یہِ حرکت اُہنز چھِہ رنبیر ڈنٛڈہ کِس نہٕ ہستہٕ ژور (۲۰۴) دفعہ کِس ماتحتس منٛز

بوان۔ یہ دستاویز چھُ سہ چِٹھی یُس یہ واقعہ سپدنہٕ برونٛٹھی یہن
ہاجرن پننِس نالِس ملزِم احمدس لیچھمٕژ چھےٚ۔ گوڈنیُک سوال
چھُ یا چھُ سپدان زہ آیا یہ چِٹھی چھا پزی پاٹھی ہاجرنی لیچھمٕژ
چِٹھی؟ اَتھ سوالس پیٹھ کوٚر میٚہ پوٗرہ سوچ۔ پانہٕ تہٕ لیکھناوٕ میٚہ
امہِ چِٹھہِ ہنٛز عبارت ہاجرہ نہٕ تِتھہ چِٹھہِ سٟتی، یُس پُلسن شامل
مِثل کرٕمٕژ چھےٚ۔ یہٕ دوٚشوٚن پانہٕ تہٕ اَتھی نتیجس پیٹھ زہ یم دوٚشوٚے
چِٹھہِ چھےٚ اَکی اَتھہٕ چھےٚ۔ مگر امہِ علاوہ کوٚر سرکاری وکیلن تہٕ پانہٕ
ملاحظہ کرِتھ امہِ حقیقتُک ہنٛد اعتراف۔ سارِوٕ ویے کھۄتہٕ کرہ
ناوِ میٚہ یمن دوٚشنہِ وِنی عبارژن ہنٛد ملاحظہ۔ عبارژ ملاحظہِ
کرن والِس سرکاری تجربہ کارس اَتھہِ تہٕ۔ تہنٛز راے تہٕ چھےٚ زہ
یم دوٚشوٚے خطوط چھےٚ اَکی اَتھکی۔

دوٚیم سوال چھُ زِ آیا یم چھا ہاجرنی اَتھکی؟ تمیُک
گوڈنیُک ثبوت چھُ سہ اقبال یُس پُلسہ پانہٕ کران چھُ۔ استغاثہ
چھُ سامان زہ ضبط گامٕژ چِٹھی (یمیچ ضبطی فرد ضبطی نمبر زہ ہس
منٛز درج چھےٚ) چھےٚ ہاجرہ نہٕ اَنیچ۔ لہٰذا ییلہِ یہ عبارت ہاجرن
لیچھمٕژ چھےٚ تہٕ سہ عبارت یُس اَتھہ سٟتی حرف بہ حرف میلان
چھےٚ۔ سہ تہٕ چھےٚ ہاجرنی اَنیچ۔ امہِ علاوہ انہِ میٚہ بیٚیہِ تہٕ کینٛہہ

عبارژ ہاجرہ نہٕ اَکھ چھہٕ۔ مثلن تہنزٕ کاپی ـــ دٕن وَن کِتابن
پیٹھ تہندہِ اَکھ ہیہٕ عبارژ۔ یِمن سارِنی ہُند مُلاحظہ کرِتھ چھُ
کُنہِ شکہٕ رۄستے یہِ ثابت زِ یہِ چیٹھی لیوٗ سہٕ سلسلہ جوٗن پیش
کرُ، چھہٕ صرف ہاجرہ بہٕ اَکھ چیٹھی!

یہِ چیٹھی چھہٕ یِمہِ مُقدمُک فاصلہ! توٗ سے کرہ بہٕ حرفہ
حرفہ یتھِس فاصلس منز امہِ چیٹھہِ ہنز عبارت درج۔ اَتھ چیٹھہِ
پیٹھ کُنہِ چھُنہٕ تمہِ جایہِ ہُند تذکرہ یتہِ پیٹھ یہِ چیٹھی لیکھنہٕ آمژ
چھہٕ۔ البتہ چھہٕ امہِ کِس دچھنِس کوٗنس پیٹھ "الفاظ" ازمقامِ
موت" درج۔ تاریخ چھُ سُہے دوٗہ یُس روزِ وقوع چھُ ـــ
تو پتہٕ چھُ امہِ چیٹھہِ ہُند مضموٗن یتھہٕ پاٹھی لیکھن واجینہٕ لیکھان"
"جگن پھیرُ درکھ۔ ڈیکس دوہ تھر راوُن گمہٕ۔ ہارٹس ترٗوٗن ـــ

نیکٹایہِ ہُند گنڈ ذرا ڈیوٗل۔ اردِس کُنِ سَنجُن اُچھ زِ کھود۔ تمُ
ژیوٗن پلنے۔ تہٕ ژلہِ لارہِ اوٗنُن براندی رنگہٕ گلاسس اندر ترٗیشہ
گلاسہٕ۔ وارِیاہن گوٗ وگمانہٕ زِ منج صاٗبن ماکرُ سر اجلاس براندی
نوش۔ ترٗیشہِ گلاسہٕ دامہ دامہٕ چیتھ لوکُن پننہِ فاصلہ پیٹھ امہِ
چیٹھہِ ہُند مضموٗن پرُن۔ ندن تہٕ گوٗ پوچھ سُہ یہِ منزہ گلاسن موے پرُن
ہیوٗن۔ ٹیوٹھ تہٕ تلخ موے۔ مگر یمہِ کِس مُشکس منز تہٕ مستی ہُندُکر

جادہ بۄزِتھ آسی !

"میانہٕ بابہٕ لالہٕ ! میہٕ وۄن مے نہٕ زاہ تہٕ زیٖنہٕ از تام، کُنہٕ وِزِہ اوٚن
مے نہٕ روپہٕ تہٕ زاہ تہٕ کرُ مے نہٕ باوتھ زِہ بہٕ کمۍ اَندری کاژن
کھیٚیس۔ میہٕ کمۍ غمکۍ دوہ ورٚان لآدِس ژٕندنس اَندری سوسۄر
ژوٚن۔ لادہ تہٕ کوٚہ ہٕژہ برہٕ کوٚہ زوٗ زۄر ژام تہٕ موصُم داجِہ
ہُندِس زاوِیس طوٚسس کِہ اُکھرہ کوٚرم ٹوٚہ کرِ سُورسے —
بہٕ کیاہ باوہ ہیٚے زیٖنہٕ تہٕ باوِتھ کیاہ فائدِہ نیرِہ ہنم۔ کوٚہ دوا
تہٕ ہیلامہ اوس جانُین اکھن منٛزیٚس میہٕ یِہ دوٗد بُلہٕ راوِہ
ہے تہٕ چھوکس انگ انہٕ ہا ! زیٖنہٕ باوتھ کرِ نی آس دُشمنن
جانین خاہ مخاہ وبوٚ دُرژھن۔ میہٕ کوٚرپانس سیتی وارِیاہ
سوچ زِہ اَتھ میانِس اَندریم دادِس کوٚہ دوا ہیٚکہِ کارگر سپدِتھ
تہٕ کمہٕ بلغارہ لگہٕ اَتھ چھوکس کرُ ول۔ مگر میہٕ ہیٚوتن گمانہٕ غالب
گژھن زِہ اَتھ چھوکس گوٚژھ نہٕ خشری میونٛد نوٚمن تہٕ یہٕ
ناسُور گوٚژھ نہٕ میون سورُے بدن آوِہ ژُن۔ اَچھ ڈگ گژھ
نہٕ زیٖنہٕ تہٕ سارِہ ہے قبیلس ٹانگہٕ دیاوٚن۔ سبھاہ سوچِتھ تہٕ
سمجِتھ چھس بہٕ از پانہٕ اَتھ میٖندِس نسترہ سیتی چاک دِوان
ہمیشہ خاطرہ چھس اَتھ دادِس پانہٕ دوا کران —

"بابہ جانہٕ! بشرس چھےٚ نہٕ کانٛہہ قصور یا کانٛہہ گوناہ۔ اَتھ چھُ
ہیانہٕ ڈیکہ لانیک۔ یا تہٕ گوٚژھہٕ نہٕ قوٚدرتن میانِس وۄچھس
اندر ہیٚنٛب کھوٚتہ ہیٚنٛہٕ نرم تہٕ حساس دِل تھوٚو مُت آسُن
تہٕ نتہٕ گوٚژھہٕ نہٕ یتھ سماجس اندر خاندانی بجر تہٕ لوچرک
سرمایہ داری تہٕ غریبی ہنٛز تفاوت آسنۍ۔ تمِس بچارس تہٕ
چھےٚ گردن دۄن تلوارن منٛز یا گ ہیٚنہٕ آمٕژ۔ اکہِ طرفہٕ چھُس
مٲلی ماجہِ ہنٛزہ فرمان بردٲری ہُند فرض، بیٚیہِ طرفہٕ چھُس میوٚن
سبزیُہ، امار تہٕ دِل برابر جنوٗنہٕ کِس حدس تام۔ اکہِ طرفہٕ چھُ
ستہٕ مٲیِس ماجہِ ہنٛدِ ن ارمانن ہُند مرکز تہٕ بییکہِ طرفہٕ چھُس
بہٕ تہٕ ہُندین جذباتن ہُند اَگُر۔ وۄچھِو دُبہ راے تہٕ نظرن ہنٛز
مرکز۔ یمہٕ چھےٚ زٕہ تلوارہ تمِس بچارہ سِندِس کلس پیٹھ۔ نہٕ
چھُس لور گژھس وارنہٕ اور نیرہ نس۔ مگر تو تہٕ چھُ وُنہ لبنہٕ
بیٚنہِ سنۍ قبیلہٕ رچھنس پیٹھ تہٕ بیٚنس مٲلس ماجہِ ہُندِس آمارس
دَب دِنک یرادہٕ کرِتھ۔ اکھ خطرناک قدمس پیٹھ چھُ یہ
سیٚتی یکہٕ ناوٕنہٕ خاطرہ ہنٛد کران۔ خبر بہٕ تہٕ یا گژھہٕ ہا اکھ ولٹہٕ
قدمس ساتھ دنہٕ خاطرہ تیار۔ تہٕ کیٚنژھاہ چھس گامژ تہٕ!
مگر میٚہ چھُ احساس زِ امہِ حرکژ سیٚتی ماکرہ بہٕ پیر صاٗبنۍ

تہٕ پیرہ باپہٕ ہُندین آشن تہٕ دۄیمِین ہُند تاج محل مِسمار تہٕ
تمہ میانِس گُستاخ ہمتَس پیٹھ ما دِوہ بَرن چانہٕ ناراضگی
ہُندی وِپی! نہٕ چھہٕ سمیہٕ پیرن ہُندین ارمانن لوٗٹ کرِتھ ن
دِوہ ندہ یوان تہٕ نہٕ ہیکہ یہٕ زُرِتھ زِہ ژِہ روزہ ہم ناراض۔
خبر دَرخ ماکرِہ ہے میہٕ مجبوٗر ہمین سارہ نِنے نتیجن پیٹھ اُچھ
ٹوٗرہ لنس پیٹھ تہٕ یہٕ ہیمہٕ ہا چانی ناراضگی ٹلو۔ عام لوٗکن
ہنزِہ پامہٕ ما آنہٕ ہائے ژِ یہٕ تنگ تہٕ قبیلہ ماتراوِہ ہی قبیلہ
دارِی۔ توٗرے چھس بہٕ سُلہِ کرِہ یہٕ قدم تُلنہٕ بابت مجبوٗر
گامُت!

میانہٕ ماٹھر ببہ! خدا دارے تھاوِی نِسے زندہ! اگر بہٕ چھس
ژِ یہٕ رِنش دوٗر ژلان، وار یاہ دوٗر —— یورِہ واپس
پھیرُن نہٕ صِرف مُشکل چھہٕ بلکہ ناممکن۔ مگر ژِ یہٕ چھے میانی
دِپسے، پیٹھ اوٗش تراوکھ، باکرِ دِکھ یا جامہٕ ژٹکھ یا گریباہ
کرکھ۔ ژِہ زانی زِہ ژِ یہٕ آسہے نہٕ کوٗرِے کانہہ۔ ژیہٕ اوسے
نہٕ اولادے کانہہ زانت — ژِہ اوشکھ ژلے ہا نٹھ!

بہٕ چھسے مجبوٗر۔ یہٕ قدم ہیوٗن چھہٕ چانہٕ عزتُک رچھن
دِوَل تہٕ قدم تہٕ آبرو بچاوُن دِوَل۔ تمبر ہیوٗن زِندہ روزن

مااَرِ چاۓنِس سیٚدِس دَستارِس کوس! تووَے چھےَ پادَن پیٹھ
وَنان ییٚنا میٚانہِ مالہِ میاۓنی لاش وُچھِتھ اوٚش ہارَکھ! ترِ
کیاہ گوو زِ میٚہ چھےٚ نہٕ احساس چانہِ بےکسی ترِ بےبسی
ہُند! میٚہ چھےٚ پوٚرہ احساس زِ ژےٚ چھےٚ نہٕ میٚہ ورأے کانہہ
مگر کوٚر آسہٕ ترِ نہٕ آسہٕ چھےَ ہیٚشی کیتھہ! ژہ زان اِی زِ
میٚہ کوٚر ہتھ دوٚرِ گام کھاندر۔ ییٚتہِ پیٹھ کورِ ہُند مالِیُن
یُن دُشوار چھےُ! میٚہ چھےَ پتاہ زِ ژہ گژھکھ نہٕ امہِ سیٚتی
ترِ مُطمین۔ چاۓنی دَم سیٚنٛچھ وَدن گیٚتہٕ نیٚرِ ژھن میاۓنِس رُوحَس
وِزِ وِزِ زِ آیا میٚہ کوٚر نہٕ زون ژےٚ کوٚہ چھےُ میٚہ ورأے
مگر میانہِ بیہ گاشا! تتھہٕ گوو نہٕ سیٚتی ڈوٚکھ دِتھ روزُن چھےُ
موتَس آلَو دِیُن ییٚتہِ گوو نہٕ اَندری تیٚمبرِ اَلاو گوٚنڈمت آسہِ
تتھہٕ کلِس نِش شہجار کرُن چھےُ خطرس نادِ دیُن یمہِ کُلہِ کِس
گوڈس منٛز شہارَو آلی کرِ ہیٚتہٕ آسَن ترِ تمہِ ژانگہِ گمرِ چ گیڈ
کاسہٕ چھےَ سیٚٹھاہ خطرناک، یمہٕ ژانگیچہ ریٚہہ الاو بنیتھ
گھرہ زالنک شیوہ آسہِ ہیٚوٚ چھمُت۔ آوَے چھےَ سےَ سرآلہِ
وِتھ بیٚہِ اکہِ لٔہ وَنان زِ میٚہ کرِ زِ مُشراوِنچ کوشِش
ترِ ونزاہ ترِ کرِ نہٕ نہٕ یاد ـــــ اگر نہٕ زاہ کأٔلی لول میٚون یِوان

آسی تہٕ تٔمی ٹارہٕ اٲزہٕ بشیٖرس مٔدیاہ گنڈان۔ تہنٛزن مایوٗس تہٕ نا اُمید نظرن منٛز آسی میانٛی شکل وصوٗرت ژھیٚپتھ آسان۔ مگر ژیٚتھ نا بٔبا! زاہ ٹاکارہٕ وُچھ ہس۔ یِنہٕ تہند امیٖر قبیلہٕ ٹاکارہٕ وُچھنس باج منگی۔ موٹر، بنگلہ... روگہٕ روگہٕ اٲزیس وُچھان!

اوہ۔ یاد پیوم۔ میہ چھے زٲلِنس الکھ پینٛژ واریٖ تھوٚم منٛز لسِس دُنی زہ سو کرہٕ گٔلہ میوٗلُھ سو وٲری بخت بڈِس بشیرہ ہٕ بخت بچہ آشنہٕ!

ژہ روز زِندہ!

ژٕ یِرِشٕ سیٹھاہ دوٗر

گژھ وانیٛژ

جایٕنٛھا جوٗرہ

افسوس چھُ زِ یہٕ خط ہیوٚک نہٕ عامس نشِس واتنہٕ باوجوٗد تہٕ وُنہٕ تہندِ ین کِنہٕ اٲژھ، یس پسنٛدِ ناوہ یہٕ لیکھنہٕ آمُت چھُ۔ یُس چھ بشیر احمدٕنی دماغی حالت وُنہٕ ٹھیک سپز منٛز زِ سُہ یِرہٕ ہا پہٕ چھٹھ تہٕ تتھ امارس کرہٕ ہا پرژھ ہُند سجدہ، یُس امار، لول تہٕ جذبہ یمیٚہ عبارژ منٛز ٹیکان چھُ!

خالق امہ چیٖٹھ منٛزہ روشنی اندر ہنہ مُسن ہُکلم پُری کران۔

تہٕ مِثل گژھہٕ داخلِ دفتر کرنہٕ یِنہٕ۔ فائصلہ آو از شبہٕ ۲۶ وٕہ اگست گٔژھ وُہ شبہہ تہٕ پانٛژھہ ہٕٹھ (۱۹۶۵ء) کرِ دوہہ یوز نادنہٕ!

---

(دآنٛد)



غلام نبی گوہر نین نظمن، غزلن، مُکتن،
رُباعیاتن ترٛ شرُکین ہنز سوٗمبرٕن

# "سازتہٕ مضراب"

تہٕ سیدہٕ عن قریب

شایع



غلام نبی گوہرنِ دوٚیم ناول

# "مسؔ مِیل"

سپدِ عنقریب تیار تہٕ گوہر صاب بن

افسانن ہنٛز سوٚمبرن

# چھہ افسانہٕ

تہٕ گژھہ عنقریب تیار

